# گُل بکاؤلی




مُصنّف

نعمت اللہ پرے

ترتیب

محمد احسن احسن

غلام حسن تسکین

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔ سری نگر

# عرضِ ناشر

گُل بکاوٗلی ہُنٛد قصہٕ چھُ کٲشرِ زَبٲنۍ مَنٛز مشہوٗر تہٕ تہٕ ہردِلعزیٖز تہٕ چلیٚے کلاہٕ چۄن وٕنٛدٕ راٹھان مَنٛز چھُ دٕلیلہٕ گَرِ ہو امہٕ تُرجمچہٕ دٕلیلہٕ سیٖتی فضا وُشنووُمت۔ کٲشرِ پاٹھۍ چھیٚ یہٕ مثنوی لَسہٕ خانَن، عَبلی شیخن تہٕ علی شاہ ہُرِلَن لیٖچھمٕژ۔ یمن مَنٛز لسہٕ خانٕنہٕ تہٕ عبلی شیخنہٕ مثنوی چھاپہٕ گٲمژ چھیٚ۔ صوٗفی شاعر اسدپرین تہٕ چھیٚ گُل بکاوٗلی وَنٕنۍ مَژ۔ مگر اَتھ چھنہٕ مثنوی ہُنٛد فارم زیرِ نظر مثنوی چھیٚ نعمہٕ صاب صفاپوٗرۍ لیٖچھمٕژ۔ نعمہٕ صابَن چھیٚ پننہٕ مثنوی ہُنٛز بُنیاد، گُل بکاوٗلی ہنٛدِس گوڈنِکس نُسخس پیٹھ تھٲوِمٕژ یُس عزت اللہ بنگالی سٕنٛدِ داستانُک اردوٗ ترجمہٕ اوس۔ یہ ترجمہٕ چھُ نہال چنٛد لاہوٗرین کوٚرمُت مگر مثنوی پرِتھ چھُ اَنداز سپدان زِ نعمہٕ صابَس چھُ لاشعوٗرس مَنٛز گلزارِ نسیمُک اثر تہٕ اوسمُت۔ بہرحال یہ مثنوی چھیٚ لسہٕ خانٕنہٕ تہٕ عبلی شیخنہٕ مثنوی کھوتہٕ وارِیاہ ضخیم تہٕ کیٚباز مصنفَن چھیٚ منظر نِگاری تہٕ جذباتھ نِگاری مَنٛز وارِیاہ برٛونٛہہ پکنُک کوشش کٔرمٕژ۔

یژھہ پرانہٕ کتابہٕ چھاپہٕ کرنُک مقصد چھُ کٲشرِ زَبٲنۍ ہُنٛد لسٲنی سرمایہ بَختاوَر بناوُن، تہٕ اکادمی چھیٚ امہٕ کتھہٕ ہُنٛز خوشی زِ کٲشر ادبُکس سرمایس ہیٚوک اَسہٕ اکھ نوٚو مثنوی ہُنٛد ہُرٕر کٔرِتھ۔

محمد یوسف ٹینگ

سیکریٹری

# پارہٕ زان

سرینگرکِس شمالس منز اکہ ترٕہ کلومیٹر دوٗر مانسبل سرکِس بٹھس پیٹھ چھُ صفاپور گام بسیتھ۔ تہٕ اَمی رتبہ وٕنہٕ نظارچہ کوہ چھہ منز پیوٚ ۱۸۸۳ءیس منز نعمہ صاحب ظٲہرٕ۔ نعمہ پَرِیُن بابہٕ صاحب محموٗد شاہ پرے اوس مروجہ تعلیم مطابق جان پوٚرمُت لیوٚکھمُت۔ سُہ اوس زمیندارٕی ہیتھ سیتھ مکتب تہٕ چلاوان۔ تہٕ پتہٕ بنیوو سرکارٕی مکتبک وو ستاد تہٕ۔ نعمہ صاٮ۪بن پوٚر سرکارٕی مدرسس منز بیٚیشہ مہ جماژ تام تہٕ پتہٕ رُوٚد مٲلِس نِش عربی تہٕ فارسی تعلیم پران۔ محموٗد شاہ اوس پیر مُریدی تہٕ کران تہٕ پانس اَسِس کوٚبلہٕ کِس مستان شاہؒ[1] ناوی بُزرگہٕ سِنز تربیتھ یُس سیٹھاہ تھوٚد عالِم تہٕ پیٚر اوسمُت۔ مستان شاہَس چھُ تیوٚت اثر روٗسوٗخ اوسمُت زِ اکہ دوہ ہسوٗز تمو وقتہٕ کِس مشیرِ مالس چیٹھٕ یتھ منز محموٗد شاہَس سفارِش کرٲن کرٲن لیکھان چھُہ

خادم القصر اجناب مشیرِ مال صاحب سلامت

منجانب فقیر مستان شاہ کابلی

بعد از دعا مدعا آنکہ چوں محموٗد شاہ ثانی ولد رحیم شاہ ساکن موضع صفاپورہ تحصیل لعل و فہاک چیلہ خاص فقیر است۔ ہمگی بقدر سی کنال رقبہ آبی و خشکی درمقبوضہ ⊗ در ترمیم اول از محکمہ بندوبست بلحاظ نام فقیر عمل ⊗ ثابت شدہ مبلغ دو روپیہ ہشت آنہ معاملہ بسرکار ⊗ ادا میکند لہذا نگارش است بپاس فقیر

در ترمیم بندوبست　　　که بہ سی کنال رقبہ صدر　　　بنام او نسب خواہد شد.

---

۱ مستان شاہ سِنز اَکھ تصنیف "آتش کدہ وحدت" چھپیہ ۱۳۱۵ھ یس منز چھاپ گٲمژ۔

پیٹھہ پانٛٹھ کرٕ تِمہٕ محمود شاہس ٲلۍ تہٕ مانف کرٕنہٕ سفارش۔

محمودپورس پیٹھ ذاتہٕ سیتۍ "شاہ" رَلاوِتھ محمود شاہ پرے بنٛنس چھُ مستان شاہ سٕنٛز ذاتہٕ ہنٛد اثر۔ تہٕ پیٹھہ پانٛٹھ ذاتہٕ ہنٛد بدل گژھنس چھُ محمود شاہُن مُرید خاص آسنُک ثبوت۔ محمود شاہ نیوٗ اَکہٕ دوہ پنٛنہِ محمد اکبر ناو ٹھیکہ دارُن کَمہٕ ناوٕ ژھلہ پیرہ شہر تہٕ کرنووُن شُرُو عربی تہٕ فارسی تالیم پرناونچ کام۔ تہٕ اَتھ دورس منٛز بڑیہ اَمِس پیرن شہر علاقس منٛز مُرید۔ محمود شاہ تہٕ چھُ اوسمُت شاعری کران تہٕ پیٹھہ پانٛٹھ اوس نعمہ صابس ٲلۍ پنٛدی نوٗ موٗنہٕ وُچھتھ لکھارس منٛز شاعری کرنُک شوق لوٗن۔

دیان ییلہِ نعمہ صاب زاوٕ سہٕ اوس پنٛہ دوہ چھٕوان۔ دوہن دوہن ہُند حِصرا چھوٕر چھوٕر کران۔ ہنٛگہ منٛگہ پیوٚو تَس تحصیل گاندربلُک رجب صاب واتِتھ تہٕ ژوٗل ماجہِ ہٕنٛز کھوٕرن منٛز نعمہ صابس ہیتھ۔ اَڈِ چھُ دیان نہٕ ڈیمہ دوہ اوٚن واپس۔ مگر اَڈین ہُند دوٚپ چھُ زِ ہفتہ پتہٕ واتنوٗون گرٕ۔ اَمہِ اوس یہِ نزدیکھ جنگلس منٛز کھوٗمُت تہٕ اوسُس پنٛنہِ زِ بوٚ آسُس منٛز تِتھ اَدِ رتھ بوچھ ہوٗمرادان۔ محمود شاہس یوٗد وۍ نعمہ صابس بروٗنٛہہ ترٛٲے کور تہٕ اَکھ نیٚچو زامُت اوس۔ اَماپوٚز نعمہ صاب زِندٕ تہٕ خاص گژھتھ رجب صابنٕ سہٕ واپس اَنٛنہٕ پتہٕ گیہٕ تِم سیٹھا شاد۔ رجب صابن ییلہِ یہٕ دوہ پہیڈر واپس گرٕ واتنوٗو تمہِ چھُ پنٛنہِ ماجہ تہٕ دوہ تہٕ ہمسایہ باپو تہٕ دیتہس دوہ۔

نعمہ صاب اوس گرٕ سیٹھ خانہٕ مول، لکھارہ پیٹھے اوسُس دوہ تہٕ گیوٚ کھینٛگ عادتھ۔ ماَلِس نِش ییلہِ پران اوس تِتھہ جماتس منٛز اوس تہٕ اَمِس پرنس منٛز جبر۔ پوٚت بوۍ مقبول شاہ پَرے اوسُس سبق منٛد۔ نعمہ صابس اَس خانہٕ ماجہِ کینہ لکھارہ پیٹھے زٕٹ پٕٹ شوٗبدار تہٕ صاف آسان۔ اکثر اوس پانے پلو چھلان کران تہٕ صفٲیی تھاوان۔

نعمہ صاب اوس یوٗہے وٕرِ تہٕ تہٕ ہُرِ ییلہِ سلہ کس ٹھیکہ دار حمد میرس سیتۍ منش گرہی کدنہٕ گوٚو۔ تہٕ قریب دہن وریہن روٗد پہلگامہ تِمہٕ سٕندِ ٹھیکن چلاوان۔ سہٕ اوس موٗزورن خوش تھاوان۔ ییمہ موجوب سہٕ بیین ٹھیکہ دارن تہٕ موٗزور وِرُتھے ژلراوان اوس۔ تَنہٕ اوس تِہنٛز کام تہٕ میعٹلہ پیٹھ ژٕ اُٹھتھ رٹان۔ ییلہِ نعمہ

صاحب ٹھیکہ دٔری کرنس اَتھ کُنہ منزٕ گوٚو تہٕ لوٗگ پانہٕ تہٕ لۄکٕٹۍ لۄکٕٹۍ ٹھیکہ رٹنہٕ۔ پنٕنہ ٹھیکہ دٔری ہٕنٛدِس دورس منز اوٚسُس پنُن ہمشیر بابہٕ ہٕنز دیُریٚک احمداللہ بٹ تہٕ شریٚک۔ تہٕ پہلگام علاقس منز اُمی کۄر ٹھیکہٕ کڈ ہکو، جنگلو کتھ یہ ہٕنٛدکہ تہٕ کۄلہٕ کڈ نکو ٹھیکہ نوان۔ اَتہٕ اوس اُمس پہلگامہ کس ژھگہ رینہ سند گرٕ ڈیرٕ۔ سنہ ۱۹۱۵ ہس منز اوٚسُس محمد جو نادر ٹھیکہ دارس سیتۍ کٔھنہٕ بل گڈل ٹھیکس پیٹھ رٕٹمُت۔ پتہ ہیٚرِن ورٕہلو ضلعس منز احمداللہ بٹس سیتۍ کام کٔرٕنۍ۔ اَخرس روٗد کینٛہہ کالس ہمبلکس کرشنہ بٹ نادر ٹھیکہ دارس سیتۍ کام کران۔

ٹھیکہ داری نشہٕ ژٕنگ پیٚہ پتہ کوٚرُن گرٕ قرار۔ تہٕ اوس صرف مذہبی کتابہ پران تہٕ کُنہٕ کُنہٕ اوس پانس تہٕ پنٕنین شُرین ہنٛد باپتھ اَتھہ ٹیبہ ٹوپہ سُوان۔ پینٛز پلو رتہ اوس پانے اَتھہ سیتۍ سُوان۔ راتی راتس اوٚس قرآن شریف پران آسان پیمہ سیتۍ تس اَچھن کاش سور یوٚو۔

نعمہ صاحب چھہٕ پانہٕ اَکس جایہ لیکھان زِ بہٕ اوسُس مٲلس سیتۍ فقیر متان شاہس نِشہٕ گژھان۔ اکہ دۄہہ گوس بہٕ سۄ اوس مانسبلہ ڈُنگس منز تہٕ کوبلی پٹھان چیلن ہنٛز اکھ بڈ جماعتھ اُمس سیتۍ۔ یمن دۄہن اوس نیچے ڈُنگس منز وانہٕ وان آسان چلان۔ تہٕ اُتھی وقتس منز گوٚن سہ روحٲنی تربیتھ۔ امہ علاوٕ اوس نعمہ صاحب پیر عزیزاللہ حقانی تہٕ حامہ صاحب دوارگی یس نِش تہٕ گژھان۔ دپان نعمہ صاحب اوس گھمہ ڈُ گھمہ تیوٗت ٹاسہ گوٚر زِ وۄتہٕ پکان پکان اوس ٹُنتہٕ ژٕٹمان۔ تہٕ یُس کانٛہہ تمس وۄتہٕ پکان وُچھان اوس یا تہٕ اوس اَمہ سُند مخولہ زالنہٕ معہ کھ ڈ چھنو کھوور ترلان۔ نتہٕ اوس دوٚری آسان آسان اُمس تکھ پکان۔ یہیتس کالس اوس نعمہ صابن اُمس پیٹھہ ژٹنہ معہ کھ شار تیار آسان تقوومُت۔ مجلسہ منز تہٕ اُس اُمس سیٹھا قدرٕ آسان تہٕ اُمس بروٚنٛہہ کنہ اوس نہٕ کانٛہہ فُضول کتھ کرنک جرأتھ کران۔ تہٕ ساری اُسو اُمس نظر رۄزان زِ یہ کیا وَنہٕ۔ اُمو سند شاعری ہٕنٛد سلسلہٕ چھہٕ نعت گوئی، مدح خانٕی یا ٹُٹھنہ لیکھنہ سیتۍ گوٚمُت۔ بکادلی ہنٛز داستان

ییکھنیچ تحریک چھِنس اسد ہیرن دِژ مزیس پانہٕ تہٕ شاعری چھُ اوسمت کران ۔ یہٕ اسد شیخ ناو لوٗکن وَنہٕ اوس ۔ نیماز اوس ہمیشہ مسجد منز پران تہٕ نوتوٲنی ہندین دوہن اوس یہٕ گرِ ہیکان نیرتھ ۔ کُنہ کُنہ اوس اِمامتھ تہٕ کران ۔ ماہِ صیامس منز اُسیس کُنہ وِزِ لوٗکھ تراویح پرناونس تہٕ تتھ منز سوره الرحمٰن پرنس پیٹھ زور کران ۔ نیماز پرِتھ پتہٕ اُسی لوٗکھ جماعس منز مذہبی مسلہ پرژھان تہٕ نعمہ صائب اوسکھ جواب دِوان ۔

نعمہ صائبس اُس ترٛٹھ رمبہ وُنی آواز تہٕ کاشر مثنوی پرنس منز اوسنہٕ اُمس جوڑ تہٕ دوٗر دوٗر پیٹھ اُسی اُمی ہندی زانٛی کار اُمی سٕنز زبٲنی کاشہ کاشر مثنوی بوزنہٕ یِوان ۔ مگر پتہٕ تس اوسُس ہانز ویرکو تمام شرارتس پیٹھ سوہ رمہ ڈیٹ مُت ۔ ییمہ سیتی ہوٹ بگر یوٗمُت اوسُس ۔

نعمہ صائب اوس بالیغ گژھتھ ہمیشہ پائتو گنڈان ۔ نوکدار (مُظفر آبٲدی) پازار اوسُس پسند ۔ سُہ اوس نوکدار دستار دِوان تہٕ تتھ تل اوس پنہٕ اَتھہ سیتی سوٗمر ٹوپی تھوان ۔ ڈ چھنہ کیسہ اوس وائج لاگان یتھ پٹھ ناو "غلام نعمت اللہ شاہ" کھنیتھ اوسُس اوہ یور گژھنہٕ وِزِ اوس شلوارس پیٹھ پائتو گنڈان تہٕ ییمہ اوس کھوٚرِ نالہ کوٹھ لاگان ۔ ریتہٕ کالس منز تہٕ اوس سفرس منز چھاتہ تہٕ ژادر سیتی تھاوان ۔ یہٕ عام پائنڈو اوس گرس کیتھ اوہ یور گژھان ۔ نعمہ صائب اوس نسخہ ناس کران مگر سعہ گژھہ آسنہٕ مرغوزر یانے مُشک دار ۔

زندگی ہندین پتمن وُہرین روٗد نعمہ صائب اَکہ اَندٕ اَچھن ہنز بینائی روٗن تہٕ ییمہ اندہ ناگہانی بلاین سیتی مُقابلہ کران ۔ ۱۵ اکتوبر ۱۹۵۶ء نیوٗکھ اَچھن ہند یلاجہ خاطر پٹن ۔ پتہٕ علی گڈھ آی انسپٹچوک گنتی کمپ اوس ۔ اُمس پییلہ زیاد تکلیف کوٗرن تہٕ اَمس یہٕ اَتھ اپریشن کینہہ کرنہٕ ۔ پتہٕ نیوٗکھ ۱۸ اکتوبر سرینگر سٹیٹ ہسپتالس منز تہٕ ۲۰ وُہرمہ اکتوبر سپُد اَتہ داخل ([illegible]) ۔ مگر خمہ وایہ شُند کرُن ۲۴ تہٕ ۲۵ اکتوبر راتھ منز لوٗگ یمن گرٕ مکانس نار ۔ ییلہ پتہٕ یہ خبر ہسپتالہ منز نعمہ صائبن بوز تمی موٗن یہٕ تتہٕ رُدُن تہٕ ۲۷ اکتوبر کوٗڈُکھ ہسپتالہ منز تہٕ واتنوٗکھ واپس گرٕ ۔ یہ روٗد شُن ریتن

گَرٕ اَچھ دود لَلہِ وان تہٕ خوداہِ پتھٕ رِس مَنٛشٕس سینہٕ دأرِتھ۔ ۱۰ ِ مئی ۱۹۵۷؁ء آو علیگڈھ گنٛشتھ کمپسس منٛز گاندربلہِ داخل کرنہٕ۔ یتھٕ ۱۳ ِ مئی اوس اپریشن شیوٚد۔ اپریشن گو کامیاب تہٕ ۲۹ ِ مئی آیہِ اُمِس اَنہٕ چھٹی کرنہٕ۔ بیمار ہنٛدِس اَکھ ورٕیس اُمِس اُمہٕ گُلِ بکاولی پیکیٚنج کأم بلکل ترأوِمٕژ۔ مگر اَمہٕ پتہٕ لوٚگ بہٕ اَکھ مکمل کرنس کنٛ۔

یِیلہِ تِمو نوٚو مکانہٕ بناوٕنک سٕنٛز کرٕن ہیوٚت نعمہ صابن تھوٚو پننین شُرین ڈینٛھ ز نوِس مکانس گرٕژھن یِم شار لیکھناونہٕ

یارب ایں تعمیر از فرخندہ و پائندہ دار — باد فوز نعمت اللہ گونہ گونہ خوشگوار
مالکان ایں مکان یک جدی ابجد شمار — حرف اول "غ"[1] و ثانی "ن"[2] و ثالث "س"[3] سہ یار
عمر شان افزون و روزی اتفاق و بخت یار — دوستاں پُر نور و چشم حاسداں رنجور و خوار
سموت انجام سہ صد و یک ہزار این شاہکار — نیز ہفتاد و سہ ہر لا مکانی تاجدار

عبد الغنی، نظام الدین تہٕ سلام الدین چھ نعمہ صابنی ترٛےٚ نیچوِ۔ یِمو منٛز کیٚنٛہہ کال برونٛہہ عبد الغنی ییٚمہِ عالمہٕ گو۔ "سموت" لفظس چھ ابجد حسابہٕ ۱۳۷۳ تمان۔ تہٕ اَتھ سنس منٛز اوس یِمو مکانہٕ بنووُمُت یُس پتہٕ ۱۹۵۶؁ء یس منٛز دوٚد۔

گُلِ بکاولی اند واتنس سیٚتی گوٚو نعمہ صابس بجرانٛ تاثیر تہٕ گو زِیٚو کینہہ کمزور اَکھر بڑیوو ۵، فروری ۱۹۶۳؁ء یس منٛز۔

## شاعری

نعمہ صابس اوس لوٚکچارٕ پیٚٹھے گنگرارے کرنک عادتھ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہِ نعت گویی کران تہٕ بیٚیہ اوس منٛز منٛز کانٛہہ ہجو لیکھان۔ تِمو منٛز ہزلی شاعری ہنٛد کم کینٛژھا چھ زبانہٕ زبانی چلیوُن۔ مگر کینٛہہ وٕقتی مدح چھ درج کرنہٕ آمٕژ۔ اُمو سُند داریاہ نعتیہ کلام چھ درج تہٕ یہِ شیٚپدٕ انشاء اللہ الگ چھاپہٕ۔

---

۱؎ عبد الغنی ۲؎ نظام الدین ۳؎ سلام الدین

نعمہ صابنہٕ شاعری ہُنٛد حال مِتا چھُہ تمہٕ سٕنٛز لیچھمژ گُل بکاولی۔ چونکہ تمِس چھُہ لوکچارٕ پیٹھے کاشرِ مثنوی پرنُک شوق اوسمُت۔ تمہ موجوب پیو اُمس پانہٕ مثنوی لیکھنُک خیال۔ یہ چھُہ کتابہ ہندِس آغازس منز پانہٕ لیکھان زِ پننیو دوستو منز کوٚر مے اسد شیخن اصرار گُل بکاولی کاشرِ پاٹھو لیکھنُک تہٕ آخر گیہ اسد شیخنہ فوت گٔیش پوٚر تہٕ نعمہ صابن کرٕ داستان کاشرِ شارن منز تارِنی شوٗروٗ۔ تہٕ اَتھ کامہ کوٚرُن پہلکامہ دُسلابہ ییلہ تتہ خوٚد میر بکلس سیتہ ژٕنش گری کران اوس۔ کتابہ ہُنٛد آغاز چھُہ ۷ اگست ۱۹۱۵ء یَس منز گومُت۔ تہٕ اَتھ مُتعلق چھُہ نعمہ صاب پانہٕ لیکھان :

" این کتاب گُل بکاولی بزبانِ کشمیری در تصنیف شروع خواہد شد اِن شاءاللہ المستعان اگر خداوند کریم حیات خوش ثبات بخشد بہ توفیق او و بہ عنایت سرورِ کائنات صلعم بہ امداد ــــــ دین تصنیف تمام بزبان کشمیری اختتام خواہم رسانید ۔

۲۵ ساون ۱۹۷۲ سُمبت

غلام نعمت اللہ عفی عنہ

ساکنہ صفاپورہ

نعمہ صابن چھُہ واریہن جاین تذکرٕ کوٚرمُت زِ اگر مے زخمی صفاپوری پیتہ روزہانہٕ مثنوی " گُل بکاولی " مکمل سپدِنی اَس ناممکن۔ تہٕ کیازِ تمِس اوس اَکہ طرفہٕ آوریار تہٕ بییہ اَندٕ روٗد صحت کمزوریاہس کالس اوٚرِ یہٕ یوٚرک۔

مثنوی ہُنٛد مسودٕ پیٛرِتھ تہٕ سپُد اَسہ مُشاہدٕ زِ زخمی صابن چھے اکثر نعمہ صابنٕ ژٕنش گری کرِتھ تمہٕ سٕنٛد بوٚڈ لوٗٹر روٗدمُت۔ کتابہ ہندِس اختتامس پیٹھ تہٕ چھُہ نعمہ صابن زخمی سٕنٛد رُت گنٛزرِتھ وونمُت ؎

درنگی مے کرٕم از گُفتنِ گُل
پھلے سۅرِتھ ییتھ نادِم چھُ بُلبُل

ولیکن دوستو کوٚرہس بہ مجبور
اَدٕ لیوٚک قِصہٕ تھاوُن چھُنہٕ منظور

خواہ مۆکھن زخمین یٔس لالہ خان ناو
دریں کم ہمتی اوسُم کرات گژاو

# داستان

دَپان مشرِقستانہٕ کُس پادشاہ زین المُلوٗکس اُسٕہ ژور نیٚچوِ۔ یِیلہٕ تِمَس پینٛژِم نیٚچُو زاو شاہی رسمہٕ مُطابق آو ازدَہ تہٕ بے پناہ پَتہٕ شادی یا نہٕ مَناونہٕ۔ اَمِس پینٛژِمِس نیٚچوِس آو تنجیم دانن پرٛژھنہٕ تاج المُلوٗک ناو کَرنہٕ۔ زین المُلوٗکن پرٛژھ تنجیم دانَن زٕ تاج المُلوٗکُن سِتارٕ کیٛتھہٕ کیاہ چھُ۔ تِمَو ووٚنُس درجواب: "اعلیٰ حضرت شہزادٕ سٕنٛدِس قِسمتس کیاہ چھُ ونُن۔ اَکھ وقتہٕ آسہِ یہِ بنہِ شہنشاہ۔ اَمہِ سُنٛد سِتارٕ چھُ پرٛزلوٚن۔ جَن تہٕ تیٚز یہِ آسنَس تاپن۔ مگر پھیرِ رژ ہنا چھس۔ سُہ گوٚ زٕ پادشاہ سلامتَس پیٚٹھ چھُ شہزادٕ سُنٛد سِتارٕ کینٛژن ؤریَن گوٚب۔ تہٕ زَن گوٚ یُتھے تہٕ ہے پینس اَمِس تاٹھس اولادس پیٚٹھ نظر پیٚیہٕ یا تاج المُلوٗکس تہٕ ہے پیٚٹھ نظر پیٚیہٕ، زانُن گژھِ زٕ تہٕ ہے چھُ اَچھن ہُنٛز بینائی نیٚشہِ اَتھہِ چھلُن۔ وۄنی چھُ بہتر یِہی زٕ یِتِس کالَس تاج المُلوٗکُن سِتارٕ تہٕ ہے پیٚٹھ گوٚب چھُ تیتِس کالَس گژھِ یہِ تہٕ ہے نِش دوٗر روزُن۔ یُتھ نہٕ تہٕ ہے اَکھ اَکی ہُنٛز نظر پیٚیہِ۔ شاہی کارخانَن منٛز کَمہٕ قسمِچ کمی اُس۔ پادشاہن کٔر کامہِ تمہِ بناونو تاج المُلوٗکنہِ خاطرٕ اَلگے محل خانہٕ۔ موج تھاوُنس سیتہِ۔ شاہانہٕ کھیٚنَک چینَک تھوٚونکھ انتظام تہٕ کٔرن اَتھی بدون بناوی یِتِس محل خانَس منٛز رَوانہٕ۔

دۄہ دۄہ چھُ گژھان تاج المُلوٗک تہٕ چھُ بوڈ گومُت۔ سُہ چھُ محل خانہٕ منٛز دَرامُت تہٕ گومُت سالُس۔ یِیار یُس کیٚنہہ چھُ پادشاہس تہٕ سالا کرنُک خیال پیوان تہٕ سُہ تہٕ چھُ گرٕ نیران۔ پادشاہن چھُنہٕ ونہٕ تیوٚت منٛز آسان کوڈمُت کینٛہہ تہٕ یہِ چھُ ہنٛگہٕ تہٕ مَنٛگہٕ اوٚن گژھان۔ مۄختصر یِیلہٕ پادشاہ گرٕ واتنو وُکھ تَتہِ پیو ماتم۔ مۄختصر پاٹھو چھُ یمن پیے لگان زٕ پادشاہ سٕنٛدِ اوٚن گژھنُک وجہ کیاہ چھُ۔ آمی وقتہٕ چھُ حُکم نیران زٕ تاج المُلوٗک گژھنہٕ یُت جلا یہِ وطن کرنہٕ تہٕ تِمی ہُنٛز موج گژھِ شاہی محلس دِونہٕ

خاطرٕ تھوٚوٕ پیو۔ حکمن سۄد تاُمیل۔ بیاکھ چھ پادشہس یلاج کرنہٕ خاطرٕ بڈ بڈ
وید تہٕ حکیم آمتۍ۔ یلاجا چھُنہٕ کانٛسہ ہُندٕ تہٕ کارگر سپدان۔ موختصر آے تنجیم دان اَنہٕ
تِمو ووٚن زِ پادشہس ییہِ اُچھن گاش مگر کتھال چھُ۔ دۄہس پادشاہہ شہرارمس
منز چھُ اکھ باغا۔ تتھ باغس منز چھُ ناگ تہٕ ناگس منز چھُ اکھ پوش یتھ "گُلِ بکاولی"
دَنان چھِ۔ سُہ پوش اگر اَنہٕ ییہِ تہٕ تمہ اُچھن ڈالنہٕ ییہِ۔ تمہ ییہِ بنیہٕ گاش۔
سیٚتۍ ووٚن تنجیم دانو زِ یہ پوش حاصل کرون چھُ سیٹھا گرٹھ۔ بکیاز تتھ باغس تام
چھے دیوو تہٕ دَریٹھا کوٚمنز وتھ۔ خار زین الملوکن ژور نیچوِو چھ پوش حاصل کرنہٕ
خاطرٕ آمادٕ گژھان۔ فوجہ لشکرا تہٕ زسار وُزی نا چھِ سیتھ ہلان تہٕ ہیوان چھِ شہرار ریچ
وتھ۔ واتان واتان وٲتۍ یم اُکس جنگلس منز اَتہٕ اوس دورٕ اکھ خوش لوٚکٹ جوانا تِمو
ڈیٚٹھۍ ایار لشکر ایکان وُچھ سُہ سپد اکہ آنٛدٕ خوش تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھُ جنگلس منز یُش کالی
آبادی یاوُچھتھ حٲران گژھان۔ یہ جوان چھُ اکھ کاروانس نزدیکھ گژھان تہٕ اَتہٕ
چھُ کاروانکِس اُکس جوانس پرژھان زِ یہ کیا دلیل۔ تٔمی کنہٕ بیچھٕ اَدٕ تہٕ کوٚت
چھُ گژھن۔ موختصر چھُ یہ بوزان زِ زین الملوکس اوٚن ژٔ لراوٕ نہٕ خاطرٕ چھُ شہر
ارمس منز گژھتھ "گُلِ بکاولی" اَنُن۔ یہ پرژھیوٚن جوان اوس تاج الملوک،
اُمس کتھ روزتاب، یہ چھُ کاروانس سیتۍ سیتۍ پکان۔ مگر یمن چھُنہٕ پتہٕ "تاج الملوک"
آسنک پاس دوان۔ کاروان گو پکوٚنہ پکوٚنہ پکان تہٕ وٲتۍ فردوس شہرس منز۔

شہرِ فردوسس منز اَس بیسوا ناوی اکھ حسین کوٗرا۔ یتھ یہ شرط اوس تھووِمت
زِ یُس تمس نردس گندان گندان ہارناوِ تمس سیتۍ کرٕ سو نیتھر۔ شہزادو ییٚلہ یہ بوز تِمن
کتھ حالس روزٕ مول یاد۔ تِم وٲتۍ طمہن تہٕ لگو اکھ اکس پتہٕ بیسوا یہ سیتۍ نردس
گندنہٕ۔ یمن یہ حالا جادا سیتۍ اوس نہ لوگھ وارٕ وارٕ داوس تہٕ آخر ییٚلہ تِمو پننہٕ
بان تام داوس لاگی تِمو ہور بیسواہ سیتۍ تہٕ سپدی شرطہٕ مطابق بیسوا یہ ہندی غولام۔
بیاکھ چھُ تاج الملوک باین ہُندٕ یہ پتہٕ مولوم سپد تتھ کام کران۔ سُہ چھُ
بیسوا یہ ہندس محل خانس نیبر کنہٕ اُکس بچہ نش نوکری کرنہٕ چیتہٕ روزان۔ دوہا دوہا

چھِہ ژٲٹھان . یہِ تھِہٕ نیچہٕ نِشہٕ مولوٗم کران زِ بیسوایہ نیچہٕ بأتھۍ چھِنہٕ پرٛتھ کانٛسہٕ نزدیٖس منٛز ہارِ ناوان - یِمہٕ تیچہٕ چھُہ یہِ نیچہٕ نِشہٕ، کنیچہ ہُنٛد ژٕرٕک مولوٗم کران، تہٕ وارِیاہس کالس بعٔشنیچہ کرِتھ چھُہ بیسوایہِ سیٖتھہٕ نرد زیٚنِتھ سٲری ژھٔل ژیچھان . تاج الملوٗک چھُہ بیسوایہ نرد مٔنٛز ہارِ ناوان تہٕ آخرِ اُمِس نیٚنِتھ شریکِ حیاتھ بناوان . تہٕ تھِہٕ بیسوایہ پننِس گنٛڈ یومُت بأوِتھ روخصتھ ہیوان تہٕ شہرِ ارم کُن نیٖران ؏

تاج الملوٗک چھُہ لمان لمان واتان اکِس دیوٕ علاقس منٛز - اَتہٕ چھُہ گُلزارِ ارمِکِس منٛز ہٕدس پیٹھ اُمِس اَکھ دیوٕ کِس گنٛڈِتھ کھیٚنہٕ یِوان . مگر تاج الملوٗکن کیاہتام کارِ نیچہٕ چھُہ اُمِس جان نظمی کران . شہزادِ چھُہ دیوٕس سیٖٹھاہ خدمتھ کران - دیوٕ سُنٛدِس اَنِہ ہِنٛس مالِس کمہٕ کمہٕ ضیافژ تیار کران تہٕ دیوٕس کھیٚنہٕ دِوان . دیوٕ دیوٕ چھُہ گژھان یہِ چھِہ حضرت سُلیمان صابنہٕ واجہ ہُنٛد کُنٛ اَنگٕٹھ قسم منٛز تھاوِتھ دیوٕس پننِس بنس تہٕ گنٛڈِتھ باوان . اُتھی منٛز چھُس وَنان زِ مےٚ چھُہ گُلزارِ ارم گژھُن "گُلِ بکاولی" اَنُن . دیوٕ کیاہ کرِ . واد چھُہ گنٛڈ مُت کرِتھ زِ شہزادس واتنادِنہٕ کانہہ تکلیف . یہِ چھُہ کران کأم یہِ چھُہ پننِس اکِس دیوٕ دوستس سال کران . شہزادِ سُنٛد اَتھ چھُہ تمِس ضیافتھا کھیاوان تہٕ قسم تھاوِتھ چھُس وَنان زِ یہِ گژھِ "گُلزارِ ارمس" منٛز واتُن . یہِ دوٚسُس دیوٕ چھُہ مجبور گژھان تہٕ پننہٕ بیٚنہٕ "حمالہ" دیٚوِیہ چھِہ چِھٹھ لیکھِتھ شہزادس اکِس دیوٕس سیٖتھ روانہٕ کران - حمالہ دیٚویہ نِہ پیٚلہِ باسے سُنٛد خط وُچھِتھ - سہ چھِہ نہٕ کُنہ جائی منٛز وۄپیان - شہزادس گُوَن سیٖٹھا جان پأٹھۍ خاطرا - "حمالہ" دیٚویہ اُمِس کیٚتہٕ نام محمودا ناو اَکھ آدم ذاژ ا اَنی ہِش - اَمہ کوٗر تاج الملوٗکس اُمی سِے محمودس سیٖتھ کھاندر . کیٚنہہ کالا گژھِتھ چھُہ تاج الملوٗک محمودس پنُن حال باوان تہٕ سہ چھِہ حمالہ دیٚویہ عار اُنِتھ آمادہ کران زِ تاج الملوٗک گژھِ گُلزارِ ارم واتُن یِیتہٕ سُہ بکاوٕل پوش اَنہٕ . حمالہ گیہ مجبور تہٕ دِیاوُن دیوٕن اَتھ گگرن ہُنٛد یأتھۍ بکاولی ہُنٛدِس باغس تام زٔمینہٕ تَلۍ ہَد - اَمہ کوٗر اکِس دیوٕس حُکُم تہٕ وانٕہوُن تمی سُنٛدی دسی شہزادِ بکاولی ہُنٛدِس باغس منٛز . یِیتہٕ شہزادِ باغس منٛز واو یہ گو سیٖٹھا خوش تہٕ آخرِ پیٚلہِ اُمی ناگس منٛز پوش وُچھِتھ اُمِس کیٚتہ حالس

روزِہے تاب، اَمی اوٚن یہ پوشہٕ فورن تُرٹھِتھ تہٕ اَدر یور نظرا گُذرا کہ بتھ چھُ وُچھان بکاولہِ اَکِس پلنگس پیٹھ مَس نِنٛدرِ منٛز۔ اَمِس گوٚڈنی اَچھہٕ منٛز واَچ تہٕ لاعجٕنس پینٛنِس واَچ۔ تہٕ دٔراو پٔتیہ اَمی ہنٛد مُنٛدرٕ تہٕ ووت حمالہِ دِوٚیہِ نِش واپس۔

کینٛژن کالس حمالس نِش رُوزِتھ چھُ تاج الملوک محموٗدٕ ہیٚتھ گرٕ کُن نیران۔ روٗخصت دِنہٕ وِز چھُس حمالہِ پنٛنہِ اکھ مَس وال دِوان تہٕ دوٚہ بنس زِ یِیِلہ کُنہٕ وِزِ میانِ ضروٗرت پیٚیی یہ وال گرٕزِھم نارس کُن ہاوُن۔ مختصر یِیِلہ شہزادٕ تہٕ محموٗدٕ فردوسس منٛز بیسوا یہٕ نِش واتان چھِ۔ اَتہ چھُ تاج الملوک سارِنے غولامَن آزاد کرناوان مگر پنٛنِین ژورن باین چھُ غولام دارغ کرناوِتھ یلہٕ تراوناوان۔ اَمہ پتہٕ چھُ تاج الملوک محموٗدس تہٕ بیسوا یہ مال اسباب ہیٚتھ اَبی جہازس منٛز شرقستان سوزان تہٕ پانہٕ چھُ خشکی وَتہٕ نیران۔ واتان واتان یِیِلہ اَکِس جایہ ووت۔ اَتہ چھُ پنٛنِین باین وُچھان۔ یِم چھِ سٹھاہ پریشان تہٕ پراگندٕ زٕ وونی کُس بُتھ دِموٚ مائِس نِش۔ تاج الملوٗکس روٗد نہٕ تاب۔ تِمن ہووُن یِمن "گُلِ بکاولی" تہٕ دوٚپنکھ فخرٕ سان: "تُہنٛد طاقتھ اوسا یہ پوشہٕ حاصل کرنُس؟" اَتی چھُ یہ پوشہٕ اَکِس اَنِس پیٹھ اَزماونہٕ یِوان تہٕ مختصر چھِ یِم ژورِ باے اَچھ مِھِتھ تاج الملوٗکس پوشہٕ ہیٚتھ ژلان تہٕ دَوان گرٕ کُن۔ یِم ٹھاوی تو کھ گرٕ کُن پکنس سیٚتھاہ تہٕ یِیارٕ ی چھے" بکاولی" پنٛنہِ باغہٕ منٛز ہُشار گژھان۔ اَتہ نہٕ چھُ کُنہٕ پوشہٕ تہٕ نہٕ اَمِس پینٛنِو واچ۔ کینٛژن کالس وَدنا یوٗنا کرِتھ چھےٚ بکاوٗل ژوٗر ژنٛد پیٚے کڈنہٕ پانے نیران۔ پیٚچھ پتھ یِیِلہ سۅ شرقستان واتان اَتہ چھےٚ وُچھان پرتھ اَنٛد شادی یانے شادی یانہٕ۔ معلوٗم گژھیوُس زِ پادشاہس اوس اوٚن یتیم تہٕ نیچوو اوٚنہس پوشہٕ ڈالِتھ نو نظر گاشہٕ۔ یہ چھےٚ رُخ بدلاوِتھ پانس مرد بناوان تہٕ پادشاہس نِش رُوزِتھ پنٛنہِ دانائی سیٚتھ اَمِس خاص مُشیر بناوان۔ اَتہ چھےٚ بکاوٗل پانس فرخ ناو کران۔ پادشاہس نِش رُوزِتھ چھُنہٕ اَمِس کانٛہہ اَنٛدازٕ یِوان زِ یِم ژور شہزادٕ کیٚہ ہیکن گُلزارِ اِرمس منٛز واتِتھ تہٕ تتہٕ ہیٚکن دِتھ۔

خاٰر ... یِیارٕ ی کُنہٕ یِیِلہ تاج الملوٗکس عبان مُنس پیٹھ ووت شہ چھُنہٕ نارس کُن وال ہاوِتھ حمالس بُلاوان۔ پینٛنہٕ ماٚرتھ بوزناوِتھ چھُ حمالہِ پسنٛد فرمی یہ دیون اَتھ

تیتھۍ باغ تہٕ محل خانہٕ بناونٲوان یُتھہٕ زَن بکاولہِ اوس۔ اَمہِ پتہٕ چھُ دِلبر بیسواتہٕ محمودن دُم دامہِ سان اور واتناوان۔ ییٚلہِ زین الملوکن بوٗز زِ ہمسایہ جنگلس منٛز چھُ شاہی محل خانہٕ تہٕ باغ بناونہٕ آمت سُہ گَو پریشان۔ دِرہا چھُ بنان زِ تاج الملوک چھُ مٲلِس سال کران تہٕ اُتی چھُ یہ راز نوٚن نیران زِ مٔلہ تلہٕ چھُ یہ تاج الملوک ییمی سٕندِ زِیٛنہٕ پادشاہ اوٚن گیٚیوو تہٕ اَمی چھُ بکاولی ہٕنٛدِ بانہٕ ہنٛز پوش تہٕ حاصل کوٚرمُت۔ فرخ (بکاول) کوتاہ تاب کر۔ سُہ گیہ تاج الملوک، ڈیشتھ تمی سٕنز شکلہِ پیٹھ فریفتہٕ۔ ہُپارِ آیہ زَن ہمن ژون شہزادن رَب متھتہٕ۔ اَتھ منٛز چھُ فرخ، زین الملوکس روٗ کھسِتھ ہیتھ واپس ژلان تہٕ تتہٕ پیٹھہٕ چھِے سمن روپٔری اَتھہٕ تاج الملوکس چیٚھٹھ سوزان۔ تاج الملوک چھُ سمن روپٔری اَتھہٕ چیٚھٹھ ہٕنٛد جواب دِوان تہٕ سُہ ییٚلہِ بکاولہِ نِش واتان چھِے اَتہٕ چھِے حمالس گژھاو کران تہٕ موٚختصر اَموٚ سے اَتھہٕ تاج الملوکس پانس نِش واتناوان۔ اَتہٕ چھِ کینژن دوہن بکاول تہٕ تاج الملوک اَکھہٕ اَکس پننٛے راز باوان تہٕ یِہنٛدِس لولس چھُ وُتش لگان۔ اَتھ منٛز چھِے بکاولہِ ہنٛز موج جمیلہ خاتوٗن ہیٚرس وٲقف گژھان تہٕ زین الملوکس پیٹھ تتہٕ گژھتھ چھِے تمِس وُکرمنہٕ دانِس منٛز تراوناوان۔ تہٕ دوشوٕنوے ہاٗرٕ یانے فیروز شاہ تہٕ جمیلہ خاتوٗن چھِ مشوٗر گژھتھ پننہٕ کور قٲدِس منٛز بنٛد تھاوان۔

زین الملوکس چھُ واریاہ ہیبتہٕ دِوان۔ گرا دِوان تہٕ ژھیٹھا کن نِش یان موکلاوٕن ہیوان۔ تہٕ گراز نانہٕ ہٕنٛتھ شری زِوان۔ یہ چھُ اکس جنگلس منٛز واتتھ بکاولہِ ہٕنز پتر ہیٚنہٕ روٗح افزایہ اَکس دیوٗس نِشہٕ موکلاوِتھ اَنان تہٕ واتان چھُ یِم دوشوٕنوے شہر فردوس روٗح افزایہ ہٕنٛدِس مٲلِس مُظفر شاہس نِش۔ مُظفر شاہ چھُ پننہِ کور وُچھتھ سیٹھا شاد گژھان۔ موٚختصر چھُ تاج الملوکن راز موٚلوم گژھتھ پننِس بٲپس فیروز شاہس آماد کران زِ بکاولہِ تہٕ تاج الملوکس پانہٕ وٲنی نیٚتھر کرِتھ ہوٚمراوو یِہنٛز لولہِ منقلبہ ہٕنٛد جوش۔ فیروز شاہ چھُ بٲے سُندمانان تہٕ چھُ بکاولہِ تہٕ تاج الملوکس باضابطہ کھنٛدر کرنہٕ یِوان۔

تاج الملوک تہٕ بکاول چھِ دوشوٕنی شہر نگارین واتان تہٕ اَتہٕ چھِ اَکھ طلسمی

مس خانس منز نسان بسان۔ بکاولی چھےٚ پرتھ راتھ منز غایب گژھتھ یِندرانہٕ نس دربارس منز گیونہٕ تہٕ رقص کرنہٕ واتان۔ تاج الملوکس چھےٚ پے لگان تہٕ اکہٕ دوہہ چھِ بکاولہِ سیتی یِندرانہٕ نس دربارس منز رقص وُچھنہٕ گژھان۔ اتھی اتہٕ منز چھےٚ یِندراز شاہ تاج الملوکس المسمیٰ ٹھنگس منز شراپ دوان تہٕ بکاولہِ چھِ سنگلدیپ شہرس منز اکِس مندرس منز واتناوان یُتھ ورِ ہس نصف پانس کُنہِ بناوِتھ عذابس منز تھاوان۔ وارِیاہ کالہٕ گژھتھ پیٚلہ تاج الملوکس بکاولہِ ہُند نیب آوُ چھُ پتہٕ تتہِ اور واتتھ پیوان۔ دوہ ہس شہرس پھیرو نا نقورُن ناکرِتھ چھُ راتس بکاولہِ سیتی روزِتھ پنُن دِل ژھُنان۔ اکہِ دوہہ ہنیوو شہرِ سنگل دیپہ کِس راجہ چِترا سینہٕ کورِ چترا وت چھےٚ تاج الملوکس عاشق گژھان تہٕ اُمس سیتی کھاندر کران۔ تاج الملوک چھُ پننہ راتہِ مندرس منز گژھتھ بکاولہِ سمکھنس پتھ روزان کینہہ۔ چِتراوت چھےٚ یہ ژٕرژان تہٕ اکھ چھےٚ کوہس رُوزِتھ مالِس یہ راز باوان۔ چِترا سین چھُ اکہِ مندرس نوِتھ سمہ ستو تر کرناوان۔

مؤخصر چھُ اکھ زمینہ ژکنس، اکھ گردستا شنزِرٕ دوان۔ پیٚلہ شنزِرٕ پتھ اکھ تیل کڈاہ آو۔ گُھو ڈنیک ڈنگ چھُ یہ گرُدس پانس کھسوان۔ اُمس اوس نہٕ کانٛہہ اولاد۔ اکھ تیل کھیتھ نو رہتھ تہٕ نو دوہ آدا گژھتھ چھےٚ اُوسنہٕ کُر "بکاولی" یوان۔ تاج الملوکس پیٚلہ یہ خبر رِیٚژ سُہ چھُ خوش گژھان تہٕ پتہٕ تتھ بکاولہٕ ہیٚنیہ حاصل کرِتھ چِتراوت سیتھ شہرِ نگارین واتان۔ اکھ دوہ ہا چھُ بیان یِم چھِ مشہور کرِتھ فیروز شاہس تہٕ مشفق خانس عیال ہس سیتھ داد دِتھ کران۔ شہرِ نگارین واتتھ پیٚلہ ینٛزِرٕ دوہ ہہ سالرن وایس نیرن چھُ، بکاولی چھےٚ پننہ پیترِ ہیٚنہ۔ روح افزایہ مالس ماجہ سیتی رہہ خصتھ دوان تہٕ رژان چھےٚ اتھی۔ دوشوی چھِ یِم ساری ہُوو، بیسوا، بکاولی ییترِ ہاتہٕ عشرتا کران۔

اکھ دوہ ہا ہنیوو شرقیت تک وزیرزاد بہرام چھُ نگارین واتتھ اتہٕ دِرپچس پیٹھ روح افزا پرِ یہ نظر کڈان۔ بہرام گو روح افزایہ ہنز شکل وُچھتھ اُمس عاشق۔ نہٕ چھس نیندرِ کُنہ تہٕ نہ نیٚنہ۔ پیاری سکھریہ روح افزا گرہ۔ بہرامس کنہ روزِ ہے تاب تمو ہسا وسمن روپرِیہ تہٕ داتان داتان ووت شہرِ فردوس۔ روح افزا تہٕ

نش یام ووت سوٗ تہٕ کرٕ اٚمۍ سپٕند سۍ لولُت پھلوا۔ اٚکھر چھےٚ اٚمس جانورٕ شکلِ بناٚوِتھ یانس
برٚونٛہہ کنہٕ رٹان۔ مظفر شاہ تہٕ حُسن آرا (روٗح افزاہس ہٕنٛز موج) چھےٚ یہٕ قصہ بوٗزِتھ
بہرامس ناوٕ ہٕنٛزِ کرنُک انتظام کران۔ اٚتھۍ منٛز چھےٚ بکاوٗل واتِتھ ہیوان تہٕ بہرامس
چھےٚ ناوٕ ہٕنٛزٕ کرٕ ہِ کرنش بچاوان تہٕ پَتہٕ چھےٚ پننہٕ ینٛجنہٕ تہٕ پیٚترس ینتہ کنتہ ییٚتھ آمادٕ
کران زِ بہرامس تہٕ روٗح افزاہس گژھن یانہٕ واٚنٛز کھاندر سپدُن۔ یہٕ ییٚس منٛز مایہٕ زٕ کرنس
منٛز کامیاب تہٕ ییٚتھ یٚٹھی دِژن پننہٕ پتر بیٚنہٕ برٕ ہوٗزورۍ۔ اَتہٕ ییٚتھ روٗدۍ یم کُنہٕ رٕ بیتہٕ
وراٚسہ پتن پننہٕ جایہٕ عاشاعشرتھا کران۔

# داستانُک اکُر

یہ داستان کتہٕ آیہِ تہٕ اَمِیُک اصل کیا چھُ، اَتھ مُتعلق چھےٚ بیٚین بیٚین رِوایژ۔ اصغر گونڈوی تہٕ ڈاکٹر عبدالقادر سروری چھِ اَمہِ خیالُک زِ یہ قصہ چھُ پننہِ اصلیتکہِ اعتبارٕ خالص ہندوستٲنی مگر یُہند داوا چھُ ہنا سام ہیٚنٛس لایق۔ اَتھ قصس منٛز چھِ اکثر چیزہ ایرٲنی داستانن ہِنٛد انہار برونٛہہ۔ یکان تہٕ کردارن ہِنٛدہ اکثر ناو تام چھِ ایرٲنی۔ یتھس صورتس منٛز اَتھ خالص ہندوستٲنی وَنُن چھُ غلط باسان۔ یُوت تام واقعاتن ہُند تعلق چھُ بقول گوپی چند نارنگ "اَتھ قصس چھُنہٕ ہندوستانہٕ کُس کُنہٕ مذہبی، عوامی یا قومی واقعہٕ سیٚتھ واٹھ، تہٕ چھُ یہ کُنہٕ سنسکرت کتابہِ منٛز اَخذ کرنہٕ آمُت۔ اَتھ قصس ہیکوٚ نہٕ کُنہِ باتھو ایرٲنی داستان تہٕ وَنتھ۔ تکیازِ داستانہٕ کِس اَکس حصس منٛز چھُ ہندوستانہٕ چین لکہ کتھن ہُند اثر تہٕ نظر گژھان۔ دراصل چھُ واقعہ یہ زِ ییٚلہِ مُسلمانن ہِنٛز حکومتھ یور آیہِ، اَتھ نوٚو مخلوط تمدُن پیوٚ تھٲنہٕ، یتھ منٛز زیادٕ ایرٲنی رنٛگ اوس تکیازِ حکومتھ اَس ایرٲنی تمدُنہٕ کِس مُسلمانن ہِنٛز) ایرٲنی تہذیبُک یہ اَثر ییٚلہِ مقٲمی تمدُنہٕ کِس بُتھس خصوصت، اَتھ نوٚو انہار پیوٚ تھنہٕ یتھ منٛز قصن تہٕ داستانن ہِنٛد ایرٲنی رلہ ملہ وُٹھی سنگ دیُت۔ دۄن تہذیبن ہِنٛز میلہ مِشہ یمہ نوٗکہ کتھہ ڈلیلہ تہٕ داستانہٕ تھنہٕ پٲنیہ "گُل بکاولی" ہُند قصہ چھُ تِہُنٛز دلچسپ مثال۔" ——— واقعہ چھُ یہ زِ یہ داستان چھےٚ اَزیُک تام مختلف زبانن منٛز دٲیراونہٕ آمژ۔ تاریخی شہادتن ہِنٛز بِنا پیٹھ چھُ گوڈنیُک فارسی نُسخہ عزت اللہ بنگالی ین ۱۱۳۴ھ منٛز لیوٗکھمُت۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ یہے داستان مثنوی رفعت ناوی کتابہِ ہِنٛدِس صورتس منٛز بازر پیمژ۔ اَمی کتابہِ ہُند تریٚیُم ایڈیشن چھُ مثنوی فرحت ناوِ ذریکھنہٕ آمُت۔ اَمیُک قلمی نُسخہ چھُ کیمبرج یونیورسٹی منٛز موجود۔ اَمیُک مُصنف یاسہٕ فرحت چھُ شاید فرحت عظیم آبادی اوسمُت یُس، اِسحٰق عظیم آبادی

سُنٛد ژاٹھ چھُ اوسمُت تہٕ سنہ ۱۱۹۱ھ منز چھ یہِ ہمہ گٔنہ یومُت۔ اُردوٗ نثرِ تخلیقن منز چھے دکھنی مثنوی سارِنٕے ژٕھٹ۔ اَمیُک مُصنف چھُنہٕ معلوٗم۔ مگر یہِ تصنیف چھہ ۱۲۳۵ اتہٕ اکھ سٕتھ قدیمی نوسخہ چھُ بارٕوٗد خانہ اودھ چہ لائبریری منز اوسمُت۔ بقول گوپی چند نارنگ "شاید چھُ یہِ 'گُل بکاولی' قصُک سارِوٕے کھوتہٕ پرٛون نوسخہ۔"

دوٚیُم چھُ "مثنوی تحفہ مجلس سلاطین" اشرا انگزن چھُ دادا گورمُت زٕ یہِ چھُ بکاولی ہٕنٛدِس قِصس تصنیفُک تاریخ ناوِس سنہ ۱۱۵۱ھ یوان چھُ۔ مگر تصنیفکس ناوس چھُنہٕ یمن عددن سیتۍ واٹھ لگان۔

ترٛیُم اُردوٗ نوسخہ چھُ مثنوی گُل گشت منظوم یا خیابانِ ریحان۔ یہِ چھُ ریحانُ الدین ریحان ناوی شاعرن سنہ ۱۲۱۲ھ منز لیوٗکھمُت۔ تہٕ سنہ ۱۲۲۱ھ منز نظرِ ثانی کٔرتھ (۶۵۰) صفحن ہٕنٛد دوٚیُم ایڈیشن کوڈمُت۔ ہرتھ صفحس چھ ۱۵ اشعار۔

مذہب عشق چھُ بکاولی ہٕنٛد بیاکھ روٗپ۔ یہِ چھُ نہال چند لاہوری ین سنہ ۱۲۱۷ھ منز لیوٗکھمُت۔ یہِ چھُ عزت اللہ بنگالی سٕنٛدِ فارسی نوسخُک اُردوٗ ترجمہ۔ یہِ ترجمہ چھُ گل کرایسٹ صٲحبن فورٹ ولیم کالجہٕ چہ تحریکہ منز کٔرنووُمُت۔ اَتھ ترجمس کٔر فورٹ ولیم کالجکی رُکن شیر علی افسوس نظرِ ثانی تہٕ گوڈنیُک لٹہ آیہٕ سنہ ۱۸۰۴ء یس منز کلکتہ چھاپہٕ کرنہ اَمہ ترجمکی کاہ ایڈیشن چھہ برٹش میوزیمس منز رٔژھراونہٕ آمتہٕ۔

گُل بکاولی ہٕنٛد بیٚیُم اُردوٗ نوسخہ چھُ مثنوی گلزارِ نسیم یُس مشہور اُردوٗ شاعر دیا شنکر نسیمن سنہ ۱۲۵۴ھ منز کوٚر۔ نسیمہ سٕنٛز مثنوی ہٕنٛدۍ آکرچھہ۔ ریحان سٕنٛز اُردوٗ مثنوی خیابانِ ریحان تہٕ رفعت سٕنٛز فارسی مثنوی روزمرٕ۔

گُل بکاولی ہٕنٛد بیاکھ نوسخہ چھُ گُل بکاولی قلمی (منظوم) یُس محمد داؤد علی ناوی شاعرن سنہ ۱۲۶۱ھ منز لیوٗکھمُت چھُ۔ یہِ نوسخہ چھُ مسعود حسن رضوی ادیب سٕنٛدِس ذاتی کتب خانس منز لکھنؤ موجوٗد۔

"گُل بکاولی" قصہ چھُ انگریزی تہٕ فرانسیسی زبانن منز تہٕ ترجماونہٕ آمُت۔ گارساں دتاسی ین چھُ نہال چند لاہوری سٕنٛز مذہب عشق مثنوی ناوی کتابہٕ سنہ ۱۸۳۵ء یس منز فرانسی

خلاصہ لیوٚکھمُت تہٕ اَمہ پتہٕ چھُ مُفصّل تہٕ پوٗر ترجمہٕ اُمی مُصنفن ۱۸۵۸؁ یس منٛز لوٚکن بڑوشہ کنٛ ترٛوومُت یُس پیرسہٕ چھاپ سپُد۔

گل کرایسٹ صٲحبن انگریزی ترجمہ آو ۱۸۴۳؁ یس منٛز بارسس اُمی قصُک بیاکھ ترجمہٕ کوٚر ٹی، پی مینیولن (T. P. Manual) آر، پی، اینڈرسنن (R. P. Enderson) کوٚر ۱۸۵۱؁ یس منٛز اَمہ داستانُک ترجمہ۔ تہٕ ڈبلیو، اے کلاوسٹن (W. A. Clouston) کرِ مینیوٗل تہٕ اینڈرسنٕنٛ کرٕ دٕمتی ترجمہٕ پننہ ۹۴۵ of Easter Romances ناوٕ کتابہ منٛز شامِل یمہٕ سہ ۱۸۵۹؁ یس منٛز شایع سپٕز۔

گُل بکاولی ہُند بیاکھ انگریزی ترجمہ چھُ باوا چھجو رامن کوٚرمُت۔ یہ چھُ سیٚدٕ سیٚوٗد مذہبِ عشقُک ترجمہٕ یُس سہ نہال چند لاہوری سٕنٛز تصنیف چھےٚ۔ یہ ترجمہ سپُد ۱۹۰۳؁ یس منٛز لاہورٕ چھاپ۔

داستانِ "گُل بکاولی" چھےٚ پنجٲبی زبٲنی منٛز شیخ نجم الدین مسکین ناوٕ شاعرن اَپجٲومٕژ یُس سیالکوٹُک روزن وول اوس۔

ہِندی پاٹھٕ چھُ 'مذہبِ عشقُک' ترجمہٕ ریج سنگھ وَرماہن کوٚرمُت۔ تہٕ پننہٕ کتابہ چھُن "بکاؤسمن" ناو تھوومُت۔ اَمیُک سنہٕ تصنیف چھُ ۱۸۷۴؁۔ دیان نہال چند لاہوری سٕنٛدِ "مذہبِ عشقس" منٛز وَرتاوی میتس قصس جواب دِنہٕ کرِ عزت اللہ لیوٚکھ شاہ فقیر اللہ حیدر درنگی ین "قصہ رتناولی"۔

گُل بکاولی ہنٛزِ یہِ مُرٚجح پٕرِیہٕ کتھ اَمہ لوکن تار کھ راٗژن تہٕ پھچھہ لونٛین زوٚنہٕ راٗژن منٛز نیٚنٛدرِ تہٕ نیٚنہ گالان۔ اَدے آیہ اَرجیہ اَصلیتہٕ مُتعلق نوٚ نوٚ رِوایتہٕ قٲیم کرنہٕ۔ تہٕ واتان واتان وٲژ کتھ بکاولی ہنٛدِ کَھسہ وِنہٕ پٲرکہ یہ یاوِنہٕ پیچھ تیتھ پوشس تام یتھ بکُل ونان چھِ، تہٕ یُس یتھ کالہٕ اَچھ داۍن چھس بلایس اَکےٚ علاج اوس۔ اَمہ کس تٲریخی حیثیژ یتس کنٛ چھُ گوہ ڈنیچہ لنٛدِ سید احمد سعید دہلوی ینٛ "فرہنگِ آصفیہ" منٛز اِشارٕ کوٚرمُت۔ تہٕنٛد وَنُن چھُ زِ 'امرکنٹک' چھُ اَکھ گوٚن تہٕ خوفناک جنگل تہٕ اَکھ

جنگلس منز چھِ وُنہِ تہٕ قلعہٕ، باغ، حوض تہٕ مکانن ہٕندی نِشانہٕ موجود۔ مگر دٲلی زمین آسنہٕ
موجوب چھِنہٕ اَڈٕ تام وۄتھ۔ وَنان چھِ زِ پرانہٕ وقتہٕ اوس دکنہٕ اَکھ راجا راج کران
ناو اوسُس راجہ بھوج، یہ گوٚ پنٕنس لوکٕٹس نیچوِس تہٕ کوٗرِ ہُند یہ اَتھی غارآباد علاقس
کُن۔ وَنان اُمس راجہ بھوجس اُسی دربارس منز بٔڈی بٔڈی منجم تہٕ پنٕڈِت۔ تِم سٕگے
شہزادس سیتی تہٕ اَتھ علاقس منز بناوِکھ قلعہٕ تہٕ طلسماتی باغ۔ اَتھی وقتس منز زایہ
راجہ بھوجس اَکھ حسین کوٗر یَمہِ ہِنٛز "نربدال" ناو کوٚرُکھ۔ یِیلہِ نربدال بٔڈ گیہ
اُہنٛد گوو لٲئی یاوُنک مُشکہ ووت دور دور تام۔ سون بھدر ناوی اَکھ زبردس گوساٲنی
گوٚ اُمِس شہزادِ نادید عاشق۔ واتان واتان ووت گوساٲنی قلعس تہٕ دیکھ تہٕ رود اَتھی
سون بھدرن دیُت شہزادِ بکاولہٕ پوش اَتھ شرطس پیٹھ زِ اَتھ نِہ سۄد کرِ نہٕ کانٛسہٕ
سیتی کتھا اَندر۔ اَتھی اندر گییہ ڈیلا زِ اَکھ شہزادا گوٚ شہزادِ پیٹھ عاشق تہٕ دوشوٕنی اَسہٕ
چھِ دِل دِلے متھی۔ راجہ بھوجن تہٕ کوٚر اَتھ شادی دربار منظور۔ یِیلہِ شہزادِ گرِ ووت
تہٕ سون بھدر گوو ساٲنِس لوٚگ پتاہ۔ تٔس پھٹ دِل تہٕ کوٚرُن شہزادِ بددُعا زِ بکاوُل
ویسن آب بنِتھ پیر۔ اَمی دوہہ پیٹھ رود یہ دُری باو ویسہ وُن تہٕ "نربدال" ناوس سیتی
مُناسبت آسنہٕ موجوب پیو اَتھ دُری یاوس "نربدا" ناو۔

محمد عبداللہ قریشی صاٮ۟ب چھُ کُل بکاولی ہندِس سِلسلس منز اَکھ مقالہ
لیوکھمت یُس لاہورٕ "نقوش" ناوی رسالس منز جون ۱۹۵۸ء چھاپ سپُد۔ قریشی
صاٮ۟بُن وَنُن چھُ زِ یہ قصہ چھُ پوٗرٕ تہٕ پوٗر۔ وَنان چھُ ہِنٛزاہ وٲری بُرُونٹھ آو بکاولی
ایکسپلورنگے ادارٕ (Bakauli exploring association) قایم کرنہٕ
تمو کوٚر چھان بین تہٕ آخرس واتی اَتھ نتیجس پیٹھ زِ یہ چھُنہٕ محض اَکھ فرضی افسانہٕ۔
بکاولہٕ ہُند قلعہٕ چھُ اوسمت ہوشنگ آباد تہٕ امرکنٹک علاقس منز۔ یہ علاقہٕ چھُ
وِندھیاچل وادِ نمبلہٕ منز ہمیشہٕ آمُت۔ بکاولہٕ ہُند تلاو، مندر تہٕ فوارٕ چھُ یمہٕ سوٗتر
گٔژھتھ وُنہِ تہٕ موجود۔ اَتھ علاقس منز چھُے اَکھ پایہٕ پایہٕ ووٚتھمُت مندر موجود۔
یتھ "بکھا پتر پایہٕ" ہُند شکل وَنان چھِ۔ شاید چھُ یہ دِلبر بیسوا یہٕ ہُند محل خانہٕ اوسمُت

یمیتہ تمہ نٔرٛدس گنٛدان شہزادن بأژ تأرہنٛز اُس۔

محمد دین فوق چھُ پننس اخبار "کشمیری" یس (یُس لاہور نیران اوس) منٛز ۱۹۱۰ء یس منٛز لیکھان ز امرکنڈک چھُ ہیٛنٛدین ہُنٛد تیرتھ تہٕ نٔربدا دٔری باو چھُ اُتی نیران۔ برۄنہہ کُن یکھتہ چھُ سوٚن تہٕ نٔربدا دٔری یاون ہنٛز وادی یتھہ اندٕ پکھی اکھ گوٚن جنگل چھُ۔ تہٕ اَتھ چھُ وُنیہ تہٕ بکاولی ہُنٛد باغ دَنان۔ اَتھ جنگلس منٛز چھ لیٛدر رنگہٕ پوش وُنیہ تہٕ پھولان۔ دۆیان چھُ زِ یمن پوشن ہُنٛد عارق چھُ اچھ وادہ باپتھ آب حیات۔ یِتہٕ چھِ ریوایتھ زِ بکاولی ہُنٛد اصلی گُل چھُنہٕ ووٚنی اَتہ موجود تہٕ یہ لیٛدر پوش چھُ وارِیاہس کالس بکاولی نٲوِ رۄزِتھ۔ یتھ موجوب اَتھ منٛز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ خاصیژ ضرور موجود چھے۔ محمد دین فوق صابنس بیانس چھ تمہ وقتکی دیوان دربارکی اُڈمہ بار حکیم رحمان علی وکیلن "تحفہ خان بہادر" ناوِ کتابہ منٛز تصدیق کورمُت۔ یِتھے پاٹھی چھِ بکاولی متعلق بیون بیون ریوایژ۔ یمہ منٛز چھا کینہہ اکھ اگر پیٚشہ کٔن چھُ یتھ گرٛزھان ز اصل قصہ چھُ ہندُستانی تہٕ یتہ چھُ دشمن تمدُنن ہنٛدہ اثرن اَتھ فارسی خولہٕ خط دیتمُت۔ یتھ چھُ زِ کینژھا آسہ پوز تہٕ۔

# نعمہ صابنہ گُل بکاولی ہُند

## لسہ خانس تہ عبلہ شیخس سیتۍ مقابلہ

گُل بکاولی ہُند قصہ کاشراونس منز چھُ نعمہ صابس برونٹھہ لسہ خان اسلام آباد تہ تحصیلی پُلوامہ کہ ڈرُہ بہ گامہ کر حکیم عبلی شیخ صابن تہ قلم تُلمُت۔ یمن دوو نوٛنی بُزرگن ہنزٕ کتابہ چھے چھاپ سپدیمژٕ۔ حکیم عبلی شیخنہ کتاب چھے لسہ خان نہ گُلِ بکاولی برونٹھہ نور محمدن دین محمدی پریس لاہور چھاپ کٔرمژٕ۔ اَتھ منز چھ کُل ۱۶۱۶ شار۔ یمن منز مثنوی ہندہ پنتھہ ۱۰۲ شار تہ تمہ علاوٕ غزلہ عبلی شیخنہ نیچو محمد شیخن لیکھمتۍ چھ تہ یتھہ پاٹھۍ چھے محمد شیخ تہِ یتھ کتاب اَندوٚ اتناومژٕ۔ لسہ خانہ گُلِ بکاولی چھے کُل ۲۵۳۴ شار اَمہ بجایہ چھے نعمہ صابن قصس داریاہ زیچھر دِتھ تہ داستان —

زیون لگنچن منز اَندوٚ اتناوِمژٕ۔ یمو علاوٕ چھ علی شاہ ہرل تہ اسد پرین تہ گُل بکاولی ہُند قصہ نظموومُت۔ علی شاہن چھُ قصہ باعتبارِ مثنوی اندر تورمُت۔ پیٹھہ زن اسد پرین اَتھن وژنن الگ الگ لگنچہ ناو کٔرتھ اَمہ قصکۍ کینہہ واقعہ حرف بہ حرف نظمٲوِمتۍ چھ۔ علی شاہنہ مثنوی اَتھس منز نہ ییتہ موکہ چھُنہ تتھ پیٹھ ہیوٚ تمن مثنوین سیتۍ موازنہ کرنہ یوان۔ صرف چھُ علی محمد شہباز علی شاہ سٕنزِ زندگی تہ ادبی کامہ متعلق اکس مضمونس منز تمہ سٕنزِ گُل بکاولی مثنوی ہُند سنہِ تألیف درج کران۔ اَمیک تذکرہ سپد برونٹھہ کُن۔

بحر: نعمہ صابن چھے گُلِ بکاولی متقارب مثمن مقصور یا محذوف بحرِ منز لیچھمژٕ۔ یمکۍ ارکان فعولن فعولن فعولن فعل یا فعول چھ۔ تہ لسہ خانن چھے بحرِ ہزج مسدس محذوف یا مقصور ورتاومژٕ۔ ارکان چھس مفاعیلن مفاعیلن

فعولن یا مفاعیل۔

عبلہٕ شیخن چھےٚ مثنوی لیکھان لیکھان بحرِ وَرتاوُنس منٛز یہ خامی زٕ شہ چھُ اُڈی قیصہٕ بحرِ ہزج مسدس محذوف یا مقصورس (مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل) منٛز لیکھان تہٕ اُڈی قیصہٕ چھن متقارب مثمن مقصور یا محذوف بحرِ منٛز تارِتھ ہیتھ۔ امیُک وجہ چھُ یہ باسان زٕ تس چھُنہٕ اَکس نشستہٕ منٛز لیکھِتھ مَتہٕ ہیٚچ بحر دویمہٕ نشستہٕ وِز زٕ ہتس آسمٕژ آسان۔ تمی چھس کُنی بحرِ ورتاونس منٛز فرق روزِ ژھہ صفحہٕ ۱۴۱ ہس پیٹھ چھُ شہ لیکھان ؎

کران روٗف تہٕ پھیران ہِنی تمے داٗدِ کر    کران روٗف چھےٚ اَڈِین غم تہٕ اَڈِین شادی
بکاوَلی اَمی ہیتھے پاٹھِن وَدانی    کنین چاکھ اَسی گژھان جگرس تَرانی
ہتو دِلدار دُشوار پیوم دوٗرہر    یتم زوٗ جان یادِن بو وَندے ہر

ہمن شارن چھِہ مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل ارکان۔ تہٕ امہٕ پتہٕ چھِہ یِم شار ؎

وَدِل لاٗنی ژوٗرن اَنم ہاے ہاے    یتم یار در دیدہٕ کرٕ ہے بو جاے
مےٚ رود عاشقن آرام کتہٕ بیٚہ ٹھہم    گوٗووے کیا ملالہٕ ژٕ کیٚا روٗ ٹھہم

امکی ارکان چھِہ فعولن فعولن فعولن فعل یا فعول تہٕ بحر چھس بحرِ متقارب مثمن مقصور یا محذوف۔ ییتھے پاٹھی چھُ اکھ بحرِ منٛز صفحہٕ ۱۵۴ تہٕ ۱۵۱ ہس پیٹھ لیکھان ؎

چھِکِتھ لال جوہر تمن جا بجاہ    گدا تہٕ یتیم گئے تتکی پادشاہ

۔۔۔۔۔    ۔۔۔۔۔

مےٚ ژٕ اُوِتھ ژٕ چھِہ کورا سے بیوفا    شُبیا چون یارس کرُن یتھ جفا
ژٕ ئے بیٚندراز شاہ میشانہ کھسہٕ تہٕ عزیز    مےٚ ژٕ اُوِتھ ژٕ چھِہ کونہ روٗدے تمیز

قہرمان شاہ ہشنز کور گلزار پری ہنٛد تاج الملوک بکاولہ نش واتناونُک سوٗرے قیصہٕ چھُ ژھوٚ یہ تہٕ جہٕن شارن منٛز اَنِتھ اَکھ بحرِ منٛز ورتاونہٕ آمُت۔ ییٚلہٕ زن مثنوی

---

؎ یہ پیہم چھُ نعمہ صاحبس صرف شن شارن منٛز گوٚمُت۔ وُچھو دوٚدرم لُند صفحہٕ ۵۱۹ دویم سطر۔

ہُنْد بیشتر حِصہ چھُ بحرِ ہزج مُسدس محذوف یا مقصوٗرس منٛز تارنہٕ آمُت۔ علی شاہ ہٕنٛدِ لُن تہٕ چھےٚ گُل بکاولی بٲیتہٕ ناوٕنس منٛز لسہٕ خانٕنۍ پٲٹھۍ بحرِ ہزج مسدس محذوف یا مقصوٗر ورتاونہٕ۔ مثال چھےٚ ؎

بہ شرقستان شہرا اوسس دِلجو ۔۔۔ بسان تتہٕ پادشاہا اوسس خوش خو

خدایَن بوٚ رنگارنگ شاد کوٗرمُت ۔۔۔ بہ فضلِ خود سیٹھا آباد کوٗرمُت

ترٛ ونےٚ مثنوی یہٕ پٔرِتھ چھ اَتھ نتیجس واتان زِ لسہٕ خانٕن، نعمہ صابَن تہٕ عبلی شیخَن چھُ "مذہب عشق" نظرِ تَل رٔٹِتھ یہٕ قصہ کٲشرِ وومُت۔ شیخ عزت اللہ بنٛگٲلی سُنٛد فارسی "مذہب عشق" تہٕ چھُ زیرِ نظر رٔٹنہٕ آمُت تہٕ اَمیُک نہال چند لاہوری سُنٛد کوٗرمُت اُردو ترجمہ تہٕ چھُ یمَن ترٛنٕوٕنی ہُنٛد قصٕک آگُر بنان۔

سببِ تصنیف۔ لسہٕ خان چھُ کتابہ ہٕنٛدِس سببِ تألیفس منٛز پننہٕ مثنوی ہُنٛد آگُر "گُلستانِ بقا" زانٛنِتھ پننۍ مثنوی تمہ کےٚ ترجمہٕ ہاوِتھ دِوان مگر مظفر عازم چھُ جنوری ۱۹۵۸ ہکس تعمیر رسالس منٛز "گُل ریز اور گُلِ بکاولی" تقابلی مطالعہ مقالس منٛز وَنان زِ عبارتھ نظرِ تَل رٔٹِتھ چھ لسہٕ خانٕنۍ مثنوی دراصل "مذہبِ عشقُک" ترجمہٕ۔ لسہٕ خان چھُ لیکھان ؎

بہ عشرت خانۂ دِل شوق یُس پیو ۔۔۔ بہ گردَن نٲلِ عشقُک طوق تَس گوٚ

وُچھم اُردوٗ کِتابا پُرٕ حسابا ۔۔۔ عجب روشن مآبا انتخابا

چُھو بُستان تتھ گُلستانِ بقا نام ۔۔۔ زِمستانِ خزان شرمندٕ ناکام

مےٚ گوٚ یژ شوق زیٚن گُفتارِ خوشبو ۔۔۔ بہ کشمیری زبان زیبا کرَن بو

بہ نادانستگی خامی خیالات ۔۔۔ زِ بے علمی وٕنۍ مےٚ ہیٚتھ کمالات

کوٗرُم آغاز یتھ بر نامِ باری ۔۔۔ بلا شکہ سُے چھُ کاسان غم تہٕ خاری

عبلی شیخ چھُ پننہٕ مثنوی ہُنٛد وجہِ تصنیف درج کران وَنان ؎

کِتابا اکھ مےٚ ڈیٹھم لفظِ ہندی ۔۔۔ مےٚ تمہٕ کیٚن مانیَن منٛز گیہ مہٕ بنٛدی

سعہ کمۍ تام صاحبَن وٕنۍ منٛز بہ ہُرٛبی ۔۔۔ چھُ لیوٗکھمُت تمۍ مےٚ کُنٛہ از علمِ عربی

سِٹھاہ عشقن تٔمِکۍ کورٕمُت سۭتۍ تاثیر  تۄرٕ ہیُوٗت مے وَنُن مانے بہٕ کشمیر
گرِن نال لاگۍ تھٕے شُم چھکھ درائنۍ  وۄچھِتھ تی خرٕ یدار داٚرِتھ گژھانۍ
مِثالِ آن گوٚمُت چھُس تیُوٗت ناوان  بہٕ بازارِ عشق چھُس زوٕ لاران
چھُ شارُک شور رٔٹن سایہٕ آدم  بہٕ پاسِ سالکان سۭتۍ کاستم غم
رُفیقا چھُم قریبا اہلِ سُنت  تمۍ یارن سۭتۍ یِتھ کُن ہاونم وتھ

عبلی شیخ یُودوے کنہٕ خاص کِتابہٕ ہُنٛد تذکرٕ چھُنہٕ کران۔ یِہ سعہ کتابہ تمۍ ہِندی (اُردو) پاٹھۍ نظرِ تل رٔٹِتھ تذکرٕ کورمُت چھُ۔ تمہِ مُتلق یہ وَنُن زِ تمہ کتابہ ہُندک بناون والی چھِنہٕ یہ اصلی عربی پیٹھٕ تارِخ۔ خار یوتا مُتھ عبلی شیخہ نہ مثنوی ہُند توٚرُت چھُ یہ چھِنہٕ برابر "مذہب عشق" کا اشرادنہٕ آمُت۔ تکیازِ اتھ منٛز چھِہ ساری واقہٕ تمۍ ترتیبہ درج کرنہٕ آمتۍ۔

نعمہ صاحب چھُ وضاحتہٕ سان لیکھان زِ شیخ عزت اللہ بنگالی سُنٛز فارسی کتابہ کرٕ لاہورکو (نہال چند لاہوری) کمو نام صاحبن ہندی (اُردو) پاٹھۍ نثرس منٛز ترجمہ سے ترجمہ وُچھ مۍ نہٕ زِ شیخ عزت اللہ بنگالی سُنٛز فارسی تخلیق۔ نعمہ صاحب چھُ کتابہ ہُنٛد سبب تصنیف یِتھہٕ پاٹھۍ لیکھان ؎

چھُ راوی زِ بنگال ذوالاحتشام  لقب شیخ تس عزت اللہ بنام
چھُ تمۍ فارسی پاٹھۍ کورمُت بیان  مُفصل یہ قصہ بہ شیرین زبان
زِ لاہور اکو صاحبن تتھ نثر  بہ ہندی چھُ کورمُت زبان مختصر
دِلے فارسیک سۭتۍ وُچھنہٕ نقل  کرُم ہندیس نظمن اندر شکل

اتھ سیتی چھُ آغاز داستان کران وَنان ؎

چھُ راوی لیکھان شہرِ پُربس اندر  حکومت کران اوس شاہ بہ فر
بہ عدل و شجاعت سخاوتھ تمام  سُہ مشہورِ آفاق بو نیک نام
زِ عدلش رعایا تتِکۍ شاد اُسۍ  ہر گونہٕ آباد و آزاد اُسۍ
تمس ناو مشہور زین الملوک  بہ شاہانِ عالم تمِس بو سلوک

تٔمِس ژور فرزند والا گہُر    عطا اُسمو از ایزدِ داد گر
دلیر و جوان مرد ہُشیار اُسی    بہ علم و ہُنرہا خبردار اُسی
بہ ہوٗن و عطایاتِ ربّ الناس    تٔمِس پنٛژمِس زاو فرزندِ خاص
بہ حسن و و طلعت چو تابندہ ماہ    فِرون تارکے ماہ کُس ہیوٗ شہ گاہ
شہ حسن و شمایل تُشند نازنین    وُچھِتھ در بلغل دستِ نقاشِ چین
بڑونیھ کُن چھُ وَنان سے
نجومان اُنِکھ حاضرے بارگاہ    وُچھِکھ طالعِ شاہزادٕ چھُ کیاہ
ترازوے اُنٛجم کڈِکھ اپستاد    یکایک وُچھان روٗدی تم اوستاد
وُچھِکھ علم تنجیم اندر حساب    سراسر پھِرِکھ تہٕ پھِرکھ سوٗے کتاب
وُچھِکھ طالع تا عبد آری تٔمِس    ہم اندر جہان شہریاری تٔمِس
کوٗرِکھ ناو تاج الملک تس بہ غور    تِہمو اضطرابس اندر وُچھ ژھو پور
کوٗرِکھ عرض شاہس یہ شہزاد چھُن    بہ شاہی زِ ماہ تا بماہی چھُ گروٗن
چھِنے دولتھ نصیبہٕ اُمِس بے شمار    بنے جن و انسانَنے شہریار
دلیران دیرینہ رستم تہٕ سام    اُمِس نشہٕ تم ہرد شوٗبن غلام
میٚسر تٔمِس آسہ تیٚتھ سیم و زر    مُقابلہ آسِس نہٕ کانٛہہ تاجور
تہٕ در باغِ عالم گُل تازٕ چھُے    بہ مُلکِ پرستان پرٕ آوازٕ چھُے
اگرچہ یہ رُت اوس در ہر ہزار    ویکن چھُ گوٚب بر شہے نامدار
پیٚیے اکہ قباحتھ بہ طالع چھِنے تس    تِمیُک رنج و آزار وارا شہس
بہ عینی نظر یام شاہن شہس    تٔمِس کُن پیٚیے تہٕ ڈلِس ہوش جس
زِ بینا گژھے پادشاہ ناووہمید    بہ یکدم گژھن چشمہ شاہس سفید

عبلہ شیخن چھُ آغازِ داستان بیان کران نعمہ صابنہٕ کھعہ تہٕ اختصارس کام میٚشر مِشہ۔ واقہٕ چھُ میوٗہ مگر عبلہ شیخ چھُ زین الملوٗکس صرف زِ نیچو ہاوان، تہٕ تِہنز پتہ چھُ تاج الملوک زیوان۔ حالانکہ اُتھ داستانس منز چھِ پرژھِ اُتھ زیس سلس

ژورو نیچو یو پتہ تاج الملوکن زیوٚن ظاہر کوٚرمت۔ عبدلؐ شیخ چھ آغاز ییتھ
پاٹھو کران ـــ

ییتھے پاٹھن کران راوی کتاباہ | سپدا بوڈ در پوٗرب زین الملک شاہ
تمام پادشاہ تمس اُسہ باج دیوان | سُہ سارنی پادشاہن پیٹھ حکمران
سخاوتھ سے کرانی اوس دوہ راتھ | سخاوتہ روٗس تمس اوسے نہ اکھ ساتھ

بُونٹھ کُن ئکیتھ چھُ وَنان ـــ

خدایَن اُسُو تس دِتی یتو نہ فرزند | سپدا تم شُوبہ دِنی اُسہ کیا خردمند
پھولہٕ دِنی تم گولاب زن نو بہارس | گژھان اُسہ روز و شب سیارس شکارس
کران اُسہ عائش عشرتھ می بہمدم | چھ پزتھ کاٗنسے پتے بر شادی و غم
دوہا اکہ پادشاہ اوس در عدالت | کران اوس حکمرانی تہ سخاوتھ
سپدا خوش تہٕ خرم سے اوس پانہ | خبر داران خبر آئی محلہ خانہ
دوہن شاہس دُرا دُروے نہ دُر دان | سُہ از صدف کلان زن ماہ تابان
مُبارکھ چھے دِیتے فرزند ژیے ذاتن | ہیکے تاریف کرتھ تس کرِ صفاتن
خبر سوے پادشاہن بوز یا منتھ | سپدا کُر خرچ تمی کیا مال و دولتھ

ییتھ پاٹھو چھے نعمہ خدائے بنس تہٕ عبدلؐ شیخہ نس بیانس منز ییڑے فرق
میوان نہ عبدلؐ شیخ چھ تاج الملوک زینہٕ نِژونہٕ تمی سُند صرف نہ بانے گُنزران۔
ییلہٕ زن نعمہ صاب بیٚین مثنوی لیکھن والین ہندہو پاٹھو ژور بانے چھ گُنزراوان۔
لسہ خانن چھ داستانک آغاز پموشارو سپنہ کوٚرمت ـــ

بہ ہینگونہ کران راوی ریوایتھ | وَنان از عشق دیرینہ حکایتھ
بہ دُنیا اوس شاہا شہسوارا | بہ شرقستان معظم تاجدارا
بدین خوبی تمس زین الملک نام | منور اوس تمی شند جاہ و اکرام
بہ این اقبال از داد خداوند | ہونہ مند اُسہ تمی سے ژور فرزند
بہ علم و عقل ییٚژ زیرکھ تہٕ دانا | جوانمردی اندر بلکل توانا

اُنهي اندر دُنيت سه ذاتن بيا کھ فرزند ‌‌ قمر صُورتھ مُشڪ مويا ارجمند

سڀئي زيبا بدن خوبان آفاق ‌‌ گوائيت خورشيد تنهو ڇي ادس مُشتاق

بڙو تنهن کُن ڇھ خان صاحب فورماوان ـــ

ٿھوڏُن شهزادي تاج الملک نام ‌‌ سڀئي خوش ته هئيون چُون فرخنده جام

اُنهن دانا مُنجم ئيڙ خرد مند ‌‌ به عِلمِ خود سڀئي اُسي هونر مند

تاج الملوڪ سندي سڀڻا تاريف ڪرڻ پُٺه ڇھ مُنجم پادشاهس ڏنان ـــ

به حشمت چيئن هُمتا ڪانهه به دُنيا ‌‌ به عظمت آسه چُون جمشيد و دارا

قبا حشمت چپس مگر تا چند ساله ‌‌ به عهدِ خود سالي باڪماله

ٿُئي بيهڙا اي پادشاه باڪمالات ‌‌ يمن ڏرين مُضر آهي سُند مُلاقات

لسه خان ڇھڻ پُٽيئن تاج الملوڪس مائس بيهڙ مُضر آسنس ڏخفا حفه ڪران، بيئله زن نعمه صاحب اُته ڪنهه ڇھ واس ڪُڏٺه ڏنان ز يوّدوي تاج الملوڪس بيهڙ بينس مائس زين الملوڪ نظر پُٽيه سُه (مول) گڙهه اوّن.

بکاوليه هندس باغس منز تاج الملوڪُن واقه ڇھ عبلي شيخ پيهڙ يا ٺھو بيان ڪُران ـــ

مِيانِ شب سُه پيو در باغ وائه تتهه ‌‌ دُچھن ڏڊهروان نهکي رتم اُسي شوُنگهه

دُچھُن باغا عجائب ڪيا زبر اوس ‌‌ دوان ڏئني زير و بالا هر طرف اوس

مِيانِ باغ ڏيو ٺھُن گنبدا جان ‌‌ طلا ڪار از زمرد اوسس شوُبان

بيئي تنهو دُچھنه رنگا رنگ گل و ناگ ‌‌ هئيرُن تتهه ناگي بيهڙ نامدته زاگ

دُچھُن در حوض کھوسا ڪيا طلا ڪار ‌‌ سُه گل تتهه منز دُچھن تتهه ڇھ شمار

سُه کھوسا پوش تنهو تُل دوهن اُتهن بيهڙ ‌‌ يکائي گو سُه هُدي بيهڙ تچن ووه ٺه

فکر ڪرُ شهزادن چمنه بلبل ‌‌ يه کھوس درڪار ڪينتر ها چمنه بلبل

سُه کھوس تتهه ناگي منز ترائو ٿهي آو ‌‌ سُه نمي نمو تر ليهه تتهه هدي اندر زاو

تنتُت وائه تتهه پئيس فڪرا ڇھ همسوس ‌‌ چمنه مردي يه پوش نين يا نُيئني کھوس

وُچھِن نےٚ بو ہٕرِمی روزِ ہم ستےٚ اَرمان — نتہٕ سے گم کرِتی مرِدن ہنٛزے کان

محل خانہٕ اَندر اَژِتھ کیٛا سپُد شہزادس تتھ چھُ شیخ صاحب یتھہٕ پاٹھۍ وۄٹھ کھنےٚ کران ـہ

دوٗپُے شہزادہٕ نےٚ وۄنی بو کرے کیٛا — گرٕ ژھن نزدِ بلا پانےٚ رَوا چھا

بڈونیمٕ کٕن وَاٹیتھ چھُ وَنان ـہ

رِیٖن انگشتری تس زورٕ از دست — ژھۄٹِن ماوِھن پنٕنۍ مخفی ژھۄٹِن تس

ژوٚلے سُے ژوٗر ژوٗرے یُد منٛز ژاد — تہٕمس حمالہٕ دیٛوس نےٚ نِش پیٛر ژاد

یوٚہے واقعہ چھُ لسہٕ خان بڈٕ جان پاٹھۍ تہٕ شاعرانہٕ اسلوبہٕ سان یمن شارن منٛز پیش کران ـہ

قدم آہستہ تُرِوُن در گلستان — گُلن ہُنٛد اوس بے شکھ سُے پرِستان

زمین از سرچو آہمیں چار دیوار — مکین بہتر بہ گلہائے طرحدار

جرِتھ دیوارٕ بے لعلِ یمانی — وُچھتھ جوہر فروشن دِل برٛمانی

چمن پوشو ہرِتھ آمت چھُ در جوش — کمن گوشن بہتھ ہوشس کران بوش

باغکہ تاریف کران کران چھُ لسہٕ خان پٔتٕ پاٹھۍ اَمہ باغچہ خوبصورتی ہنٛز عکاسی کران تہٕ حوضس منٛز پوشکہ تاریف چھُ یتھہٕ پاٹھۍ کران ـہ

میانِ صحن حوضِ آبِ کوثر — بہ نقاشی کرِتھ ہر سو مدور

دران چشمہ گُلِ خوبی نمایان — منور از ظہورِ او گلستان

... ... ... — ... ... ...

وُچھتھ تاج الملوک گُل شاد سپُن — چو بلبل از قفس آزاد سپُن

گڈٕتھ جامہ وۄتھے از چشمہ گُل — بشوقِ دِل دوان در بر رۄٹِن گُل

اوٗنُن گُل تہٕ کرِن در دِل تمس جاے — زآبِ چشمہ بیرون کڈِ نہٕ تمہ پاے

... ... ... — ... ... ...

ازان پس ژاو اندر تتھ مکانس — وُچھِن بہ جوٗرِ تمہ کے منٛز جہانس

اَمہ پتہٕ چھُ لسہٕ خان وُہن شارن منٛز بکاولہ ہنٛدِ حسنکہ تاریف کران۔ یہ زن چھُ شیخ شبلی

یا تہ کرِتھ چھُنہٕ ہیوٚکمُت نتہ چھُس اختصارُس کامہ ہیوٚترتھ۔

نعمہ صاحب چھُ تاج الملوکُن بکاولہِ ہِندِس باغس منز واتنُک نظارٕ سیٹھا وضاحتہٕ سان نہ مبالغہ آمیز تاریف کرِتھ پیش کران۔ ییلہِ شہزادس دوچھُ باغس منز واتناوان شہزادٕ چھُ اَتہٕ وُچھان ؎

وُنیتھ ییٚمی قدم تروو شاہَن دراز — ہیتن باغ چھاوُن بہ عیش و بہ ناز

یوان شاہزادس چھُ اندر نظر — زمین سعہ سنٛز چار دیوار زر

بٕروٚنہہ کُن چھُ نعمہ صاحب وَنان ؎

جواہر گُلین موکھتہٕ سگے باسن چمن — اویزان درختان ز و چھے گرون

زٕ تووٚہن شارن منز چھُ پیٚچھ پاٹھی نعمہ صاحب باغکو تاریف کرنہٕ پتہٕ شہزادس حوضس نِکھ واتناوان یتھ منز پوش چھُ۔ نعمہ صاحب چھُ فرماوان ؎

عجب ترٕ وُچھن آبس اندر گلاہ — وُچھان در تحیرٕ سپُن پلکلاہ

دوٚپن چھُنہٕ در عمرو جمعت یہ پوش — مے آو پوشہ نے نیوٚ دِنکٕ حال و ہوش

زٕ فرحتھ دِلے تمو پوٚرُن یا مجیب — نَصْرٌ مِّنَ اللّٰہِ وَفَتْحٌ قَرِیب

چھُ بے شک یوٚہے آں گُلِ نامور — چھُ یُس در جہاں مشتہر بحر و بر

پوشکہِ تاریف کران کران چھُ بٕروٚنہہ کُن یِکھتہ شہزادٕ وَنان ؎

اَمی پوشہ نِشہ بو کوٚرس در بدر — تمُ کوٚت تکلیف رنج و سفر

... ... ... ... ... ... ... ...

بہ حوضے اندٕ وُن گوشہ مردانہٕ وار — اوٚنُن گُل تٕرِٹھتھ کھوٚت چو گُل برکنار

اَمہ پتہٕ چھُ پوشکہِ تاریف موکلاوِتھ زٕ تووٚہن شارن منز مکانکو تہٕ بکاولہ ہِندِ پینگلو تاریف کران۔ آخر چھُ اَتھ نعمہ صاحب قصس زیچھر دِتھ گوڈٕ تاج الملوکس غزلہِ منز بکاولہ ہِندی تاریف کران تہٕ یوٚتُس یِتھ نتیجس پیٚٹھ واتناوان زِ سُہ گٕنڈِ اَمِس اَتھ منز واٚنج۔ نعمہ صاحب چھُ لیکھان ؎

کرِتھ مصلحتھ بادلِ خوشترین — گنڈِن تس زٕ انگشت انگشترین

مُبدُل ہیٚنہٕ وٲرِج لٲجِن تٔمِس — زِ فُرقت وٕنِس نارٕ ناٲرجِن تٔمِس
دوٚپُن بَس نِشانہٕ پیٚتے عاشقَن — زِ عذرا وِدارِخ ہیٚتھ کرِن وامِقَن

اٲخرچھُ یہٕ واقہٕ یاسنے باغَس منٛز اَژنہٕ پیٚٹھٕ تورٕ نیرنَس تام کُل دوشتَن شارَن منٛز وضاحتھ کران۔

تٔنوٕے صاحب چھِ واقہٕ بلکُل ہیوٚہ بیان کران۔ صرف چھُ عبلی شیخ بیانس منٛز یہٕ دُپی زِ تہٕ کیٚو تجوٗسی کران۔ تہٕ برعکس چھُ نعمہ صاحب یتھ کانٛہہ واقہٕ شاعرانہٕ رنگارنگی سیٗتۍ جرنیچ کوشش کران یمہٕ سیٗتۍ قصہٕ زیچھر چھُ لبان۔

عبلی شیخ لوٗدوٕے لسہٕ خانَس تہٕ نعمہ صابَس بروٗنٹھ چھُ مثنوی لیکھان۔ اَما پوٗز تٔمی یٚنٛز مثنوی منٛز چھِنہٕ فارسی زبانٕہ ہُنٛز تیٚژ غلبہ گی ییٚژ زَن لسہٕ خان تہٕ نعمہ صابنہٕ مثنوی یہٕ منٛز دٔرینٛٹھ یوان چھِ۔ نعمہ صابن ۱۹۴۷ہٕ پتہٕ مثنوی مُکمل کرنہٕ باوجوٗد چھے تٔمی یٚنٛز زبان فارسی آمیز۔ یتھ پٲٹھۍ چھُ نَنان زِ تٔمِس چھُ فارسیس پیٚٹھ جان عوٗبور اوسمُت۔

علی شاہ ہَرِل چھُ داستانُک آغاز یِمو شارو سیٗتۍ کران ؎

بہٕ شرقستان شہرا اوس دِلجو — بُسان تتہٕ پادشاہا اوس خوش خو
خسہ دایِن بو رنگارنگ شاد کوٚرمُت — بہٕ فضلِ خُدا سیٹھا آباد کوٚرمُت
سیٹھا عادِل تہٕ رعیتھ پروَرا اوس — سخا میرا شہ احسان گسترا اوس
دیاٗنی اوس تَس زین الملک ناو — سیٹھا خوشرو بصد فرخندہ خرچ او
دوہا اَکھ گو بہ فضلِ حق تعالا — میانِ محلہٕ خان زاو شاہ والا
تَمیُک اَکھ شاہزادہ پاڑ نیکو — سیٹھا خوش شکل خوش رو یوسمن بو
شہنشاہ گو نہایتھ خوش تہٕ بوزتھ — ... ... ...
ییٚلے شہزادٕے فرخندٕ فر زاو — تٔمِس تاج الملوک ہتھو نشرٕ ناو
اَنِکھ منجم زٕنِٹھ ساری بہ یکبار — وُچھو توہہِ طالع ایں فرخ آثار

علی شاہ چھِنہٕ باقے مثنوی لیکھن والین ہِندی پٲٹھۍ یہٕ تذکرٕ کرنہٕ کران

ہُنٛد بیشتر حصہ چھُ بحرِ ہزج مُسدّس محذوف یا مقصوٗرس منٛز تارنہٕ آمُت۔ علی شاہ ہریوٗلن تہٕ چھےٚ گُلِ بکاوٗلی بأتہٕ نادٕنس منٛز لسہٕ خانن پأٹھۍ بحرِ ہزج مسدس محذوف یا مقصوٗر ورتاوِمٕژ۔ مثال چھےٚ ؎

بہٕ شرقستان شہر اوس دِلجو — بسان تتہٕ پادشاہا اوس خوش خو
خُداین بو رنگارنگ شاد کورمُت — بہٕ فضلِ خُدٕ دسیٹھا آباد کورمُت

ترٛٚنوٕے مثنوی یہٕ پرِتھ چھُ اَتھ ہنٛزِ بجس واتان زِ لسہٕ خانن، نعمہ صائبن تہٕ عبلی شیخنن چھُ "مذہب عشق" نظرِ تل رٹھِتھ یہٕ قصہ کأمشروومُت۔ شیخ عزت اللہ بنٛگالی سُنٛد فارسی "مذہب عشق" تہٕ چھُ زیرِ نظر رٹنہٕ آمُت تہٕ اَمیُک نہال چند لاہوری سُنٛد کوٗرمُت اُردوٗ ترجمہ تہٕ چھُ یمن ترٛٚنوٕنی ہاہٕ ہنٛد قصک آگُر بنان۔

سببِ تصنیف۔ لسہٕ خان چھُ کتابہِ ہنٛدِس سببِ تألیفس منٛز پننہِ مثنوی ہُنٛد آگُر "گلستانِ بقا" زأنِتھ پننِس مثنوی تمہِ کےٚ ترجمہٕ ہأوِتھ دِوان۔ مگر مظفر عازم چھُ جنوری ۱۹۸۵ء ہکِس تعمیر رسالس منٛز "گُل ریز اور گُلِ بکاوٗلی" تقابلی مطالعہ مقالس منٛز ونان زِ عبارتھ نظرِ تل رٹھِتھ چھُ لسہٕ خانن مثنوی دراصل "مذہب عشقُک" ترجمہ۔ لسہٕ خان چھُ لیکھان ؎

بہٕ عشرت خانۂ دِل شوق یُس پھو — بہٕ گردن نالی عشقُک طوق تُس گو
وُچھم اُردوٗ کتابا پرُ حسابا — عجب روشن آبا انتخابا
چُھ بُستان تتھ گلستانِ بقا نام — زِمستانِ خزان شرمندٕ ناکام
مےٚ گوو یژ شوق زیٖ گُفتارِ خوشبو — بہٕ کٲشرِ زبان زیبا کرن بو
بہٕ نادأنستگی خأمی خیالات — زِ بے علمی وونِم مےٚ ہیٚتِھ کمالات
کوٗرم آغاز یتھ بر نام باری — بلاشک مےٚ چھُ کاسان غم تہٕ خأری

عبلی شیخ چھُ پننہِ مثنوی ہُنٛد وجہِ تصنیف درج کران ونان ؎

کتابا اکھ مےٚ ڈیٖٹھم لفظِ ہندی — مےٚ تمہٕ کین مانین منٛز گیہِ مہِ بنٛدی
سُہ کمہٕ تام صاحبن وٕنی مژ بہٕ پرٛبی — چھُ لیوٗکھمُت تمہٕ مےٚ گُدٕ از علمِ عربی

سیٹھا عشقن تمکو کوٚرنم سےٚ تاثیر — توٚے ہیوٚت مے وُنُن ماٚنے بہ کشیر
گرٕن نال لاگ تھےٚ سُم چھکھ دراٚغنی — وُچھتھ تی خر پٹار داٚرِتھ گژھاٚنی
مِثالِ آن گوٚمُت چھُس تیوٚت نادان — بہ بازارِ عشق چھُس زوٚرِ لاران
چھُ شارُک شور رٹن سایہ آدم — بہ پاسِ سالکان مے کاستم غم
رٕفیقا چھُم قریبا اہلِ سُنت — تمی یارن مےٚ یتھ کُن ہاوُنم وَتھ

عبلی شیخ یوٚدوے کُنہِ خاص کتابہ ہُنہ تذکرٕ چھُنہٕ کران۔ یہ ہے کتاب تمی ہندی (اُردو) پاٹھی نظرٕ تل رٹنک تذکر کوٚرمُت چھُ۔ تمہ متعلق یہ وُنُن زِ تمہ کتابہ ہنٛدِ کہ بناون واٚلی چھےٚ یہ اصلی عربی پیپٹھ تامرٕ۔ فاٚر یوٚتامتھ عبلی شیخہ نہ مثنوی عشق توٚلُن چھُ یہ چھےٚ برابر "مذہبِ عشق" کامتراد نہٕ آمرٕ۔ تکیاز اتھ منز چھ ساری واقعہ تمی ترتیبہ درج کرنہٕ آمتو۔

نعمہ صاٚب چھُ وضاحتہٕ سان لیکھان زِ شیخ عزت اللہ بنگالی سٕنز فارسی کتابہ گُل لاہورکی (نہال چند لاہوری) کُو تام صاحبن ہندی (اُردو) پاٹھی نثرس منز ترجمہ کُے ترجمہٕ وُچھ مےٚ نہ زِ شیخ عزت اللہ بنگالی سٕنز فارسی تخلیق۔ نعمہ صاٚب چھُ کتابہ ہنٛد سببِ تصنیف یتھہٕ پاٹھی لیکھان ؎

چھُ راٚوی زِ بنگال ذوالاحتشام — لقب شیخ تس عزت اللہ بنام
چھُ تمو فارسی پاٹھی کوٚرمُت بیان — مُفصّل یہ قصہ بہ شیرین زبان
زِ لاہور اکی صاحبن تتھ نثر — بہ ہندی چھُ کوٚرمُت زبان مختصر
دٕلے فاریک سےٚ وُچھنہٕ نقل — کرٕم ہندیس نظمن اندر شغل

اُتھو سیتی چھُ آغاز داستان کران وَنان ؎

چھُ راٚوی لیکھان شہر پٕرُبس اندر — ہوکومتھ کران اوس شاہ بہ فر
بہ عدل و شجاعتھ سخاوتھ تمام — سُہ مشہورِ آفاق بونیک نام
زِ عدلش رعایا تتھ شاد اُسو — بہر گوشہٕ آباد و آزاد اُسو
تمس ناو مشہور زین الملوک — بہ شاہانِ عالم تمس بوسلوک

تمِس ژور فرزند والا گہر    عطا اُسو از ایزدِ داد گر
دلیر و جوان مرد ہُشیار اُسو    بہ علم و ہُنرہا خبردار اُسو
بہ عون و عطایاتِ رب الناس    تمِس پنجمیس زاو فرزندِ خاس
بہ حسن و وطلعت چو تابندہ ماہ    فرِدوں تارکۍ ہارکُس پیوسہ گاہ
سہ حسن و شمایل تُسُند نازنین    وُچھِتھ در بغل دستِ نقاش چین

بڑونہہ کُن چھُ ژنان ے

نجومان اُنِکھ حاضرے بارگاہ    وُچھِکھ طالعِ شاہزادس چھُ کیاہ
ترازوے اُنجم کڑکھ اُستاد    یکایک وُچھان رۆدۍ رتم اوستاد
وُچھِکھ علم تنجیم اندر حساب    سراسر بپھِرکھ تہ پھِرکھ سوے کتاب
وُچھِکھ طالع تا عبد آرہی تمِس    ہم اندر جہان شہریار ہی تمِس
کوٗرکھ ناو تاج الملک تس بہ غور    رتمو اضطرابس اندر وُچھ ژوپور
کوٗرکھ عرض شاہس یہ شہزادۍ چون    بہ شاہی زِ ماہ تا بماہی چھُ گردون
چھُنے دولتھ نصیبہ اُمِس بے شمار    بنے جن و انسانن شہریار
دلیرانِ دہرِ پینہ رُستم تہ سام    اُمِس زنشہ رتم ہرد شوبن غلام
میسر تمِس آسہ تیتھے سیم و زر    مُقابلہ آسِس تہ کانہہ تاجور
یہ در باغِ عالم گُل تازہ چھُنے    بہ مُلکِ پرستان پرٚ آواز چھُنے
اگرچہ یہ رُت اوس در ہر مزار    ولیکن چھُ گوب بر شہہ نامدار
پیہے اکھ قباحت بہ طالع چھُنے تس    تمیک رنج و آزار وادا شہس
بہ عینی نظریام شاہن شہس    تمِس کُن پیہے تہ ڈلس ہوش حس
زِ بینا گژھے پادشاہ ناوومید    بہ یکدم گژھن چشمہ شاہس سفید

عبلی شیخن چھُ آغازِ داستان بیان کران نعمہ صابنہ کھوۍتہ اختصارس کام
ہیمژ مژ۔ واقعہ چھُ ہیوہ مگر عبلی شیخ چھُ زین الملوکس حرف زِ ہیچو ہاوان، تہ
رنمن پیتہ چھُ تاج الملوک زیوان۔ حالانکہ اکھ داستانس مژ چیہ پرژھہ اُتھ زیبسلہ تس

ژٕ تے روٗستے بہٕ کر تھاوٕ خالی گرٕ
بجز یار زندان چھُ اے دلبر

غرض شاہزادٕ سپُن لاجواب
ہیوٗتُن تس وَنُن قصہ یے انقلاب

دوٚپُن تس مے چھُم ناو تاج الملوٗک
دوٚپُن مالی شُند ناو زین الملوٗک

شہنشاہٕ شرقستانُک پدر
لیکھتھ اوس اندر قضا و قدر

بناگاہ چشمن تمس گاش سور
بہ تقدیر بازی نہ کانٛسے قوّہ زور

حکیمو، طبیبو کرٕ تھ اتفاق
علاجا کوٚرُکھ تس ژوٚلُس نا مُحاق[1]

در آخر دوٚپُکھ منجمو ایں چنیں
اگر کانہہ پرستان گژھے بلیقین

ز باغِ بکاوٗل پری آنہٕ گُل
پیس گاشس چشمن چو بانگِ دُہل[2]

پہ کیتھ بوزٕ تھ ژن دراے اِخوان[3] مَن
پرستانہٕ آنو گُلِ ترجمن[4]

بہ سامانِ شاہی بہ عیش و بناز
دریہ شہر پیٹھے وآتی تھ سرافراز

کران سعی اندر علاجِ پدر
گمتو بے خبر از قضا و قدر

بہ تقدیر یتھ جایہ تم ارجمند
بہ شطرنج بازی سپنو پاے بند

گرفتار کرٕ ہوٚکھ ژٕ تے تم چار کس
گوٚنُکھ مال گے بستہ اندر قفس

پیتے بو تمن دراس زینِ مُدا
اَنَن ژھانڈ دیتھ گُل بہٕ فضلِ خدا

بہٕ تے دراُمتُن چھُس یہ ایں آرزو
شہ گل ژھارنے بوز بے گفتگو

بہ باغِ بکاوُل بہٕ آنن شہ گُل
شہ بلبل گژھے خوش وُچھتھ روےٕ گُل

ازان پس ژٕ تے سپتین بہ دلِ شاد شاد
کرٕ عقدٕ پیوند تی چھُم مُراد

مبادا اگرچہ بہ نوعِ دگر[5]
ہنن پانن مارن بہ اندر سفر

یہ بوزتھ بہنی بیسوا اشکبار
بصد زار وونُس اے غمگسار

گژھکھ کوت عذابس اندر مُبتلا
چھہ اندر پرستان الا صد بلا

ژٕ تے چھے نا کُنن ناہہ گوٚنتے اسے رنگار
ہشنگہ اسہ ہی آسہ تھکھ شرمسار

---

۱) آنہر ۲) اعلانیہ۔ ننہ وانہ ۳) میانی بائے ۴) گُلِ بکاوُل ۵) اتھ برخلاف

اگر آسہ ہی کینہہ تمیک ژسے عیان[1]
تہٕ کر آنہٕ ہنکھہ ایوا سخن بر زبان

ہوائی چھہ ہژدہ[2] ہزاراں پٔری
نگہبان پہ باغ بکاول پٔری

پھٔپھہ پاٹھو ہژدہ ہزار از جنان
چھہ پہ گرد آں باغ پہر زنان[3]

بزیر زمین تتھ نگہبان چھہ موش[4]
بصد ہوش پہر زنان با خروش[5]

پرندہ[6] تہٕ چھنہٕ جانوارن مقر
چرندن درندن تہٕ تتھ کنہہ گذر

گژھن تور کُن کانسہ جوٗر تہٕ چھنہٕ
دیون تہٕ پرینن ہنشد تہٕ طاقت چھنہٕ

چھنہٕ سہل باغ بکاول گژھن
اَتِن تور گو مرگ خود خود یژھن

دوٗیم شہزادن شنو[8] اَے عزیز
زہر پینہ چھے آدمی با تمیز

منوشس چھہ طاقتھ عطا از خدا
کڈان سٗے شکستہ دلن ہنشد مدا

خلیلس[9] کورُن فضل در ہر نفس
سپٕن نار نمرود گلزار تس

تعجب چھہ کیا از عنایات حق
دریں باب یُد وٗے دِم تُہے سبق

بہ این قد کوتاہ[10] بہ عون خدا
بہر گونہ حاصل گژھیم مدعا

تہٕ آسہ کُن مہ گژھ تہو دلس منز خیال
بہ انسان چھہ کیہ دیوس ہنشد مجال

بنی آدمس ذیت خدائے شرف
زِ انسان سپین دیو بدِ ہو تلف

بہ فرعون سپن قہر رب الجلیل
ابابیلوے[11] کالی اصحاب فیل

ہہ زانِو تہٕ کمزور کوتاہ غریب
ز روباہ[12] شنو یک مثال عجیب

ونہ لو ساتیو چھس طلب کار سے
عطا کر او تم چاو تم سپے بہ پتہ

ازاں سے گژھیم فرحت اندر نفس
چھہ روباہ کران بستہ سہہ در قفس

---

[1] ظاہر [2] اَرداہ سام [3] پٔہر دِوان یا سنے راچھ کران [4] گگر [5] شور شر سان [6] ووڈن [7] روز ریچ جاسے [8] بوز [9] حضرت خلیل الرحمان [10] اژھو ٹھ قدئیتیتھ کمزوری [11] اشارہ بہ سورۂ اَلم تَرَ [12] پوژھ لوو.

# سہس تہ برہمنہ سُنز دلیل

کتابے اندر یمی چھُ راوی لیکھان     دیان اوس شخصا بہ جنگل پکان
ز آہنٕ[1] دُ چھُن پنجرا اکھ گرُتھ     تتھ اندر سہا بستہ تھوومُت کرُتھ
گومُت خستہ آسہ بستہ شیرِ نرٕ ین[2]     خبر کوٗت کالا گومُت ہمبرٕ[3] پن
پھُٹمُتھ زِ تمِس دراس از بہرِ آب     دُپھُتھ برہمنس روٗدنا آب و تاب
خوداتَرسی بوٗ مردِ سادہ مزاج     ہیوٗ تن تس کرُن برہایی علاج
زِ پنجر کوٗرن قفل و زنجیر دوٗر     رہا شیر کرُدوٗن تہ پُدوٗن سُروٗر
زِ پنجر بیلے دراو آں شیرِ نرٕ     ژٕین تاے زنگن کوٗڈٕنہ واسشا زبر
چھٕینن ترٕیش مأراب و دِلشاد گوٗ     تجُبن ووٗدٕ یامتھ سہ آزاد گوٗ
پتس انگہ پکان برہمنس نیشہ آو     بہ آیمِن خود گورشھنے دُیتِنہ تاو
سعیے برٕاہمن پنجہ کرُدوٗن دراز     دوٗپُن تس کھیمتھ ژٕوٹھ چھُم چوٗن ماز
دوٗپُس تمہ یہ چھا چوٗن انصاف و داد     معاوض بہ نیکی بدی ہُند فساد
سہہَن دوٗپ تمِس میوٗن مذہب چھُ یہے     بدی تس کرنی یُس کرِ ہم نیک مے
دوٗپُس برہمنن کرَ تہ گوٗ حوصلہ     دوٗپُس تمہِ بیٚیس نِشہ پرژھو فاصلہ
دوٗپُس برہمنن چھُم مے منظور تی     امیٚتک فاصلہ یُس ژٕہے بیا کھا وٕنی
پکان گے سہہَن اکھ درخت[4] دُچھُن     تکِس نِش گرُٕ ونجھتھ تتھ درختس پرژھن
مے نیبسھ کوٗر ایحسان یمہِ آدمن     معاوض بہ نیکی دیان چھُس کھمن
دوٗپُس گُلہ بلا شک چھُنے تی میأنی راے     اُمِس خوٗن ہارُن رٹُن زیرِ پاے
بٕ چھُس برسرِ راہ گُلا سایہ دار     کران پرٕتھ اکھا زیرِ سایہ قرار

---

۱ شیستر ۲ طاقتور سہہ ۳ پتھے پاٹھو ۴ کُل.

کرِتھ خواب و آرام روزِتھ فراخ — دوٚپتھ تھوٚد مےٚ پھِٹران چھُم اکھ بِشاخ
معاوِضن بہٕ نیکی کران چھُم ستم — وُچھِتھ تمہِ گُنہٕ واتہٕ کھیوٚن لایٕقن
دوٚپُس برٛہمنن پزٕ چھیٖنہٕ چانی راے — کوٚرِتھ شیرِ شُندے طرف ہاے ہاے
بیہن دوٚپ تمِس نزدِ دیگر گژھو — تمِس نِش اَمیک فیصلا اَسہِ پرٛژھو
بہ ناچار برٛہمن تمِس سیتۍ دراو — بہٕ وحشت دِلس لوٚگمتے آمہٕ تاو
زِ جنگل یکان برسرِ راہ واتۍ — پیٚٹھ فیصلہ کرٛٲمتین آیہِ کیاہ تۍ
وَتے نِش سیہن کوٚر تمیک استدا — دوٚنس برٛہمنن حالِ خوٚد مدعا
وَتے شیرِ شُندِس بیانس فروغ — دُیتن تمہٕ کوٚرُن آدمی شند دروغ[1]
دوٚپُس برٛہمنن کیاہ چھُم آمہٕ کے سبب — مبدل بہ ایحسان کراوُن لقب[2]
وَتے برٛہمنس دوٚپ مےٚ کُن گوش تھاو — یُہنٛد حال باوے تمیک ہوش تھاو
رہِ راس چھس پرٛتھ اکھا چھُم یکان — زِ ٹھوکر زِ تکلیف آدامہٕ سان
اَندس واتۍ تھَن از نشیب و فراز — کران حق ادا چھُم زِ بول و براز[4]
کران خستہٕ چھُم از عبوٗر و مرور[5] — وُچھِتھ تمہِ گُنہٕ واتہٕ مارُن ضرور
سیہن برٛہمنس دوٚپ چھُم کیاہ چون پاے — کھینس پیمہٕ پیٛنہٕ متفق ہر سہ راے
دوٚپُس برٛہمنن وَتھ چھےٚ چانے وَتے — یہ پیٚتھ فیصلہٕ دوہنی بہ مانے کتے
سیہن شور کوٚر تس دوٚپُن وۄ گژھ — اَمیک فیصلہٕ ترٛاٚ قلس[6] نِش پرٛژھو
گژھتھ ترٛاٚ قلس نِش کرو حال حال — عمل تتھ کرو اَسہِ علی الکل حال
ازان بعد ہرگز بہٕ چھوٚرتھ نہٕ کر — مےٚ چھُم بیہ چھِ تجمیز[7] انصاف کر
تبناچار برٛہمن یکان دِل دوٚنیم — توکل کرِتھ بر خداے کریم
یکان شیرو برٛہمن بہم اتفاق — چھُہ خوش شنود سیہ برٛہمن اندر محاق[8]

---

۱ اَتھ زور ۲ اِبرز ۳ ظُلم ۴ پیشاب ۵ گندگی ۶ ترٛاٚٹھے عاقل
۷ ادا ادا ۸ ژمیامت۔

قضارا اسمٕکاہ روبہا اکھ ژمن
پرژھو کونہٕ آمہٕ چھے دوٚپکھ برہمن

پیہن ھتو منظور کوٚرہس سوال
دٕریں باب کر فاصلاے اشغال

فریقانٕ نیٚشہِ بوٗزتھ بیان
دوٚپکھ تمہٕ شہٕ پنجرٕ بہٕ وُچھ ہا عیان

زٕ برہمن یوان چھم سہٹھا تاجیا
رہا کوٚرمُت آمہٕ آسہٕ یُتھ شیرزانہ

پیہن دوٚپ تمِس بوزِ چھُ کوٚرنس رہا
دوٚپُس لٕہٕ بہٕ مانے نہٕ ہرگز بہا

بہٕ یوت تام چھُسمو وُچھن نا قفس
زٕ فاصل بوٚکھارنام اکھ نفس

گژھان بوٚز اَپُز موقہٕ چھے پیٹھ سر
وُچھتہ موقہٕ بوٚ فاصلا اکھ کر

پیہن دوٚپ تمِس یکھ بہٕ ہاوے سوٚ جاے
بیٚتیت آسو مہتی بستہٕ چھم دست پاے

گژھتہ پنجرس نِش پیپِہ ہر کُشا[1]
لہس ہوو شیرن سہٕ زندان قفس

دریں پنجرا او سُمت چھُس بہٕ بند
دِ آسہٕ فاصلا یُتھ گژھو شادمند

تعجب کرِتھ لہٕ کلس کوٚر نہٕ خم
دوٚپُن اسے خداوند والا حشم

قدیمُ[2] بہٕ چھُس بندہٕ چھے شہریار
یوان چھُمنہٕ کینہہ اکھ کہتے اعتبار

جُسم ژہٕ سے ہیوٚ شیرِ نر زورمند
دٕریں پنجرہ او سُں کہتہٕ پاٹھو بند

غرض چھُم سہ انسہٕ شاہ شیرِ نر
ژٕ کہتہٕ پاٹھ ما تکھ دٕریں پنجر

بہٕ پشیمان خدا یانہٕ وُچھ ہا سہٕ حال
آزاں بعد گرہا اَمیک انفصال[3]

یوان بوزہٕ چھُم سہ مشکل یہ کار
کرِتھ مثل خارج بہ اسے شہریار

کہا طاقت ایں شکستہ دروٗن
اکھ اندر ژہٕ او سکھتہٕ گودٕ نکھ برژن

آزیں گفتگو شیرِ چھے طیش آو
بہٕ خشم و قہر پنجرس منز سہٕ ژاو

لہس کُن دوٚپُن وارٕ تسلیم کر
پیٹھے پاٹھو اوسسے بر زقرای اندر

دوٚپُس تمہٕ اکھ اندر وُنے شکمس چھُم
فقط سے آسُن چون اکتہ منز دُچھم

پیہن دوٚپ تمِس وارٕ تحقیق کر
آزاں پتہٕ اَمیک فاصلا ٹھیک کر

---

۱؎ ترنوے ۲؎ یتہٕ پیٹھ ۳؎ فاصلہ

اِشارا کوٚرُن بٕرہمنَس کُن لٔہی ۔ اٚمس دست و پا بَستہ بنیہ کرٕ صحیٖ
بہ دستوٗرِ سابق یہ کرتَن ژٕ بہت ۔ کرُن پوٚز اَپُز چھُم سراٗیہٕ دٕنہٕ
ییٚم پرٛژھ بلا شک یہ شیرِ شریر ۔ درِپی پنجرہ او سمت پھٕژھے اسیر
اَزاں بعد منصف ژٕیے فاٗ صل دِپی ۔ کری حکم شیرس تہٕ خوٗناہ چیٖپی
ییہِ دوٚپ چھُ بیشک کراں میٲنی رٲے ۔ دوٚپُن برٛہمنس بستہٕ کر دست و پاے
نہٕ چھُس تشنہٕ لب تہٕ سپھٕژا چھُم میٚے جوٗ ۔ بہٕ ہرگز کرَے نا بیٚیس کُن رجوٗ
بفرمانِ روباہ تمیٚ برہمنَن ۔ کرُن دست و پا بستہٕ شیرس بہ فن
کوٚرُن بستہٕ محکم تہٕ از پیشتر ۔ دوٚپُس لٔہی اَمیٚک بستہٕ درواز کر
کوٚرُن بستہٕ دروازٕیے پنجرہ ۔ دوٚپُن برٛہمنَس نیر گژھ دونی گرہ
چنین دشمنِ جان تہٕ اوٚن یلہ ۔ ینہٕ دستہٕ پانَس ژٕژٕن گوٚ گلہ
پہنٛژ وَتہٕ ہمیٚ در پیش نیر تہٕ گژھ ۔ زِ دشمن رَہا گوٚ کِہ پھٕژھے ناژٕیے پرٛژھ
وچھان ییہ چھُ اَندر قفس روٗد بند ۔ دوٚنُن سوے روباہ اَسے ہوشمند
دِ اَتھ فاٗصلہ تہٕ اوٚ ناوُم یلہ ۔ یہ تراوُن نہٕ ہرگز کٔڈس بہٕ چھلہ
دوٚپُس لٔہم شاہا عذرگستار معاف ۔ اَمیٚک فاٗصلا داتہٕ یِمی صاف صاف
اِلا اے خردمندِ روشن نفس ۔ نظر کر تہٕ بر شیر و روباہ قفس
خبردار پھٕژھے پتھنہٕ کرہَن رَہا ۔ یہ شیرِ [۲]نفس لاگتھس روبہا [۴]
یلہ پتھنہٕ کرہَن تہٕ ایں شیر تہٕ ۔ بجان بٔلی کر پھٕژھے دین و ایمان خطر
وچھُن رہبرا منصفا دادخواہ ۔ ازیں دشمنِ جان رٹیھی در پناہ
غرض سوے دلبر دِنُن اے نگار ۔ قوی ہیکلس [۵] کیا چھُ دونی اعتبار
بہ آں قد کوتاہ بہ عقل و شعوٗر ۔ کوٚرُن روبہن زیر شیرِ غیور [۶]
میٚے امید چھُم از خداوندِ پاک ۔ گژھم حل بہ مشکل بلا ترس و باک

---

[۱] جستجو [۲] نمن [۳] نفسک ییہ [۴] روباہ ۔ لوٚہ ۔ [۵] طاقتور دلو [۶] غارتہٕ وول

# باقے داستان

غرض شاہزادن دوٚپُس غم مہ بر / مے کینہہ چھُمنہ پروا نہ رنج و خطر

بہ فتح و ظفر با مرادِ دلی / ژٕ ییٚ ژٔنس داتہٕ اَسے دِلبرٕ با وٕلی دٕلی

زبند و نصیحت یہ بوٗزِتھ مے ژٕنش / بجا اَنز ژٕ تتھ کرٕتھ نہ سرزٕ ژٕنش درا

مدارا کرٕتھ تس وُونُن اے نگار / ژٕ کل کرٕتھ بیہہ بہ صبر و قرار

صبر تلخ اَمین[2] دیرپن چھُے / بہ آخر تمیک میوٕ شیرین چھُے

دولو ساقیو وُنی کمنس کرٕ شتاب[3] / براہِ سفر چھُم مے پا بر رکاب

بہ لطف و ترحم کرٕ م پروٚری / بہ جامہ ہدایتھ کرٕ م رہبری

## تاج الملوکُن پسواپہ رخصت ہیوٚن تہ پرستان نیرُن

درین گفتگو شاہِ مشرق پگاہ[4] / بہ مغرب زمین گو بہ آرامگاہ

بہ بیداری شب درخشندہ ماہ[5] / نیبر دراو باصد ہزاران سپاہ

شہنشاہِ عالی و والا تبار / شبس روٗد بیدار با دوستدار

سہ شب کوٚرتھ ادا بہ سوز و گداز / ونُن داستانہٕ پنُن دوٗر و دراز

ییلے صُبحُک شاہ گردون سپہر[6] / زِ ظلمات نیوٚن دراو رخشندہ مہر

بعالم کوٚرُن نورِ خود آشکار / سیاہی تارکی ہینز سعہ لشکر فرار

شہنشاہ عالی و والا ہمتھ / بران یژھ کران دلبرس اوس سنتھ

---

(۱) غرق۔ کمی (۲) پزون قونن (۳) جلدی (۴) آفتاب لوٚسُن تہ راتھ آیہ (۵) زُون دراو تارکہ ہیتھ (۶) آفتاب دراو نتہ یانے دوہ آو۔

در آخر ہشیو تن رو خصیت از گلعذار
کمر بستہ سوئے پرستان تیار

لیکھان بی چھو دانشد یے ای ذلیل
پڑھتہ حسبنا اللہ و نعم الوکیل

جوان بخت شہزادیے نامور
قوی دل کرتھ ذاو راہ سفر

دیان ذاد تنہا مسافر طریق
بڑہی یایے اندیشہ گوشت غریق[۱]

نہ رہبر تتھس کانہہ نہ واقف براہ
پکان خستہ دل خستہ شام و پگاہ

عجب منزلا آس در پیش کرتھ
چو گیسوئے بسیو پریشان تہ زیوتھ

نہ خوب و نہ خوردن نہ تاب سفر
دوہ ٹھان از زمین بو حباب سقر[۲]

توکل کرتھ بو بہ فضل اللہ
کتیوان جنگلی میو بو گاہ گاہ

ہو گوست کبا فرشاہی کجا
براہ سفر این تب اہی کجا

بہ آن دشت[۳] پر خوف و دور و دراز
کنارا و چھن بہ نشیب و فراز[۴]

ژ ہتس پہ تتھس یار دلبر[۵] پنٹ
دوبن کو نہ موتم تسندسے ونٹ

شئے بوزم نہ تام کوم یانس ستم
د پیوتم گزتھن تور چھے رنج و غم

بہ پند و نصیحت گران نیش بدل
بہر گونہ آخر پوان تس و دل

الٰہی ژ چھنکھ سیون یاور بہ یار
دتم دوہ ژ بہ این دشت خونخوار تار

خبر مہ شانہ جا ہیچ ژئے پچھے اے کریم
رحم سے کروم اے غمخوار و رحیم

بہ گینیہہ چھسنہ ذرامت طلبگار گنج[۶]
خبر پچھے ژئے کنتھ بیچھتھ تم پوت رنج

بیاسس شہنشاہ دنیا و زمین
امام الہدیٰ خاتم المرسلین

ییتلے تتھو مومنن دن شیدت دعا
ستہ تیر ہدف گو تتھس بر مدا

پکان بر دنہہ پہن کوہسار او چھن
نہ کوہسار بو دیو سارا و چھن

بہنیتھ اوس دیوا پہ کوہ کلان
و چھیتھ شاہزاد سپن ہم جان

---

۱ محدان منت بو دشت ء ۲ جر ہنگ تاو ء ۳ جنگل ء ۴ سنیر وہ گنیار ء ۵ میوا ء ۶ خزانہ ژھانڈنہ ۔

وۆنُن پأٹھ پانَس کر اے بدنصیب    چیٚپی رٔژھ کتھینی ووٚنی پٔیہ دیو نصیب

ژٕ ما آکھ نیٚوت دیو ہے کیشُت غذا    انِس پأٹھ ہیشہٕ ساتلہِتھ ژیے راذا

دریغا بٕ دُرا یوسُس ژھانٹِتھ پوش    نہیسہ یوہ سیٚند اوسُس منوش

دریغا سہ والا حشم قبلہ گاہ    بہ تکلیف مُے روز ساخا محناہ

دریغا سہ مادر حرم در فراق    ژٕ سہ آسہ میونے تمِس اشتیاق

دریغا سہ ماشوقیے بے نظیر    بہ رضوان شہر تِم سکونت پذیر

دریغا سہ روزہم مے در انتظار    خبر کُس ونہس میأنی اسہ گلعذار

دریغا سہ ہجور گلفام میون    ژُ رِتھ گژھہ بوزتھ یہ پأغام میون

دریغا مے بوزمنہ پیشہ ادیب    سرِ راہ موٗدُس مُسافر غریب

دریغا تمنا دِلس ڈرامنہ    کرٕ رٔتھ سعی عائِل مے کینہ آمنہ

درِ فکر پابستہٕ دلگیر گو    تِران پأٹھ پانس سہ تکبیر جو

پِران حَسبُنا اللّٰہُ نعم الوکیل    الٰہی چھُہم ژٕ یے نصیر و کفیل[2]

نظر پیٚیہ دیوس وچھُن آدمی    بہ طمع دِلی ییٚژ گییس خرمی

دوپُن چھا پوزُ سے از شکار امیٚ ووت    بوٚچھے ہوت بہ اوسُس گوٚنت آے کوت

مخاطب ژٕ رٔٹتھ شہزادس کوٚنہ    دوٚنُن تَس یہ سہ بیہ ژٕ سے کُمو ساانہ

ژٕ ملکِ حیاتی بہٕ ملکِ عدم[2]    ژٕ کتھ پأٹھ نیٚوت آکھ ثابت قدم

پیٚنیو زندگانی جوانی بہ کار    ژٕ سے اُسے ہیٚز تانہ ژاکھ پانہ بہ نار

سلامتھ ژُ سے مو تُکُن علامتھ چھُنہ    دریغا یہ کمو دا جمژ چھے وُنہ

رہائی لَب کھنہٕ مے نشس زینہار    ژٕ رٔٹتھ زیر پنجہ ژٕ رٔٹتھ چوب خیارہ[3]

تسلی سپُن تَس یہ دیو لعین    بلا شک کرہم ماہ از روے کین

---

[1] وہ کُتھ دیو [2] مددگار تہ فتح دینہ وول [3] نابودک عالم، دوٚیم دُنیا [4] اأرکی پأٹھ۔

بہ تُنتھی دوٚپُن تَس جواب اے خدنگ　　زِ تکلیف دُنیا چھُس آسِت بہ تنگ
گُناہ چھِھ نہٕ تتھ منز ژٕ زینتھ ثواب　　اگرچہ مےٚ مو کلاوِتھ نہٕ ہِس عذاب
ژٕ میٲنِس کھٕنس منز درنگی مہ کر　　زِ بارِ ستم ہا پیٚیم مے الوژِر
ہمیشہ زنٕ سٕنے اوٚسُم نہٕ آمُت قضا　　بہ کرواتہٕ ہا یوٚت ژٕ نیش خوش رضا
زِ تقدیر پُرٕ درد و بے آب و تاب　　دیوس نرم دِل گوٚ سیٚٹھاہ ہیوٗ آب
دوٚپُن شاہزادس بہ شیرین کلام　　قسم از سُلیمان علیہ السلام
کرٕتھ نہٕ ژٕ رنجیدہ کانٛہہ غم مہ بر　　یُتھ ماجرا وَن مےٚ نِشس سربسر
ژٕ چھکھ کمہٕ غمن کوٚر مُتُن ییتھ خراب　　دِیِس دشت و ویرانہ عالمِ شباب
مےٚ تا مۍتھ اگر آسہ چونے مُراد　　بہ اِمداد کرٕ اوٚتھ ژٕ دِل شاد شاد
وُچھکھ نہٕ وَن تکلیف دِلشاد روز　　مےٚ نِشس بہِہ ژٕ آرام کر چند روز
غرض رحمدل دیو خونخار گوٚ　　بحان و بدل تمہ شُندُے یار گوٚ
روٚٹُن پانسے نِشس بہ عیش و طرب　　گُذارِکھ پیٚتھے پٲٹھۍ کیٚنٛہہ روز و شب
دوہہ ہا اَکہ دیوَن بہ شیرین زبان　　وَوٚنُن شاہزادس کُن اے مہربان
چھُہ کیا میون خوردن وَنُم صاف صاف　　بہ اُنتھ دِمے عذر تھاوُم معاف
دوٚپُس تمہ کھیوان آدمی پُر مزا　　شکر آرد و برنج[1] و روغن غذا
یہ بوٗزِتھ دیوَن کوٚر وُڈوٚ دَر زمان　　بہ آبادی و شہر و راہ رَوان
وُچھُن قافلا اَکھ یکان بے شمار　　ہمہ اُشترانِ غلہ پُر قطار
دِتُن شونٹ تام پنجہ کرٕدوٗن دراز　　تُلِتھ وٲنِتھ اَنِن ہمہ برگ و ساز
بیک دم کوٚرُن طے آں مرحلہ　　تھوٚوُن پیش رو شاہزادس غلہ
دوٚپُن تَس یوٚہےٚ چون چھا کھیٚتِن جبین　　بہ خوش پٲٹھۍ کھیٚتے تراو رنج و محن[2]
وُچھِتھ خوش سپُن شاہ فرخ[3] نژاد　　لٮ۪ہٕن تمہ فراغتھ دِلی بامُراد

---

١ اوٚشہ، توٚمُل تہٕ شین ٢ مصیبتھ ٣ مبارک ذاتُک یا نیٚک خصلتھ.

بھوٗوُن ماز نارس ییٛھٕٹن سر بسر
بُزُن ژٕوُونس تتھٕ مصالا زبر

پَتس اَنگہ بٹیس کامہ لوٗگ خوشخیر[١]
کنٕن ییٛھہٕٹھ بھرُن مأدٕ کرٕنس خمیر

ژھنُن مأدٕ سیٛ گیوٚ تہٕ موٗنڈُن بزوٗر
شکر ژٕوُونس کرٕوونس اور یور

بر آتشس کرٕھن ژھ چہ دارا تیار
بٹیسے حلوٕ سگئ داریاہ ووٗشٹٕ بار

تیأری کرٕتھ بھووٗنس پیشکش
کھیٚنس ییٛھٕٹھ دیوٗن سوٗرشوٗرُ وگُسٕ منوش

کھیوان اوس اکھ لُقمہٕ ژٕ ژٕنگہٕ ٹُلان
دوٗیمتھ بھوٗد نیٛران اوس ڈالہٕ دوان

پتھے پأٹھٕ پُرسبر کوٗر تمۍ شکم
یہ کینٛہہ اوس رٕوٗ تمُت شہٕن زیادٕ کم

تہٕ سوٗرُے دیوٗن ہضم کوٗر تولہٕ سان
یوان تأم شہس اوس بو سہٕ دوان

بمع ووٗنٹ آرد و روغن شکر
بیکس لحظٕ دیوٗن تہٕ کوٗر مختصر

کھیوٚمُت وُمراوسس تہٕ زانہہ یوٚھہٕ غذا
دوٗیُن شہزادس ژٕ سے ووتُے ییٛدا

بہ کوٗرتھس ژٕ سے ممنوٗن احسان تمام
کرٕ سے کوٚنہٕ خدمتگأری چیوٗن غلام

پتھے پأٹھٕ کینٛژن دوہن کوٗر شہس
کوٗرُن پانس دیو تابع بہ فن

زنان نو بنو کھانہٕ کیٛا دِ لِفزا
دوان زٕنگہٕ زٕنگہٕ تمۍسُ بوٚ غذا

چھ پیٚم جد و اجداد میٚشأنی میہانٛ
رتمٕ اوسنہٕ زانہہ تہٕ کھیوٚمُت یہ کھانٛ

میٛکہٕ کرٕ امیکُے حق بہ کرٕ اوٚ رِتھ ادا
وَنُم مختصر کیا ژٕ سے پتھے مُدعا

ژٕ کمۍ پیٚرنہٕ ییٛ کوٗرمُت از خانہٕ دوٗر
مہٕ بر غم سے نِش کر بیان بے قصوٗر

اگرچہ ییٛمی میٚشانہٕ دستہٕ سہٕ کار
بہ پختہ روز نہٕ اسے تمیٛدا وند گار

سے نیسبتھ ژٕ سے اُلفتھ کوٗرتھ بیشمار
بہ امداد کرٕ دوٚنی ژٕ سے در ہر مدار

دوٗیس شاہزادن وَنے بالضروٗر
ییٛوٗمُت کیٛا ژٕ چھُس از رٕفیقان دوٗر

سے کمہٕ پأٹھٕ ییٛش آمُت سفر
تہٕ سوٗرُے بہ حالی کرٕ سے سر بسر

مگر بوٗزمُت ییٛمی گوٗمُت چیٛشم کنن
چھ مأکر سری دیو بہستان وَنن

---

١ نیک، دل، ٢ بڈٕ ٕو۔ بچہ ذأژ ہنٛد ٕو ٣ پرٕ تھ وتہٕ منز یانے پرٕ تھ طریقہ۔

فریب و دغا دیوٕ نے ہُند چھُ کار     میٚے ییتھین گوڈ کرٕ ژٕ وعدٕ قرار

قسم ہاو از عقل و ہوش تمام     ز حضرت سُلیمان علیہ السّلام

دوٚپُس تمو بٕ ہاوٕ سے نہ ہرگز قسم     خبر آسہ کیا چون مطلب بہ غم

قسم ہاوٕ وِتھن میٚانہ دستہ سہ کار     اگر نیرِ نہ بوز اسہ دوستدار

چھُنہ سہل سوگند میون نئے کرُن     ازیٚ بأعشہ آسہ کوٚٹھس فرُن

دوٚپُس تمو ژٕ ییٚد ہاوِہم نہٕ قسم     یہ باوسے نہٕ مطلب میٚے تے چھُم قسم

سپُن دیو مجبور تے بے حواس     ز شہزادٕ دارا تمس اوس پاس

دوٚپُن ہاوٕنی پانس چھُ کیٚاہ وونی ڈرُن     اگر زیٚ بہانہ میٚے آسیم ترُن

دوٚپُن حق میٚے اُمُو سُند کھوٚتم بیشمار     ادا کرہ ہیکہ بو کرٕتھ زینہار

توکل کرِتھ ژاٚوی وِتھن مکر و ریو[1]     سپُن برقسم شاد و آماد دیو

بٕ تا ئیم چند بار شاہن قسم     دٕپان کھیٚو تا ہوو دیون قسم

سپُن یام خاطر[2] جمع شہریار     دوٚپُن دیو ہے بوز اسے یار غار

ہوس چھم گوٚمت میٚے دِلس بوچھ بٕ     بملک بکاوٕل بٕ ساٚدا کرٕ

غرض چھم سہ مُلک پرستان وُچھن     میٚے توٚت واتناوُم چھُنے یوٚد رٕچھن

ییٚلے بوز دیون یہ تمہ سُند کلام     مو ہٹس گلمہ ہیٚوت تمہ پرُن اہرام

ز نارم بکاوٕل تمس ہوش ڈوٚل     ز ہوش و خرد گو سپُن زوٚر تہ کوٚل

سہ بیخود سپُن تا ئتھیے گوس حال     رتہ اہ موٚد گو شاہزادس خیال

بیک روز و شب گیہ تس سعوسے ونُن     بنیٚل گو زمینس کرُن تمہ پِرُن

بہ ہوش آو میٚنگن کھوٚتس شیخ زُہر     دوٚپن شہزادس بہ خشم و قہر

میٚے زانیوم وانکھ ژٕ ییٚتے کیٚتِ جذا     دریغا یتو ژٕ سے میٚے آسکھ قضا

ژٕ نے چھے نا یہ از تام گوٚمت کُنُن     بکاوٕل کیٚتھ کنھ پرستان ونُن

---

(١) فریب (٢) دِلس ییٚلہ اطمینان گوس.

کمہ و زیادہ چھکُھ بوزمُت ہوش تھاو — بخدمت گذارش کرے ہوش تھاو
پرستانہ کیٔ پادشاہ یُس بہ جاو — کُنی کوٚر چھس یُس بکاوُل چھہ ناو
نہ دیوان سرزود ہژدہ[1] ہزار — چھہ ذوکر تمُس روز و شب پہرہ دار
چھہ سدِ سکندر[2] جہان شہریار — بہ گردِ شہرتس چھہ روئیں حصار[3]
درونِ شہر باغ چھُس بے بہا — ز لعل و جواہر سجاوِتھ سیٹھا
رنگا رنگ اشجار[4] باغس اندر — شگوفہ و چھہ مند چھان سیم و زر
پرستانہ کیٔ میوہ چھس گونہ گون — عطائے خدا قائم دریہ پچگون
چھہ تامیر تتھ حبابہ گرِتھ — نگین و جواہر تہ مخمل جڑِتھ
مُقرر بہر سو چھہ تتھ جوئے بار — بناوِتھ چھہ حوضس اندر آبشار
دوران حوضن از قدرت کردگار — گُلا پاد گومُت چھہ رنگاب انار
ونے کیٔ صفحتہ یمہ پوشکو حضور — چھہ تمہ نِشہ انسان تا جن دور
امی پوشہ سیتین چھے رونق بباغ — پرستانہ بر جگر دود و داغ
اچھو ڈیشنکؠ آرزو چھکھ بس — چھہ مُشتاق بوزِتھ گمتہ تتھ گُلس
چھہ مشہور گومُت سہ گُل در جہان — چھہ اتھ ناو گُل بکاوُل ونان
بہ ایی باغچہ مالکہ تہ مختار کار — بکاوُل پری دختر شہریار
بنامِ بکاوُل چھہ آں باغ و گُل — جہانس اندر بر مثالِ دُہُل[5]
بہ ایی باغ دیوان بہ طرف چہار — دِمہ دار پہرہ دِوان سہی ہزار[6]
نگہبان بفرمانِ آں شہریار — اژِتھ تور ہیکہ نا کانہہ سبا نوار
بغارِ بکاوُل نہ کانسے مجال — اژُن باغس اندر علیٰ کُلِ حال
دلیرن ہیتھین دیوسارن نِشہ — مواہیو پِہ چھس کوہسارن نِشہ
ہیکیا موہ دِرتھ ونتہ واوس نِشہ — مگس کمیا کرہی زور کاوس نِشہ

---

۱ اژداہ ساس طاقتور دیو ۲ بندہ ۳ لوہچ دیوار ۴ کُلی ۵ عام مثال ۶ ترِہ ساس

شہہن ٹھوٗد ووٚتھِتھ تَس خوف و رجا — زمین بوسہ تعظیم اوسن بجا
تعجب وُچھِتھ دیوٕنے کوٚر منوش — دوٚپن صاحب خانہ ہے کُن بیہوش
یہ کیٛتھ آدمیا ژٕ چھُکھ روٗ چھٕنے — ژٕ مے نِش وَنتہ کمہ بأعثہ آمتے
چھیٛنہ زانِتھ از نام گومت بگوش — ہشر دیوٕ سے آمُتُن با منوش
دوٚپس تمہ وَنِن چھُن منظور وتھ — مگر آمہ مےٚ احسانہ گٔے دِن سَبَق
لذت دار آسہ کھیوٚنس رُت غذا[1] — توٚسے کَنہ دیٛتِمن اَہِس کیٛتھہ اِدا
گژھی یانہ مولوٗم آمہ ستند کمال — ذرا کر تناول فنیا فتھ ژٕ حال
اِستارا کوٚرُن شاہزادس گُنے — اَمِس کیٛتھ یہ روٗنمت میٚسہ مانٕتھ
ووٚتھِتھ تیز تاج الملوکن تہ ژٕور — اوٚنُن یانہ کم دیوٕنے زیادٕ سور
تناول اَکِہ لُقمہ یا متھ کوٚرُن — ووٚتھِتھ ٹھوٗد ھُوَ اللہ اکبر پوٚرُن
لوٚبُن مودٕ وِنلہ زِن شہ آب حیات — دوٚپُن پُرزِہ کینہہ یہ چھِ حی الممات
دوٚپس تمہ یِتھر بیہہ یہ سوٗرے کھیتہ — وُچھِتھ کیٛا وَنے دار بھیر کھیتہ
غرض بوٚیٹھ مہمانہ چھُہ کھانہ کھیوان — مگر سیتھ سیتھ اوس داد دوان
چھُہ باسنے دوہتان ٹھوٗد بلا اختیار — کَران آفرین اوس بر خانہ دار
نژان اوس گوٚ تَس گُل آدُل — تمس کیٛا خبر آمس اَکھ منز چھُہ ژھل
منو یانہ ٹھو تمہ کھیو شہ نان و کباب — سپُن سیر تأ آس نیرتھ خراب
دوٚپن خانہ دارس تمس ہیوٗ منوش — بظاہر چھُنا کانہہ اکھا تیز ہوش
یہ کمہ جایہ اوٚنمُت ژٕ لوٗبمت ژٕ تے چھُکھ — سعادت مبارک ژٕ روٗ چھمت تے چھُکھ
ازین وجہ ژٕ یہ بیہِتھ یہ حقدار اوس — بہ رستہ آمہ شندے دوہ نی نمک خار گوس
بہ این شفقت و مہربانی ازو — کوٚر اتھ ما ژٕ تے یانہ آمہ شندے آرزو
دوٚپنس تمہ غرض آمہ شندے سخت تر — زدست تن انجام آیہ نہ ہرگز[2]

---

۱ مودٕ روٚس زِنْدٕ کَرُن وول غذا ۲ ہرگز

سیٹھا سخت و دشوار اوس تمند غرض
بلیومت چھنا کانسہ اوس تمند مرض

دوپس تمو چھہ کیا تیوت مشکل چھ کار
کران چھکھ ژ انکار تتھ زینہار

دوپس ییمو چھہ دراس ژ پننے گرے
بہ ملکِ بکاؤل یہ سارا کرے

یہ کتھ بوزِتھ چھم گومت دل دنیم
ز ہیم نگہبان و دیوان ژیچھم

دوپس تمو چھہ یتھ کامہ منز خوفِ جان
تمیک کیا چھہ نقاوُن بہ خاطر گمان

چھہ بیہوٗد و لا سوٗد اوس تمند سوال
چھنہ جوان یا میون یتھ ہیوٗ خیال

دوپس ییمہ چھم منظور فرموٗد جون
مگر اوس اکھس منز روٗژن جان میون

قسم کھیوٗنس تموٗ نس کرتھ رام
نگینِ سلیمان علیہ السلام

توٗت کنی گومت چھم مے خاطر پریشا[1]
ز ناکامی گومت تلخ عیش[2]

مگر چون روٗدم توقع بہ غور
ازین وجہ تکلیف دیتھے ژے یور

نشن تا مرن میون غار از قضا
چھہ چانس اکس منز ولن چھنہ رضا

سپن دیو مجبور گوٗتت آس یور
بناحق بگردن کھوتم متہ بور

دو لوٗ ساقیو چارِ ہیوٗسنے ژ کر
بہ نگر[3] اندر روٗن گوس لبتہ چھو خبر

بیچھان ییمہ چھہ استاد ایس داستان
چھ شیخ عزت اللہ[4] ز ہندوستان

سیٹھا دیو میہمان رنجوٗر گو
لگس بتہ گردان سہ مجبور گو

گوٗڈن پرژ پانس سوال و جواب
کھیوٗمت تیتھ والس چھہ عاین ثواب

بیتنیا اکھ تمس اوس سنہا نام
بہ ملکِ بکاؤل مدار المہام[5]

سعہ فرمان روا اوس بہ ختیار کار
یساق[6] بہ دیوان ہژدہ ہزار

بہ پریویان بہوشان ہر، اوسی
ہراوٗل سعہ از طرف سرکار اوس

تمس اوسی تابع ہزاران ہزار
بباغِ بکاوٗل تمس اختیار

---

١ پریشان ٢ عایش ٣ ربہ منز گوس خبر سند پاٹھو بنہ ٤ مصنف اردو داستان ٥ انتظامی۔ نمبر ٦ پیٹھوٗل۔

دوپن تس پرستان گژھن چھے ژلار ۔ یہ کاغذ ہیتھن بنیہ این شہریار
خبردار چھے پکو ز ہوشس اندر ۔ یہ ووت واتناوُن گژھے تیز تر
اَمس یتھ تکلیف واتی ازا ۔ تمیک حبس دائم ژےیلی سزا
دوپس تمو اَچھن منز نمن این منوش ۔ یہ ووت واتناون یہ مانند پوش
غرض تس حوالہ کوُرُکھ شہریار ۔ صدف[۱] وار دُر دانہ اندر کنار
پتھن رہ جستہ از ہر دو غمخوارگان ۔ سپُن ذیہ دیوس چھ نیچہ پارگان
سپُن از عنایاتِ پروردگار ۔ منوشس مطیع[۲] این چھنی دیوسار
بہ تختِ بلند و بہ عونِ فلک ۔ خوداین اَمس یم زِ سوزن ملک
دیوان وڈاو قاصد سنگے شہریار ۔ یہ سوئے پرستان چھو بادِ بہار
وُٹن تا ژٹن راہِ دوُر و دراز ۔ یہ ملکِ پرستان گژھتھ سیتھ فراز
زِ حالہ پرستان کرُکھ از برون ۔ پس انگہ پکان گو بشہر اندرون
بہ منزل گیہ مدعا دوت یام ۔ کرُن تائِکِ خانسے تمی سلام
کوُرُن شاہ دِ کاغذ تمس پیشکش ۔ حالہ وُچھتھ گیہ فرحان و خوش
موکھن بائے سند خط اَچھن باربار ۔ پران خط وُچھان جانبِ شہریار
پرُن یام مضمونِ کاغذ تمام ۔ دوپن قاصدس کُن بہ شیرین کلام
زِ بجر برادر منے اوسُم قوہور ۔ یہ توحفہ وُچھتھ گوُ کوُ دوُر تھ منے دوُر
منے خاطر جمع گو وُچھتھ این منوش ۔ اَچھن گاش تا آم جانس منے ہوش
بہ واپس لیو کھن بائے پیسے کن جواب ۔ بہ آداب والقاب بہ حد احتساب
الا اے برادر عزیز دلم ۔ رہا شُد[۴] فرو رفتہ پا در گلم
گیس شاہ و خورم وُچھتھ روہ قربن ۔ ژولم شاہزادہ وُچھتھ نوک گردن
سلامت منے نِش ووت باخورمی ۔ یہ ڈیشتھ منے حاصل گیم بے غمی

---

۱؎ قائد ، ۲؎ موخت ترکو یا کھوریس ہانگنہ تنز آسان چھ
۳؎ تابع ۴؎ مصیبتہ منز گیو آزاد ۔

زبس مرحمت کرٕ او تس سرفراز | بہ ترسیلِ[1] این تحفۂ دلنواز
ازین تحفہ اوسُس تمنا دِلس | خوداین کوٚرُم حل مےٚ تتھ مشکلس
دوہا آکہ گو مےٚ بخاطر خیال | بہ مُلکِ منوشان بطرفِ شمال
بہ تعمیرِ شاہے مےٚ کرٕ وُم گُذر | وُچھم شاہزادیا مےٚ در مہد زر[2]
چہ ماہِ شبِ چاردہ نور تَس | وُچھتھ گوم اندر دلِ خود ہوس
تُلِتھ آنم آس دخترِ شیرخوار | چہ دُردانہ پرورد اندر کنار
زِ چھِم جان پأٹھن ژھوداه گئے وری | وُنے اُمس بے جُفت[3] و بے شوہری
تمس ناو محمود چھم کوٚر مےٚ | رنگا رنگ زیور مےٚ تس کوٚر مےٚ
دوہس را تسے از خودا مے پرژھم | مےٚ لایق اُمس شاہزادا گوژھم
ژنا تس خودایس مےٚ تمی بوزنم | تمی جور لایق اُمس سوزنم
لیوٚکھن خط دِتِن قاصدس کن زِ سید | سہ دیو دیوٕ ہسے کن دِمنزل دوٗید[4]
تسندے کھوتأ زیادٕ شہزادٕ شاد | وُچھن طالع خویش اندر مراد
بمنز لکہہ خاص مقصود ووت | یوٚرن نام مولا کوٚرن حمد کوت
پس از محنتِ راہِ دور و دراز | لبن فرحت از قادرِ کارساز
ییلہ دیوِ سرکش سپُن رام تس | سہ مطلب اُد آد انجام تس
الا اے عزیزِ دِلم ہوش کر | نصیحت وُنے جان و دِل گوش کر
بہ قابو آنُن دیوِ سرکش اول | سہ گو نفس بدکیش[5] تأ پُد دغل[6]
کرُن رام واتکھ یہ مقصود چھے | بمنز لکہہ خاص محمود ژھے
دوہلو مانِ قیو چھس بہ دربنج وشش | اگر چہ سپُن میون دل شاد و خوش
پیئے اصلِ مطلب دِتم جام مے | ازان مے مےٚ تازٕ گژھم گُل شے

---

ع۱ سوزُن ع۲ روہ بہ شُند منزل ع۳ آہ ہرش ع۴ دوریاو ع۵ بد خصلتھ
ع۶ دوکھ باز۔

# تاج الملوکس تہٕ محمودٕ خانٕ درپیٕد نکشن

تہٕ بکاولہِ ہنٛدِ باغہٕ پیٹھ پتہٕ واپس ییسواپہٕ نِش واتُن

بکھان یِی چھُ اُستادِ دیرینہ سال
ز فرحت سیٛتیٛن شاہ آسودٕ حال

ز الطافِ حمالہٕ دیو زاد
موٕکلِتھ موٕل تہٕ موج گوٚ شاد شاد

تِمے چیز تِمو کھیٛے تہٕ چیٛے باسلوٗک
تِمیٛک ناو ز انیسنہٕ زین الملوٗک

دوٚشے اُسو بالیغ درٕنگی پہٕ اُس
تِہنٛز فِکر حمالہٕ نیے وار کاٗس

بدستوٗر وآیینِ مُلکِ پری
کرُن تِم سرافراز ہم بستری

اگرچہ حمالہ سیٹھا اُس خوش
ولیکن شہزادٕ ترٛاوان دوٚش

بہر رنٛگ ممنونِ اِحسان گوٚ
دلے بہرٕ تُل دِل پریشان گوٚ

زبان اوس کرِ وانہٕ باغس اندر
شہٕ گُل آیہٕ ہٕن یُس چھُ ناگس اندر

بہ محبوبہٕ کانٛہہ اُلفت کوٚرٕ تِمو
ز حمالہ کانٛہہ ہائبھا بوٚرٕ تِمو

شہٕ از خوٗبیٔ دِلبری گوٚ نفوٗر
تِمس نِش شب و روز روزان شہٕ دوٗر

شہٕ حمالہٕ زیٖن واقعہ بے خبر
تِمس رائے دوٚنوے ہیچھ عاشقس اندر

شبا اکھ محمودٕ نیے شرم دوٗر
کرُن تا وُٹُن شہزادٕس حضوٗر

ییٛتھے پاٹھو چھا رسم و آیین چون
تمکٕ پنٛجہ دِتھ گنٛج دِل رٕنجہ میون

تہٕ وُنتم سِہٕ نِش کیا زٕے ڈیوٗٹھ قصوٗر
اَزان بائِعث چھکھ ہیوان دوٗر دوٗر

قترون درٕوٗتی زٕہے کیا چھُے غرض
دوا تِہنٛدِ بہ ژھانٛڈے یہ اُسی مرض

چھیٚ یُس چون مطلب بیان کرسہٕ تِس
ز ارض[۲] و سماء کرٕ حاضر زٕے نِش

بجلدی سہٕ نِش بادکیٛت پیٛچھے مُدا
برے دول تہٕ مُنز کرے زوٗ فِدا

---

۲؎ نفرقہ اوس کران منٛز زمین آسمان۔

دوٚپُس شاہزادن زِ بَس آفرین    ژِ چھکھ میأنی معشوقہ نازنین
ژِ سوٚندر چھُنہٕ کینٛہہ ژٕے اندر قصوٗر    مٮ۪یُس رنٛج چھُم تی وَنۍ بالضروٗر
ژِ کن ھاو دُروٗنی غما چھُم بہ دِل    توٚرے بستہٕ چھُم پاے شادی بہ گِل[1]
سُہ مطلب مٮ۪ے یِیت تا سھن انصرام[2]    یِیم نا تہٕ چھُم عیش دُنیا حرام
بخاطر یوٚہے وعدِ چھُم کوٚر مُتے    زِ اُستادِ دِل ہے سبق پوٚر مُتے
مٮ۪ے فِلحال اوسُم بخاطر ہوس    وَنۍ یوٚد ژٕے آسی تھٔیکھ دسترس
مٮ۪ے اوسُم تمنّاے دِل سرسری    تماشاے باغ بکاوُل پری
یوٚد انجام آنکھ ژِ میون مُراد    مٮ۪ے دِل خستہٕ گومُت گژھِ چھُم شاد شاد
یہ بوزِتھ دوٚنس تمۍ دوٚن جواب    یُہے چھا سوٗ کتھ یُتھ ژٕ کوٚرمُت خراب
چھُنہٕ کینٛہہ یہ دُشوار اے یارِ غار    مٮ۪ے پانس آسِتھ چھُم اُمیکۍ اختیار
بہ پروردہٕ یُتھی سنٛز اگر باوِ تس    چھُہ تمۍ ہے یران باغ یٮ۪تھ دسترس
مہ یہ غم یِکاہ تس وَنۍ ماجرا    گژھکھ فارغ از غُصّہ غم دِلبرا
بہ عیش و طرب ہاو ناوے ژٕ باغ    وُچھکھ گُل تہٕ سُنبل پری ہُند سُہ ناگ
یِہ بوزِتھ سپُن خوش سُہ عالی دِماغ    ژٕ تشریف معشوقہ از سیرِ باغ
سُہ شب کوٚرکھ باعیش و عشرت ادا    صُبح پھوٚل تہٕ کوٚر جانوار و صدا
یِکان آیہٕ جمالہٕ دلنواز    کوٚرُن تمۍ ژٕ بیدار از خواب ناز
سُہ مستور و محبوبہٕ ماہ وش    بدستورِ دیروز[3] دِیٮ۪ھُن نہٕ خوش
وُچھُن پٮ۪ٹھ کدوٗرت تہٕ چین بر جبیٖن[4]    تہٕ دِیشِتھ سینہٕ سخت اندوہگین
بہ رُخسارِ تس بوسہ ہا بے شُمار    کٔرِن از معہ تبسّم یمین و یسار[5]
دوٚپُن تس ژٕے کیٛا از کدوٗرت دِلس    وُنہٕ چار ژٕھارے بہ تسنٛد مُشکلس
ژِ کیٛا پیٖژ غمگین چھکھ اے عزیز    چھُہ کیٛا چون مطلب وَنم کیٛا سُہ چیز

---

۱ زِیبہٕ دِنہٕ ۲ انجام ۳ رٮ۪وکہٕ پأٹھۍ ۴ ڈِکس گیٖنہٕ کھأریمہٕ ۵ دِچھِنہٕ کھوٚورہٕ

در ارض و سماء آسہ حاضر کرے | وگرنہ بہ اندر فراقس مرے
یہ تکلیف چونے ہیکا بوزِتھ | ونکھ نے بھلدی گژھے بو مرِتھ
سو محمودِ بوزِتھ سینو شادمان | وچھن خوش بیان مادرِ مہربان
مُژر تمہ زبان در جوابِ سخن | وونُن باعثِ رنج و درد و محن
دوپُن تس مے کینہہ چھُنہٕ تکلیف رنج | بہ دِلشاد چھُس در سرائے سپنج
مے پزِتھ چہ حاضر کمیک چھم ہوس | طفیلِ تو آباد و آزاد چھُس
بخدمت وے چھم مے اکھ التماس | سہ حاجتھ کڈکھ تا کرکھ میون پاس
یہ بوزِتھ سو حمالہٕ گیہ در عجب | ز تقریرِ محمودِ نوش لب
دوپُن تس فدائے برت جانِ من | درنگی مہ کر مطلبِ خویش ون
اچھو سیتو تامیل حکمس کرے | چھہم نورِ دیدہ بہ لولا برے
چھُ کیا تیوت دشوار چونے مُراد | کران ہیتھ چھکھ عذر خواہی زیاد
ونکھ یود ستارہٕ ز از آسمان | کرے پیشکش ماہِ تابان سان
دوپُن تس چھُنہٕ تیوت دشوار کار | ولیکن ژمے نِشہ چھم کرُن آشکار
چھُ تاج الملوکس اگر چھے رچھن | تماشائے باغِ بکاول وچھن
بخاطر چھم تس چھنیس[2] آرزو | کرُن سیر باغس وچھن سو بسو
ز باغِ بکاول پری چھس مراد | وچھن خاصہ تاہر نا ناگہ راد
یتے چھم غرض بوز در ہر مدار | ز معشار آیند چھے اختیار
یہ بوزِتھ سہ حمالہ گیہ نیم جان | پٕرن بارہا الامان الامان
ز تقریرِ محمودِ ماہ وش | سہ بے ہوش سینہ نیم جان آس غش
پس از ساعتے آیہ ہوشس اندر | دوپن سوے محمود اسے سیمبر[3]
یہ کینژھہ ہیو کلام کورتھ[4] جان گداز | ووننے کمہ یہ شیطانن اسے مردناز

---

۱۔ خائی دُنیا ۲۔ یوہے ۳۔ رو یہ تنہٕ وول پانے خوابھ سورتھ ۴۔ ژو ویگلاون دول۔

بہ باغِ بکاؤل بہ غائبی رِجال[1] — اَرِن تامُ کرِن ساُر چھکھنہٕ مجال
بہ وحش و طیور و بہ جن و پری — نظارا کرِن سوے باغہٕ پری
یسار و یمین زیر و بالا پہار — پُر آشوب چھس پہرِ در بے شمار
اگرچہ رُمن چھس بہٕ فرمانروا — میٚتے چھمنہٕ طاقتھ تمثیلک اکھ جوا
بہ باغِ بکاؤل بہٕ کرٕ ہا نظر — بہ جان بلکہ چھُم خانمانس خطر
بہ این مُدعا یوٚد کوٚرُتھ عرض ژے — پنٕنہ کنہ کرِن سفر چھُم فرض مے
اگرچہ میٚتے تکلیف واتِم بجان — چھُ بہتر مگر رنج چونے بہٕ جان
ژٕ میونے جگر بلکہ نورِ بصر[2] — میٚتے پرورد گرمکھ بخونِ جگر
کرِن چھُن دل خوش بڈاے ماہوش — ژٕ دِچھ شاہزادس بہُن شاد و خوش
غرض بعدِ تدبیر و از عقل و راے — حمالن یہے مصلحت کرٕ بجاے
گگر پادشاہ آیہٕ نوٚن حضور — دوٚپُن تس ہمیس دم بغاُر از قصور
ازین جایہٕ باغِ بکاؤل پری — زمینس دِ ٹشٹل[3] بہٕ دانشوری
بہ امداد سارِی کرِٕکھ جمع موش — زرٕ ژھے کرٕ سرٹکھ یُتھ پکے تتھ منوش
بہ بوٚزِتھ گگر پادشاہ دِژاو تیز — بہ مہمیزِ[4] گگرِن کوٚرُن رستخیز[5]
روان و دوان وٚتھ تمو کرٕ تیار — زمینس دِژِکھ ہُد مانندِ غار
گگر پادشاہ آو اندر زمان — حمالس کوٚرُن عرض اسے مہربان
بہ اقبالِ توٚ کرٕ میٚتے ٹشٹل تیار — دِکیا حکم چونے چھُ اسے شہریار
بتوسُلِ[6] محمودہٕ نیک کیش — حمالن اوٚنے شہزادہٕ بہٕ پیش
گگر پادشاہس دوٚپُن ہوش تھاو — بہ تقریرِ مَن جان و دِل گوش تھاو
بہٕ شہزادہٕ چھُم مایہٕ جان و دل — بہ باغِ بکاؤل اُمس شوقِ دل

---

۱ منوش ۲ اُچھن ہُند گاش ۳ ہُد ۴ رکاب یانے گگر کرِن کھوٚر کرِتھ روانہٕ
۵ قیامتھ ۶ بذریعہ۔

اُمِس باغ وَچھنک دِلس آرزو
حُکم مِیون چھُے مِہ مختصر گُفتگو

بہ مردی کرُن بر سرِ موشس بار
یَہ ہَن تالیب باغ از راہِ شمار

اُمِس یِتھِنہ تکلیف دأتی بجان
زِ چھُن یوٗد ژٕ سے چھُے جہان تے خانمان

یہ یامنتہ نظارا کرٕ سے باغسے
ژٕ کر ہوش پنہ دوکھ دِکھ آغسے

یِتھر یِتھِنہ از دوش کرہ ہَن جُدا
اَژُن آسہ در باغ اُمی شُند دا

اَمَن باز پھیرِتھ سے نش بے دَرنگ
بدستوٗرِ سأبق کرُن بستہ ترنگ

دَپان روٗد زٕ سے شاہ دارتھ سہ موش
کھوٗتس برسرِ دوش شاہِ منوش

لِب باغ تمی واتنوٗن سہ شاہ
دوٗپُن تس یوٗتے باغ چھُے کرنگاہ

نظروارٕ کرکیا وچھُن چھُے ژٕراد
رنمتھ بِہ پیہ وایس ژٕ مانندِ باد

دوٗپُس شاہزادن ژٕ تراوم یِتھر
اندر اَژ نہ باغس ژٕ دِمہا نظر

دوٗپُس شاہ موشن یہ کیا چھکھ دَپن
دوٗنے کیا حالن تہ سگے نا کنن

بہٕ تراوکھ نہ ہرگز یِتھر اے عزیز
ازیں گفتگو روز پتھ کر تمیز

دوٗپُس شاہزادن تمس کیا خبر
اگرچہ سے از دوش تراوکھ یِتھر

دوٗپُس تمی بہٕ تراوکھ نہ ہرگز فرود[۱،۲،۳]
وچھُن کیا ژٕسے چھُے وُچھتہ وندی زود

دوٗپُس باز تمی شاہ حیلہ کرُن
ژٕ کیا پیش چھکھ پیش دستی کرُن

ژٕ یوٗد تراوہمہ یِتھر مارِ یان
ژٕ سے کاٗلی حالہ نکھے خانمان

گرٕ پادشاہسٕ دِلس تراو ڈر
مبادا اُمِس واتِہ کینژھا ضرر

سہ حالہ مارِہم تہ کھارِہم بدار
اُمِس روٗس چھُنا اکھ ذرا تس قرار

اگرچہ بہ تراون یہ باغس اندر
تِہنز کنس ونے تس حالس خبر

دِلس دأیِرن پی تہ ژٕروُن یِتھر
دوٗپُن تس اندر اژھ نظروار کر

مگر پیز پھیرتھ ژٕ مانندِ باد
پناہ دور زینتھ تہ کراوکھ فساد

---

۱ اتھس کرُن سوار ۲ چھیوک ۳ یِتھر

بہ یکھٕ جایہٕ پٕژاران چھُسے وات زوٗد
ژٕ شائستہٕ نہٕ اُنھٕ سے کوٗر مکھ فروٗد

دوٗپُس شاہزادٕن مسا اٰے بر ژٕ غم
شیٚہ دردِل بسے زیادٕ ترِ فکرٕ چھم

وُنھٕ ہی قدم تژوو شاہٕنی دراز
ہیوتُن باغ چھاوُن بہ عیش و بہ ناز

یُوان شاہزادٕس چھُہ اندر نظر
زمین سعہٕ پٕشرٕ چار دیوار زر

آویزان بہ دیوار ہاسے زٕ ہی
عقیق[1] یمن لولوئے جوہری

چمن ہا رنگ آمیز پوشو بٕرِتھ
بہر سو چھُہ لعل و جواہر جٕڑِتھ

وُچھتھ سُرمی گُل گِلِ آفتاب
ز شرمندگی عرق کو غرقِ آب

گُلِ سُنبلن ہُند وُچھتھ تیچ و تاب
بزہرہ جبیناں کھُبا آب و تاب

گُلن پیٹھ چُھ دُردانہٕ شبنم سُمان
جہانس سعہ خوشبو بہر سو لمان

مُعطر گرٕ ھان ماہٕشیان[3] ہر طرف
مُدوٗر[2] گرٕ ھان لعل اندر صدف

چھِہ در باغ یم جانور در سُروٗد
بہ آوازِ خوش دف وُچھکھ در دروٗد

نزاکتھ وُچھتھ باغچی مہر و ماہ
خدا زو کران تتھ بلا اشتباہ

جواہر کُلین منز ختہٕ سگے اوس پٕن
آویزان درخشان چھُ دچھہ گرٕن

بہر طرف بطہاسے[5] گوہر زنگار
مرصع[6] ژٕ لعل و گُہر تابدار

دِوان کنہٕ تمن جوین اندر بہ سوز
شب افروز ساز و سُروٗدا ژٕ یوز

چھُہ شہزادٕ ہیوٗن ہیوٗن عجائیب وُچھان
بہ لوحِ جگر یاد تھاوان ہیچھان

نتہٕ ریش صفت یا چھُ عائبی رجال
پکان ووت نزدیکِ قطب شمال

بہ عینی پکان ووت در بطنِ[7] باغ
تتیتھ اوس شاہی مکانا نہٕ ناگ

وُچھُن دوٗر تا آسہٕ اندر نظر
کلان تس تعجب خاصہٕ حوضا زبر

وُچھُن گردِ آں حوضن دیوار لیست
ژٕ یاقوت زمروٗد کو شاد مست

وُچھُن از زبرجد شہ فارم پلیٹ
شجرہائے باریک بہ گردِ گیٹ

---

۱ پھینکو لال ۲ قیمتی لال ۳ گاڈ ۴ رنگدار ۵ بطخ ۶ سجاوی میتر چمکہٕ وٕنۍ ولالو سیتر ۷ باغس منز

جرٔجتہ جوینے اُسے لالِ خوہ شاب[۱] — تمؤ ئشرِ کی معطر ستہ آب گلاب

وو ہتان اُسے ہموار ہتوٗں شا لہار — دران حوض از گردشِ آبشار

جوٗط وٗشٗ[۲] بوٗ آب رقصنس اندر — نشان زن تہ سیماب بکنس اندر

عجب تر وچھن ناگس اندر گلا — وچھان در تحیر ستپن بلکا

دوٗپن چھسنہ در ثمر و چمت یہ پیش — مے اُمی پوشنے نیئو دلکٔ حال و ہوش

نہ مزخت و لے تمو پوٗرن یا مجیب — وَنصرٌ من اللّٰہ فتحٌ قریب

چھہ بیشک پوہیے آن گلِ نامور — چھہ یُس در جہان مشتہر بحر و بر

اُمی پوشنے پوربس[۳] ہتوٗن و جشد — اُمی پوشنے بائے کرے نم یہ بتشد

اُمی پوشنے در زمانۂ قدیم — کرن بستہ زین المُلوٗ کی ندیم[۴]

اُمی پوشنے بو کوٗرٗس دربدر — ہنلم کوٗت تکلیف و رنجِ سفر

دوٗپن بائی پانس چھہ کیا اخذ دڑنگ — گل مدعا چھکنہ آنان بجشک[۵]

گوہ دٗنی اسم اعظم پوٗرن جشد بار — دٗنین[۶] دم کوٗرن گرتہ پانس حصار

بہ حوض اندرون گوسہ مردانہ وار — اوٗنن گل ژہ ژجتہ ٹموت چھ گل بہ کنار

کوٗرن با کمر بستہ سنگین سخت — ازان پس بہ بر کوٗرتہ فیروزہ رخت

پوٗرن حمد سوئے خدائے جلیل — پرٔجتہ حسبنا اللّٰہ و نعم الوکیل

قدم برونہہ تلن آس اندر نظر — مکانا مکمل ز لعل و گہر

عقیقِ یمانے حدید سیاہ — زوان شعلہ چون جلوۂ مہر و ماہ

زبرجد سبز رنگہ کی اُسی در — جرٔجتہ لعل و فیروزہا و گہر

اُچھن پچھس دوان ووت نزدیک تخت — بدرواز شیرین اندر واہ لٔنجہ

بغیر از دڑنگی بلا خوف و ڈر — اندر ژاو ژاون بہر سو نظر

---

۱ تازہ تہ خوشوٗنی ۲ سور ۳ مشرق ۴ ساتھی ۵ قبضنس منز ۶ کینہہ پرٔجتہ اُندٔ اُندی رکھ دِنی ۷ پانے قیمتی لباس لوگنس سیٹھ نالی ۸ اکھ مشہور دھات

وُچھن شہ نشپنا بہ آیینِ نو
سیٖپُن در تحیرُ غوطن مژسہ گو

دوٚپُن اے دِلا چھےٚ بہٕ فکرس تُران
بہٕ چھا قعر دریٖ یا ز کاریگران

وُچھن بتوٚن بیٚونے چُجر نیٚے ہندی طبق
جُرِتھ دُر و گوہر دِوان رتم شفق

شبیانہٕ چوٚسپتار بر آسمان
جُرِتھ تالوَن آسی لالِ یمسان

پکان برونہہ گرٚنے گو وُچھن بیاکھ بر
حسیات و مماتک وُچھن خیر و شر

بہ آہستہٕ درواز کوٚر تمی خلاص
بہ چھِر اژِتھ گو درون بے ہراس

بہشتی پلنگا وُچھن خوب تر
مُکمل مُرصع ز لعل و گہر

بہ در باغ تاہیر بو کوٚر مُمتے
تہٕ اژِت تام بو آمی شہن سوٚر مُتے

وُچھان گوشہ مُبہوت آس رخت گاہ
پکِتھ بر ونہہ وُچھن مالکِ تختگاہ

شونگِتھ تِتھ پیٚٹھن مہ جبینا وُچھن
وُچِھتھ آو تس تماش دِلہ چین اُچھن

پرِیوش زرین دوٚدی لاگِتھ بہ بر
ز گرمی برہنہٕ خٕتھ آسِس سر

ز زُلفِ پریشان پلنگس آدرِتھ
چُھ مستانہٕ زن آس گاہ مرِتھ

ز رنگِ زمانہٕ تمس کیا خبر
یوٚتت واتہٕ شہزادہٕ نامور

پلنگس کران شہزادِ طواف
پری رویہ زن لوٚگمتے اوس شان

سپنی ناسہ بیدار از خوابِ ناز
ز چشمانِ نرگس بہ یک عشوہ باز

بہ لب ہا خموشس اندرون بے قرار
مخاطب نظر سے روے نگار

ووٚنُن تس نگارس کُن از درد و سوز
دل آرا ہو بیدار گژھ وارہٕ بوز

## شاہزادِ سُنز نالہ زاری

اے سرو قد سمن بو
خورشید غدٕ چُھوٚ ماہ رو

---

۱۔ مژران ۲۔ رہتھ ۳۔ نالی ۴۔ ننگ ۵۔ آفتاب ہیوٚ بُتھ۔

پیشانیت چو لولو — بانم فدائے ابرو
چھے چشمہ دست بدست — شہدائے نرگسِ مست
وُچھنے بہ گوس سرمست — از کحلِ[2] عینِ جادو
شوبان زٹے تستہ خنجر — مابینِ[3] چشمہ و خنجر
جگرک ژٹان چھہ بنجر — آن خنجرِ ترُوشِش رو
منز ہیو نچہ ہیاہ غبغب[4] — دندقند و شکرین لب
بوزتھ سعہ نحن بلن تب — غنچہ دہن چھہ خوشش گو[5]
چھے حور دور کنن — تاریف ہیاونی وَنن
چھس نقش سینہ کھنن — مژراو چشم آہو[6]
زُلفین عنبر افشان — بر دوشش ہا پریشان
آویز تا بدامان — شہمار یا دو گیسو
بے کینہ سینہ چونے — گلزار پھولہ وونے
کیا اتھ چھہ موہلہ وونے — تاز انار ردلجو
بازو چھہ پوشہ لنجہ — نرگس قلم ژٹے پنجہ
زان پنجہ دِل چھہ رنجہ — رُوح از قلب[7] بیکسو
باتے چھ گنجِ پنہان — تاشاق[8] زیرِ دامان
چھے پُشتِ باے تابان — رفتارِ کبک[9] دریوُ
بیدار گژھ تہ خوابہ — نیو تھم ژٹے آب و تابہ
بزم رووتھس خرابہ — چھس مضطرب چو آہو
سشاہا برائے اللہ — نگہ[10] بہ نعمت اللہ

---

۱۔ قیمتی لال ۲۔ سعہ رمہ ۳۔ منز س ۴۔ ہیو نگمنہ ہشد ژھین ۵۔ خوش گفتار ۶۔ ہرنہ سنزہ اچھ ۷۔ رُح چھ دِلہ نِشہ الگ گژھان یانے عاشقن چھنہ ہس روزان ۸۔ ژمن ۹۔ کنکو پکن ۱۰۔ تیز رفتاری۔

ناصر تونی حسن الرشید — فرمائیش چوٗ گرٛد[1]

# داستان

وٲنِتھ یِی شہ بے ہوش گوٚ پیوٚ پتھر | خبر کیٚنہہ تہٕ روٗز نہٕ از خیر و شر
پَس از چند ساعت بہ ہوش آو باز | دوٚپُن دِلبرن ما کرِن چشمہٕ باز
ولیکن تِمس اُس خوابِ ممات[2] | پیٚمژ تاٮ۪ گمژ زن جدا از حیات
دوٚپُن نیر واپس ازیٖں جاے گاہ | دِلے میانہٕ پیٚوٚت واتنکُھ اِشتباہ[3]
یِیٚمِس نیرِ وُن کیا بہ تھاوس نِشان | مےٚ آسُن گۄڈٕ ژھم ژھِتھنہٕ آسہِم نِشان
کرِتھ مصلحت با دِلِ خوشترین | کڈِن تَس ز انگشت انگشترین[4]
مبدل بنیو وٲج لاٮ۪جِن تمِس | ز فُرقتٔ[5] وَسَس نار زالِجن تمِس
دوٚپُن بس نشانہٕ یُتےٚ عاشقن | نہٕ عذرا وِداع[6] ہیوٚت کرُن دامن
دریغا ازیٖں نعمتِ خوشگوار | دریغا ازیٖں لذتِ جوٗئبار
دریغا ازیٖں خوب تر خواب گاہ | دریغا ازیٖں گلشن و جایگاہ
دریغا ازیٖں دلبرِ ماہوشس | کلا ما مےٚ بوزُم نہٕ گرِتھ ہا بہٕ خوشس
بہ واپس گژھن میوٚن ہاے عجیب | چھُنہٕ کانٛہہ مےٚ ہیوٚ در جہان بدنصیب
غرض زَن گلالا ژٕلِتھ داغِ دِل | شہٕ بُلبُل نبر دراو از باغِ دِل
دوٚپُن کراوہا بَنِیہ سا تھا قرار | فراغتھ چھنہٕ روزُن چھُمنہٕ وار
اگرچہ نگہبان ہوائی دُچھِن | تلکُھ پیٹھ کرِن عالمس اتھ تُجِھن
وٲنِتھ یِی بہٕ واپس قدم ترٛاو تِمو | بنیٖو رَنٛگ کمالا عجب ہیو تِمو

---

۱ پوشِکی پٲٹھو تھاوتَن پھولہ وُن ۲ موتچ نیٚندر۔ مَژِ نیٚندر ۳ شک ۴ اوٚنگجہ مُنٛدر کَڈنس ۵ ٲج ۶ دوٚرِ رستہٕ ۷ نیرُن ۸ افسوس۔

قوی دِل بہٗودُر چنین نوجوان — چھ کُس دُزدِ دِل تاَ بیٚیسے پہلوان

بہٕ ہر طرف موشس در اضطراب — یِلیے شاہ دوتُسنہٕ پھیرِتھ شتاب

دوپُن کیا سپُن تس عزیزس کان — سُہ گوٚ تورٕ واپس وُچھم نا پکان

کرِیامُس پہنٛنٛ کنہ سیٹھا زار پار — کرِکھ چھِتھنہ دیرِ ہے چھے انتظار

دریغا نگہبانوے ماسہ روٚٹ — نہٕ گرٛاے آیس تہٕ در چاہ چھوٹ

دریغا اگر گوٚ تمُس وارٕ دٲلتھ — زِ حمالہ زِنٛدہٕ روزِ ہیٚچ چھُمنہٕ باتھ

دریغا پِتھر کیاز ترٛووُم یَیلہٕ — دریغا سُہ ما ژٕھٹہ ناوُم کلہٕ

اندر پانہٕ اژِہا تہٕ دِمہا نظر — خبر پانہٕ آسہٕہا بہٕ از خیر و شر

دریغا اگر مے وُچھن پہردار — دِمَن مار ژٕھٹہ نَم تہٕ کرِنَم مے لار

بہر سو تُسنٛدُوے بہٕ کرِہا تلاش — نگہبان پھرِنَم تہٕ کرِنَم مے فاش[۲]

پہنٛنٛ کنہ کران باخُدا اِلتجا — چھُہ زِنٛدٕے اگر وُلی اَنُن اے خُدا

گگر پادشاہ بو بہ وُحشی زبان — سوئے ذاتِ باری تضرع[۳] کران

خُدایِن دُعا تھوونس مُستجاب — سُہ شہزادٕ پیچھ وا ٲتھن باشتاب

گگر پادشاہن کوٚرُس آفرین — بجائے خطر یا درنگی چھنین

کرِیا کانہہ خرمشد فرزانہٕ خوے — مُبارک ژٕ دوتھ لوٚبُم آبروے

بُلوٚرُن حمدِ بیحد خُدایس سُنٛے — سلامتھ بیٚیسے دوتہم بُرونٛہہ سُنٛے

بغیر از درنگی و صبر و قرار — کوٚرُن بر سرِ دوش شہزادٕ بار

دُبادُب سُہ از راہ ٹھنٛڈل اوٚتُن — حمالس کوٚرُن پیشکش پی دوٚتُن

کریونَم پہنٛنٛ کنہ سیٹھا زار پار — بہٕ اژِہا دِرِیں باغ دِمہا نظارٕ[۵]

مے اموشند ونُن بوزنا زینہار[۶] — مے ہرگز پِتھر ترٛوونا شہریار

پھیٚکے پیٹھٕ نظرا کرٛن سوئے باغ — تمنا اُمس اوس وُچھہا بہٕ ناگ

---

۱ جیل جبل ۲ خاش، کمینچہ ۳ نالہ زاری ۴ عاقل ۵ بمعنی نظر ۶ ہرگز

ستہ بوزمنہ اوس شد یہ فارتر کلام　　بہ واپس کورم پیش کش والسلام

اجازتھ سیٖٹھن تس بجلدی ژلار　　بدستور سابق کردن بستہٕ غبار

حالس رنشے یام شہزادٕ دوت　　بہٕ فرحت تمس دِل سیٖٹھن شاد کوت

سوٗ تے مضطرب اوس در پیچ و تاب　　پیٚلے شاہ ووتس پیپرتھ شتاب

وُچھن یام شہزادٕ حمدا پورن　　بہ شکرانہٕ خائراتھ دارا کورن

دوپن شہزادس وں کیا چھے طمع　　دوپس تمۍ سیٖٹھن بس ستہ خاطر جمع

بہ انصافہٕ چانے سپدھٹ گوس شاد　　بہٕ تسکین ندا گوم حاصل مراد

وُبہٕ چھم دور تاہ بوزنہٕ کیا ستہ آم　　بہٕ تردوس نہٕ گگرن نہٕ وُچھ ہا تمام

حالن دوپس بازلب ہ خموش　　زِ تقریرٕ ہذا ژٕ کر ہوش ہوش

اژن میون جرتھ نہٕ باغس اندر　　وَن کیا چھون طاقتھ چھُے اے بے خبر

مبارک کورتھ سار بے ترس و باک　　ثنا سوٗے بارے سلامتھ ژٕ آکھ

بہ ناز و طرب عیش و آرام کر　　غنیمتھ ژٕ دم زان اے نامور

بہٕ بخت جوانی ستہ تاج الملوک　　بہٕ حمالہٕ [illegible] اندر سلوک

بہٕ آیینِ شاہی کورکھ خورد و نوش　　رہتھ دوش با دوستس گوہر فروش

حالن کورن حکم سنطور و ساز　　بہٕ خوشنودی شاہ گردن فراز

دیان پرہ یہ وسے سازٕ بیے چار تار　　زِ ہفتم فلک زہرہ گو بے قرار

بہ آیینِ پیشد راز پرہ یہ بہ ناز　　ستینچہ نغمہ آرا بہ سوز و گداز

وُچھتھ رقص تہ عکسکے جلوگاہ　　سپینچ محو مشتاق خورشید و ماہ

پھولان دِل چھُم شاہس وُچھتھ سازونے　　بہٕ دلبر بہ فرحت خوان اوس ستہ

بہٕ تجویز کور پرہ یوسے مختصر　　ستہ رقاص تاسان [illegible]

سیٖٹھن جلدے برخاست از حکم شاہ　　گران تر سیٖٹھن گو بہ آرامگاہ

دوپن تس زِ اے یار پاکیزہ خو　　زِ مادر پدر ماژ ستہ کینشہ آرزو

کہنشہ چھکھ کتے چون مادر پدر　　چھ رتھ [illegible] احوال نش بے خبر

حمالن تهس نشه کرنکه جدا — تهجه پیر اُن نکه چهه واقف خدا
تهنده کهتا زیاد بادرد وسوز — حمالن کرنکه پرورده روز
ولیکن تهس در جگر درد و رنج — چو شخصیکه غارت[1] شود مال و گنج
اگرچه چه تم بادشاه عراق — ولی چون آسکه فریب و فراق
وچهته چون دیدار شادی کرن — پیسکه تماش چشمن شادی کرن
الا اے پری وش ذرا هوش کر — یه تقریر سونے ذرا گوش کر
نیتے چهم پنهنر کنو دلس اشتیاق — زحب وطن چهس کران طمطراق
دیان چهس به کر واته اندر وطن — وتن بوسه کرها مئے دل پهم پهتن
بیهو کوت کالا به ایں جنس غیر — چه اسو بےخبر تر از شر و خیر
حمالس درین باب کر التماس — چیے رخصته تهس از برائے خلاص[2]
گرزهو نیری هتن در وطنهاے خویش — سرو فرهتا کرو ناز و عیش
پہ کنته ون حمالس یگاه بالغرور — یقیں چهم سے رخصته دیی بےقصور
به محمود تاثیر گو زین کلام — دوپن شهزادس به شیرین کلام
زخاطر جمع تهاو اے جان من — چهے بےشک حمالہ مهربان من
به صبحاے کرس عرض چهم اعتماد — اجاجته تهوهم بادل شادشاد
یه تقریر چونے چهه چهے التماس[3] — مئے غایق[4] سپن همچو قند و نبات
زشوق وطن گو مئے دل آکوت — یه هرمرغ زطم توت به پرواز دوت
مئے گو چانہ تقریر دل پاش پاش — دیان چهس یه شب نیر کر پهیر تماش
دو پس بازشاهن یه غم دور کر — زهم خوبی خود مئے مسرور کر
لبالب ده اے دلربا جام مے — حسیر منگے از مالک کل شے
پیلے مستغق چون دلی گو مئے ساقی — به عون خدا[5] در وطن اسو واقی

---

۱ ایمیر شخصس مال و دولت لوتنه بیه ۲ آزادی خاطر ۳ معه وس زنده کرن ودل ۴ هوا رفتق
۵ خدا ایه سپند مدته سیتر.

غرض کوڈ کھ شب در نشاط و سرور — صبح آو کور آفتابن ظہور
حماله بدستور حاضر سپینز — تہمن مہ جبینن سعہ ناظر سپینز
کرِن ہر دو بیدار از خواب ناز — بہ مہرو تلطف کرِن سرافراز
یکایک تہمن حالہ لالن کران — بہ فرحت مےٚ سعہ رخ پیالن بران
کرِن پیش کش میوۂ خوشگوار — تہمن دعون نِگارن بہ خرم بہار
زرا باکدورت سُہ محمود روٗزِ — ہروٗنی درون دل آزرد روٗز
حمالن وُچھس بر جبینن چہین یام — دوٚپن تس زِ اسے مہ رخِ لالہ فام
دل آزرد از کیا زِ چھکھ اے عزیز — مہیا بہر گوٗ نہ چھےٚ نا ژےٚ چیز
بجلدی مےٚ نِش وَن ژہ اسہ مہ مثال — چھُہ کیا چون مطلب علیٰ کُلِ حال
بہ بوزِتھ سُہ محمودٕ لالہ فام — بہ حمالہ واپس سپینز ہم کلام
دوٚپن تس ژہ تقصیر تھاوُم معاف — وَنےٚ مطلب دِل پننُ صاف صاف
بہٕ خاطر مےٚ گو آرزوےٚ وطن — دِیان چھس بہٕ گژھہا بہ سوئے وطن
اِجازتھ منگان چھس احبا بتھ ژھاو — اَسے دون بہٕ ملکِ بشر واتہٕ ناو
بخدمت کران ژےٚ اُستادٕ چھس — بہٕ رفتن شہس سیتی آمادٕ چھس
چھ پزتھ جاپہٕ اُسہ پانٕی کمتر غلام — ژہٕ آیندٕ مہ ختار چھکھ والسلام
بہٕ کنتھ یا مچھن کرِ حمالن بہٕ گوش — سپینز ہم جان کینژہٕ روٗدسہٕ بے ہوش
بہٕ تُشدی جوابا دوپن باز تس — ژےٚ اوسےٚ بہٕ شہزادٕنےٚ دُیتہٕ چس
دریغا[3] ژہٕ رچھمکھ بہٕ خونِ جگر — دریغا ژہٕ اُسکھ مےٚ نورِ بصر
دریغا ژہٕ شہزادٕنےٚ ڈاجو نکھ — دریغا اُمی ناوِ پژہر واجنکھ
دریغا اگر زانہٕ ہا پیش تر — ژےٚ ڈالی پہ شہزادٕ نامور
ژہٕ کرِہا ہمت نہٕ ہرگز امس سیتی جور — مےٚ نش روز پکھ زانہٕ ہتہٕ گژھکھ نہ تور

---

۱ ڈیکس گیٚنزو ۲ خوداہٕ سندِ مددٕ سیتی ۳ افسوس۔

لۆکھ بر سرِ خویشتن یم تہٕ گنج | بغفار از تکلف بلا درد و رنج
یوٗتُت مشہزادٕ اجازتھ دِیی | نوٚتہٕ واتناوکھ اجازتھ تِمے چھی
رضا نامہٕ اُمی شُند مےٚ نِش کرِتھ زٕ بیش | یِنا ما ژٕ مےٚ میلی نہٕ انداز بیش
یہ لوٗزِتھ دیوس یاد گوٚ توش و تاو | بہٕ خورم دِلی شاہ زادٕ اِتھ شوٗ آو
حمالس دوٚپُن با دلِ شادمان | اُچھن منز نمکھ یم زٕ سروِ روان
ژٕ خاطِر جمع روز دِل تھاو شاد | بہٕ جلدی نمکھ ہیچھو بادا باد
حمالہٕ زٕ فرقت سینہٕ اشکبار | کرِن رتھ زٕ دیوس سرِ دوش بار
دِتِن بوسہٕ بر ہرد و زہرہ جبین | دعا کرِ وونکھ اے جہان آفرین
سلامت تھوٗکھ واتناوکھ ژٕ اند | ہمیشہ تھوٗکھ خورم و شادمند
کوٚرُن حکم دیوس کران چھکھ ژٕ تیر | قدم تُل تہٕ فورُن بجلدی ژٕ نیر
کوٚرکھ جاے نبین رخصتک اہتمام | دوٚپُن نژو تہٕ پرواز تاے والسلام
دپان دژاو سےٚ دیوِ حرحر[2] مثال | جنوبس گژھتھ پیو زِ حدِ شمال
دوٚپُن شاہزادس کھیتو یُتھ ژٕ آس | نظارا وُچھو غیر بیم دِ ہراس
بیٚیی وُنتہٕ کتھ جایہ کُژاو فرود[3] | بہٕ عشرت بہ توٚت واتناو بہ زود
بہ واپس دوٚپُس شہزادن جواب | بہ رضوان شہر واتنگ کرِ شتاب
چھُ در شہرِ رضوان جاے قرار | بمنز لگہ بیسوا نامدار
دپان یام بوٗزُن سہ نام مقام | کوٚرُن جھٹ[4] پروازس اندر تمام
بیک طرفۃ العین تیمہ تیز ہوش | بہ رضوان شہر واتناوُن بہ ہوش
بہ تامیر شاہن نزدِ بازیار | دپان بیسوا نادیس نامدار
بہ نزدیک مسکن گاہِ آن نگار | دِیوُن تراوی شانہٕ پیٹھ برکنار
مبارک شہس کوٚرن با اتحاد | سلامت رسیدے بجائے مراد

---

۱؎ نکھس پیٹھ تھاوی نس ۲؎ ہوہکی یا ہِٹھ ۳؎ تراوُد ہتھر ۴؎ کوٚشش اچھ پٹھ

شُنہا ووہ نی رضا نامہ تحریر کر — بہٕ واپس گژھے چھم ژٕنے گرٕم پر
حالس فکر آسہ آسیم وُچھان — بجان و بہ دِل یہ سہ اسیو پُچھان
بہ واپس دوپُس شاہزادن جواب — ذرا کر تحمل مہ کر اضطراب
یہ گُفتار بوٗ شاہ دیوس وَنِن — دُرونی سَپُن بسیوائے کنن
دَپان پرژنووُن سہ تقریر شاہ — نبر کُن گژن از دریچہ نگاہ
وُچھُن شاہزادہ پنُن یار جان — بہٕ جلدی نبر ڈرایہ شادی کران
بغیر از درنگی و صبر و قرار — روٗٹُن شاہزادہ چھُو جان در کنار[1]
پوٗرُن حمد سوئے جہان آفرین — سلامتھ اوٗنکھ یِتھو درن سرزمین
مُبارک سپُن بخت بیدار مے — دوبارہ وُچھم یار دِلدار مے
پرُژھُن شاہزادس زِ چون و چرا[2] — زِ محموٗد شاہن ووٗنُس ماجرا
یہے باعثِ حلِ مُشکل مے چھم — یہے غمزدا یار در دِل مے چھم
اُمس سیتھا اخلاص کرِ بے شُمار — یہے ہزاتن میٗانہ کھوتہ زیادٕ یار
گژن واقف راز از عقدِ وسے — زِ حمالہ آگاہ از گُلہ شے
بہ انصاف ایں دلبرِ مہ لقا[3] — بہ کینژھا مے اوسُم دِنک مدعا
تہ حاصل سپُن آم مطلب بدست — خُدایس ثناہ چھس سپھا شاد و مست
غرض حال و احوال از ابتدا — مُفصل بیان کوٗرنہ تا انتہا
یہ بوزِتھ سپنو بسیوا شادمان — رُجوع کوٗرنہ محمود سے کُن دوان
سپنو ہم بغل تس کوٗرُن اتحاد — بہ تابع چھسے تھاو دِل شاد شاد
بہ الفتھ کوٗرکھ یانہ واٗنی کلام — دپوٗن کوٗر شہس عرض اے نیکنام
مے گو زیر چھُم پڑا رُنے گیا مے سوٗد — رضا نامہ لیکھ نیر واپس بزود
یہ بوزِتھ شہن خامہ کوٗر مُشک بیز[4] — رضا نامہ دیوس یتھو کھن تیز تیز

---

١ نالہ متہ ٢ سوال و جواب ٣ جسم ٤ مُشک ہُر رووُنس یانہ لیکھن ہیتُن

بہ سوئے عمالہ بعجز و نیاز — بہ آداب و تسلیم ہائے دراز
لیکھو کھن تنس زِ اسے مادرِ مہربان — بہ امدادِ باری بہ الطافِ شاہ[1]
سلامت بہ دونس بجائے قرار — بہ ہمراہِ محمودِ جہم دلقرار
بلا رنج و محنت ڈیون واتناؤی — اُمی اُسو ز ممنونِ احسان ٿھاوی
رضا نامہ روٹ دیو پیہ شاد گو — شتہس کوڑ تہ تعظیم تروون وڈو
پس انگہ شہزادہ باہوشان — سیپن داخلِ خانہ گوہرفشان
رکھہ وٹھہ[2] زن و مرد از ہرپا کران — ٿھوٿھہ ہر مبارک مبارک کران
بہ فرمودہ بیسوا بے شمار — رتھمن دوون نگارن ٿھوو کھ زو نثار
سلامتہ تمی یتہ شئے وا اتناؤی — تمی جانبین[3] زندہ پائندہ ٿھاوی
سیٹھا خوش سپہنو دلبرِ بیسوا — تمس بو تہ آرام شاہس سوا
بہ شکرانہ شادی ہنندے انتظام — کوڑن از چراغانہ شہرس تمام
ڈیتن حکمِ شاہی ضیافتہ کرن — رنگا رنگ شربتہ جامن بڑن
سجاون مکانہ شاہانہ عجب — پیئے[4] نو رسیدہ صنم نوش لب
بہر گوشہ سورے کوڑن انتظام — سپہنو منتظم پانہ تا وقتِ شام
اوٚنٹ مول تس سیتو بڈہ بڈہ امیر — سپہنو مجلسِ آراتے ٿندی وزیر
بہ پردہ کوڑن عرض ہائلس سگنے او — دریں باب گزشتہ مٹے اجازتہ ڈیئے واو
ژٹے مولوم پیچھے ۓ گرامی پدر — بہ پیمو ز ہنہ ٹرام استش پیشتر
سہ از تا ہیتھن اوس اندر سفر — بہ ملکِ پرستان ز شہرِ بشر
گزیتہ راہ ملکِ پرستان آو — وچھیتہ کم عجائب نیستان آو
سلامتہ چھ از دوتمت باطرب — اوسے کنہ کران چھس اجازتہ طلب
اسے اوس دادہ یہ باہم دگر — بہ یا منتہ پیے از پرستان سفر

---

۱ تہنٛز مہربانی سیتو ۲ لوکہ بڈی بڈی ۳ ہورکی تہ یورکی ۴ نوٚو وتمت مطلب تاج الملوک

کرُن عقد باہم بہٕ امر خدا          یہ ہے عرض چھُم بس یُہٕے مُدعا

دوپُس مالہِ واپس ژٕ ہُشیار چھکھ          دٕرین باب پانے ژٕ مُختار چھکھ

مُبارکھ ژےٚ اُسن ہزار آفرین          اُمس سیتی کر عُقد اے مہ جبین

سپُنہٕ بیسوا شاد بوزِتھ جواب          کوٚرُن نوکرن حکم با صد شتاب[1]

ضیافتھ کرِکھ حاضر بارگاہ          سپُن شاد رنزوانکُے پادشاہ

ضیافتھ کھیٚیکھ خاص و عام و نفیس          بخدمتھ کمر بستہ بڈٕ بڈٕ رٔییس

سپُن حکم والا دران انجمن          وکیلان و قاضی بہ راضی سمن

سپُن قاضیِ شہر حاضر بفور[2]          پٔرُن ذکرِ شرع متین تمہٕ بغور

بہ آئینِ دینِ محمد رسول          پٔرُن ناو ہیتھ پُورِ ایجاب قبول

بہ عقدِ نکاح بیسوائے شلوک          سپُنہٕ با ملک زادِ تاج الملوک

سپُنہٕ اہلِ دربار گوہر فشان          سوے شاہ مُبارکھ مُبارکھ کران

کوٚرکھ حکم تمہِ آیہ سازندران          زِ کشمیریان و ز مازندران

تمو ساز و سنطور کیٚ تُل نوا          سپُنہٕ خستہ گو بستہ حرحر ہوا

سپُنہٕ نغمہ آرا بہ عیش و بہ ناز          چھُ دربار بیشد راز گو سوز و ساز

بران ساقیان پیالہ ہے اُسہ مے          اُزان سمے سپُنہٕ مور دِل ناز چھے[3]

بیٚیہتھ کنہ درون حرم مہ جبین          سہ محمودٕ تا بیسوا ہم نشین

کنیزن کرِتھ ہالہ بہ گردِ شان[4]          گلِ اندام گل روئے مہ وشان

بہ تجویزِ ان ہر دو گوہر نگار          کنیزو کوٚرکھ سوز و ساز اتیار

کران رقص باضنے ہہ باضنے سور ود          بہ آہنگِ سارنگ با چنگ و رود

ترانہ کوٚرکھ باضیو لولہ سان          چھُ اندر ترانہ بیانہ کران

تیشُنہٕ کوٚر تمو نغمۂ دل رُبا          سپُنہٕ ہبا نو بستہ اندر ہوا

---

١۔ فورن ٢۔ وٚلی وٚلی ٣۔ نژنہٕ ٤۔ تمن اندی اندی داٸیر کرِتھ۔

ادا کوٚر کِھ شب در نشاط و طرب ہمہ ناز مستاں صِفت نوش لب

صُبحٕ پھوٚل طیور و پکھن کوٚرٕکھ دِش عجب بول بوشا کوٚرکھ آدگاشس

بہ ادرادِ حق سرٕ ہیوٚ قُمرِیان چھُ بیدار مغزانِ صاحبدلان

کُکِل پوشنولس چھِنے سوزان سلام چھہ گستوٚرو بابُلبُلان ہم کلام

منوشو تہ از راہِ عجز و نیاز پرٛستش سوئے خالقِ بے نیاز

کرٕکھ تا سوٚرکھ تمہِ شُنٛدٕ سے نامِ پاک چھُ سے آفرینندٕ آب و خاک

دوان گو سُہ شہزادہ تاجُ الملوک کوٚرُن عرض شاہس بحُسن و سلوک

سِتّے گوٚمُت اُسے شتھے نامور پیوٚمُت دوٗر از خانمان و پدر

گرامی پدر میون ذالاتبار[2] شہنشاہِ پوٗرب چھُ یُس نامدار

بہ شان و بہ شوکت چھُ جمشیدِ فر مسمّیٰ[3] بہ زین الملوک پدر

سِپھٕٹا چھُم سِتّے آمُت تسند اشتیاق دِلس اسہِ تس میون درد و فراق

برائے مُلاقات سُہ ان لاجرم اجازت منگان چھُس براہِ کرم

سِتّے رُخصت گوٚژھم بارفیقان بُنٛن تہ مولوم شاہس تہ کیٛہ چھُم وَنُن

کوٚرُس شہر یارَن مُبارکھ گژھو مُلاقاتِ ایشان اگر توٚہیہ یِیژھو

نہ ہر چیز اعلا چھُ اَندر جہاں رضامُتٛندیٚ والدین ہم کِناں

ولیکن سفر نعو رٕ چھُکھ چند روز ذرا کرٕ ژٕ آرام یتھٕ جایہِ بوز

پتس انگہ ژٕ گژھ با تمائی خدا سوئے شہرِ پوٗرب حوالے خدا

بفرمانِ آں شاہِ رضوان دیار[4] بیک ہفتہ روٗٹ شاہزادن قرار

دیان اندریں ہفتہ شاہن تمام کوٚرُن انتظامِ سفر انصرام[5]

کرٕ یتھ مصلحت تمہِ غسلیٚ کُلِ حال جہازن لوٚدُن جُملہ اسباب و مال

پہ کمینٛہ زیادٕ نمت اوس تمہِ مال و گنج تہ سوٚرُے کوٚرُن جمع بے درد و رنج

---

۱ یادٕ کرُن وول ۲ بجر وول ۳ یُس ناو چھُ ۴ مُلک ۵ انجام

کوٚرُن کشتین بار تھاوِتھ تیار    پس اَتھ دوٚپُن دِلبرس اَے نِگار
زِ پوٚرب پچھم یَم اَرچھ شہزادٕ بند    کرِتھ بو تہنٛد تراوتُکھ چون وچھند
تِ بوزِکھ یِہ سیوسٕ دوٚپُن زِ پہار    بدربار حاضِر کرِتھ ہر پہار
تِمن کرٕہِو زِ دارِغ غلامی بدوش[1]    خبردار پَچھے آسِتھ اَندر کرہِو زِ ہوش
سہ دارِغ غلامی کرِتھ تراوِیو نکھ    چھُ صیاد یارِ بدر چھاوِتھ زِ نکھ
بہ فرمانِ شہزادٕ ہوشیار    سِپہ تیز تامِ مٕلِیے پیٹھ تیار
کوٚرُن حُکم دارِغ جیلس شتاب    کرِتھ قٲدِیان حاضِر اَندر طناب
یہِ بوزِتھ دوان گو سہ دارِغ جیل    اَنِن قٲدِیان بستہٕ تمہ خیل خیل[2]
بہ تجویزِ آن اَفسرِ تُنٛد خوٗ    دِیان ناوِیسس بیسوا ناہجو
بہٕ نوبت بہٕ تدبیرو ہم عقل و ہوش    کوٚرُن سارِنی دارِغ حسرت بدوش
زِ پوٚرب پچھم شاہزادہ چہار    کرِتھ دارِغ دِتی نکھ سِپٲہ ہر دِیار
کرِیونس پننی کنی شہزادٕ یار    چھُ شہزادٕ گوٚژھینہ گرٕثوس داغدار
تِ شہزادٕ مونس یِہ در قیل و قال    کرِتھ داغ تروٗون علیٰ کُل حال
رُہ جُملہ قیدی شہن تراوِناوِ    بُہنِوِن ایحسان تمی تھاوِ ناوِ
پس اَتھ ہیوتُن رخصتھ از شہریار    کرِن تِم یِہ گُلرُخ جہازن سوار
بہ ہمراہِ مال خدا داد زیاد    رواںہ کرِن تِم زِ مسکو نہاد
کوٚرُن حُکم ہاٗنرس جہاز بچاو    بہٕ بندرگاہِ پوٚرب پچھم رُتی زِ ناو
بہٕ نوبت تام از راہِ خوشکی پیمہ    زٕ تے تُلت تام چھُے مال و دولتہ ذخیرہ
سِپَن پانٛژ از راہِ خوشکی روان    پَتے دراو بایَن تہنز وَتھ وِچھان
دوٚپُن واتہٕ خوشکی بجلدی دِوان    بہٕ کشتی درنگی چھُہ آرام جان
مے حاجتھ چھنہ کینہہ زِ آرام جان    سہ رنجیدٕ گوٚمت چھُہ آسمِ وچھان

---

۱۔ کھییکن پیٹھ   ۲۔ جمازٕدار

غرض چھم ہوائی بۂ توٚتت واتہٕ ہا
دٕیان دٕزاو در دِل رٕٹھتھ اپنٕ خیال
دوہہ رٕ با پٕنیٚ ہُنٛد ہیوان نیب و پے
بہٕ ہمراہ اوسُکھ یکان دوٗر دٗور
قضارا سرِ راہ ژھمن گو دُ چار
دوٚپُکھ تَس ژٕ وَنسأے یتھ ماجرا
بہٕ ساد دِلی تمؠ دوٚپُکھ صاف صاف
یِیٚلے بیسوائے کٔرو توٚہۍ اسیر
بہرگونہٕ زٕہرٕ زن حیلہ[۲] ساز
کٔرِتھ طے سفرہائے صحرا و کوہ
خدایَن کٔرم ساری مُشکل مےٚ حل
بہ باغِ بکاولی لوٚبُم بار مے
بہٕ امدادِ آں حضرتِ ذوالجلال
سُہ گُل چھُم مےٚ ہمراہ اندر بغل
بۂ وایس دوٚپُس بایو اَے شیرخوار
یہ گُفتار چھو نے سراسر دروغ[۳]
پرستان گژھن سون طاقت نہٕ بو
تتےٚ کوٚر مُتےٚ پچھے ژئے ہا حِس کمال
کرو چھانٛ زِ سے اَکھ کلامس یقین
یہ بوزِتھ سیٚدی سادٕ ہے طیش آو
کُشادہ کمر کٔرِتھ گُل ہوو تکھ

زِ گُل داروٗ ئے چشمِ شاہ ژھارِ ہا
وہا دِل کرُدوٚن زِ رنج و ملال
پراگندٕ کوٚتت واتی رٕتم کور گے
بہٕ دِل شاد رٕتم اُسہ زَن معہٕ ژوٗر
یکایک سمکھو تَس برادر چہار
گومت کوٚت ژٕ اوسُکھ زِ چھون وچرا
کٔرو عرض تا عُذر بہا دِو معاف
سُہ عبرتھ وُچھتھ بو سیٹھا گوس گیر
سُہ زٕہرتھ سفر مے کرُن ییتھ دراز
چھُ واقف خدائے والا ستوہ
سُہ مطلب لوٚبُم مےٚ یتھ اُمس کل
اوٚنُم گُل خدایَن دیتُم تار مے
بدست آم آں گُل علیٰ کُلِ حال
بعونِ خدا بندِ شاہس سہل
ونان چھکھ سخنہائے بے اعتبار
چھُمنا راستی ہُنٛد ذرا اَکھ فروغ
وُنِس تا سچے کش اَکھا تور گو
اَسے ہاو تمس بٕٹھو اے خوردٕ سال
بیٚیہ مرحبا ژٕیے کرِے آفرین
ذرا دٕور لبو تا رٕتمن بیش آو
بہٕ صادق دلی پیش کش تھوونکھ

---

۱ دوا ۲ مکار زنانہ ۳ ایزٕ ۴ پٕزر ۵ شٕر

وُچھتھ گُل سۍ̄نہٕ خوش بۄنگ و نظار    دۄپُکھ آزاوُن چھُہ لازِم یہٕ کار
خۄدا بۄزِنا آسہٕ نا سُے یہٕ پوشر    پیٚٹھی سیٚٹھی اَسی رۄژ ہۄتیز ہوشس
اوٚنا مادرِ زاد اونُکھ زٔرِتھ    پکان بہ سر راہ بۄ اَچھ وٚٹھ
اَچھن ڈول ہس پوش تہ گاش آس    زاوصافِ گُل تام گو سیر فاش
دۄپُکھ تَس مُبارکھ اَسہِ اَتھہٕ تھاو    یہٕ مطلب اَسہِ اوس نی اَتھہٕ آو
دۄپُکھ تمی بۄ ہرگز دمونا یہٕ پوشس    یِتہٕ چھُم سُے حِس تہ یِیہٕ سیون ہوش
دۄپُکھ تَس اَسہِ نیر سائلُن قدم    وگرنہ گژھُن چھُے ژسے مُلکِ عدم
دۄپُکھ تمی بنا حق کرِان چھُکھ کنِتھ    اَنِچ قدر زانو نہٕ ژاوو اَتھہٕ
اَنِچ قدر بےزانہٕ مولوم چھُم    خبر چھُو نہٕ کیا کیا عقوبت[۲] وُچھُم
اُمی باعثہٕ بَس سفر گُل سُے کوت    اُمی باعثہٕ جان بَرلب سُے ووت
یقین چھُم طُفیلِ چُنیس[۳] بے بہا    بنیم عفوِ تقصیر از قبلہ گاہ
دۄپُکھ تَس پتُن جان چھُے نا بکار    اَنِچ ژاد کنِتھ ناو روٚٹھ مانگنار[۴]
کرِیونکھ یتُنہٕ کنہٕ سیٚٹھا عجز و زار    ولیکن رتُن آو نہٕ کُنہٕ بار
زِ بے حُرمتی تَس کرِتھ لار لار    معاوضن بہ تحسین تمِس دیتُکھ مار
دۄپُن اَسہِ خداوند جان آفرین    ژٕ چھُکھ واقفِ نیکٕ بد ای چُنین
ژٕ چھُکھ عالِم و عادل و داد رس    ہر کس بہ یکسان ژٕ فریاد رس
اَمیک فیصلا پانہٕ کر اَسہِ خۄدا    زنیک و بدس میون کُڈ مُدعا
کرُکھ یم ژٕ محکوم[۵] من ہر چہار    ہرس فاش کر تکھ ژٕ اَسہِ کردگار
وُنتھ یہی سُہ دِلخستہٕ رنجور گو    تمن نش بہ دِلخستگی دور گو

---

۱ دۄیُم دُنیا۔ یانے اَسہِ مارونھ ۲ سزا، مُصیبتھ ۳ اُمرٕ قیمتی پوشہ کِہ برگتہ ۴ لوٗب ہیٚ یانے زُل ۵ ماتحت۔

# اکھ نصیحتہ

اسے بنی آدم نظر کر در تحیرن ہنا — بوے باین پشت پناہ بأے بأیس دشمنا

از چنیس غدارہی اخوان عجب حسرتہ چھنا — " " " " "

وچھتہ تمہ تاج الملوکن کیا کورن باین پیٹھ — از غدأری لؤٹھ کورہس باز تس لایکھ لیتہ

تمہ جوان مردن کور کھنہ کینہہ پؤرن خمشا — " " " " "

بیسوائے قأد تھأون بستہ کرأون در قفس — یؤنہ آرام تمن در قأد خانا اکھ نفس

مال و دولتہ کھیاو نوو کھ تس اتھ گومنوا — " " " " "

کرہا ہمہ تمہ نوجوانن از کمال عقل و ہوش — نؤلہ بچہ ہأوون تہ پؤرن بیسوائے گربہ موش

مال و دولتہ ہمہ سوزن زتمس میننن بچاہ — " " " " "

قأد شگیس گو تمن آسان طفیل آں عزیز — بیسوا اُڑن بدست ہمہ غلامان و کنیز

آسہ ہن وُنہ قأد یؤد کرِ ناو ہمکہ نے سُنے — " " " " "

دراو پیلہ شہزادہ تنہا از رہِ خوشکی نجان — راے آہس چھم برادر تو تہ چھم آرام جان

مشکلس منز ہتہ روزن پم برادر نگاہ گاہ — " " " " "

نعمت الله با شفیقان کر سلوک از عدلتے — جز خدا و مخلصانس غم ندارد از کسے

آسہ یس نا ہر خعواتس حاسدن ہندہ غم چھکیا — بوے باین پشت پناہ بأے بأیس دشمنا

# بأین ہندہ پنس ملکس منزواتن

لیکھاں بی چھ دانائے اسرار گل — لیتہ گل قرا قو قدم تیز تل

---

۱ بأے ۲ پنجر، قأد ۳ برور تہ گگریس بسواپہ نرد زینتک راز اوس ۴ عد کھوتہ زیاد.
۵ خوداپہ سبند ۶ ٹابٹی ۶ لیٹرہ.

وُ منزِل پکاں گئے بَ ئِ لیل و نہار
جوانا او لکھو تس وٹ نکھو با سلوک
بہ کاغذ لِنیو کھکھو ائی سے کن پیام
بہ انصافِ یزداں خوداے اللہ
سلامت رسیدیم اے محتشم
تو خوش باش اے قبلہ ذوالکرام
دو ہس دوہن دوہن تام واتو حضور
دُیتکھ قاصدس خط دُ منزِل سه گو
کرِن واقفِ حال دربان تمام
تھوون رقعۂ شاہزادان بتھر
مرتر منشین خط پورن شاد گو
ودئین اے شہنشاہ والا نژاد[٣]
پکان یگو وانن یکایک چہار
بہ کنہہ یائے مہتھن گیہ شاہس کنن
کورن حکم ارکانِ شاہی تمام
عماری[٥] بہ فیلان کورن زینہ ساز
گرتھن بزوشیھ شہزادہ نے تیز تر
بہ فرمودۂ شاہِ عالی مقام
بہ فیلان سینھو پالکے پیچھ سوار
طفیل برادر شہ تاج الملوک
دیان واتی نزدیکِ جابے پناہ

دیان واتی نزدیک پورب دیار
دِ گرتھ خوش خبر سمجھ بہ زین الملوک
بہ عجز و تضرع[٢] ادائے سلام
بہ فرخندہ اقبالِ آں قبلہ گاہ
گلِ مدعا ہمیتھ بجاہ و حشم
سین چانہ تکلیف کے اختتام
غمِ خاطرشان کراوو سرور
بدرگاہِ شاہی تمی تروو رو
تمو نیتو بہ پیشِ شہہ نیکنام
بہ منشی شہن حکم کور رقعہ پر
مبارک کورن شاہ آزاد گو
چھ شہزادہ آہتو بہ حاصل مراد
منور کرن دیدۂ شہریار
ز شادی نگنجید[٤] در پیرہن
بہ فوجِ ظفر موج با احتشام
سجاون بجن باجہ با ترک و تاز
اُتن با حشم شہر پورب اندر
وزیرو بہ فورن کورے انتظام
ستمگار بے عار شہزادہ چار
لوٹیکھ رعز تھا پیش زین الملوک
بجھے دراکھ اعلی گومت قبلہ گاہ

١ راتھ دوہ ٢ زاری عاجزی ٣ بجہ ذاتھ ہندے ٤ خوشی سیتو دیو پنہ جامن منن یا ونشیا ونہ کنہ ٥ پالکہ

وُچھکھ دوٗرِ لاران یامتھ پدر — ژھنکھ ووٚٹھ ز اسپان وفیلان پیٚتر

نٚدیدہ شنیدہ چُھ یعقوب اوس — نمُتھ شاہزادو کوٚرُس پایہ بوس

یکایک بغلگیر باہر چہار — بہ شفقت سپُن بادشاہ اشکبار

جگر پایہ گو شاہزادن ازیں — بہ یکدم کوڈُکھ آں گُل نازنین

کرِتھ صاف چشمہ بہ شایستگی — اُچھن ڈولہس گُل بہ آہستگی

زِ مالیدنِ[1] گُل شُہ بینا سپُن — بصد خورمی شاہزادن دوپُن

منور گیئم دیدۂ ظاہری — اَنوُ گُل زِ باغِ بکاوُل پری

گیئم دیدۂ[2] باطنی بہر ور — مےٚ دیدارِ تہندے گرامی پسر

سلامت خدا تھاوِہی نوٚ سرافراز — عطا کرِی تَنو بقیہ عمرِ دراز

سیٹھا لوکنے ہند سپُن اژدہام — مبارک مبارک کران خاص و عام

پکان شہزادٕ شہن ہمرکاب — بہ بیٚنتھ چُھ کاوُس[3] و افراسیاب[4]

بہ شاہی محل بیٹھ بر فرشِ ناز — بہ الطاف شاہی سپیٚنہ سرافراز

سپُن شادمان محلہ خانہ تمام — بیٚیلہ وٲتی تم ژور نسلِ حرام

تمن راے کوٚر شاہزادُ یہ کار — خبر کَس تمن شوٚٹھنے اُس لار

بہ کارِ ملک زادِ تاج الملوک — رَٹمو باپدر کوٚر دُبارِ سلوک

وگرنہ تمن حبس[5] دائم سزا — بہ رِضوان شہر اوس ڈیشُن مزا

بہٕ شائستگی تم عزیزن بچاوِی — ازاں قائدِ خانہ تمی تراوِ ناوِی

ملونٕ[6] حنیا فرشِ تمی کھیاو ناوِی — عجب شربتِ دلربا چاوِ ناوِی

تمی نیک خوین لۂ کیٹھ ہی تہ لاوِی — دُبارِ زنانن رٕنشے واتہ ناوِی

وگرنہ تمن اوس کھیوٗن نانِ جَو[7] — کھبا قند و حلواے شیرین گیو

---

١ پوش ڈالنہ سیتی ٢ اندرمہ اچھ، بصیرتھ ۔ ۳، ۴ ایرانی بادشاہ، کاوُس کے ۴ پہلوان یُس کین سیتی آسان اوس ۵ قۆد ۶ رنگامیز ۷ دُشکہ ژوٚٹ یانے مِصبھ اکھ تلنی.

بقبکان ماجہ مألس چھ فرزانگی[1]  زنانن پچھ ہاوان مردانگی
بہادر اَسے ہیئو چھُنا در جہان  ز رستم گھُسیتہ اُسی بہادر جوان
گژھُن در پرستان چھُ کمی ﴿سُنڈ مجال  بہ دیوان کرن حملہ سونے کمال
ز باغِ بکاؤل اسے اون پوشن  گومت تور از تام چھُنا کانہہ منوشن
وَنان ٹاریتہٕ پھر محلہ خانس نرن  یہ بوزتھ چھِنے مستوار کو بجن اَرن
چھ بوزان پوڈے تام کران اعتبار  شب و روز استادٕ حکمس تیار
گمیتی اُسی فریتہٕ[2] بہادُر چہار  رَمو محلہ خانس تلکھ گٹہٕ کار
دَیان دِیت شہَن حکم بر خاص و عام  کرن شادیانہ بہ حسنِ تمام
کہ ومیہ[3] زن و مرد شادی کران  چھُ ہادی بہر سو منادی کران
چراغانہ کژاوان امیر و گدا  پران شکر و اِحسان بہ سوے خدا
بہ شکرانہ خرچا کورُن بے شمار  غریبن دِتن وار یاہ مہر دیار
یمَن شہرنے پیٹھ تمس اوس راج  بہ ایں سال کرووُن تمن ترک باج[4]
سیٹھہ خلق مشغولِ عیش و طرب  دُعا پادشاہس کران روز و شب
بیا ساقیا جامِ رنگین بیار  گومت چھُس شش و پنج اندر چہار[5]
ازان جامِ مے و صدائے سروش  ازیں خوابِ خرگوش یمہ ہا بہ ہوش

# بکاؤل پری ہُند ہُشار گژھُن تہٕ افسوس کرُن

روایت بدیں گونہٕ[6] راوی کران  نوین پیالہ نے پرانی شربتہ بران
چھ چنہٕ والی مُشتاق تتھ شربتس  تتھی یتھ طمع آبہ کے پربتس

---

۱؎ دانائی ۲؎ موٹے ہیتھ ۳؎ لعد گہنڈی ۴؎ باج کوڑنکھ ماف ۵؎ یمن ژوون ہنز جالسازی منز ۶؎ یمہ طریقہٕ۔

زِ باغ بکاوُل ییٚلہ شہر یار — بوانِس نیبر ژ‍او موشنس سوار

پس از چند ساعت بکاوُل پرٛی — بہٕ جُنبنش بہ بستر سیٖنہٕ تشریٖ

سیٖنہٕ وارٕ بیدار نرگس کشادہ[1] — پوٚرُن حمد یارب دِلمٕ شاد شاد

کوٚرُن پارچہٕ خوب زیب بدن — کوٚرُے باغ شرمندٕ سروٕ قدن

خرامان[2] خرامان چُھ کبکِ دری — دیان ژ‍ایہ باغس گنٕ آن پری

نظر کرٕن باغس نشیب و فراز[3] — پکان وائِژ بر حوضِ آن سروِ ناز

کِنارس پیٚٹھن بیٚٹھ باصد قرار — چھِنے ناگس وُچھان از یمین یسار[4]

وُچھن ناگ خالی زِ گُل گوٚمُتے — زِ بادِ خزان زَن ہَرِتھ پیوٚ مُتے

دوٚپن یا الٰہی یہ کیا چھس وُچھان — شہ گُل کوٚت گوٚمُت یُس بہ اَمِس چھان

پوان بوزِنا چھُمنہٕ پوشِک نظار — نتہٕ نِندرِ ہُندُے اُچھن چھُم غبار

سیٖنہٕ مُضطرِب سخت در پیچ و تاب — شُک نرگسن[5] ہنٛجہ ژ‍ائوِن بہ آب

موٚہُس بُہتہ چھُلُن تہٕ کوٚرُن وارِ غور — بہٕ حسرت چھِنے واجہ کرّان اور یور

بہ بحرِ طلاطُم[6] سیٖنہٕ غوطہٕ زَن — دوٚپُن پانٕ پانس یہ کیا چھس وُچھن

بہ بیدار چھس چھسنہٕ خابس اندر — بہ حیرت سیٖنہٕ اضطرابس اندر

اَچھن پھُش دِوان دَرمنس ہیٚتِن — زِ شرمندگی ہنٛجہ رویس دِتن

اَتھس کوٚرنہٕ افسوس[7] اوٚنگجن نسوٚ — دریغ آسے اَتھا کمہٕ یہ کوٚرنے مسخ

ہیٚتِن پیچ دِنی ہمچو مجروح[8] مار — رِٹیہٕ زن ہیٚیس تہٕ گیٚس تن فگارٕ[9]

یقین تس سپُن یوٚر ژامُت چھُ ژور — بیاغ اندروٗن چھُم مے پانس قصور

اگرچہ بہٕ اَسس بہ خواب اندروٗن — ولیکن نگہبان کمہٕ کرِ زبوٗن[10]

---

۱) اُچھ مُژرِن ۲) لوٚتی لوٚتی بیٚہری ژاوان کیٛو ہِندی پایُٹھی ۳) ہٕشرٕرَن تہٕ ستھرن ۴) دُچھنی کھووری ۵) نوٚرُک پوشہٕ اَتھ ۶) فِکرَن ہنٛدِس سمندرس منٛز لجِ ڈُبہ ڈُبگہ ڈُبگ کرُنہٕ ۷) افسوس ۸) زخمی تَرُپھ ۹) جسم ژھیٛوٚنُس زن ۱۰) کمزور، پامال

دراں خواب گویا بہٕ اُسس مۆہِٕژ ۔۔۔ وَلے پھِرِ دارٕن وُنن کیا گمٕژ

بہٕ ہژدہ ہزاران پٔرِی جن و دیو ۔۔۔ سپُن زور کٔس یور ژٕ اُمت بہٕ ریوٕ[1]

چھُھا حبانوٕ ارٕن گُذر[ُ] یور یُت ۔۔۔ دریں باغ کس اوس طاقتھ اژُن

ملک چھا یہِ آمُت بہٕ شکلِ منوش ۔۔۔ بہٕ افسوس[2] مےٚ نیوٚنم تمیٚ حال و ہوش

پھِٕٹے پھِرِ پھِرِ کرِ وُچھان واجِہ نقش و نگار ۔۔۔ دیان چھس وُنکھتا کتھا از نگار

کُہنٕژ چھٔکھ تِمس یور کمیٚ ہاو دُکھ ۔۔۔ ز اسرارِ[3] مخفی کرِ کھتا مےٚ سمِتھ

سینٕس سخت غمگین فکرن اندر ۔۔۔ دوٚپُن ژٕ ؤرِ سُند کار نٔیُن سیم و زر

بہٕ یٔیم ژٕ ؤرِ نیے زیادٕ کرٕ نس زبون[4] ۔۔۔ متاعِ دل و جان سےٚ مُفت نیوٚن

بیوان یاد چھس نِشہ رِ ہشرِ بیخودی ۔۔۔ بہٕ ہنہٕ[5] تن و از نیک و بدی

ز شرمندگی غرق اندر عرق ۔۔۔ گرزان رِ ہٕدٕ زن[6] تے دزان زٕن برق

سینٕس مُژ وُچھان لوس ناگس اندر ۔۔۔ دُدان سینہٕ مجنون یا عشق اندر

ۂرِتھ گُل چھُ بُلبُل کران نالہِ زار ۔۔۔ چھُ لالہ ہوٚتُن داغِ دِل ژاس خار

زِ فرُقتہ یوٚہے نقش سینس کھوٚتُن ۔۔۔ چھُ قمری ہزار داستانا دوٚنُن

# بکاولہِ ہُندیوٚش نہٕ وُچھتھ تہٕ واجہ کُن نظر پیٚتھ ویدِ اکھ دِز

حالِ دِل دِیٚہ کس چھس بہٕ مستوٚر ۔۔۔ زالِ دُنیا چھُھ کران کتِہ نیے سوٚر

دزالہِ کمہِ حالہِ باغس ژوٚنم ژوٚر ۔۔۔ ژھالہِ اکہِ بالہِ نیوٚنمَ مے کتہِ دوٚر

چھُم زیبا وُچھہٕ تُس باغک ژوٚر ۔۔۔ اسے دریغا وُنہٕ ہس یہِ چھا دستوٚر

کالہ بوٚمبرٕن بوٚ چھنس لالہِ زنبوٚر ۔۔۔ تارِ چارِ ہن مےٚ سینس گوم طنبوٚر

---

(۱) مکر (۲) جور (۳) پوشیدٕ اسرار (۴) پامال (۵) نیٚتھ نوّن جسم (۶) گگرا سے (۷)
وُزمل (۸) دُنی پیٚٹھک جنجالہٕ

حال دِیُٹہس چھوٚرہم مئے مستورے ۔۔۔ ورگہ نیوٗتھم دِل مئے سورگہ چوٗرے
بال اٰسِس بہتھ مُلکن ژوٚرے ۔۔۔ پَست کرٕتھس اٰسِس مست وٕ مخمور
ژوٚر ژوٚلہم دژاسم چھاوِتھ باغ ۔۔۔ مستوٗرے گوہم تھاوِتھ داغ
ژوٚلکھ بُلبُلہِ باغس چھورہم زاغ ۔۔۔ پوشہ تھرسنے چھوٗلہِ وٗن زارٕ وٗن سوٗر
رنگہٕ بُلبُلہ ژاہم باغس منز ۔۔۔ پوش نیوٗتھم اوس یُس ناگس منز
راتھ دوہ مئے تمہٕ کے اوسُم ٹٹنز ۔۔۔ ہوش روٗدم گوشکُ[2] نیوٗتھم دوٗر
خوابِ غفلتہ ژرژِتھ نیوٗتھم باز ۔۔۔ آکھ لاٗگِتھ زاٗگِتھ شاہِ یٔشدراز
کمُس مئے ہاوِہم بادِہم آمہٕ کےٗ راز ۔۔۔ دِلِ غمگین میوٗنُے گژھ مسروٗر
لالہ بر یو پیالن جگرُک خوٗن ۔۔۔ سالہٕ یِکھِنا چھِکھنا گوٗنا گوٗن
چھس چھُ لیلیٰ شیدا چھکھ مجنوٗن ۔۔۔ چھس مئے دِتھم دِلبرِ ہیوٗ تھم دوٗر
شیچھو سوزنے واوس اتھہٕ یِکھنا ۔۔۔ بٔیہ دَرشُن باغس کُن دِکھنا
رسہٕ بَر یو منہٕ کی پیالہٕ چھِکھنا ۔۔۔ ویسہٕ راوٕتھس دِل آرامہٕ گلنوٗر
مال و دولتھ ژوٚرِتھ ژوٚرس کار ۔۔۔ دِل ژٹیٚ نیوٗتھم ژوٚرے چھکھ بے عار
دِتہٕ دَرشُن بالہٕ چھم جانس لار ۔۔۔ بُلہٕ بُلبُل تُوشُن ہیٚمہٕ کوٗستوٗر
نعمتُ اللہ پَریو روز بیدار ۔۔۔ ژاو غفلتہ فانی زان شرمسار
رٹھ ژٕ دامانِ چار یارانِ سرکار ۔۔۔ تار تارٕ سنے گژھ منز بَنٕ یو نوٗر

# باقیٔ داستان

پیٹھے پاٹھو وارا کوٗرُن نالہٕ زار ۔۔۔ ذرا ژوٚلُس از دیدٕ خوابک غبار
کوٗرُن قہر بر پیہٕ دارانٕ تمام ۔۔۔ کُجا رفتہ[3] بو دید آسے بد لگام[4]

---

۱ گاو ۲ کنُک ۳ کوٗت اٰسو گژھتو ۴ کمینہٕ ۔ آوارٕ

دریِن باغ کِس ژامتّن اوسُس ژۆر — وُہنو بوزنِتھ چھُو مَردن بلبلو ژۆر
تمو سارِوے دوٚپسہ حاشا خبر — چھِنہٕ اَسہ اسے ماہ رُخ تاجوٚر
خدا زانہٕ تمو سے چھُہ معلوم حال — اَسے ڈیوٗٹھ نا کانہہ علیٰ کُل حال
ملک بایہ افسون ژامُت منوش — تتھی نیثو اَسے سارِنے عقل وہوش
کوٚرُن حکم پٔریِن تہٕ دیوَن سگٕنے — بغیٖکدم جہانس دیو تو پری ووٚنے
اُنو ژۆرِ سُندُے پتاہ خواہ مخواہ — دریِن باب کوشش کرِو پٔرتھ اکھاہ
یہ بوزِتھ دیان پٔرِیہٕ تہٕ دیو دراے — وُچھتھ ہر طرف باز محروم آسے
دِنکھ ؤنی جہانس بہ نزدیک و دوٗر — پتاہ دراکھ نا آکھ نا اکھ ژۆر
کوٚرُکھ عرض شاہس مٲنی خطا — سگٕنے دراو نا ژۆرِ سُندُے پتا
یہ بوزِتھ سپُز در غضب مہ جبین — کوٚرُن اَفسَرن سخت تنبیہ بہ کین
لگوون تمن حبس دائم سزا — اُزین غفلتی تۄلہِ ناوِن سزا
کرِن بادلِ خویشتن مصلحت — بجُز کوشش خود چھُنا چارِیَتھ
ژھنُن ترٲوِتھ خانمان ناگ و باغ — کرُن پانہٕ تَس ژۆرِ سُندُے سراغ
پرٔغارِتھ بہ پرواز ژروُن وُڈو — نشیب و فرازس گژھُن پوے و دو
دِتِن ؤنی جہانس بہر بحر و بر — تھکھس تیز رفتار شاہین پر
وُچھان تیٖتھ کھوتُس جان و تسُند لب — نین گوٗسے دریوٗنے از نوش لب
کوٚرُن ترک آرام و خاب و قرار — بہ شوقِ ملاقاتِ آں دوستدار
ز حسرت موٚہُس حبس تہٕ چیٖن آب ونان — سیٹھا لوٗس تَس گلعذارس وُچھان
بہ دردِ درون نالہٕ زارِی کران — مخاطب رٔٹِتھ تَس نگارس وَنان

---

ء۱ دِوِدو ء۲ حال ء۳ کوشش۔

# بکاوله ہنز ناله زاری[1]

چھمنہٕ از دِل مے مشان ییٚنہٕ رٕوشتھ یارٕ گوٚ
چھُس تیٚنہٕ بے دِل پشان کرِتھ کُشتے مار گوٚ

چھُس بحسرت نوش لب کوٚت ژوٚلُم شاہِ عجب
وُنی بہٕ دِرہٕ ہیس لے دِزو شب نیٚش[1] دِتھ شہمار گوٚ

کوٚرہٕ نہٕ تمہٕ صبر و قرار وحشیانہ گوٚ فرار[2]
وینہٕ نَس ہے چھُمنہٕ وارِ ہے کرِتھ بیوار گوٚ

در پریشان کوٚہ بہٕ کوہ وُنی مے دِتی مَس راتھ دوٚہ
ہاے ہے کوٚر نم مے پوہ شہیرم از کار گوٚ

چین ما چین روم و شام مصر و بصرس ہنز م چھام
نیب نوتس کُنہٕ آم دِلہٕ ما دربار گوٚ

عندلیب[3] بوٚالہوس شہرِ کشمیرُک ہوس
گوم شیچھ کسُ نِش نقوش یار با اغیار[4] گوٚ

اے ستمگر بے وفا شیوہٕ جور و جفا
خوے خوش بوے صفا ژھانڈنے تا تار گوٚ

راشہ بٔر کنہٕ نیل بل دزاو کرِنہٕ سیل ڈل
درگاہ حضرت بل خدمت سرکار گوٚ

خانصاہبنہ عشق مقام وُنی مے دِتی مَس ہر مقام
نیلہ ناگہ نیب آم شیخ صابُن ژزار گوٚ

ڈوٚرہ شہ آباد زاگ نتہٕ ژھانڈان ویرناگ
گوٚ کرِتھ ہارِس مَتے ماگ خوشک لب سبزار گوٚ

کچھ ڈٔبہ نے آچھہ ول وُچھ مے در دِل ناگہ بل
ژھنڈ پورے گوچھہ بل معتکف[5] در غار گوٚ

سید دورسے لا پسے صاحب اقبال پسے
نیوٚ سہ پیری یو سالہ ہے موت سُہ سونٛدر نار گوٚ

کھنہ بل ما نالہٕ بیوٚٹھ سالی ذری یال گس میوٚٹھ
پوٚت شند دوٚر ہر مے کریوٚٹھ کیا تمس آزار گوٚ

بے خبر بنتھ نتہ ژوٚلم تس وچھان زٕ گوٚلم
رنگ روٚہ خسارس ڈوٚلم جعفری گلنار گوٚ

لالہ رویس وُنی دِمس آدنس لادن ہمیس
بازرس کمتہ نوگسہ رنس کرنہٕ نوٚٹ با یار گوٚ

پتھ ڈکاندارس پتھ ژھم یار شند درشن گو ژھم
لا پتاہ وارا پتھ ژھم کور کُن بے عار گوٚ

چھی سہ آخر لامکان پتہ سکانس چھُس کان
بے خبر ناحق تھکان سا لکن ہند کار گوٚ

---

۱ء ٹوپھ ۲ء ژوٚل ۳ء بوشتوٚل مطلب تاج الملوک ۴ء دوہیرن ستھی ۵ء اعتکافس، ژہس ۔ چہ یہ نظم دراصل نعمہ صاحب یارہ شندس فراقس منز نالہ زاری کران۔

عالمس چھیوُرس ژہ یارِی تھوک سہ ناحق ژھائری ژھارِہ
لگہ پہس بو یارِی یارِی خود خمہ دم اظہار گژھ
نعمت اللہ ہوش کر گوشس خر ژِ فروش کر
بوزِ مُت چھیہ گوشس کر واقفِ اسرار گژھ

# داستان

لوُہُن نا پیلے یار شُند سے نشان
سیٹھا سخت غمگین تہ خاطر پریشان

دوُپُن اے خوداوندِ لیل و نہار[1]
ژِ وُچھ ہاوتم سوئے شہرِ نگار

تُہکم یِر سیٹھا یکو یکی دوہ تہ راتھ
لوُبُم نا پتا از شہار و دیہاتھ

توُے محرمِ رازہائے خفی[2]
پِہ مُشکل کرُم حل بہ آدم صفی

بہ حقِ محمدؐ کلامِ قدیم
رُچھم دِر پناہ از ہمہ ترس و بیم

سیٹھا دِل شِکستہ سپنیو ماہرو
مُجیبن[3] اِجابتھ کرُس آرزو

وُڈو باز ترووُن توکل کرِتھ
نہ غیرتھ ہیوُکُن نا تغافل کرِتھ

بہ شہرِ یثرب واتِتھ کرُوُن کمال
بہ عون و عنایاتِ ایزد تعال[4]

بہ تدبیر و افسون گرتھ یک طرف
کرُن شکل پانس چُہ دُرِ صدف

بہ سِن دہ و پنج سالہ جوان
سپنیو جلوہ دِہ ہیچھو ماہِ کنعان

وُچھتھ لوکھ مشغولِ عیش و طرب
کرُن راے در دِل چُھہ کیا پیٹھ سبب

بہ ناز و بہ عشرت کہان و مہان
ترہ نم سرا جُملہ مرد و زنان

پرِژھن اکھ اکس باعثِ سازِ نے
چھہ کتھ پیٹھ چھوان سے چھوان گُل شُے

۱ راتھ دوہ ۲ پوشیدہ راز ۳ قبول کرُن وول یانے خودا ۴ خودایہ سُند مدتہ ۵ پنداہ وُہرس جوانہ سُنز شکل کرُن اختیار۔

دوپنکھ تس کتیتھ چھکھ تتے گوڈے ناکنن — بظاہر خبر چھے نتا چھکھ ونن
چھُ عالی ہشم والی ایں شہر — گومُت اوس اعمیٰ ز چرخِ دہر[1]
وزیرو بہ تنجیم کورُہس دوا — یہ کینژھا وونکھ ڈول یتھ اکھ دوا
دوپنکھ تس شہا ید گژھی ین تتے گاش — ژٕ کرناو اندر پرستان تلاش
چھُ اندر پرستان بکاوُل پری — چھُ پریین جنن ہنز تمس افسری
تمی پرٕ یہ باغا چھُ کورُمت عجب — چھنا بوزنے تمتھ یوان روز و شب
بہشتی درختو سراسر بریتھ — چھہ میوٕ بدل لال و جوہر جڑتھ
درآن باغ حوضا زمرد نگار — تمتھ اندر چھُ پوشا درخشان بہار
چھہ اوصاف آن گل بروں از شمار — خصوصن چھہ اتھ ابتان گاشدار
شہ کُس آسہ تیتھ مشفق شہریار — گژھتھ آنہ گُل از پرستان دیار
دُبارٕ شہس گاش چشمن پییے — اَچھن ڈالہ گل تے مُشک تتھ پییے
یہ بوزتھ شہن کرٕ نوون تلاش — نہ گُل کانسہ اونس تہ نے آس گاش
بہ ہمتھ پتو دڑاے شہزادٕ چار — تمو اون سہ گل از پرستان دیار[2]
اچھن ڈول ہس پوش بینا سپن — ازیں خوش رمی شہر باشن دوپن
کورُن تابیک سال عیش و طرب — اوے کینہ چھہ شادی کران روز و شب
یہ پاٖغام بوزتھ بکاوُل پری — سپیٹھا خوش سپنہ ژن لپن افسری
لودُن حمد بے حد خدایس سگنے — ڈیٹھم ز یہ سبب عالمس منے ووٚنے
درین شہر آخر مے حاصل مراد — سپن از عنایات رب العباد[3]
روان در زمان گیہ در چشمہ سار[4] — کورُن دور از آب گرد و غبار
ز آب صفا صاف کرٕدوون بدن — سپنہ جلوہ دہ ہیچو دُرِ عدن
ز تکلیف راہ اُس گاہر ژلیل — چو یوسف سپنہ تازٕ از آب نیل

---

۱ء زمانک ور ۲ء ملکِ پرستان ۳ء خدا ۴ء ناگس نکھہ

جوانا سیٹھاہ خوبرو مہ جبین    ستھنے پیٹھ ووٗلُن خلیسھا نازنین
تیٚمِس شہزاد اسہٕ لاگِتھ سیٹھُن    ہیوٗ تُن بٔلی پکُن تسے کُکو ہیوٗنت وٕچُن
یہٕ خوش روے خوش خوے مردِ جوان    بشر چھا پٔری یا ملک ز اسمان
بہٕ شکلِ بشر آمتیٚ بر زمین    ز کنعان نتہٕ یوسف مہ جبین
وُچھتھ تمیٚ سُندٕ عقل شکل و کمال    لُکَن گومُشتھ خانمان و عیال
ہر کوچہٕ بازار گوٚ اژدہام    سُہ شکل و شمایل وُچھتھ خاص و عام
پکان ہیچھ دیوانہٕ دنبال[1] تَس    کران بٔیہ بٔیہ پرسشِ حال تَس
یہٕ غوغا ہر کوچہ بازار گوٚ    دیان رفتہ رفتے شہس پیٹھ یہ بیو
دوٚپکھ شہریارا بلند اختر[2]    درخشان چھُ از آسمان اختر
زمینس پیٹھن یا چھُ آمُت ملک    بہ ایں حسن و خوبی بزیرِ فلک
چھُنا تا بہٕ ایں دم بزیرِ نظر    گومُت اے شہنشاہِ والا گہر
نتہٕ مصرکیٚ شاہِ یوسف بہ جاہ    برائے تماشا دریں شہر آو
یہٕ بوزِتھ سُہ گُرو شہن کوٚر طلب    وُچھتھ حُسن تمیٚ سُند سپُن در عجب
بہٕ تعظیم پیش شہہ نیکنام    کرُن با ادب تمیٚ اداسے سلام
سیٹھا خوش سپُن پادشاہِ پورب    وُچھتھ تمیٚ سُند شکل و عقل و ادب
دوٚپُن تس کتیٚک چھُکھ ژٕ نے کیا ناو چھی    بہٕ خوش سپُرتی بس چکہ جاو چھی
وَہم[3] دوٗر ترٲوِتھ ذرا پرٛونٹھ پکھ    پنُن مدعا وَن بلا خوف و شک
کتیٚک چھُکھ بیان کرپنُن زاد و بوم    ز شام و مصر یا توٗ از شہرِ روم[4]
بخدمت کوٚرُن عرض اے شہریار    بہٕ شہرِ پوٗرب چھُس سکونت گذار
مےٚ چھُم ناو فرخ[5] ز مادر پدر    خداین چھُم لوٗدمُت سیٹھا سیم و زر
ویکن عرض چھُم ژٕسے نِش روزِ نکُ    شب و روز گُفتارِ شہ بوزِنکُ

---

۱؎ پتہٕ پتہٕ ۲؎ قسمتہٕ وول ۳؎ وہم ۴؎ شام کُس چھُکھا، مصرکُس چھُکھا کِنہ روٗمُک ۵؎ بلاؤُل چھِنے زینُ المُلوکَس نِش وٲتِتھ پانَس فرخ ناو تھاوان۔

بخاطر ہوس گوسے از چاکری     بہ لبہٕ ہاز شہ روز پنچ افسری
اگر بقاوِ منظور شاہِ جہان     یتھ چھم غرض آشکار و نہان
بہ تقریر بوزتھ ستیٖن شاہ خوش     تمیس ییٖ غرض اوس، آن ہوش[1]
شب و روز آسن گوژھم روبرو     شہ کنعانہٕ کے یوسف خوبرو
دوپن تس چھ منظور چونے سوال     بخدمت مے نش روز اے نونہال
دہہ ہس روزنے چھی بدربار شاہ     شبانگاہ اجازت بہ آرام گاہ
نیٖن خوش شہ فرخ ملازم بنیتھ     تس شوق شاہس دلس گو نیتھ
چھہ عاشا گران پادشاہس حضور     درونی شہ اوسے ژرژان ژور
گژھن بیون بگردش تمس بونہ ڈک     بہ الطاف شہ کانسہ ہندے نہ باک[2]
دہہ اکھ بنیو آسے شہزادٕ چار     برائے ملاقات شہ باوقار
بدربار شہ ژاسے پا ستھ سٹیتھ     گو رکھ والدس پائے بوسا نیتھ
سپٹھ ایستادہ ہمہ اہل کار     بہ تعظیم آی ناکسان و غدار
بہ نزدِ پدر وائی دوپتھ شہریار     سیٖن شہ بغلگیر باہر چہار
دِتن بوسہ بیون بہ رخسارگان     وچھتھ خوش سیٖن شاہ تم بدرخان
ژٹن کرٹ انکھ خاص کرسی نزد     تمن پیٹھ کھیتھ روزی آی بدگہر
شہ فرخ[3] وچھتھ در تعجب سپٹن     بہ آہستگی ہاٹ ژرن کتھ دوپن
چھ کم یم جوانانِ عالی وقار     یمن پیٹھ چھہ پتھ مہربان شہریار
دوپکھ تس ژیسہ از تام چھکھ ناخبر     چھہ یم خاص شہزادہ نامور
بہ مرمت[4] پیہ در پرستان سگے     بہ جرعت یمو کور گلستان طے
بہ باغِ بکاول گلِ بےبہا     یمو اون تراوتھ چھکھ توے مرحبا
تمی سیتی شاہس اچھن گاش آو     پس از مدتے شاہ بہ پرخاش دراو

---

۱؎ ژونہ ہند ہیو بدنہٕ وول یانے خوبصورت ۲؎ ہیتھ ۳؎ مطلب شہزاد ۴؎ جلدی

سپنٕ جلوٕ آرا بہ ایں تخت و تاج　　بدربارِ شاہی چھُہ لۆگمُت رواج
چھُہ بوزان بکاؤل کلاما بہ گوش　　رتَمن ژۆرٕ ہنے کُن تھئوِتھ عقل و ہوش
وُچھن وارٕ از عقل و رائے و ہُنر　　دوپُن انہ پرستان چھِہ یم بے خبر
یمن منز چھُنا طاقتِ ایں کمال　　گرٕ چھن در پرستان یٖہنٕد چھا مجال
یہ کمہٕ تام شیرٕن چھُہ کوٚرمُت شکار　　چھِہ یم شالِ بنگال ہاسے چھار[۱]
دِژِن وارٕ کھوٚٹ سعہ نش ترامہٕ سے　　قلاسے اُمس کرٕ ہرٕ بسس خامہٕ سے
کوٚرُن غور از فہم و از عقل و رائے　　لچے تھۆو تُلِتھ تس رنٔشے گبہ ڈرائے
دوپُن یہ چھُہ کیا ہتام مکر و فریب　　دریغا کُنہ ژۆر ہشند چھُنہٕ نیب
دوپُن ہا عزیزن کُن بہ ایں تاجور　　یمن ژوٚن ہوا چھا بیٚہ کانہہ بسر
دوپُکھ تس چھِہ فقط یہے ژورٕ کش　　خدایٖن مُلک زاد دِتی ہیتو شہس
یہ بوزِتھ بکاؤل پریشان گئے　　تِمے چھا مئے رہزن پشیمان گئے
لوٚبُم مالِ مسروقہ کے مئے سُراغ　　اما نظر چھُم نا گژھان دزدِ داغ[۲]
بہٕ شائستگی رائے آخر کرٕن　　پھِرن تے کتابِ بلاغتھ پٔرن
دوپُن اندریں شہر نزدیک و دور　　بلا ریب[۳] و شک میانہ باغک چھُہ ژور
بیٚہے کوٚت کالاس روپوش تام　　نیبر وٕہ نی کڈن دہ دِہن ہوش[۴] تام
شہس بیٚٹھ کتھ شہزادٕ آسن گژھے　　بظاہر چھُہ کوٚرمُت سہ شاہن لۆچھے
چھُہ لازم توکل بہ صبر و قرار　　کرُن تا بہن نزدِ ایں شہریار
پتاہ نیبرٕ تس ژۆر ہشند از پگاہ　　یقین چھُم بہ پِتھو وُچھن خامخاہ
دِلس کوٚرٕ تسکین در ہر مدار　　ژُوس دوپنہ کر خدمتِ شہریار
دِلا کر نظر عاشقی کتھ دِین　　درین فن ژٕ شن بن آکے تن تہ من
نظر کر ژٕ شمعس تہ پروانہٕ سے　　وُچھتھ فرق کر خویش و بیگانہٕ سے

---

۱ بنگالکی شال مطلب بزدل ۲ چالاکھ ژۆر ۳ بیشک ۴ گگرٕ ہیتھ کنہ دہ دِہتھ کڈنہٕ چھُم لیاں

چھُہ از سۆختن[۱] شمع روشن گژھان
پس انگہ چھُہ پروانہٕ زالان پان

ژٕ پانس گوژھنی پادٕ کر درد و سوز
زٕ معشوق پتس داستانا ژٕ بوز

ولو ساقیو چھُمہٕ آرام دِل
دِتم مے مے حاصل گژھیم کامہٕ[۲] دِل

بیہہ کوت کالا بہٕ در انتظار
ازاں مے وُچھتن لابہ تاہ دوستدار

# تاج الملوک سُند قصہ

باپتھ تشہ اکس گژھنہٕ پتہ

دپان بیٹھ بایو سُہ تاج الملوک
سرِ راہ رُوٹھیہ تس کوٗرُکھ بدسلوک

متاعِ دل و جان پتھ تم ژٕ بس
زٕ بدخصلتی اکھ ذرا کرُ ژٕ بس

بہ تنہا پتیژن وَتھ بہ شہرِ پدر
تمن بدسلوکن ژنشے دوٗر تر

پکان اُسُ تم شاد و خاطر سرو
یہ از ہیبتِ جان پکان دوٗر دوٗر

بہٕ شہرِ پورب از رہِ کوہسار
بہ جنگل دپان دوت جاے شکار

بروزیکہ اعمیٰ شُدہ شہریار
رسید اندراں جایگاہِ دیار

عجب سبز تہٕ لالہٕ زارا وُچھُن
بہٕ جنگل سُہ رُت نوبہارا وُچھُن

سُہ جنگل دپان اوس از سنگلاخ
ولے درمیان خاصہ میدان فراخ

قرارا کوٗرُن بر لبِ آبشار
مدارا[۳] چیین تریش از جوے بار

وُچھتھ جاے تنہا تہٕ آرام گاہ
کوٗرُن غسل گوٗ تازٕ از رنجِ راہ

کوٗرُن دوٗر از خویش گرد و غُبار
اتھ بتھ چھلتھ گوٗ بہ جاے قرار

بہ عجز[۴] و تضرع پرُن تمہ نماز
ستائش[۵] کران خالقس بانیاز

دُعا موٗنگنہٕ ذاتس کُنی شاد گو
سُہ حالہٕ نئے موے تس یاد پیو

---

۱ دزنہٕ سیتھ ۲ دِلُک مُراد ۳ آہستہ ۴ عاجزی سان ۵ تاریف

به فورن نه زکھمکھ فش[1] رزند نار
کوڈن از بغل موسے ہوڈن بہ نار
بُنبئل گو زمینس سیٹھن شور وشر
شہ حمالہ تس سیتھ ہرژدہ[2] ہزار
سپدِو حاضر خدمتِ شہریار
بہ الغفت کوڈن پُرسِش حال تس
چھہ کتہِ میٹھ محمودہ نازنین
دوپُس تمو چھے ممود اندر طرب
پیادہ مۓ یتھ جایہ تکلیف دِت
گومت چھس وُچھان آس این جایگاہ
برائے رہایش درین مرغزار
چھُو باغ بکاول و تعمیرِ آں
حمالن دوپُس باز اسے باہُنر
اگر چھس نگہبان بہ این کردفر
دوپُس تمو بناوون کرکھ یُد قبول
مۓ تامیر باغک چھُو زیر نظر
یُہ کاریگرن ہاو کرِ انتظام
حمالن دیون حکم کرِ یک قلم
چھُو شاہس لدن یتھ مقاس مکان
تھووُن باگرِتھ سارِنے کاروبار
اذبوسنگ مرمر جواہر نہ لال

کوڈن تاثر دوپن آزماوُن یہ کار
بہ یکبار در اڑنہ چھ کوہسار
غریوان[3] دیان داتی دیوانِ تر
نہ دیوان پکان از یمین ویسار
دوچھنز شاہزادِ نحیف و نزار
ژہ کو چھکھ گومت یوت افسردہ بس
مُبادا دران حال باشد چنین
گذاران جہانس اندر روز وشب
برائے رہایش سیٹھا آرکوت
دِتِہ وٹی مۓ کوتِن بہ شام وپگاہ
مکانا بناوتھ دِم اسے غمگسار
گژھہم آسُن اسے مادرِ مہربان
بہ باغ بکاوُل ژہ چھس بے خبر
مگر چھس نہ تاہرِ ژہ باغس اندر
ژہ باوسے یہ ہاوسے تمیک عرض طول[4]
تمیک کانہہ پرواے خاطر مہ بر
مۓ وُچھمت چھہ تامیر شاہی تمام
لگاوو درین جاے عالی علم
گنڈِتھ ہول کرِو جملہ کوشش نکبان
انان گے مہ ہلی چیز ہا بے شمار
نہ ظلمات انکہ گژھتھ از شمال

---

۱۔ ازکھمکھ کرنہ پیتھو زولن نار ۲۔ شور کران کران ۳۔ ارداہ سانہہ دیوہ ۴۔ زیچھر کھجر

عقیق یمن جوہرِ تاب دار
دُر و لعل و یاقوت ہا بے شمار

بہ تامیرِ شاہی یتھ ملزوم[1] بو
بہ حُکمِ حمالہ اُنان اُسہ دیو

سیٹھن حُکمِ حمالہ کارِیگرن
کمر بستہ سارِی تیارِی کرن

سیٹھن پانہٕ شہزادہٕ[2] اُستادِ شان
سُہ ہادان یتھ کینژھا تمن بو نشان

چھُ تامیرِ باغِ بکاوُل پرِی
بنووُکھ کرِکھ خاص کارِیگری

دِیا پھچوٗ تامیرِ ییٚتھ دراز شاہ
کرِکھ ایستادہ عجب جاے گاہ

جرِکھ لال و جوہر بہ دیوار و دُر
بھووُکھ انبرن جا بجا سیم و زر

بہشتی سُہ تامیر زن قدرتی
سیٹھن ہوو ییتھ جایہ شاہن شُتی

حمالن بیک ہفتہ اِتمام[3] کوٚر
سُہ جنگل معہ وحشیان رام کوٚر

سُہ جایُن سیٹھن ژھین بہشتِ برین
نتہ از بہشتِ برین خوشترین

بحیرت سپنہ وحشیان و طیوٗر
ملک بر فلک روٗدی اندر سُرور

فرشتو تمنا کوٚرکھ از سماء
درین جایگاہ استراحت دما

کرو تا ولیکن رتھ کوٚر حذر
سُہ ہاروت[4] و ماروت اندر نظر

اُنکھ تا کوٚرکھ ترک ایں آرزو
فقط چھس نظارا وُچھان چارسو

مکمل سیٹھن یام تامیر و باغ
چھُ باغِ بکاوُل تتھ اندر چھُ ناگ

وُچھتھ خوش سیٹھن شاہِ جمشید[5] فر
مہیا وُچھن تخت تۍ تاج و زر

حمالن دِیُت پوش سالہا زندہ باد
درین منزلت سالہا زندہ باد

اُنن روٗد محمودہ خوش تمیز
برائے ملاقات من اے عزیز

یہ بوزِتھ سشہن سیتو نہی دیو نر
گژھتھ پیو جہازن نشے روٗد بر

وسے نین سارِی بہ شکلِ منوش
چھُوہ ہندی غُلامان حلقہ بگوش

---

١ لازم ٢ تھندو اُستاد روٗد پانہٕ شہزادہ ٣ مکمل ٤ قصہٕ ہاروت ماروت (یمیچ ذکر قرآن شریفس منز چھُ) نظرِ تل رٹِتھ کوٚرنہٕ ملکو جوٗرتھ اکھ باغس منز آرنگ ٥ مطلب شہزادہ۔

وڃڻ هر دو محبوبهٔ ماهوش
اگر اوس حاضر تمن ناز و عيش
وڃڪي يا هيتن يار آرام جان
ملاقاته يا منهه کوڙکه شاد گئے
ازان پس شهن دوپ بديوان نر
کوڙکه عرض شاهي يه گو دردِ سر
وئنهه يي دوو جمله کوڙ يک قلم
به يکبار تل هائزهے کريکه ناد
ز دري يا جهاز به خوشکي دوڙن
به دري يا وکشتي اسے کاره بار
منع کوڙ شهن نرم حمال گئے
يه کيشڑها جهازن اندر اوس مال
سرِ دوش و گردن تلکهه مال و زر
بجائے مدا واتنوو که به فور
ڈرين سوشهن هر دو گلچهرگان[3]
به صد شوکت و حرمت و عيش و ناز
به تعظيم حماله با غزه ناز
به نزديک مسکن پيلے وائي تشان[4]
حمالن وڃڻ يوه آيکه دوان
به آئين فرزند و مادر پدر
درتن بوسه رويش تهمس بے شمار
وڻين شاهزادس گئے وار بار

سه محمود تا بسوا آسه خويش
وبے بهر شاهزاده خاطر[1] پريش
لوٹجه کام دل عائش و آرام سان
ز مهجوريئے و فرقت آزاد گئے
تلو ساز و سامان سوڑے بسر
تلو اسح جهازه هيتن مال و زر
ز دري يا جهاز کوڏکه سبے اطم
يه کيا ظلم و تعدي شها گو عناد
حماو نهين کڏي کڙکه اسح زبون
هميشه چهه اے شاه عالي شمار
جهاز بدستور در آب پيے
نفيس و عجائب جواهر ته مال
آنکے لاکه سوڑے کوڙکه مع ختيصر
حمالو ٿهوڙوے پانه شيرهه به غور
به پالک سواري کڙن تم روان
پيکان سپيتو شهزاده بادلنواز
به آئين آداب و عجز و نياز
پياده سپينو گئے خرامان روان
رچڻ در بغل هر دو سرد نشان
به محمود لولا بوڙن بيشتر
ز فرطِ مع حبته ووڈن بے شمار
به مددِ الٰهي سلامته ڙ روز

---

۱ پريشان دل ۲ گنه تکليفه ورائے نکهه جهاز کلس بيه ۳ محمود ته بسواء ۴ پيله با غس نکهوائي.

ژٕٔے مولوٗم چھےٚ پانہٕ این خوش تمیز    بجان و بہ دل کہش اٚسہِم عزیز
اُمِس روٗس مٕنّے اوشمنہٕ ہرگز قرار    وٕپھان اٚس سٕنس پتھ تہٕ بروٗنہہ بے شمار
ژٕہے سیٚتھین اُمِس اوس مِثلٕ دراَزل    ییٚنہٕ جانہٕ توٚت کہش آیم وٕدٕ ل
پٔرستان برائے بکاوٗل ژٕ آکھ    اٚزِ بأعِشہ باغس اٚندرٕ ژٕ ژٕ اکھ
یہٕ واپس ژٕ یِتھ اے شہرٕ یٕرٕ ژھٔنر    نہٕ حالِ پٔرستان ژٕتے کیا چھےٚ خبر
تلف گے جن و دیو از ہر طرف    پٔری ہاے نازٕک بدن یکطرف
اڈپن حبسِ دائم چھُ لوٚگمُت سزا    یہٕ جانے بہانہٕ رٕتمٕ لوٚب جزا
مٕیتے ووت تکلیف و رنج و الم    بہانہٕ سپٕن چون اے محتشم
گوٚرُم ناحرٕس فاش موٗنمُ بہ سَر    خبردار اے تاجور ہوش کر
یہٕ محمودٕ سرمایۂ جسم و جان    حوالہ ژٕ تے کرٕمے نیےٚ خانمان
رٕچھُن از دل و جان ٹھاوُن عزیز    مٕنّے نش دُرایہٕ سپدیایہٕ جانٕنی کنیز
خبردار چھی یٕمھِنہٕ واتِس ایذا    مُبادا لبکھ بد نتیجہ سزا
دوٚپُس باز شہزادٕنے غم مہ بر    بہٕ چھُس غرقِ احسانِ تو سربسر
مشمنہ مٕنے ہرگز یہ ایحسان چون    ثنا خوانِ لطفت دل و جان میون
چھےٚ محمودٕ جانٕنی دِل آرام من    طُفیلِ ویشٕ[1] آمدی کام من
اٚچھن منز کرٕس جاے ٹھاوُن عزیز    تھوٚس خدمتس صد ہزاران کنیز
بیہے افسرِ محلہ خانہٕ تمام    مہ بر اُمی شُندٕ غم ژٕ اے ذوالکرام
یہٕ بوزِتھ حمالہٕ سپنٕد شادشاد    دعا کرد بر شاہِ والا نژاد
دوٚپُن تس ژٕ خوش روز اے نیکزاد    سٕتے چھم غرض تے بخاطر مراد
چھُ وُنہٕ میون مطلب بہ عیشِ تمام    بہ مُلکِ پرستان گژھن شاد کام
وٕنِتھ یِی بہ دختر بغلگیر شد    ہم آمیختہ[2] شکر و شیر شد

---

۱؎ اٚمی شٕندی ذٕریہ یہٕ سپُد میون مُراد حاصِل ۲؎ دوٚدکیٚ تہٕ کھنٛڈٕکی پأٹھی سپدٕ یکٕنی۔

دِرِت بوسہ رویس تمس بے شمار
زٲٹِن در کِنارہ ووٚدُن زار زار

مدارا کورُن تَس تہٕ پرواہہ ہَر
ژٲئے نِش آسہ واتان برائے خبر

تہٕ شہزادٕ رٕخصتھ ہیوٚتُن یام تام
شیُن شور دیوو تُلکھ اژدہام

وزیرو امیران و دیوان تمام
سمتھ آے شاہَس برٲئے سلام

پس از پائے بوسی کوٚرکھ التجا
معافی مَنِتھ بَر سہو و خطا

نمک خار چانی چھہ سارِی تمام
بہٕ چھا کہ باشیم ہٕ چانی غلام

اجازتھ دیو وونی پرستان گژھو
ہمو عرض و معروض کوٚر ہیوٚن ہیوٚنے

دلاسہ کوٚرکھ شاہ دانشورن
پھولے گاش تے واش گنڈہو تو پرن

توٚہے نِش بہٕ ممنون و مشکور چھس
تہٕ خدمت گذاری بہٕ مسرور چھس

گژھو وونی بہٕ سوئے وطن ہا روان
حمالہ توہہ سیتھ چھو حکمران

سپنہو راحتھ آدا دوہ ہن کوٚر ظہور
حمالن ستکھر کرٕ دیوو بوٚر سرور

ہیوٚتکھ رخصتھ آخر منوشن نشے
منوشن تمن تیز ہوشن نشے

تہٕ انعام و اکرام گے شاد شاد
لوٚبکھ از شہنشاہ والا نژاد[2]

بہٕ ہمراہِ حمالہ گے رتم روان
بہٕ سوئے پرستان کہان و مہان

سپُن فارغ البال تاج الملوک
بہٕ آن مہ جبینان بہتھ باسلوک

کران پادشاہی بہٕ عیش و طرب
بہٕ آن ہر دو محبوبہٕ نوش لب

پران حمد سوئے خداوندِ پاک
چھہ یُس صانع جملہ افلاک و خاک[3]

چھو تعمیر ییند راز شاہ پری
بہشتس اندر از ارم یا پری[4]

دوپُن فرشتھا رنج و محنت تلکھ
نظارا و چھان گل چھہ باغن پھولتھ

---

۱) یتھ جایہ آسو تتہٕ چھہ اسو چانی نوکر ۲) تقدنسک بادشاہ یس نِش تمو ینا مہ روٚش ۳) تس خداین کُن پوٚرُن حمد، یُس آسمان تہٕ زمین سارے بناون وول چھہ ۴) تاج الملوک اوس وونی ییٚتھ ر از شاہزٕ یا ٹھی غمو نِشہ آزاد گوٚمُت ۔

بہر لحظہ مشتاق آں گل و خال — دیا پھچھو خم رشپہ ئیمہ مہ خال
گذاران بہ عشرت شب و روز اوس — پرستانگے سوز بوزان اوس
تمس آسپہ تابع ہزاران ہزار — پرستانہ بچے پری پہ لیل و نہار
دوان داد فرشتہ چان کام سے — کران حکمرانی چہ کاؤس سے
ہتے پاچھو بو کامرانی کران — بہردم ثنا ذات پاکس پران
بدیہ ساقیا آں سے دلنواز — چہ پیس رہبر ساز و سوز و گداز
عنایت کرم از کمال کرم — کران عرض و معروض پیچھے لاجرم
بہ شاہد تمس یا پرشند بوزپہ — سے در جستجو بیشی ماہ و سال گے

# تاجُ الملوکس اُکس ستو باچس

## ساعد سُشندرنی موژندرت ستو ملاقات

بیکھان یی چھو در نثر اُستاد ہشد — تہ نظمس اندر بوز سبے چون وچشتد
دہان از غلامانِ تاجُ الملوک — اُکس ناو بہ ساعد باشاوک
یو سے دراو روزسے بہ سیر و شکار — بہ تجویز ما ایک در آں کوہسار
لکن ہنر جماعتا دو تیھن بے شمار — زہ ہیزم تمن بر سر دوشی بار
دو پیچھ تمی کتکو چھو گزشمان کور چھو — [illegible]
قرارا کو کہ تس دو پیچھ روز سا — جواب کلام از میان بوز سا
چہ اسمہ اندیس شہریاری بسان — دہان ناو شہرس چھو شرقستان
تجارتہ اسے ہیستم اندوختن — لکنن شہرس اندر سپے سوختن ۴۶

---

۱ خدایہ ژئے چھی پنہو بند پرشتر السن متر ہشد گی تہ عرضداشت کران۔ ۲ زنتن
۳ زالنہ خاطر

ز قیمت گذارا بہ اہل و عیال — گران اُسو چھ سائری علیٰ کلِ حال

دوٚپکھ ساعدن یُد بجا توٚہی گژھو — ژ نیو مفلسی میون بوٚز یتھ گژھو

چھُ یتھ جنگلس منز اکھا بادشاہ — بہٕ فرِ[1] فریدوٗن و جمشید شاہ

چھُ نزدیکِ جایُن تسُند شاہوار — تہٕ در خواب وُچھنا تہند شہریار

ازین بعد ہیزم بہ لشکر دیو — فریدوٗن[2] ترٕ زٕ قیمت یس نامہ نیو

دوٚپکھ تس یہ افسانہ کیا چھکھ وَنن — اَسہ گیہ نہٕ یژھ کتھ از تام کنن

نہ بستی چھے یتھ جنگلس ہیچ[3] جا — چھ پھیران اسہ یتھ وَنس جا بجا

ز بستی گنے چھُنہ نام و نشان — وُنیستام عمرا گیہ ییٚ وُچھان

دوٚپکھ ساعدن منے دوٚنو صاف صاف — اتھ اندر چھنا تار موٚیک خلاف[4]

نوٚوے بادشاہ نوٚوے دھوم دھام — نوٚوے ایشتہا نوٚوے انتظام

نوٚوے قاعدہ تعمیرِ شاہنشہی — دیان چھُو اسے کیٚژھ چھنا آگہی

منے یتمِن پیٚیہ بار ہیزم ہہتمن — گژھو شاد و خورم ینا ہتمن

تمن آیہ نا یژھ بہ ناچار دزا اسے — تمس رہبرس سیتی یکبار آسے

درا واتی نزدیک آن جایگاہ — مکانن جواہر پوان اسی نگاہ

تمن بوزنہ شعلہ نار آو — دوٚپکھ ساعدس کنُ اسے اتھ تژاو

فریبا دِیتہ پور اَنتھ ژٔے سیتی — کوٚرتھ واد اسی ساد زار نتھ ژٔیے کیتو

پوٚزُے اَسہ بوزاو تہٕ سبے پھوان — بہ سوزنہ آتش آسے چھکھ نوان

بہ ظاہر عداوتھ ژٔے کیا ہتام ادمی — فریمن انتھ پور اونتھ ژٔیے کوس

تسلی اسے گوٚ زٕ انعامِ شاہ — زوِمن لار شوٹھن انتھ خامخاہ

بہ واپس ہتیو تگہ نیرنے تیز تر — دِیان پانہ واٚنی الحذر الحذر

---

۱ ایس دبدبس منز فریدوٗن تہٕ جمشید بادشاہس برابر چھُ ۲ قیمتہٕ کھوتہ زیادہ ۳ گژھنہ جاتہ ۴ مس واپیح تہٕ چھنہ اتھ فرق

دوٚپُکھ ساعدن قم مسائے کیٚنژھ بٔرو — ژٔنے سیٚتین پٔکو تا قرارا کرٚو
یہ آتش چھُنا شعلہٕ جوہران — مکانن چھُ جوٚرمُت گران تہٕ گران
بہ تقریر او پٔکو ذرا پیشتر — زمینس وُچھکھ فرش از سیم و زر
کوٚرُکھ رم بہ رفتار بر فرش زر — دوٚپُکھ رٔہبرن دوٚر ترٚاوِو یہ ڈر
ژٔلیو ریتہٕ کالیکُ یہ سورُے حدم — بلا خوف بر فرش ترٚاوِو قدم
سیٚوٚدُے واتہٕ ناوُن بٔرٕ دربار شاہ — کوٚرُن عرض شاہس ہمہ ماجرا
وُچھن شہر یارن بحالِ تباہ — گرُسنہ[۱] زِ تاپش[۲] سیٚنہٕ زُہ سیاہ
غلامس دوٚپُن نِکھ بہ مطبخ[۳] دوان — غُسل کرٚاوتھ کھیاوتھ آب نان
بہ حُکمِ شہنشاہ نی چاکرن — غُسل کرِ ناوُن تہٕ دِتی نکھ پھیرن
پتہ شاکھا نوٚوُے یام لوٚگُکھ تِنے — ضیا فتہ اُنکھ بیٚٹھو نیامتہ کھٚنے
سیٚنہٕ سیر از آب و نان و کباب — دُعا کوٚرکھ بر شاہِ والا جناب
علاوہ زِ قیمت فزون از بہا — گران قیمت خلعتہ کوٚرنکھ عطا
سیٹھا شاد گے خاکبوسی کٔرکھ — شہنشس اُہیا چاپلوسی کٔرکھ
دوٚپُکھ پادشاہن پگاہ یِڈ پٔیِو — مضاعف[۴] این مُزدِ محنت نیو
دیان وٚزاے مزدوٚر ہیزم فروش — دعا پادشاہس کران باخروش
بہ فرمودہٕ شاہ پگاہ باز آے — بُھے بار ہیزم لنگر خانہٕ ژاے
شُہن ہیزم سوختہ موٚلی ہیٚو تتھ — یہنا ما دوہ گن پادشاہن ڈیٚتھ
دوٚپُکھ تِمو پیٚٹھ پادشاہ ہر روز چھُو — وٚنُن کمیٚا منوّر وٚزتہ پنُن سوز چھُو
دوٚپُکھ تس شہا اُسو سیٚنہ چاٹی زام — کہہ دہ زن و مرد یکسر غلام
موٚزوٚر و پیٚلے لوٚگ شاہی لباس — بصیرت وُچھان بے تمن عام و خاص
دیان اُسو ساری پمو مال و زر — اونکھ گتہ پھیران بے در بدر

۱ بُھچھ ہتھو ۲ گرمی ۳ باورچی خانہ ۴ اَزی کہ کھوتہ زیاد

دوہس شہر کانسے چھُناچھ پیٹھ شام    اُمیراہ ہمیران چھ سبے ترس و باک[1]
کران بازرش نو بنو حال آسی    بہ ہمسایگان تم کران سال آسی
وونکھ دوستن نیشن ہمہ ماجرا    زِ تاہیر شہزادہ چون و چرا
تمن آسنہ پتہ پہان زینہار    دپان بے پہو ژور اُنی ہتہ چھ دیار
غرضن ترِ نی موزوران شبا شب تمام    کرِتھ نشورہ ژالی آذان شہرہ کام
تلکھ بار و نشنگاہ بہ دوش و سر    بہ کیشر جھار تمن اوسس خانن اندر
بہ شرعت[2] پکان جاے مولوکم واتی    بہ طلع دوہن کاتی منطلوم ساتی
دُتیکھ ڈھیر گئیہ پادشاہس خبر    دزن جاے سارنی براسے مُتھر[3]
سکونت کرِتھ تتھی تم آباد گے    چھپیا تمن کھپن تہ ہیپن شاد گے
بستہ پیچ سارے غریبانہ لوکھ    دپان واتی نزدیک تاج الملوک
سپن قحطِ ہیزم بہ شہر اندرون    وزیرو اُمیر آسے یکسر زبون[4]
سفید پوشن زیادہ دوپتھ کربلا    رہینہ شہر ستی بازے سپن مبتلا
بنیاد شہ تمن جاپہ نیشت آبہ سیر    خمش انداہس سوپ کمہ آیہ زیر
خبر گئیہ زین الملوکس زِ نالی    کرِان ہیر ہیزم شہر حال حال
دوپن تمی وزیرس یہ کیا شور و شر    دپان زِ تہ خاطر چھ نالان شہر
گمتی کوت چھ یم آسی ہیزم فروش    موہتی یا گئی تم چھ خانہ بدوش
بہ تحقیق کر ملکہ کے انتظام    بہ آرام روزنی گژھن شہر و کام
بہ حکم ملک نور وزیرن طلب    گنہ وال شہرک تہ کرنس لقب[5]
نہ نایابی ہیزم سوختن    چھ نالان شہرک ہمہ مرد و زن
امیک کیا چھ باعث بجلدی ژون    سنے تاکید آمہ سے چھ کورمت شہن
بہ دانش دوپس کنہ والن جواب    سے بوزم چھ کتام آمت نواب

---

۱ خوفہ خطر ورأسے ۲ فورن ۳ روزنہ خاطر ۴ عاجز ۵ غافل

چھُہ یِتھ جنگلس منز سکونتھ کران چھُہ تاثیر کورمُت تمی بیکران

سہ چھُ مال و دولتہ تمس نِش جمع تمی زِنی موزوٗرن چھُہ دیتمُت طمع

زوان زیُن چھِہ تمی سے دوان چھُکھ دیار زِ قیمت یِنامہ دوان بے شُمار

چھِہ باشندہٕ شہرِ شرقیستان برائے رہاٸیش تمس نِش گژھان

گژھان تور شہری وُچھم روزمر تمس نِش چھُہ میلان تمِس سیم و زر

مسے بوزِم تیتھُے باگاوان چھُہ زر چھُہ حاتم تمس نِش گدا زیر در

مُربع چھُہ دہ کوہ زمین کورمتے سعہ ہہ سیتی سورُے دِیان بورُ تمتے

عجب باغ تاگی کورمُت تیار چھُہ باغِ بہشتی تمیک لالہ زار

بہر سوئے باغس یکان آبشار ہزاران نشاط و عجب شالمار

بیک سوئے تعمیر شاہنشہی بہشتے برینان بہ فرمہی[۱]

مکانن اویزان چھِہ لال و گُہر چھُہ خورشیدِ تابان تمے شعلہ ور

چھِہ اندر سمااوتھ چھُ دریاے آب گران زرفشانی بروت از سحاب[۲]

وُچھم عدل و انصاف تمی سُند ترِ خلائیق گژھان تورِ کران دور دور

بہ آبِ عدالت بروشن زوان چھُہ ولُن دفترِ عدلِ نوشیروان

مشابانہ گژھان تورِ ژلیتہ شہزش زِ کحلِ کرم[۳] آکھ در دیدہ نگارش

وزیرن دوپس اکھ کلامس بہ زر یوان بوزنہ چھمنہ ہرگز سپہ زر

یہ کینژھا ووُنتھ تہ چھُہ سوئے خلاف چھُ تقریرِ خواب[۴] است پیوستہ صاف

سہ کر آو تورت کورنہ تاثیر باغ بہ دولتھ زِ دُنیا لوبُن تمی فراغ

یہ کینژھا دُنان چھُکھ تہ از سیم و زر زِ لال و جواہر بنے کر و فر

درِی کُس زمینس کری فرشِ زر مکانن جُڑتھ تھاوِ لال و گُہر

۱۔ جنتچ کِہ پاکیہ ۲۔ اوبر ۳۔ سخاوتہ کِہ سورمہ سیتی آکھ اچھن کاش دِم یانے خوابکو پاٹھو بے جنح یاد۔

بہ این شان و شوکت چُھنس گنج و مال
کرٕن زرفشانی تِمَس کیا مجال

دوٚیُس کوٹوالن چُھنس جاے گاہ
بہ دادِ الٰہی عجائیب چھُ کیشاہ

بہ دُنیا چھِنے دولتھ بہ مثلِ عروس
چھ جاسوٗس پھیران زٕن آبنوٗس

بہ نوبت چھ دوہ آر سارنی دوان
پنٕنیُس گژھس خرد و پیر و جوان

تمس روزِ تابع سُہ تا دیر گاہ
ژھنس پھیرِ پھیرِ دولتِ بے بہا

پہ سورُے چھُ در دستِ پروردگار
چھنا یک نوع گردشِ روزگار

زِ حکمِ الٰہی عجائیب چھُ کیشا
گداہس کران شاہ شاہس گدا

چھُ مردس کران ژٕنی زنانے چھ مرد
چھُ در دستِ قدرت ہمہ گرم و سرد

خصوصَن چھُ دِلخستنے چارہ ساز
خداوندِ جلال و بندہ نواز

پہ قصہ ژٕنے مازٕنہ چھُ گوٗمت کنٕن
سپنیو کیا تمس نِش دیوس وُنٕن

بہ ماوُس شہزادی نوجوان
پنُن عفو آلت ژُمٕن در زمان

بہ جرئت سُہ ووٗن تمس مرد گو
بہ صنعت سُہ زٕن قہ درتک کرد گو

تمہٕ عفوِ مخصوٗص یانس روٗزُن
سپُن شکلِ زٕن تس اعانتھ کھوٗتُن

وزیرن دوٚیُس چُھمنہٕ گوٗمت بگوش
وٕنِتھ گژھ اگر کینٕہ تمِک ژھیٚ ہوش

## کوٹالہٕ سُنٕز مثال

دوٚیُس کوٹوالن در عہدِ قدیم
شہا اوس وافر تمس زر و سیم

ولیکن اکھ ارمان تس در جگر
تمنا بہ خاطر زِ اولادِ نر

زِوان آسہ کور یتھے تمس در حرم
سپٕدھا اوس غمگین سُہ شاہ لاجرم

دوٚپُن رانی یِد ذیٚوی از ژٕنے کور
سُہ ہیوتھ از حرمہا بہ کراوتھ ژٕ دور

---

۱ کاریگری ۲ ہُنر مندی

وُچھان چھُس نیٚوِی ماتریٚ شہزادٕ از
وگرنہٕ ژاتِس ھاو کراوے ژٹے دٕز

بہٕ بوزِتھ سعہ رائی سپہر پُرٕ ملول
اگرچہ شہنشہن کوٚر کلامِ فضول

پیٚیلے ووت تس وقت وضعِ حمل
دِیان کوٚر زایِش بہ سایِن اوّل[1]

سپنہٕ سخت رنجید چیپہٕ حرم
تمامی سپُن محلہٕ خان پُرٕ زغم

شمہتھ آیہٕ دایے حرمٕ ہٕ تمام
دوٚپکھ مُشتہر یِی کرِو شہر وگام

مُبارکھ شہنشہس زاد فرزندِ خاص
حرم روز یُتھ قہرِ نِش بے ہراس

بہٕ تنجیم دانان دِتکھ مہرِ دیار
کرِن یُتھ پتہٕ شاہس نِشے آشکار

کرِن تِم تہٕ تصدیق شاہس حضوٗر
چھُہ زامُت نیٚچوٗ پادشاہس ضروٗر

سپُن ییٚی مُقرر تہٕ گو مُشتہر
بہ شکرانہٕ شاہن کوٚرن خرچ زر

زچھان دایہ آسس بہ شیرٕ و شکر
زاسرارِ مخفی[2] نہ کانٛہہ تسے خبر

ہیٚتن پارِی ژاونہٕ کراون کلام
بہ دربارِ شاہ تس یوان صبح شام

بتدریج یا متھ سعہ بالیغ گییہٕ
تیٚشنز حاجہ بے حد فکر کیا پییہ

مُبادا یہ بیر ما گژھم فاش مے
بہ قہر و غضب شہ کرِہم قاش مے

زاسرار پوشید کُنِس خبر
گرِتھ ھان ییلہِ آسکھ تہٕ نزدِ پدر

تہٕ چھکہ کوٚر تامتس چھُہ دوٚپمُت پِسر
خبردار کیٚہ زین نہٕ ہرگز پدر

سبب تمیٚتھ زتقدیرِ داورِ خدا
مے از تامتھن کوٚر زایم سپھا

بہ اپہ بار کوٚر پادشاہن قسم
اگر کوٚر زایی کرٕ تھ کالعدم[3]

قضا را بہ اپہ بار زایکھ تہٕ کوٚر
سمھا چانہ پارنج تہٕ جارنج مے سوٚر

کوٚرکھ دایہ وِے مشورا تلکھ گرزٕ
مُبارکھ شہنشہس زاو فرزند از

بہٕ پارِے چھے از تام سارِنی خبر
بُدِتھ بادشاہس چھُہ زامُت پسر

گرِتھ کھ یِد تہٕ ائِس نِشے گاہ گاہ
بہرگونہ مخفی تھوکھ شرمگاہ

---

۱ پرانی پاٹھو ۲ پوشید راز یا نے کوٚر زینک ۳ ختم

مبادا اگر گژھہ تمہ نے خبر — دُشمنہ مارِ از تیغ خشم و قہر
دُچھہ آسہ کیا خواہش کردگار — چھہ اُسی تمہٕ سندِس فضلس اُمیدوار
دِیان روز قائم بہ خوف و رجا — بہر دم خُدایس کران اِلتجا
گیہ کوٗر بالغ شہس یام تمام — میانٔجی تمس وٲتی از ہر کُدام
زِ شاہانِ ملحق اُنزم یارِی[1] آے — بہ اِقرارِ صالح کرِتھ واد دِژاے
ییتھے پانٔھو شاہن تہٕ سوزن وُزیر — زِ خورشید سے ژھانڈ بدرِ مُنیر
چھُہ شاہزادٕ بالغ عروسی کرُس — تمنا دِلک چھُم بہ لولا بَرُس
یہ بوٗزِتھ وزیرن خردمند دِژاو — وُچھن شہریارا بہ فرّ و بہ چاو
تمس اُس کوٗرا پرٕی پیکرا — کوٗرُن عرض تمہٕ سے از ین ماجرا
یہ درخاس شاہن تمس کوٗر قبوٗل — وزیرس سپُن مطلب خُود حصوٗل
کرِتھ دوہ مُقرر بہ واپس سُہ آو — دوٗپُن بادشاہس زِ دِل شاد بھاو
فلاٹی شہس منّے بہ اخلاص خاص — چھُہ عالی حشم تس کوٗرُم التماس
کوٗرُن کینہہ انکار دوٗنُن تہٕ دوٗپُن — مُبارک یہ رِتہ دوہ مُقرر سپُن
بہ تاریخِ فرخ بہ روزِ فلان — گژھُن توٗت چھُہ باشاہٕ نوٗہمعنان[2]
وٕلے یمی مُقرر سپُن وارِ یوز — بہٕہُن تتی چھُہ شہزادہ سے چند روز
شہن بھوو منظوٗر شادی کرُن — بہر شہرُ وٲدی مُنادی کرُن
بہ اخبار شاہن دِژکھ اشتہار — بہ شہزادیاں اُسی یم خواستگار
وٕنے کیا سُہ کوتاہ سپُن شاد شاد — وزیرن کیناہ دِتِن ہند زیاد
دیتُن تام دوٗپن تس تیاری زِ کر — بہٕ شہزادٕ شہزادیانِ[3] دِگر
یہ بوٗزِتھ وزیرن بہ عقلِ تمام — کوٗرُن ژٕہن شرٕ بن خاندرُک انتظام

---

۱ اُنزم یارِی - تہٕ — مگر اصل نوسخس منز چھُہ یہی درج۔ ۲ شہزادٕ ۳ بادشہس
اوس بنیہ تریٖن کورین تہٕ کھاندر۔

ترڏهين ڪوري شهنس آسه اين پيشتر ‏ ‏ چهُ ڏڌيئُم پيه شهزادهٔ بي ذڪر[1]

بروز مُقرر ضيافتهه تيار ‏ ‏ ڪرئڪه آسي شهزادء باشهريار

ضيافت کٿيئيکه گوٺه گوٺه بناز ‏ ‏ به انعام گوَ پڙهه اُکها سرفراز

سپنڌ يام فارغ از خورد و نوش ‏ ‏ تياري ڪرئکه نيرونج هوش هوش

به آئين شاهي به ترتيب خاص ‏ ‏ ڪوڙ ڪهه عُقد شهزادگان بي هراس

عماري[2] زرين آسه ڪهه تيار ‏ ‏ رتمن هنر ترڏهين شهزادء ڪڙاڏ ڪهه سوار

ٻهٔ واپس ڏپان ڏڙاسي رتم شهريار ‏ ‏ وزيرن تهِ ڪوڙ شهزاد تيار

به تاج گران مايه برتن لباس ‏ ‏ چوُ گلدسته آراسته ڪوڙ نهٔ خاص

به تاريخ موعودهٔ[3] راهي سيڻن ‏ ‏ به توقير و هم فر شاهي سيڻن

وزير خردمند با افسران ‏ ‏ به همراه تنهن ڏڙاي با چاڪران

عماري هيئڙ ڪهه سپتي باڪروفر ‏ ‏ پيئي خرچ بسيار از سيم و زر

به جاه و حشم ڏڙاي بسمل پڙهه ‏ ‏ به نام الاهي توڪل ڪرڙهه

ڇهه ساري يڪان شاد و خرم به عيش ‏ ‏ ولي شاهزادي به خاطر پريش

ڪرم سترعائبن ڙ ستار ڇُڪهه ‏ ‏ به درماندگان ياور و يار ڇُڪهه

مؤنث به ڇهس ڪيا ڇهُ ميونئ مجال ‏ ‏ مُذڪر ڇهُ مياڻن رفيقن خيال

ڪرڪهنهٔ ڙ ڪيٺه چارميون اي خدا ‏ ‏ ڪرڻهن ميتهِ شرمشد باڪتخدا

اگر نون ڪرڻهم عائب اي ڪردگار ‏ ‏ به همراهيان مي ڪرن گيرودار

به ڏُڻي يا اگر ڇهم مئي باقي حياٿهه ‏ ‏ ازين فڪر و غم اي خدا ڏم نجاٿه

وگرنه ازين زندگاني مرڻن ‏ ‏ ڇهُ بهتر بنا حق نهٔ يُهه غم برڻن

به دل خستگي ميئڙ ودان زار زار ‏ ‏ مهربان سيڻن تس خداي غفار

ازين غم رهائي ڪرن تس عطا ‏ ‏ پيهميٺ اوسنه ڪائنبه اُکي سي پتا

---

[1] ياني يوه سه اصلي ڪوڙ اس [2] ياڪه [3] وعده ڏينهٔ آمٽ دوه ياني مقرر دوه

بوزِتھ یہ دِتن لال پُرسِتھ کرِس | فدا زُو کرِس تہ لِتن تل مرِس
دِگر سو گیِس مضطرب سخت تر | سہ یوت آیہ تشریف با کر و فر
شہنشاہ چھُ گومُت بڈُو نفر از شمار | گرِس منز چھِھنہ کانہہ اکھا خانہ دار
خوشِ حسن ہُنر سیتھ چھِس محترم | چھُ پدمان سہ رضوان شہرچ حرم
سمہ یدِ ٹھاندار نیچ تہ ہشڈ مالدار | تُرے فدوی چھِس گومُت شہر یار
یہ از مُلکِ بیگانہ کم پایہ چھِس | نہ مادر پدر بے سرو مایہ چھِس
اگرچہ سہ ییتہ آسہ ہے اینز مان | مۓ کیا اوس پروا اینکھ میہمان
درین ورطہٕ فکر اُسِس عزیق | دِوان وۆنی تہ ژھانڈان بجائے تیج طریق
در آخر خیالا مۓ پیو بے خلاف | مہ گژھہ رنج تقصیر تھاوُم مۓ معاف
گیِس سخت مجبور اۓ غمگسار | ہمیشہ ہا رنگ گیتھہ تہ زونمنہ وار
پییم یاد آں مادرِ مہربان | حوالہ اُنم نادِ دیتھ در زمان
یہ حالی گوژُم تس نشہ ماجرا | خبردار کراوُم زِ چون و چرا
دلاسا مۓ کوژُم تسلّی دِتس | مہ بر غم خودا حل کری مشکلس
مۓ زین پیش اوسُم بخاطر خیال | یہ شہزادہ ہے کراہ پھر سال
چھُ باقی تسند ییتہ والنیک مۓ سال | یہ ژنمہ ہن یہ سالس بجاہ و جلال
وۆنیکتام فرشتہ مۓ آیم تہ زانہہ | یہ اُسِس کرانی دوہ ہے از نگاہ
وون گو جان آنس یوتے سال بو | خودا تھاوِ نس حُرمت و آبرو
یہ فرحت پیکھس متیانہ طرفہ ژخط | چھُ تس سال تہ کال باسلطنت
تمامی سہ شہر باشس مرد و جوان | ہمہ خاص و عامان پیر و جوان
ییمیہ یم سہ شہرتس چھِ زیرِ نگین | تم آینو گژھن سالس ہے اجمعین
ییمیہ یم شہنشاہ چھِ تس دوستدار | تمن شہرِ نیٚندی سکونت گذار
ییمیہ ئیس چھِ تابع تسند قبلہ گاہ | اُمُن گرژھہ سالس سہ بوڈ پادشاہ

---

۱۔ آدلن۔

تمس سیتی تمی سند کر امیر و وزیر
غرض میون یس دعائے کلام
وتن میہمانن پچھسی فرہ وار
زبس ناز و نعمت کرن کھین تہ چین
پچھے دعوت زنانن تہ مردن الگ
بلاشک یمنہ کرتھ کورم انتظام
دریں امر یودوے کرسے انحراف
چہ دقیقہ چھہ تس شبانی سائرے خبر
وانہ یمی بہ پرواز ترد ون قدم
پہ کیا کور اتھی بے سروین بیان
دویم کیا لیکھ تس نگارس خبر
بہ یک روز ویک شب بہ اسیں وچھان
مے تعظیم کورمس تہ زنس بہ بہر
بہانہ مے کورمس تہ پورمس غلط
بوا پس مے دوپنم پہ بعہتان میون
نیس تمہ ہمراہ ہیالا کرتھ
مدارا مے کورم تہ دل تھاو خوش
کنیزہ تجم سیتی شصت و چہار
گرا دور از شہرِ شاہِ نگار
قلایا وچھم گرد شہر جدید
بدروازۂ آں حصارِ بلند
قلابکی بیچھے آرہ دروانہ بان

بمع گلہم فوج برزاد پیر
انہی سالہ شاہن عالم تمام
رضامند سائرے کرکھ شہریار
اکے دوہ تہ اکھ ہفتہ مے نش بیہن
چھنہ شاہرسے نون تہ گون پۆون تہ زنگ
خبردار ہشیار شو والسلام
نتیجہ تمیک نیر تس بہ خلاف
مبدل تمس خاطرِ سے واتہ شر
پہ بوز تھ دلس منزمے پیو وارِ غم
پچھا گیشہ تہ آیم تہ اے شہہ جوان
پہ امی سند قصہ بوزتہ آم شر
بروز دویم واتہ آں مہربان
دوپن کرتہ تاج الملوکس خبر
منشتہ گوم اکنون تس سوز خط
تتے اسی نہ پتھ آہرتہ از قول من
دژن مے عجب پوشہ مالا بہ کرتھ
بہ یس نش نمہ تس پہ کہ پیشکش
خراماں خراماں چھو نوروز بہار
وچھم گوشتے تاز شہرا تیار
دوہن دوہن تہ ترین منز سہ گوشت پدر[۳]
پکان واتہ سارے بلا چون وچند
پرستانچی پرہ پہ ڈیچھم عیاں

(۱) نالہ متہ (۲) دوہ نی (۳) ظاہر

بلا پاس تراو پهه نه هرگز اندر
بنزد پری گیه پری یا دوان
اندر ژایه باغا و چهم بوالعجب
زنگهائے قلمونْ[1] و چهم باغ پر
رنگ آمیز تم میوهائے خوشاب
و چهم نه سے تیتهه باغ یا آبشار
دوران باغ تس پتس کوٚر منتے
پوٚرتھس بوز ایس چیده شهر نگار
غرض واته نزدیک شاهی مکان
به نزد پری مالک آن مقام
حمالن دوٚپس چهے اُمس برتری
مےٚ نیسبته کوٚرن بیزها بے شمار
بوٚزن لول وارا کوٚرن خوش کلام
شهاکیا وَنے کوٚر نے ہُند ظهور
سےٚ همراه دژن از پیے سیر باغ
هنگے کیا لیکهه دنی تیتس وصف باغ
ییلہ آیه سارا گرته هر طرف
چه مادر به ژتس دروٚن کنار
نے دوٚپ هم یه اُسی ژتے گوشت کنن
یه تعمیر تہ باغ ہائے عجیب
لحاظ حمالن چهه تس بے شمار
اَمے دوٚپ تمس کوٚر چهم پینه وول
حمالن تمن اکهه سوزن خبر
اوٚنن پاس تژوو کهه تہ دیتهه کهه امان
سُہ دیشتھ گرتھ نیندٕ پیس جان بلب
اویزان تمن میوه مانندِ دُر
و چهتھ دیشه وهن نوان آب و تاب
به دزیا خصوصن به شهر نگار
چهنه کانسه از تامتهن سوٚر منتے
ازان باغ جنت سیکه نه سه هار
بهتھ آیه پری یه جواهر چهکان
تیکهه اُمس به تعظیم کرا و پس سلام
پیهے گیه پاتاله چهی شاه پری
دژن جاے اندر یمین و یسار
کهینکو چیز آیه تاون تمام
پری ماه قدی تہ بیٹه حور و نور
تماشا تمہ هیوه هم بیٹه ناگ
گرتھ پانه بوٚلوام چوں شب چراغ
نیس پرکو یه بر دنیه کن گرته تهچهه بکهن[2]
دتن بوسه مے دو یپه با مدار
یه یوٚت سوز تلپا تا لکو شهن
فقط حپانه با بیچهه ژنے چهی خوش نصیب
چهے یوس جائی ایی مادر نامدار
شهانه به برها تمس پرتهه تہ لول

---

۱ رنگ برنگی پوشش ۲ اکهس کهچه کرته

پیم سالہٕ بڈٕ بڈٕ شہان جہان    امیر و وزیران کہان و مہان

تمن کیتھ منز آسن گوٚژھم کھین چین    بٹیہ عیان پاٹھن پننہ جایہ ہمن

پہ بوزِتھ تمس مہربان گوسیٹھا    چھنہٕ تہٕ دیون ہُند چھُ یُس بادشاہ

امیر و وزیران ہمہ اہلکار    سوزن یور باحشمت و باوقار

وچھتھ یژ تیٚ مردن ہندے جایگاہ    تتھ اندر فروزان چو خورشید و ماہ

ہمیشہ چھُ تتھ نور مانندِ روز    نہٕ سردی نہٕ چھُس آفتابک تموز

مُہیا چھُ تتھ باغس اندر تمام    کرن کھین تہٕ چین عیش و عشرت آرام

برای باغ روزِتھ تیٚ چھکھ اینزمان    مرتب پہ کوٚر مُت برایے زنان

ونے موختصر پاٹھو اے مہ جبین    انکھ سالہٕ شاہن رویے زمین

مہ برغم اگر عالمک بادشاہ    رعایا ہتھ جملہ فوج و سپاہ

تمن سارِنے ہنز چھےٚ بہ کفیل    تہٕ فرزن فرزن سوزکھ وکیل

بتام کپد دوٚنم خبردار باش    پہ کینژھا منز دوٚنے یژ ہوشیار باش

درنگی یتھ اندر کرکھ یوٚد عدول    مبادا اگر ژھکہ رنج و خاطر ملول

مُقفل صنوندوقا منز ژیتم برِتھ    وچھم تتھ نیبرِ لال و جواہر جرِتھ

دوٚپن چھےٚ یتھ اندر گرامی لباس    بٹیہ زیورک چیز کینہہ خاص خاص

بروزِ خوشی آس لاگان یہ نالی    نہ اوصاف یم چیزہٕ چھینہ خالی

بہ طرزِ شہانہ کوٚرن کھین تہٕ چین    شہ آیین و آداب چھیمنہ منتن

کھینکی تہٕ چینکی چیز تم آسو خاص    بجرن دتن سیتو غیر از ہراس

گنیزِ رضامند سارِنیے کرِن    نہٕ انعام و اکرام یکسر بَرِن

بہ آخرِ نہٕ رخصتھ کرِن سرافراز    نیکان دزایہ خوش پاٹھو چون سروِ ناز

تمالن دوٚپم آیہ ووٚنی اعتماد    گئیکھ محرم راز گنج مراد

بہ فورن دِ تاج الملوکس خبر    بہ مضمون کاغذ بجلدی تکھر

---

۱۰ ترنز

لہٰذا بہ خدمت کران عرض چھس
بہ دستورِ سابق شہ بوڈ پادشاہ
تمس سیتی سرکردہ عصمت پناہ
بہمراہ آن ہر دو خورشید و ماہ
حرمخانچے جملہ مستورگان
رعایا تمامی ز شہر و دہات
بٹیہ شہر یاران روسے زمین
بٹیہ شہر دضوا ہکے تاجدار
کم و زیادہ شاہا یہ بوزے نہ خبر
ینس پورہ یہ کانہہ کرس انحراف
ڈِ کلکتوا زیشدا شاہِ جہان
ز طرف ہمایہ بہ دعوت دمن
بہ یک ہفتہ یتھ جایہ چھکھ روزنے
کورُم ہوہ مختصر شہرِ یارا کلام
تتھین نامہ از دست منشی تیار
رقعہ ہیتھن گژھہ بشرقیستان
یہ کاغذ ژ تاج الملوکس دِ ماے
دپان ذرا و قاصد بہ مانند باد
بدربار شاہ ژاو گستاخ دار
پس انگہ شہ مرسولہ[٢] زرنگار
کوڈن از بغل پیش شاہس کوروون
موژ منشین نامہ نو نگار
نووے داستانا شہن کور بگوش

درین باب بیٹھکھ بہ خود عرض چھس
معظم مکرم چھ یُس قبلہ گاہ
رئیس حرم مادرِ خسرو شاہ
وزیران و میران و خیل سپاہ
کنیزہ ہیتھن ہمچو سیارگان
گژھن یور آسنچھے سارنی برات
بٹیہ یس شہس چھکھ ژ زیرِ نگین
شہ یہ گژھہ آسن جمع اہلکار
اگر روز کانہہ ہا مکانس اندر
تمس آتش ناگہانی چھ صاف
چھ تحقہ کانہہ پیٹھ آشکار و نہان
بیک ہفتہ سارے ژہ یاری سمن
کرن کھین تہ چین چنگ و نے بوونے
خبردار ہشیار شو والسلام
اوّن قاصد اتس دوین تیزلار
زبانی تہ ون تس شہس داستان
بہ فوراً جوابا ژ تمو سیے ہمساے
پرنہ گژھمت پیو بہ جایے مراد
زمین بوس انجام اوّن شہ بار
ز ملکہ یُس اوسمس پیے شہریار
شہن حکم کور سوے منشی پورن
پرن تمو ہیتوتن پیش شاہِ نگار
کھیتوتمت تس فراموش گو دوانس ہوش

---

١) حکم Detective ٢) خط

به عبارته دوپن قاصدس که بیان
زنٹے ماکینه خبر چهے ازین داستان

دوپس قاصدن اے شهه تاجور
اچهو کینه ڈیچهمنه پے بوزم خبر

گژها دور از طرف شهر نگار
قلایا چهه حکم یمین و یسار

پس و پیش مانند البرز کوه
تحت اندر چهه شهزاد فروشکوه

قلایس نیبری کنه فزون از شمار
دیان فوج تحت هر طرف پهره دار

رچه بوزان راتس کنو سوز ساز
چهنه کانسه معلوم تمه کے چهه راز

چهنه کانسه آرام راتس ریوان
فقط ساز سنطور پیے کنن دوان

دیان لوکه آمت چهه ینده راز شاه
تشندے چهه این خرگهه و جلوگاه

شها مختصر بوز عرضِ غلام
پوزے بوز ییمه کاغذک این کلام

تمس اسی همراه وزیر و امیر
تمن کن کورن حکم اے خوش ضمیر

گژهو یکدو کس سوے شهر نگار
خبر تو هی انو از یمین و یسار

زتحریر محموده شیر خار
ریوان کینه تے چهمنه مے پژهر زین هار

بفرمان شهزاده ارجمند
وزیرن تلن سیتی کینه هوشمند

بسرعت پکان گو بسو یے نگار
تمس اوس زن عزم سیر و شکار

وزیں سو کورن قاصدن اضطراب
مے گو ژیر شاه خطس دم خواب

شهن دوپ تمس مخبرا صبر کر
وزیر زمان آیه یامت خشید

وزیر خردمند روشن روان
پکان گو به مانند بادِ دمان

ونے دور تس اوس شهر نگار
پکان بو بهر سو کران بو نظار

براه روان سوے طرف یمین
تماشا وچهن زیر چرخ برین

اچهن پتس دوان وار ترا اون نظر
وچهن رنگ دنیا بطرز دگر

رنگ آمیز شهرا وچهن تمه جدید
دوهن منز سه گومت دراں جا پدید

قلایا نیبر کنه بلند و دراز
وچهته هے ولا گو سه گردن فراز

چمکدار دیوار از لعل و در
خدا روس گاهه تمن موره مر

دوپُن یا الٰہی سہ شہرِ نگار ‌ ‌ ‌ ‌ چھ یُس سون مسکن تہٕ جایے قرار
اگرچہ چھہ تاج الملوکس عزیز ‌ ‌ ‌ ‌ ازیں جائیگہہ سے لیٖیی نہٕ پشیز[1]
گوڈن دایہ مولوٗدم از رہروان ‌ ‌ ‌ ‌ پتہٕ تعمیر کمُو کوٗر چھہ کم پم گیوان
دوپُس رہروَن خاص خبرا چھینہ ‌ ‌ ‌ ‌ اَتھ اندر چھہ اُسو جاۓ آہستہٕ ہینہ
چھہ ساری ذبان پتہٕ چھُ نیندرا از شاہ ‌ ‌ ‌ ‌ تشندوے چھُ این حشمت و جلوگاہ
شب و روز سوزک چھُ آسان گذیر ‌ ‌ ‌ ‌ تہٕ تمے دوہ اَتھ قصس گے لایڈے بوز جفن
سپُن مضطرب تُل وزیرن قدم ‌ ‌ ‌ ‌ بیکدم گژھتھ پیو بخانہ خدم[2]
سپُن یام داخل بہ صحنِ سرا ‌ ‌ ‌ ‌ سراسر سہ غافل ز چون و چرا
حمالس خبر گیہ اندر حرم ‌ ‌ ‌ ‌ بیکدم نیبر ذراین سعوۓ لاجرم
پس از پُرسشِ حال و احوال شاہ ‌ ‌ ‌ ‌ پرژھن تس کجا بیسوا پادشاہ
ہیۓ یُس قاصدا تور کوٗرمُت رَوان ‌ ‌ ‌ ‌ تمیچ کیفیتھ کر بجلدی بیان
شہس یُت چھُپُن باتمامی حشم ‌ ‌ ‌ ‌ بمع خاص و عاماں بہ خیل و خدم[3]
تمن کیُت سۓ چھم کوٗدمُت انتظام ‌ ‌ ‌ ‌ چھُ وُنی کمن نگارس اندر دوٗہہ دام
وزیرن دوپُس چھمنہ ہرگز خبر ‌ ‌ ‌ ‌ نہٕ چھُس یو ذرامُت زِ شہر بدر
گران آس آہستہٕ سیر و شکار ‌ ‌ ‌ ‌ کر شاید یکگاہ واتہ یوت شہریار
اُچھو کینہ وچھمنہ سہٕ قاصد تہٕ خط ‌ ‌ ‌ ‌ تو ہے نیشہ بوزان دلے چھُس یہ گنتھ
پتہٕ بوزتھ سہ محموٗد اندر عجب ‌ ‌ ‌ ‌ سپنِچ تہٕ رُٹن زیر دندان زِ لب
وزیرس بہ تیزی دوپُن جلد نیر ‌ ‌ ‌ ‌ بہ واپس تہٕ گژھتہ شہس زین شیر
سہ یُس نور قاصد سۓ کوٗرمُت روان ‌ ‌ ‌ ‌ بہ تیزی سہ گومُت چُو تیر از کمان
تمس اَتھ کاغذ سۓ چھم سوزمُت ‌ ‌ ‌ ‌ تمیُک آسہ مضمون شہن بوزمُت
مفصل خطس منز سۓ لیوکھمُت تمام ‌ ‌ ‌ ‌ پتہٕ کینژھا تمے بوزتھ ازیں ازدحام

---

۱۔ اکھ پایہ تہٕ ۲۔ خدمتس منز ۳۔ فوج تہٕ خادم ہیتھ۔

به جلدی ژ گژھ شہزادس ژ ون
به مضمونِ کاغذ ژ تشریف ان

خطس منز یہ کینژھا پرکھ کیفیتھ
مُبدل کرے یتھنہ اکھ حرف تتھ

چھ ساری تیشدے ینک انتظار
چھ ییزمن پرستانکی شہریار

ژ کر پانہ معلوم از ہر طرف
ونکھ تس شہس یتھنہ زانی سہ گف

بیتیہ کر ژ تاکید تس بار بار
کرے یتھنہ پہلو تہی زینہار

مطابق بہ تحریر کاغذ عمل
کرن دیی ز تس یتھنہ کراوکھ بدل

ز تامیل ہرگاہ کرے انحراف
مبادا چھ خطرہ ووٹن کوہ قاف

لہازا ژ ایستاد ایستاد لار
ونن چھے نہ حاجتھ انن شہریار

وزیرن یہ بوزتھ کورن اضطراب
بواپس خبر ہیتھ کورن تم شتاب

بہ گوشاں شنیدہ[2] بہ چشماں بدید
دُ منزل سوی شہزادس دوید

شہس نش سہ پیوا تی ھتن در زمان
مفصل کورن شہریارس بیان

دوپن تس شہا کر عمل تیز تر
یہ کینژھا لیکھتھ کاغذس منز خبر

تیاری تیج کر درنگی مہ کر
بہر گونہ تامیل کر الحذر

دچھم تانہ شہرا بطرفِ یمین
قلایا کرتھ زیرِ چرخ برین

نگہبانہ نی ہند دچھم دومہ دام
شہنشاہ یند رازنی انتظام

بہ غارتھ حمالن چھ کورمت یہ کار
انکھ سالہ بہ عالمکی شہریار

دریں باب پہلو تہی یُس کرے
بلا ریب و شک پانی پانس پھرے

بہ منشورِ قاصد یہ تصدیق اد
بہ پرخاش شاہس اشکال دراد

وزیرس دوپن پانہ چھکھ ذمہ وار
انکھ سالہ شاہن والا تبار

بہ تحریرِ محمود کرسا عمل
کرکھ یتھنہ اکھ زرہ حکمس بدل

وزیرن بتدبیر و عقلِ کمال
مرتب کرن خط برای سوال

---

۱، ھتن ۲، کنو بوزتھ تہ اچھو وچھتھ۔

سراسر زر و نُقرہ[1] کاغذ بۆرن — بہ سوی ملوکان روانہ کۆرن

گرِتھ مشورہ تمۍ بہ عقل و قیاس — مُقرر دوہ ہا اکھ کرون خاص خاص

ز تاریخ و آں روز یوم سعید — نیکھ سارنۍ دعوتس پیٹھ وعید

لیوٗکھٕن سارنۍ با ہمہ شہر باش — بہ شہرہ پُرب واتنۍ باتلاشس

بہ دیگر طرف شاہزادن چھوان — بہ رضوان شہر گژھ دی قاصد روان

لیوٗکھٕن تس شہا با تمامی حشم — بہ شہرہ پُرب گژھ واتن بہ چم

اَتھ سیتۍ ساری امیر و وزیر — شہر باش یک جملہ برناو پیر[2]

پس آنگہ بہ آداب و حسن و سلوک — کوٗرن عرض تمۍ پیش زین الملوک

یہ کیتھ ژھاخطس منز زچون دچرا — پوٗرن تہ دوٗن تس ہمہ ماجرا

تہ بوزتھ سپن خوش شہ عالی گہر — دوپن تس سکھر سادرنگی ہہ کر

چھ ایں سال یندراز یا تالہ نے — بہ سرچشم فرمان گژھ ماننے

دِیان شاہزادن بہ حکم پدر — بہ اعلان شہرس کوٗرن مشتہر

بہ دوستور سابق ہمہ شہر باش — بہ داوتھ گرِژھٕن چھو گرِو ساتلاش

یہ بوزتھ سپیٖژ خوش ہمہ خاص و عام — سپیٖژ جملہ آباد از شہر و گام

سر انجام رفتن شہن کوٗر تیار — لیوٗکھٕن خط دوپن قاصدس تیز لار

نہ ملکہ نگارس بہ واپس جواب — تسلی کرس آسہ در اضطراب

دِیس واتہ شہزادہ با جاہ و جیش — ژ خاطر جمع تھاو با ناز و عیش

شہ قاصد روانہ سپن شاد شاد — نگارس اندر واتھن ییو چوٗ باد

دِتِن خط بہ ملکہ سپن شادتر — دِتِن تمہ دبیرس[3] بہ مضمون یہ پر

عبارتھ خطچ منشین کر بیان — تہ بوزتھ سعہ ملکہ سپیٖژ شادمان

خبر ژ تمس واتہ کر شہریار — بہ خیل حشم درمیان نگار

---

[1] رٕوہ بہ، تہ سعہ سپتی [2] لکٕٹ بُڈی [3] مُنشس۔

اُتھ اندر ژٕ پتھ پیوٚ تِمس موج مول
کنیتیج تہٕ پھٕٹِنٕ چھس تہٕنٛد آم لول

اگرچہ حمالن بہٕ چھس پایہٕ جمر
اُنِتھ تیتہٕ پُرکٕری اندہٕ لاگ جمر

دریغا تہٕنٛزٕ کینٛہہ تہٕ چھُم نہٕ خبر
طمع چھُم بہٕ وُچھہٕن سہٕ مادر پدر

اگرچہ بہر گونہٕ چھس یا بٕشا[1]
ملاقات اوستان مےٚ چھُم مُدعا

درین باب چھُم مشورہ پی دِلس
حمالس وٕنِتھ حل بنیم مُشکلس

وٕنِتھ یی کوٚڈُن موے ہووٕن بہ نار
حمالن پُرستانہٕ ہیوٚت واگذار

وٕوٚتھ آیہٕ یک دم سعہ اندر ہوا
بہ محمود سعہ ہے واتہٕ دِٲتس دوا

بہ تسلیم محمودٕ وٕرٕچھ زوٚد تر
بہ تاعٔظیم ترٚوٕن تِمس پیشِ سر

حمالن بوٚرٕوس لول در ہر مدار
دِتن بوسہٕ روٗیس تِمس بیشمار

دوٚپُن تس وُنے آونا شہریار
تِمس روٚس بےٚ رونق چھُ شہر نگار

بیٚیے وَنتہٕ تس اعے نا شہریار
ضیافتھ یمُن کٔرٕ چھےٚ کُہٕژ تیار

بہ واپس دوٚپُس تمہ بوٗزٕم خبر
چھُ تمُو سوزمُت[2] رقعہٕ شاہَن نبر

گژھتھ جمع مہمان نزدیک و دوٗر
پس انگہ تِمَن یوٚت چھُ داتُن ضرور

مُقرر چھُ تاریخ تمُو کوٚر سُمےٚ
فرستادہ[2] منشور چھُس یوٚر سُمےٚ

بخدمتھ مےٚ چھُم عرض اُنی مکھ توٚرے
بخاطر خیالا مےٚ پیوٚمُت یوٚرے

ژٕ نےٚ ہو لوٚم چھےٚ کُنُس مےٚ مادر پدر
حقیقی پہٕنٛز چھس بہ لختِ جگر

بیانہٕ ژٕ نےٚ نیش بوٗزمُت چھُم بہان
ژٕ کنتام اَسِکہ سہٕ قصہٕ وَنان

بہٕ شہرِ فلانی بہ طرفِ شمال
دوہہ اَکہ اُسس بہ دژاپُژ بہ حال

بُجہٕ وَنتھ بہ طرفِ مکاناتِ شاہ
وُچھُم بے مثل حشمت و جایگاہ

پہٕ دوہ بختر شوٚنگتھ اُس در مہد زر
مےٚ اُنی ہرٕ تُلِتھ چھینہٕ کانسے خبر

فقط چھُم بُتنٕ بوٗزمُت ماجرا
مےٚ کینٛہہ چھُمنہٕ مولوٗم چون وچرا

بحمد اللہ اوسُم مےٚ قسمتھ زبر
بہٕ ژٕ چھُکھس ژٕ نےٚ بُرتر زِ مادر پدر

---

۱ بشد ۲ سوزمُت خط۔

ژٕسٕے پَرورِ گرٕ تھس بخونن جگر — چھِہم ژٕسے مددگار در خانہٕ شر

تہٕ جاہ و حشم تہٕ تہٕ شاہنشہی — یہٕ فرمان دیہی تہٕ تہٕ فرٕ بہی

کُتُبا شاہ یتھ راز تہٕ شاہ پری — کرٕنی رام لگاما چھینہ سدر شری

چھُ چونے یہ طاقتھ زِ حدِ کمال — ہیکے کونہہ اتھ اندر کرٕتھ قیل و قال

ثنا پاکھ ذاتس چھِ یُس بے نیاز — بہ اُلطاف ایشان بہٕ چھس سرفراز

ہمیشہ بوٕدن سایہ چونے بہ سر — یُتے مُدعا چھُم جہانس اندر

بیٕیے عرض چھُم خدمتس صاف صاف — وَنے موختصر قصہٕ تھاوُم معاف

اگر یوز چھُ چونے سہ تقریرِ خوب — مُلاقات مادر پدر چھُم مے لوٕب

بہ داوتھ اگر دٕاتہن رَتھ نگار — سہ ایحسان چونے مے بوٕ بے شمار

بہ خاطر رٕتھن آسہ میونے فراق — مِتیے چھُم گنیومُت تہنٛد اشتیاق

سہ میونے قبیلہ تہٕ مادر پدر — وُچھتھ میون ایی شوکت و کرّ و فر

چھُ یُس جانہٕ یقبالہ از حق عطا — سپنہٕ ہتھ چھِہ ساری ژٕمے لاپتا

کھہ و مہ زن و مرد از ہر کدام — یقینن ہمیشہ ژٕسے اُسی غلام

حمالن ہیلے بوز یُتھ قیل و قال — دوٕپُن گرگ زادس چھُ گرگی خیال

کبوتر چھُ بیشک کبوتر پژھان — قدیمی وُچھُم باز بازس رچھان

اگرچہ وَنس کینہہ گژھ چھس دِل مولول — لہازا کورُن عرض تمیٕ شُنٛد قبول

دوٕپُن تس مہٕ برغم ژٕ خوشنود روز — بہ فرحتھ وَلے روٕتہٕ مالیس ژٕ سوز

تُہنٛد نام و پیغام کورٕنس کنن — یہ چھٕے ناو مالیس تہٕ شہرس وَنن

اُنیو یور تم میشانہ زِمہ ژٕ تھاو — ژٕلی یوٕد دِلس چھٕے تُہنٛد آمہ تاو

بہ تجویز حمالہٕ خوشی ضمیر — اشارہ ز محمود سوٕیے ڈبیر

سپُن تہٕ دوپُن تس ژٕ لیکھ مختصر — بہ سوٕیے پدر میشانہٕ طرفہٕ خبر

---

۱) یانے پننہ خصلتن تہ موحبتن چھس زور دِتمت.

سراپا کرِن کیفیتھ تس بیان	دِہِن قلم تُل لیو لکھن ہمکنان
ییلہ چھیہ تمو پرن مُلی کتھے روبرو	دوپُس تمہ ادس تم یتھے آرزو
کرِتھ معہر و دستخط سراسر بوذن	ڈبادب حوالہ حمالس کورن
حمالن ہیتو تہ ذیہ پانس پہ کار	دوپن گژھ پانس سیدے آں دیار
ہ چھس واقف از خاندانِ شہی	پچھنہ کاٹسہ دونمس تیج آگہی
تیجن ہمرہِ خویش پرپایا دوہ پنج	بہ پرواز تمہ دراہ بے خوف و رنج
بیٹیے نیون ہمراہ آں مہد زر	ییتھ اندر شہ محمود بیٹہ شیرخور
شہ گہوارتس نشہ موجود اوس	برای نشانہ تمن یاد پوس
ہلاشکہ پہ ڈیشتھ ییلہ اعتماد	دُچھتھ روہ منزل گژھن شاد شاد
بیٹیے زاہ بجگانہ طاقین زر	بہ آں روزتس اوس در مہد زر
موہلو تتھ جرتھ اسو لعل و نگین	عجب بے بہا زیر چیرتھ برین
برای نشانہ تُلن ہر دو چیز	دوپن پرنہ ناوِتھ ییلکے آں کنیز
سعو یوس اس آں روز نزدِ مہد	نیتشہ رتس پتھ اس ہیے کراوجہد
بہ آہستہ گہوارہ کورمتس جدا	بہ پرواز آیس سعو ییتھ بر ہوا
غرض تمو دوشے چیز ہمراہ ہیتھ	دُپھان دراہ بادِ صبا [illegible] پتھ
پکان واتہ نزدیکھ شہر کبود	ز پرواز تمہ آیہ یکسر فرود
یکایک بہ وضعِ زناں کرِتھ چال	[illegible] لباس جرتھ در و لال
نفیس و عجائب گراں قیمتی	پیہ شاکہا تمو لوگ از فرحتی
حمالن عجب چال پانس کرن	ہر گونہ واقف سعو [illegible] پرن
مہ چاردہ زن بہ حسن و جمال	سپنو رونق افزا بہ حدِ کمال
شہے ہفت اقلیم یُس حکمران	تسنز مُلکہ تس کُن [illegible] جہان
یکایک ششش و پنج آراستہ	گیے آکہ اکس کھوتہ پیراستہ

---

۱ واستھ ۲ شوبہ وُن ۔

چھُ کبکانٛ[1] کوٗہی خرامان خرام
شہر اندرٕ ۆن ژاو با اژدہام

بہٕ این شان و شوکت بصد کروفر
لُکو وُچھ کرِکھ اہلکارن خبر

بیٚیے از جُریتھ ہٕ ژٔٹے لعلِ خوشاب
دِتِن تس گُدٕتھ چوٚن مہ و آفتاب

دوٚپُن تس یہٕ تحفہ کرِکھ پیشکش
اگر موج آسم زِنٛدٕ گژھہ خوش

گُٹہٕ والسیے گیہٕ یا مسحق خسبد
یِکان آو ژاوُن رٕتمن کُن نظر

نِہ و حشتہ سۭتی دِل تشنہٕ نیٖم
شہٕ مبہوت گوٚو تہٕ سیٹھا پیوس بیم

بہٕ تعظیم دس بستہٕ کرُن سلام
حمالن تسلی کوٚرس خوش کلام

دوٚپُن تس یہٕ برہم ژٕ چالاکھ روز
مخالف چھِنہٕ اُسی ژٕ بے باک روز

ونیکن ژٕ گژھ شہریارس نشیہ
دِیکھ تس چھےٚ پزھ بایہ کینٛہہ پرورشہ

ملاقات ملکہ بیٚیے شہریار
چھُ مطلب رٕتھہنٛدے بہ فورن ژٕ لار

یہٕ بوٗزِتھ دِ بادب شہ کٔٹھوال گو
وزیرس یہٕ قصہ دوٚپُن نو بہ نو

وزیرن شہس دوٚن شٔہن کوٚر قیاس
چھُ کیا اہتمام مانے توٚے بے ہراس

یِکان آیہٕ تہٕ ژاوِ شہرس اندر
خدا زانہٕ پانہٕ اَمیک خار نشر

چھُ لازم رٕٹمن قدر و خدمتہ کرِن
پننیو رِکنو پیٚٹھ لول وارا برِن

وزیرس دوٚپُن کینٛہہ درنگی میہٕ کر
از آنجا اُنِتھ سۭتی با کروفر

بیٚیتھ رِکنو نیٚریلہٕ گو شہ دانا وزیر
سوارِی ماہتن کوٚ چھوان بے اُمیر

وچھُن دوٚر یا صحتہ تٔہنٛد جلوہ گاہ
نقابا و دھتن شولہٕ ژاوُن چھُ ماہ

بہ عقلِ وزیری کوٚرُن تمہٕ خیال
چھےٚ اکھ زنی یمَن منز بہ حدِ کمال

چھےٚ کمہٕ تام شہرچ یہٕ از افسران
بلاشکھ یہٕ آسنہٕ گژھے حکمران

اُمس سۭتی یمہٕ دہ چھےٚ خدمتہ گذار
بہ ظاہر چھےٚ یمہٕ ملکہٕ سبہٕ زوار

خبر کیا بہ خاطر چھُ مطلب یمَن
ہیرن ہنٛد چھُ واقعت خودا ہیر لبون

بہ تعظیم دستہٕ بستگی تمہٕ سلام
کرِن تہٕ رٕتمو دِتیت جوابے سلام

دوٚپُکھ تمہٕ حکمران یتیک شہریار
بہ تشریفِ ایشان کران انتظار

[1] جنگلی کُکُر

پہ بوزہا جمالن حکم کوڑ دہن
رہو تو ہر سواری بہ منشاے خود
بہ لفظ پرستان کوڑن آفرین
دوچون بادلِ خویش این شہریار
یکایک سپہنو تیم فیلن سوار
سواری روانہ سپہنو یک قلم
کنیزان پیش آمدہ باشتاب
دیان وائی نزدیک شاہی مکان
بہ الہام غیبی تیمن گو اثر
عماری پہ خالی کرہ یک زمان
پکان خاص عامہ تیمن ترو نٹھی بتو
کرکہ داخل محلہ خانہ تمام
مکانا سجاوِ تہ وچھن بے بہا
راکھ جاے بیٹون بٹون بہ عقل و قیاس
بہ بستر تیمو یام کرووکہ قرار
تہ معہ کلیا کہ چپتہ اونکہ نان و کباب
بہ زرین طبقہاے گوہر نگار
فرادا[۲] فرادا تیمن تساب وائی
رکابے سہ پنج آسہ خورشید وار
کنیزان سیمین بدن گلعذار
حمالہ سپہنو شاد در بر مدار
پیوریس تمہ داتس زبس خورمی
جہتہ بیشک یہ بابہ تہ شند اشہریار

سواری روانہ چھے کہ مرشہن
چھہ بہتر وچھن کینہ چھنہ نیک بد
بہ تنظیم شاہنشہے آں ہکیس
چھہ دانا جوان بخت در ہر مدار
عماری تیمن آسہ گوہر نگار
وزیران گئے پیش تھاوکہ علم
پکان آسہ مہمانین ہمرکاب
نچھے باحشم دراہ مستورکان
بہنز رکہ چھوکھ واریاہ سیم و زر
از انجا گیہ تیم همراهان دوان
کرکہ لولہ رسمی تیمن نالہ متو
حمالہ نہا یچھ سپہنو شاد کام
دروفی کران آفرین مرحبا
فروتر کہو تہ جہد خاص خاص
کوکہ نوش جان تہو اوسکہ تیار
ملوون ضیا فرشہ تہ شیرین شراب
کم و زیاد مانند شاہ نگار
کنو بوز قابس ارکس سائی ہائی
پر از تریٹہ ہا میوہ خوشگوار
تیمن آسہ استاد خدمتہ گذار
سہ ممنون احسان سپہنو بیشمار
چھے جمود از خاندانِ مہی
جوان بخت و دولتہ تہ نیکو شعار

---

۱ رنگارنگ ۲ رنگہ رنگہ

دِبادَب کوٚرُن انتظام شہی　　پتہٕ مِہمان نوٲزی نہٕ از آگہی

غرض کھیوکھ تہٕ چوکھ تہٕ گیہ سیر　　حمالن دوٚپُن کتھ کرِو گژھہ زیر

کنیزس اکس دوٚپہٕ گژھ نزدتر　　دروٗنِ حرم مٕلکہ کیٚتھ وَن خبر

وَنس میانہٕ طرفہٕ تہٕ عرض و سلام　　غرض چھُم ملاقات تہٕ بیٚیہ کلام

کرُن چھُم تمس سیتھ فرصت چھےٚ تنگ　　اُتھن یور تشریف کراوِن مہٕ تنگ

کنیزے گژھتھ رانہٕ نِش کوٚر بیان　　پتھے یُتھ تمہٕ شوہرس کوٚر عیان

اجازتھ دِیتُس تمہٕ تہٕ گژھ بیگمان　　کرِو کھ تمہٕ رٲنی بہ شیرین زبان

کرِو کھ پرسشا کھیوٚن چوٚن ہتیوٚن تہٕ دِین　　چھےٚ کمہٕ جایہ ہتہٕ کیا سبب یور یِین

اگر یِیتہٕ رِوزن چھہٕ سورُے تیار　　بہ واپس گژھن چھکھ پنُن یختیار

بہ منشاء خویش و بہ فرمانِ شوٗئے　　پکن دراہ آں ملکہٕ نیک خوے

دِیان آیہ نازاں بہ خندہ جبیں　　کلاہ تشند جلوہٕ انگبیں

پیٚیے زِٹھ حرم اُس در محلہٕ خان　　پیٚیے اُس ساریہٕ پیٹھ حکمران

پیٚیے مادرِ خاص محمود اُس　　رِہین خاندانُک سہ مسعود اُس

یِیتھ ادس پوشس پنُن خانمان　　تو اُتے واٲتہٕ گلدستہ سرِو روان

حمالن سہ جلوٕ تشند بام ڈیوٹھ　　دوٚپہٕ تھوٚد کھوٚرن تَل تمس کوٚرُن بیوٹھ

چو خواہر زٕٹن در بغل لوہٕ سان　　وُچھان گیہ اکھ اَکس مہربان

دِہو وُچھ کِہُم بام تھوٚد دوٚرژھہ زجاے　　کہٕ یانے حمالہ تہِندِ آغوٕ باے

بہ تعظیم تسلیم کرِو وُکھ ادا　　ستادہ تمے روزِ چوٚن مقتدا

پتھر بیچھ ساریے بہ ماوائے[3] خویش　　گیے شاد و خورم ز اندازِ بیش

سہ مٕلکہ تہٕ حمالہٕ پُنہٕ منز　　کران پرسشِ حال باہمدگر

حمالن وَنُس موختصر داستان　　پرستان چھُ سونُے وطن بیگمان

مگر آیہ یوٚت اُسہٕ زِ شہر نِگار　　کتھا چھم وَنہِ آنتن شہر یار

---

۱ خاوندس ہند حکمہ　۲ ماچھ ہیو　۳ پننس مالکس نش

دوشے باڑ اسنہ گڈھو درمیان — کرٕ مطلب خویشتن بو بیان

دٕیان مُلو کہنے سوزٕ شاہس پیام — سوی محلہ خانہ شہبا کرٕ خرام

چھُ پڑھو بایہ ہندسے دِلک آرزو — گڈھو اُسی دوشے آسنی روبرو

شہن یام کہتھ بوز گو کینہ ور — یہ ما آسہ کانہہ دُشمنٕ حیلہ گر

بیٹھ کہنہ. بخاطر کوڑن یی خیال — قفسٕ اندرون کیٹا پڑندس جبال

اگر آسہے کینہہ یمن ہیچ ظنون — یہن کہتھ بے وایہ درجابے من

توکل کرِتھ نیون ہمراہ وزیر — دچھوکیٹا چھُ مطلب تہندسے ضمیر

سپنہ واصلِ جاے مہمانیان — بہ دوستورٕ سابق کہان و مہان

ووتھ گیہ تاعظیم اونکھُ بجا — دو سویہ بہ اُمیدٕ خوف ورجا

شہن حال پرٛژھنکھ بہ خُلقِ سلیم — بہوشاد و خورم بلا ترس و بیم

تصوٗر کرِو خانہٕ خویشتن — بہ آسودہ روزو نہ رنج محن

حمالن بہ واپس جواب کلام — دوپس اُسی چھِ ممنونِ احسان تمام

اگرچہ اسے اسنہ کینہہ تہ زان — بہ این غار زانی کوڑتھ زرفشان

خدا تھاوِنے وارٕ با جاہ وجیش — بڈون دُشمنس جانی ہے سینہ ریش[2]

تیے بخت واقبال توونے غلام — ہمیشہ یہ چرخٕ برین چون رام

زِگستاخیم عُذر تھاوو مے ماف — کرن عرض چھُم خدمتس صاف جان

مے بوزم توہے کور چھو از خدا — درین دیرٕ شاہی سپنہ مرشٕ عطا

لہازا تھیکیتھ چھس گرے ذرا مرٛشے — چھسو کورٕ ہنز مانگیے آمرٛشے

بہ موحتاج از بہرٕ اولاد چھس — اگرچہ بہر گونہ آباد چھس

یمن تہ بہ شفقتہٕ رچھن درکنار — کرن جن و انسانیہ شہریار

یہ بوزِتھ سعہ مُلی کہ سپنہ اشکبار — چھعہ کن نون پیوتس ودان زار زار

کنیزو تملکھ مے شہن گریہ کرِو — زِ سر تمی پیٹھ تاج شاہانہ ترِو

ٹیٹھے تل تمو گریہ کے شور و شر — درون و برون گیہ سارِ نے خبر

١ پنجرِ منز کس جانور کُشد کیا چھُ جبال ٢ چانین دُشمن گڈھن سینہ زخمی۔

تمہ آے سارِی بہ ایوانِ شاہ　　دِپان پرتھ اکھا خارِ چھا خارِ چھا

حمالن پہ زونُن بیُٹھے شور گوٚ　　پھمن کوٚر ہُتشند راوٕنے یاد پیو

دوٚپُن رازٕ گُنے چھُ کیا اتھ سبب　　تمو کمہ باپتھ پہ شور و شغب

اگر میون درخاس گو ناپسند　　معافی منگان چھس بغیر از گزند

دوٚپُس تمی کن اسہ خواہرِ مہربان　　چو شہد و شکر اوس چونے بیان

ولیکن وَنو کیا تسے نِش حالِ خوٚد　　دٕہ سال گے یاد پیو روزٕ بد

اسے دوٚہ ختر اوس اَپھیس عُذار　　سپنو پر عطا بے ز پروردگار

بہ بختِ بلند اوس سوے گُلعذار　　تہ تنجیم داناو کوٚر کھ آشکار

دوٚپکھ آسہ اندر جہان حکمران　　چھُن دیو آسُن اوس زیر ران

تھوسے ماجہ تے مالیو تسند زٕنہٕ ناو　　بہ تنجیم اموٚ سُند ستارہ تہ دُراو

ونے کیا تمند سے زیٹھ شاد سے گے　　رکھ وُمہ بشکرانہ آباد سے گے

بہ یک ہفتہ بوٚ شادی یانک سوٚرود　　وزان چنگ ونے تاعزان مشکِ عود

ونے کیا سُہ عیشُ طرب اوس خاب　　چہ ماہ اول غائب گیہ ماہتاب

ترتھ نے ریہتہ گے دوہا اکہ آس شیر خوار　　دوہ ماجہ تھاوِن سُہ در مہدِ زر

خودا زانہ غفلتہ تمس کیا سے گیے　　بتقدیرِ مو تھنسندر تس سیتیے

اتھو اندر سُہ منزول تمس غائب گو　　دِڑھ گو نتہ تمی زمینن سُہ کھیو

بعد مے زایہ بچگانہ طاقین زر　　سے گھوارِ میتھ راوٕ آس سپھیر

گیے شہر و گامن اندر آگہی　　سپُن ماتم اندر سرایے شاہی

مشتہ سارنے گو سُہ ناز و طرب　　سپُد گمہ پہ زاری کرکھ روز و شب

پتہ کنہ سپُد کر او سعی و تلاش　　گُنے پے تسند زٕنہٕ نے ڈیو ٹھ لاش

ازین وجہ فلو اگیُس کیو نر کال　　تھو وُ منا سے شاہنشہی تسند خیال

در آخر بہ پند و نصایح بہ ہوش　　بعہ آیس کوٚرم صبر لب ہا خموش

اگر وُنی کینس آسہ ہے آں پری — حوالہ ژٕ سے کرٕہن بخدمتگری
دریغا تیمس پیتہٕ زایمتہٕ کوٗر — اگر آسہے وُنی کینس بلصنوٗروٗر
ژٕسے سیتین بہٕ دِمہٕ ہن تہ سامانٕ ساز — بہٕ مطلب ژٕ پیٹھ نیرٕتکھ سرفراز
تمس اوس لیوٗکھمت بروٗز اول — بہٕ تدبیر تقدیر نے شُد بدل
کوٗرم صبرس اندر پننٕہ کنہ کمال — ولیکن مو ٹھمنہٕ تہٕ تس ژُنٕدے خیال
تمس دایہ اُسس کران لارٕ لار — یسٕندے اتھٕ غائب گیہ شیر خوار
ازیں واقعہٕ گے ادا چند سال — بحمد اللہ از صانعِ ذوالجلال
عطا گو سے فرزند عالی گہر — سپنٕہ لوکھ خوش زیادٕ از تاجور
وَنے کیا ژٕ سے اے خواہرِ نیک خوے — تسٕندے زینہٕ کیا لوٗبہم اٗبی روے
بہٕ شکرانہٕ خاراتھ کوٗر بے شمار — گدا گیے تونگر تیتھی نیکھ دیار
فروٗسرمے اوسُم گئیس سرفراز — سلامتھ سہ اُسن بہ عمرِ دراز
چھُہ بعد از پدر وارثِ تخت تاج — بہٕ آیین دیرینہ گیرٕندٕ[1] باج
حمائن دوٗپس چون نتیجہ تیتھہ چھُہ میون — بعدٕ چھہن سُہ شہزادٕستان چون
مےٗ بزوٗتھہ کُن سُہ اَتنُن بہ لولا برس — کریتھ درشنا اُہیا بو کرس
دوٗپس تمہ آں پوٗرِمن نورِ من — گرامی دُرِ سینہ گنجورِ من
زِ یک ہفتہ گوٗمت بہ شہرِ پوٗرب[2] — چھُہ وُنی کین کران تتھی سہ عیش و طرب
پیٹھٕ چھُس تتیک شاہِ زین الملوک — چھُہ نیچوٗس تیمس ناو تاج الملوک
وَنے کیا بہ اوصافِ تاج الملوک — پرستان گرٕ صحتہ از کمالِ سلوک
بہ نیروٗے بازوٗ بہٕ بخت بلند — کرٕن رام دیوال بلا چوٗن و چند
گوٗمت اوس اعما تیمس قبلہٕ گاہ — اَمے لوکنس مشفق و خیر خواہ
چھےٗ پرکو یا پرستانس اندر بسان — چھُہ مشہور و معروف تس بوستان
دریں باغ ناگا چھُہ ناگس اندر — گلِ نغمہ شمہ تازٕ زیب بند تر

---

١؎ باج رٹن وول ٢؎ پوٗرب

بکاوُل تِمس پرٛو یہ ہُنٛدُے چھُ ناو     بہ تائیدِ باری دراں باغ ژاو

نِنہٕ ہیاں، اگر اُسی تِتھ بےشُمار     پتہٕ ہشند بوزنہٕ پرٛارے تِمو زینہار

سُہ گُل تِمو ژٕرِ ہیتھ اُڈن پھیرِ تلاش     تِمے سیتو تس ناریسے آوٕ کاش

مگر بوز اندر پٔرِستان ردیا۔     پیٹھلے ووت یقبال تس اوس یار

دراں مُلکہٕ پرٛی یا گیس مہربان     بہ آر، نا رٔجیت اُس سوے حُکمران

تِمس تا جسے اوس تخت بُلند     تِمس نِتہ واٹھ سُہ گو بہرمند

چھہ تس دیو تابع ہزاراں ہزار     چھُ نائب پرٛی ییٚنے تائہ جلن ہُند شُمار

تسند کوٗسے اوتُن گُل بےبہا     نتہٕ وَنتہ طاقتھ تِمس اوس کیا

رٕو چھُن ہم چھُ اولادِ بطنی بہ جان     بران اُسو تس یژھ تہٕ یژھ دولہٕ سان

وچھیتھ تس اندر وصفِ شاہی تمام     تِمس پیچھ سپُن دِل تسند تیوت لم

بہرفن چھکھ سادِ کھ[۲] سُہ سوان ژراد بوٗر     دوپُن شوٗبہ گوشنک یوٗہے کنہٕ دوٗر

گُھنی کوٗر تس اُسس درسلطنتھ     وچھان اُس ژھایِن تِمس برٛونٹھ پتھ

کرُن سوے عطا تس بہ سامانہٕ ساز     بہ دامادیٔ خوٗشہ کوٗرُن سرفراز

ونےٚ کیشا بہ اَخوا یہ بوٗزِ م خبر     دِیتُن سیتو تس واریاہ سیم و زر

بہ ہے سلطنتھ کرُنہٕ تفویض تس     گرائے پٔرِستانکی چیز تس

دِتِن بےبہا لال و گوہر تِمس     دِیان انبرٕن اُسو جوہر تِمس

تِمس سیتھ رائے کرُن باحشم     نفایس بہ ہمراہ چوان جام جم

بہ دُنی یا کوٗرُن خاصہ تامیر تس     اَبد در اَبد تھوٗو نہٕ جاگیر تس

دِیان ناو تِمو سُند حمایہ پرٛی     جِنن تائے دیوَن ہیٚنز چھے تس افسری

تہٕ حُسن بہ پیٚند راز پاتال چھُس     فدا تِمو سُندے مُلکھ تا مال چھُس

غرض سُے چھُ آمُت بہ مُلکِ پدر     چھُ پُرٛ بس اندر دُنی کینس شورو شر

چھُنہٕ مول تس جامن اندر وچھان     تسنز موج از شادمانی ژھان

چھُ اعلان شادی ہُندُے شہر و گام     چھُ مشغول عیش و طرب خاص و عام

---

۱ تنکھ علاقس ۲ کھوٹ

اَے خوش خبر یا مِتھن وارٕ لۄز        برائے مُبارک سۄ شہزادٕ سۄز
گٔمتۍ تس چھہ ہمراہ امیر و وزیر        بیٹھ ہم سنان مشفقان دِلپذیر
تمن تور گٔے کٲمِتن ہفت روز        بہ عیش و طرب محوٕ در ساز و سوز
چھُ ییٚژ کٲلی شہزادٕ آمُت گرٕ        تُوے تتہ آدٕر چھُہ گر پِھتہ گرٕ
کرِن جشنٕ شادی بہ یک سال پۄر        مگر بیچیر شہزادٕ جلدے حضوٗرٕ رۄزر
ژٕ کرٕ حال آرام اندر حرم        پہ ہر غم ژٕ اَے خواہرِ محترم
حضور پیٚنہٕ چھانہٕ گوٚ خانہٕ سون        خُدا پانہٕ پیٚنہٕ چھُے یہ کاشانہٕ میون
بہ تقریرِ شیرین و قند و شکر        حمالن کۄرِن گوش سرتا بہ سر
دۄپُن تس مےٚ پیٚتین ژٕ کرٕ واد پۄر        مےٚ بخشِتھ اگر زندٕ وُچھِن سۄ کۄر
سپیٚنہٕ باز در گرہٕ بانوے شاہ        دۄپُن تس بہ یزدان خُدائے اِلٰہ
اگر زندٕ دیٚشِن سۄ جانِ عزیز        بچہ رچھِتھ تا ابد رۄزٕ بانی کنیز
حمالن دۄپِتھ چھا زندٕ آن کنیز        نِگہبان گہوارۂ آن عزیز
دۄپِتھ تس چھےٚ زندٕ سے بحالِ تباہ        ازاں روز از حُکمِ آں پادشاہ
تمس حبس داییم چھُہ لۄگمُت سزا        دۄپِتھ تس وُچھان غمتٕک گژھہ مزا
دۄپِتھ تمہ اَنیوٚن فورن حضور        مےٚ مۄلوٲم چھُم پرژناوُن حضور
بہ فورمانِ حمالہ اَنِتھ سۄ دایے        دۄپن مارتِ اَمِس مانہٕ زن گیہٕ سۄرٲے
حمالن لوان دۄر سۄ پرژناوٕ        مدارا کرِتھ بۄزنِتھ کنہٕ تمہ سۄ بٲو
دۄپُن تس پوٚژے وونی تھٲکھ یتیمہ را        کوہ رۄژھ کیا بہ آں دخترِ دلنواز
دۄپُن تس پوٚژے بوز غفلتھ گیم        نگہبان اَسِتھ مےٚ نیندٕ رٕپٹیم
گٔییس یام بیدار ژٕ آیم فکر        وُچھُم گوہتن غائب آں مہدِ زر
پننہٕ کمہ ژٕ ووٚتُم جان تا پان سمے        سُہ راوُن تہٕ شُد گوٚ نہٕ آسان مے
شیُن ماتمک شور تا آسمان        شہن جستجو کردو اندر جہان
مگر دراو تا پے تہٕ شُد زِ پنہار        بہ این راز واقف چھُہ پروردگار

زاہرِ قید

حمالئن دوٚپُس بسمٲ ون ژھوٚرڑا و کٕنھ    ژٕلے دوہ نی غم و غوصہ سأیرے ژٕلتھ
اشاره کوٚرُن سوے ہمراہیان    اَنُو مہدِ زر این زمان درمیان
اوٚنکھ زایہ بچگانہٕ ہیتھ مہدِ زر    چھُ طاقین زرین بیٚٹھی تتھ اندر
پہ بانو پہ تأ حاضر و پر ژٕنأو    درین باب سارِنی تمن عقل رأو
ڈیٚتُن بوسہ تتھ منزٕ لس بانہٕ تأ    کو چھے منز روٚٹُن زایہ بچگانہٕ تأ
ڈٕ ٹھتھ ٹھوٚو حمالہٕ ژٕلن در کنار    دوٚپُن تس پوٚژٕ ژٕے ونٕ ژٕنٕہ چھالہ یار
حمالئن دوٚپُس غم مہٕ بر بیہہ پھتر    ژٕ نحیس روز دوہ نی بوز تمٕ پشر خبر
پچھے زندے سوہ وُنی کین بہ شہر نگار    چھُ سرپوش تمُ شند تتیک شہریار
شہنشاہ تتیک موحترم باسلوک    چھ تمُ ہے ڈیان ناو تاج الملوک
یوٚہے در پرستان بیٚیے بسیہ دوت    وُنے کیا گوٚمُت اوس افسردہ کوت
شہ پروردہ کرٕ و م بشانِ پسر    تمُس اوس یقبال لگے تاج زر
وُ پچھُم یام تس تختِ اسکندری    ادأ تس مے نخشتم سوہ ماہرو پری
تمُس اوس یقبال تس ستو میٚل    گژھن تأ اَدٕ مطلبس وارٕ پیٚٹھ
کرٕ تھ عأش آرام دوہ ن ژٕن رٲتن    کوٚرُن عزم واپس بہ سوے وطن
بہ عجز و تضرّع مے دوٚنتم بہ مہر    بہ ہمراہ ژٕمہ ہٕن یہ خورشید چہر
مے مرشی وچھیم تس پری روٚے پشز    مے دوٚپمس شہا چھے درٕنگی گھنٕنز
اگرچہ ژٕ دوہ خترٕ لوٚگُم مے فریب    ولیکن نہ فرقت کوٚرُم مے شکیب[۱]
بجاہ و بہ حرمت بہ عیش و طرب    بہ ہمراہ تٕلی کنس ورٕ ھم نوش لب
بجایے مدا یام کرٕ و کھ قرار    تمن کیٚت مے شہرا بنام نگار
بنوٚوم در آنجا بطرزِ جدید    ڈیان لو کھ جنتھ یہ گومُت پدید[۲]
رنگارنگ تأ مہر ڈیتمکھ کرٕ تھ    وچھکھ بانہٕ لال و جواہر جرٕ تھ
چینہ وُنی کین سہ گوٚمُت بصد زیب و فر    برایہ ملاقاتِ مادر پدر
بہ پورب شہر یا کہ شرقیستان    چُھ بلبل کران عأش در بوستان

---

۱ صبر    ۲ ظاہر

سُہ یوس چھانی تامیہ اَنِ نوٗرِ بَصَر
حُکمران وُنی کینہ بصد زیب و فر

نِگارس اَندر چارج تاج و تخت
کران عاشس عشرتھ بہ فرخندہ بخت

اَتھو اندر ز اخبار بوٗزِن خبر
چھُ سکھران شہزادہٕ نامور

بیٚیی سیتہٕ تس مادر غمگسار
براے تماشاے شہرِ نِگار

کتَن گوس یا مۄکھ سُہ فِکرن پیٚیی
اگر اَمس دِلشاد غمگین سُہ گییے

دوٚپُن واتہٕ یلہٕ مادر مہربان
بہ چھس وُنی کینس ماکیہ ایمکان

تِمس سیتہٕ اَسِن سیٹھا میہمان
تِمَن کیٚنٛہ ملوٗن گوٚزٕ چھُم خوان و نان

تیٚتھے میٚتھ تِمَن روزِ ہے یادگار
ز ملکہ حُکمرانِ شہرِ نِگار

بہ کرُنس تِمی یاد آیس دوان
مفصل سُہ بوٗزُن چھُنیس داستان

یہ بوٗزِتھ دُیتھم غارتن جوش سے
سُہ غمگین و چھیتھ اوٗد ناہوش سے

دوٚپُم تِمہٕ مہ بر غم اَز دِلشاد روز
درین سلطنتھ نٔنٛد آباد روز

بہ تاج الملوکس کرے پھِر سال
تمامی حشم ہیتھ مَنس پوٗرِ کال

ونیتھ یی دِتن مُنز بہ دَرایس دوان
کوٚرم نامہ پیشہ از شاہس روان

مے چھُم کورِ کھاندر شُہا وار روز
ضیافات شاہی تہٕ سامانہٕ سوز

تِمس آیہ ناۓ پرٛتھ روانہٕ کوٚرُن
سُہ اطراف اَزہر لوٗمُہ بوٗرُن

بیٚیی شاہ پری کور ہیتھ سر بسر
بہ دسبوس آمژ چھیٚ با کرّ و فر

بہ واپس خطس یی مے سوٗزُن جواب
اَنِتھ عالمگر پادشاہ تہٕ نواب

بہ مے فوج و لشکر رعایا تمام
ضیافتھ بیک ہفتہ کھین صبح و شام

وُچھیتھ گیہ اَس دِل حزین شادمان
کوٚرُن رقعہٕ تاج الملوکس دوان

اَنِتھ سالہ تِہے عالمگر شہریار
بیٚیی ماجہ تہٕ مالی سِنٛدی رشتہ دار

پنُن شہر ہمراہ مادر پدر
اَنِتھ سیتہٕ با حشمت و کرّ و فر

تِمس آیہ ناپرٛتھ تہٕ سوٗزُن نواب
بہ تصدیق تِمہٕ نیوٗمس واپس جواب

سُہ وُنی کینہ تیاوھان رُقعہ شاہن کوٚنے
دوان رشتہ دارن تہٕ یارن ووٚنے

چھُ تاکہِ پدتس یُتھنہٕ غفلتھ کرٕکھ
سبب یوٚت ینکُس میون گژھ ہونے کنہ
سُہ تاج الملوک بوٚ گوٚمُت آرٕ کوت
بہ مٲلِ پٔرِستانٕ بہ طرفِ دِگر
تمس نِش سُہ گو تامتھن واتنہٕ و
ژٕ تمس گو وٚنُن تس بُنُن
بیٚیے اوس تمہٕ لیتھ کمتن سرٕ سرٕی
سۭے یامتھ وُچھتم تمہٕ شُدے خط و خال
گیٚمس خوش بہ واپس لیتھ کھُم رُتہٕ قہٕ تس
چھُ بے شک یہ شہزادٕ والا نسب
وٚنے کمتھ تلاشس اندر پیٹھ سال
پیٚیے سیرِ دُنیا کوٚرُم چون و چند
بہ تقدیر اکہ جایہٕ یِمو سے گذر
یتھ اندر لعکٹ کوٚر در خاب اُمس
تمس بٕروٚنہہ تینہ زِ دامِ نٔندرہٕ پیٚمہٕ
وٚدا اکھ تمس نیشہ گژھوٚم قرار
مۓ اولاد اوسم نہٕ کیٚنہہ مادٕ نر
وُنیٚکتام پٲژم بہ خونِ جگر
بحمد اللہ این تحفۂ نونہال
اگر آسہِ تقدیر از کردگار
چھ ہمہٕ جِنس باہم کرُن اعتماد
پہ تقریر تحریر بوزُن تمام
وُچھن یاہٕ تھون حُرمتک وٚنۍ[3] ایحتشام

زٕ کشریتھ ییتہٕ کینہہ زٕ پٔردا برٕکھ
قسم از سُلیمان چھُکھے پوٚز وَنُن
پٔرِستان کیتھ پانُنو میے نیشہ دوت
چھُ میونے برادر بقصد کرو فر
بہ فضل و کرم خالقن زِندٕ تھوو
بہ انصاف تمہٕ کوٚر رواہٕ مۓ کُن
ییٚمس گژھ مطلب کڈُن لےٚ پٔری
دوٚیُم پانہٕ شاہہ چھُس چلن و چال
بہ شرمندِ احسانِ خود تھاوتس
بہ اَمِس تلاشس اندر روز و شب
اد اگےٚ، دوٚہا اکہ گوٚمے خیال
نشیب و فرازس وُچھم اندٕ وَنٕد
لوٚکُم تامہٕ وُچھم دوٚر اکھ مہدِ زر
دِوان شولہٕ مانندِ ماہتاب اُس
بہ بیٹھس پتھر اُس بے خود گمژ
دِلس ظعن گوٚ بوٚ نیٚرِ حیتھ کردگار
توکل کٔرتھ نیوٚم آں مہدِ زر
چھےٚ بالیغ سعہ گامژ دُہ ہفتن اندر
موافق چھُ تمہٕ سے پہ حُسن و جمال
بہ جفتس کرٕکھ اکھ اکس ہم زِ یار
چھ ہم جنس باجنسِ خود شاد شاد
کم و زیادٕ در سینہٕ تھاوُن کلام
زٕ یشند راز شاہ داوِتک انتظام

---

۱ اسعد نہٕ شُد منزل، ۲ خاندر کرٕتھ، ۳ یرژھ مشدی ۔ ڈُم دام

گگے یس دلس راے اندر جگر  دوپن ونی کمنس گژھو مے مادر پدر
معافی منگھ مے قسم تھوو نم  شہ تحریر کاغذ ژہ یتس پوونم
اگر پوز ژنے باوتھ سہ دپرینہ کتھ  بسومے برادر لیتو کھتھ ییلہ خط
وطن میون مولوٗم چھے زاد و بوم  کرکھ پانہٖ تکلیف[1] آں مرزبوم
اگر ژندہٖ آسیم شہ مادر پدر  تمن مشیانہ پیژھ آسہ خستہ جگر
ژگنہٖ پاٹھو تم آنہٖ ہسکہ درنجگار  پنیمی یوٚد صلاح میانی چھکھ غمگسار
وچھتھ میون ایں شوکت و جاہ و فر  مشکہ رنج فرقت گژھن تازتر
تسلی سٕتے کوٚر مس مہ برکیتھ ژہ غم  سو جایے حو کو مثھ مٕتے مولوٗم چھم
مٕتے دوپمس ژہ لیکھ خط بہ آنکھ منوٚر  بلاشک تمن نیر سوزے تو منور
لیکھتھ خط مٕتے ڈیتنم بصد آب و تاب  بیٚیے تو حیفہ ہمراہ ژہ لعل خوشاب
کوڈن از بغل نامۂ خورد سال  تھوٚون پیشی بانوے فرخندہ فال
دوپن تس ژہ منبا دچھکہ میانی وسس  کنن وار کر بیہ مہالہ گیس
نکھر کر کوٚرم مختصر مے کلام  فراغتھ چھنا روز نس والسلام
مہالن ییلے قصہ کوٚر مختصر  بہ سرتس سپن امبرن سیم و زر
شہ بانوے شاہ خود گیے شہریار  مہالس کران دُر و گوہر نثار
دوپکھ تس چھکھ درتہٖ قند و نبات  ژبے بخشتھ دُبارہٖ مہا تن حیات
سپن خوش گوارا یہ چونے کلام  ژہ چھکھ سانی سرتاج اُسہ چھی غلام
مبارک مبارک ہزاراں ہزار  ثناتس چھیہ یُس ثانی کردگار
سلامتھ خودا تھاوونے در جہاں  بوٚون سایہ چونے اسے جاودان
شہ تاج الملوک تاسہ گم گشتہ حور  بہتر بوے تا بینہ غائر از تو صور
بہ تقریر و تحریر کلک[2] ازل  تمن دون گوشت مثل بغیر از خلل
غلام و کنیزان شاہی سرائے  مبارک مبارک کران سارہ وآے
مہالس تہ بینہ تمو سینزن ہمرہن  بہ فرمان شاہ قند و نابہ چھکن

---

۱ نسخہ جاپہ گژھنک تکلیف  ۲ قلم ورتہ کرہ قلمہ

بہ تدریج شہرس گیہ آگہی | سپُن مشتہر حکم شاہنشہی
بہر جاے تعطیل شادی کران | ہشہ و رام کلمہ مسلمان پران
کرن جشنِ شادی بیک ہفتہ پور | مبارکھ شہن لب سہ کم گشتہ کور
پوانی چھپے وُذی کین سہ شاہِ جہان | جن و انس پریتن ہنزے حکمران
بیکدم خزانس شہن برہ مزدور | پننہ رکھ سیٹھا نذر و خیرات کور
وچھتھ کور ہیشہ تمہ زلعلِ یمن | ز شادی بہ گنجیدہ[2] در پیرہن
بہا اکہ لاکھ پننہ سلطنتھ | قلیلی وچھن تیوت قیمتھ چھ تتھ
درین باب بو یانہ جوہر شناس | تویے تتھ بہا بوزنا او خاص
دِگر سہ بہ مطبخ دیتکھ اشتہار | کران رتم ضیافات شاہی تیار
دُنیشکام حمالہ بیے غمار زان | چھپے پن بعد مونتار این خانہ دان
چھ اُمی سے فدا شہر ہم سلطنتھ | بہ دورِ قیامتھ چھپے امو ییشر منتھ
پیے احترام چنیں میہمان | چھپے داوتھ بہ این شہر مرد و زنان
بہ محفل کران اَسہ رتھ خوش کلام | ز پورب بچھم قاصدن کر سلام
تھووُن داو یک نامہ در پیشگاہ | حضورِ شہنشاہ و بانوے شاہ
بہ فورن شہن آنہ نووُن دبیر | دوپن تس یہ پیر کرمتے راز بستہ[3] خبر
بہ فرمانِ عالی دبیرن مزدور | حضورِ شہنشاہ سہ منشور پور
بنامِ خداوند کون و مکان | چھ ییس مالکِ این زمین و زمان
ز طرفِ شہنشاہِ شرقیستان | لیکھتھ کاغذس اوس این داستان
الٰہی حکمرانِ شہر کینہ د | بوون متیانہ طرفہ سلام و دود
پیے تہنیت چون شہزادہ آد[1] | چھ وُنی کین سہ میے نش بران چکہ چاو
بہ ہمراہِ اخوان[4] تاج الملوک | کران عشرت و ناز باہم سلوک
اگرچہ نہ فرقت رتمن بو فراق | ملاقاتھ کرو وکھ ژو لکھ اشتیاق
بوون حمد و بیحد بہ سوے خدا | میے وو تم سہ نور بصر با صدا

---

۱ آہستہ آہستہ ۲ جامن منز دیو پنہ سیٹھا شادگوو ۳ واقف ۴ تاج الملوکن باین ستھ

دوی شاید ځنې آسې په ګوښت ګښېن … په تقدیر اوس هم ګرځیدا وښېن

په رنجور ادیس ئې درده بښمر … په همت ئې نې بښتیه کړه دومن مځکر

په صد رنج و محنته پریشان شه ګوره … خدای جهان ته مهربان لو

اوس پېرې په ښش پېړګړ حصه ناګهان … حاله وېن نادتمې درجهان

ګئیس مهربان سوې بتائید بخت … شهل ګوته ئې کار دشوار و سخت

تیښه کوسې په باغ بکاول شه دوست … دران باغ چپیده ګښن ډیلنه ډروست

یوه پوښ اوښم هسې دادوس دوا … پران چپس خدای ئې بهر دم ثنا

دران مرنه یې تمه ښه ځسې ځایګاه … ز پیښه دا ز شاه باز چپس پایګاه

جن و دیو تابع چپیتس بې شمار … حکمران پېرئیت شهرسې شهریار

بېچې اس ګوراتیس ماه مثال … کنیزاتیس شوه په بدو الجمال

لیاقته و چپتې نښتنسې هر چېز … دې ئې تیس بهمراه ګرامنه چیز

چیه ونې کیت بښمان ئې هم په شهرننګار … شه تاپېر کوړنکې حمالو تیار

برای ملاقاته من آن عزیز … په مادر چپم آښت شه وافر تمیز

شه محمود دنسته حماله پېرې … ننګار پیچ چپتې ډوکېن تیس افسری

کښن ګو تمیس آنه شاه مانه پستو … تیس سپېته آمنې بچې شاه کیتو

اټت ناد دیکه موبح کوړنش بیان … دوپیس تس ونه کیا ئې ځنې سحوډې عیان

مې بوړنم شه شهزاده نامور … په مادر مشه ټوټ واته بازیب وفر

دریغا درین جا چپته انتظام … ز بې انتقامی سې بیده دونه پاام

لهازا بخذ متحه کرې التماس … مهربان چپم زیاد زیاده ځ آس

تمن کیښت ګوړ ده م آپښته سال مې … تیښتې پیښه نکها و سپینجال مې

خوښوصن بقایا ځنې چپې میون سالی … پرستانس اندر به آن ماه و سال

---

ع١ وزن برابر آنته معه که چه لفظ "انه" بدل "آنه" لیکھنه امښت.

کوڑ یتھ میون کھانڈ بعد کدفر
کوڑ یتھ دا پیٹھ سیتی دل مقاو خوش
یوسہ سال یأتھ تِہ چھے کرادا
بہ فارغ اتھن موچ تس آدتیر
چھ ییند راز شاہ تمہ شندے پشتدا
چھ لیند کھشت تمی تس برایہ جہان
بہ داد یتھ انکھ عالمگیر پادشاہ
اگر کاشہ پتس ہنر دزنگی کرسے
حمالن بہ تاکید کوڑمت رقم
بخدمتھ کران چھس تمسے التماس
خو کو نمستھ تِہ سے یوت تام چھے تر بتر
یینہ روز مکانس ہا خبردار باش
بہ حباہ و حشم باہزاران وقار
بروزِ دو شنبہ چھ اول رجب
مہ بتہ غم تِہ شہزاد شند زِینہار
ولیکن تِہ دوہ نی یانہ جلدی تکھر
تتکھ مشقا از چنین آستان
شہن پوز مضمون کاغذ تمام
سپدا خوش تمس ویوزِ ہا پتھ اندر
غرض بہر خوشنودی میہمان
شبانگاہ کورن جشنکے انتظام
حمالس دوپن خواہر ناہوار
اگر چانہ یوت داتنخ کینہہ خبر
دتن فرش بو کڑاو ہے سیم و زر

وزیتھ سال پر پن تِہ دیون زبر
تمو شون یتھ سال سگے ماہوشن
بہ فرقت دلے نیر میونتہ مدا
کورن تمہ ییند راز ہیہ داہ وگیر
تمی کوڑ رواہ یہ تس یو نگار
خور و نوشس ہر گونہ کوڑ مے روان
زِ داد یتھ ییند روز خالی آکھا
بلا یا پتس پانی پانس پھرے
بہ غفلتہ ییند کانسہ واتیوا الم
بہ داد یتھ انکھ کمہہ و عام و خاص
کیہہ مہ زن و مرد حباین اندر
دٲلکھ، پتہ چھکھ برایہ تلاش
قدم تل بجلدی بہ سویے نگار
گژھ تور واتنخ دوہیم آسہ شب
اسے سہتی سے واتہ اندر نگار
کرا کہ چھنہ پہلو تھی ہوش کر
چھتے پتس کورم مختصر داستان
دوپن پوز چھ بے شکھ حمالن کلام
دوپن بخت یقبال گو کار گر
بہ خرمتھ دیتن شہرین خوانن
چراغاہ کے حکم از ہر کدام
تھویتھ آسہ تِہ سے در عالم بے خبر
مے نش واتھے اسے ستودۂ سیر
بخدمتھ چھے سوزہے بو شہر

---

بداکھین چھین بہ ۲ بیگ سپر یتھ

به واپس حمالئن دډېرش غم په بر    بلا شک ژه چکمه شاه والا گهر
زخوردان اگر آسیه آمت غطا    ژه چکمه یاپه بوډ گرشه کراون عملا
بو جمنوئن ایحسان سېرېټا کراو ډهس    رهنما مشد پاښه پېچېن هتاو ډهس
گوئی ډهه بی خبر پائھو با ما شلوک    گرڅهی تاج[1] خوش بېیه زین الملوک
حرم هاسیه پګاه نیبر همراه من    یه ملکه معظمه به سیتی زمن
وچهان آسه محمود اندر نگار    ډیان آسه کرواته مے غمگسار
به فردا چهنا روزنس وار مے    به گرډن چھپے سائه نے کھارمے
تهین ډوپ تیمس تراو فکه پرب[2]    کرو فرشتک شب به عیش و طرب
زبس شادمانی ادا شب رود    چو فردا شود کاږ فردا شود
اکه اندر ضیافته ششهن آنه ناؤ    حمالس همو بروشه کن واتناو
وزیر و امیران رئیسان شهر    تهین آسه مستور خورشید چهر
بخدمته حرمخانس اندر تمام    رتمن امس داوده برابے طعام
به یک جا بیک طرز و یک انتظام    خبردار گو نا صدا سے کلام
غولام و کنیزان بصد زیب و فر    ستاده بخدمته به زرین کمر
بېنیه کنه ششهن اوس کوسمت کمال    حمالن گنی بوبه کهیومت شه سال
تواتر[3] یکان ژیټه ته تائے ماز بو    نمونه ضیافاته پیشد راز بو
حماله سپیه خوش بوسے همقرین    پران حمد شاهس کران آفرین
بیه کنه به ایوان دربار شاه    عوام و خواص هشدوسے جلوه گاه
ملون ضیافته تو شیرین شراب    ملذذ کھیوان امه نان و کباب
سپیه فارغ از خوردنی هر طرف    سپن حکم سیتار و سنطور و دف
مغنی کرن تاز ووه ز ساز و سوز    شب فرقتس فرحتک آو روز

---

۱) تاج الملوک ۲) پورب۔ ۳) متواتر

بہ دیوان سرا مُطربو کوٗر سوٗرۄد    بہٕ آوازِ داوۄد باچنٛگ ؤرۄد

حرم خانس اندر بہ طرزٕ دِگر    زنانو تُلکھ سوزٕکۍ شورُ شر

زنٛن تہٕ گیوُن ہیوٚت تمو گوٚنہٕ گوٚن    بہ عینی کوٗرُ کھ پرٛی ینٛے ہُنٛد نوٗموٗن

وُچھتھ پرٛز ینٛے گو دِلس خارٕ خار    دریغا بہ جایے دِگر چھُنہٕ عار

یمن سیتؠ اُسۍ کرٛاوٕ ہو اِتفاق    بہ رقص و غزل ہاے بااِشتیاق

بہ چشماں وُچھاں آسہ رقص مُنوش    خوش اِلحان تہُنٛد سوزٕ بوزان بہ گوش

قمر طلعتان کیوٗدی دِیار    کران رقص تہٕ باجنیو کرٕ قطار

قطارس اندریی وۄنکھ شوقہٕ سان    چھےٚ بوزان جمالہٕ تسنٛز ہمرمان

## وَنہٕ وُن

پۄژھنس ذاتن کرٕ وُن شادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

جِن و اِنسانن گیہ مُنادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

ملکو تہٕ فلکو مُبارک بادی    کرٛاوکھ ینہٕ روہنہٕ منزِل آو

خلقو ناوِ چپانہٕ آورکھ وادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

سارس اُسکھ گمژ شاہزادی    پرٛی ین سیتین برٛان چیکہٕ چاو

در پرٛستان اُسےٚ ژےٚ آزادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

مُشفِق حالن کوٗرُے کار شادی    تس سیتؠ تاج المُلک یُس ناو

پےٚ بوز تمی بِشنز چھکھ عمزادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

گوسلنے سوزن رو پھ ساسہ بدٕ کٕ لادی    وائجنکھ نکھہٕ تس تمنا دراو

پائجنکھ خوٚنہٕ چھکھ تہنز اَو لادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

ینہٕ حمالن کرٛاوٕ غم منادی    تنہٕ آو مالنس چانس باو

آزاد کرٛائدِ ن ساسہ بدٕ کہ قادی    شاہس شادی ہیچھ ہادی آو

باغِ دِل پھوٚل گے پوشن لادی    آو تمہٕ منز ژاو زحسنک واو

---

عمدا پیش بینیہ

آب پھیور چمنن گیہ آبأدی — شاہس شأدی ہیتھ ہأدی آو
حمدا ذاتس کنُ لچھ بأدی[۱] — کنہٕ یتہٕ بوز اَسہِ چون آو آو
تتہٕ گے تازٕ تہٕ ژٲلی دوہکھ دأدی — شاہس شأدی ہیتھ ہأدی آو
داد چانہٕ اُسو اَسہِ غمہٕ کی لأدی — مرہم ہیتھ آو صبحٕ سُک واو
نتہٕ حمالن وونیہ اأدی اأدی — شاہس شأدی ہیتھ ہأدی آو
شاہی تنٕسٕنز تاروزِ میعأدی — تاج و تختس بوون تس پأراو
در پرِستان چھس جایہ آبأدی — شاہس شأدی ہیتھ ہأدی آو
وون پرِستأنی پرے اُستأدی — ترنہٕ پتہٕ نیک و بد روزان ناو
نعمت اللہ دپان وونیہ شیخ سعدیؒ — شاہس شأدی ہیتھ ہأدی آو

# باقی داستان

کوٚرکھ گنشدُ ناخوش سپنہٕ میہمان — درون و برون عأش و آرامہٕ سان
صُبح پھول کوٚرکھ جانوارو صدا[۱] — حمالن دوپنُن ملکی کیٛسے اَلوِدا
حق خدمتُک شکرُ اونُن بجا — دوپنُن تس خوہدا اتھأدی نے پابجا
دوپنُن نیرِ گوٚژھ بر فرصتھ چھنے تنگ — میٚنے چھم کامہٕ درپیش زنگا بہ رنگ
صلاح یوٚد ژہٕ زانکھ نیٚ پتین ژٕ نیر — پننک تور سامانہٕ زانپانہٕ شیر
میٚنے آسم وچھان آن ستودہ سیر — وتن کنُ دپان آسہِ دیدٕ پھیر کر
دوپُس ملکی کتِنے یوت کیا اضطراب — کھیٚیونے نیوسیتو نان و کباب
حمالن بہ بیقرار دوپنس بیار — یہ کینٛہہ مطبخس[۲] منز چھ گوشت تیار
بہ فرمان کُن ملکٔ شہر یار — حنیا فتھ انکھ اوس سورُے تیار
کم و زیادٕ کینٛژھا تموٚ کوٚر قبول — کوٚرکھ تتہٕ مہ واپس تلُن گوٚ فضول
تمن اوس نہٕ کینٛہہ ضرور رتھ امثیک — مگر ہیوٚ حمالس خیالا تمثیک

(۱) الچھ بدی (۲) رکینس منز

دوپن کھیاو محمود سے ایں طعام — دپس ماجہ ہنندے یہ اوٚنمے پیام
دوپس ثلو کنے از بزرگاں عطا — معانی منگان چھی ز سہو و خطا
گرٚدھو دنی کینس توہی بہ سوے نگار — چھہ لوگمت تلاشس اندر شہر یار
چھہ اعلان شاہی گومت شہرہ گام — مقرر بتارٕیخ واتو تمام
تمس ماہ رخس واتہ وٚن در نگار — کرکھ میشانہ طرفہ تہٕ بوس و کنار
غرض کور تمو مختصر ایں کلام — بہ رخصتھ کورکھ دستبوس و سلام
بہ دستور دیروز بو انتظام — پیٹھ دور باشی پکان خاص و عام
بہ ہمراہ تمن تا بہ بیروں شہر — غلام و کنیزان خورشید چہر
بہ واپس گرٚدھن کورکھ سارنی جواب — تمو کرٚدو پرواز مثلِ[1] عقاب
تعجب کران حایرتن لوکھ گے — دوپچھ وہی کرتھ آسہ پریوے پیے
دمن منٛز گھمن واتہٕ اندر نگار — سہ محمود اُسکھ کران انتظار
وچھن ییلی حمالہ تہٕ رختھ گیس — جگر تشنس قند شربتھ پیس
حمالن رٕٹن واتہٕ دوٚن در کنار — دٕیتن بوسہ تس بر رُخِ گلعذار
دوپن تس یہ از طرف مادر تہٕ زان — بٕیے ہتھو نس بیش آں خوان نان
مبارک زندٕ چھے پنن موج مول — تمن چانہٕ پرٛاڑھی گو ہیتے اوس ہول
ونے کیا ییلی چانی بوٚز کھ خبر — سپدٕ اسو ہیچ[2] موہ روٚپگے تازٕ تر
پگاہ کالی تم یور واتن تمام — بہ داوتھ تمن دوت پرٛبک پیام
چھہ سومبران سارسہ شاہ چون مول — بہ اعلان دپان کور چھُم پینہ دول
سپدٕ خوش گیس چون مالیُن وچھتھ — خوصو حسن دل افروز جاین وچھتھ
سپدٕ شادیانہ کورکھ شہر و گام — کھومہ زٕ سہتھ آسے بوزٕتھ تمام
یہ بوزٕتھ سہ ماہ رخ سپنو شادمان — کورن اکل[3] تہٕ شرب آں نان و خوان
درونی پورن حمد سوے خدا — تمی اوٚن بجا میون اصلی مدا

---

۱؎ آگر یہ پچھنہ ہندی پاٹھو ۲؎ پژمردہ۔ موہ منے ہتو ۳؎ کھین ترٛچن

# بکاوٕلہ ہُنٛد جنگلس منٛز باغک تہٕ عمارتک بوزُتھ

## زین الملوکس رخصتھ ہیتھ اُلٹُن

چھ راوی ییٚکھان شہرٕ پٔریس اَندر — نوٚو وُنے انتظام نوٚو وُنے شور وشر
زِ شہرِ نگارو زِ ییٚشدراز شاہ — یہ سو چھ پٔرین ہُنٛد وُنے جلوہ گاہ
زِ باغات ییٚشدراز و ہم شاہ پری — سُہ واقف سپُن اندرون داوری
لقب اوس تمیُک شدہ صنوبری غلام — بہ دربار شاہ نوکری صبح شام
بکاوٕل پری نزدِ زین الملوک — وُچھان اُس کردار تاج الملوک
بہ حادثہ سینہ بوٚزِتھ بٔتھن ماجرا — دوپن ایں دروغ است چون وچرا
کجا شاہ پری تہٕ کُجا شاہِ دیو — شہنشاہ ییٚشدراز گیہان خدیو
سمنرو پری اُس تس ہمرفیق — سُہ تے آسہ کرٛ اوٚبِتھ تشنز سے طریق
دوپن تس پنُن پاٚٹھو پرواز کر — ازیں غلغلہ یُنز آبہز آن خبر
اگر آسہ پُوز ایں چنیں جاہ وحیش — چھُ بہتر گژھو اُسہ سوے مُلکِ خویش
وگرنہ بہ ناحق گژھو مبتلا — گرفتار در دام رنج و بلا
یہ بوٚزِتھ سمنرو یہ پرواز کوٚر — تَس شدے کھوٚتہ تس خیال اوس زوٚر
وُڈو تمہ تژوٚون بہ سوے نگار — وُچھان بر ہوا[1] از یمین و یسار
وُڈان واتہ بالاے آن جایگاہ — یٮ۪تین خیمہ خرگاہ ییٚشدراز شاہ
وُچھن باغ تہٕ ناگ تمہ سرسری — بہ کف جان ہیتھ کینہہ وُچھم ماپری
بہ چالاکی خویش کرٛووٚن کمال — وُچھن شاہ پری با تمامی عیال
شنیدہ[2] کھوٚتہ زیٛوٹھ تمہ ڈیوٹھ زوٚر — بہ واپس پننگ تمہ پرواز کوٚر
ذرا بروٚنٹھہ پکِتھ بہرِ آرام بیٹھ — بہ ناگاہ نگہبان پری یو سہ ڈیٹھ

---

۱؎ مطلب بوڈ پادشاہ ۔ ۲؎ یہ بوزُمت اوسُن تمہ کھوٚتہ وُچھن زوٚر۔

ز پٔری یہ تمس آیہ قو بوٗ کرکھ — سو بیگانہ دیوانہ گاہرٕ مرکھ

دوٚپکھ تس گنج چھکھ کوٚرتھ بوٚڈ خطا — ز چھکھ ژھٕر ژرژان آسکھ مُتا[1]

کوٚرکھ جبر و تشبیہ تمس بے شمار — پنن کنہ کرٕ یا نچھ سپھٕٹ زار پار

زنمو کینژھہ نہ بوزُس نہ از چاکری — پہیرٕ شکھ پکہ ناونی سوی شاہ پٔری

تمانہ تمس گو مےٚ وونی ماہرٕ نم — سزاوار چھس وارٕہے کھارٕ نم

بیک دم کوٚرُن حملہ مانندِ شیر — کوٚرُن زور دو نوے کرُن تمہ زیر

ژ جکھ کرٕنہ پرواز لُج بر ہوا — لوٚتے ہو کوٚرکھ تس پتے آہوا

ژ لکھ کوٚت گلگہ کینژہہ نہ چھکھنہ پٔری — اسے پرٕ نچھ چھکھ سمنرو پٔری

تمن نِشہ بیٚلہ ناد تمہ بوز صاف — دردانی نہ ہا یتھ تمس آوضاف

دوٚپُن اے دریغا ژٕلُن گو یہ جان — دریغا یمو پرٕ ژَس بے گمان

اگرچہ بہ ووٚنی کھسہ بر آسمان — بزیرِ زمین یا کرٕ قائم[2] نہان

کرن یمہ پٔری ییٚ نشے حال حال — تلک پیٚٹھہ شہ کرٕ عالمس زین سوال

دِیِن تس فلانی پٔری اُس ژوٗر — بہ خاری ریٚٹھ آنہ ناوہم جنو روٗر

لہٰذا مےٚ کینژھہ ژٕلنس چھمنہ وار — چھُ بہتر یمن دوٚن کرون زار پار

بہ واپس پھرن از پرِیدن[3] عنان — تمن دوٚن نشے بیٚٹھ زاری کنان

موٚتھن خاکھ رویس ووٚدُن زار زار — بہ نرمی کوٚرُن واریاہ زارٕ پار

ز دردانہ اُسس آویزاں بہ گوش — گراں قیمتی از قیاسس منوش

گُڈن تہ تمن دوٚن تھوٚن پیشرو — خداوارا ژھو میون توٚہے آبرو

ز کردار خود وونی بہ چھس عذرخواہ[5] — بہ پاسِ سلیمان مےٚ بخشو گناہ

یہ بوزِتھ تمن دوٚن سپُن نرم دِل — سمنرو وُچھکھ گاہرن پا بہ گِل

معافی دِژکھ تس دوٚپکھ نیر جل — بہ خامی ژٕ تےٚ یُن یور زو نُتھ سہل

مبادا اگر کانہہ وُچھی ماسوا — گژھکھ بند اندر کمندِ بلا

---

۱ امتاع ۲ ژوٗر روزنہ ۳ جلو پھرن واپس

سمنروے پژھ آیہ تہٕ وُژھ بفور
پھنبہ کنہ بہ پروانہٕ تمہ کرٕو زور

اَتھَن چھے کھ دوان گٲمژن ہم جان
پُرب واٗنٛز بر ڈیرٕ تمہ ترٕو پان

بکاوٕل دوان آیہ پرژھنس خبر
ژٕکیا پیٛش چھکھ آمٕژ تیز پر

تھکِتھ بیمٲرن چھکھ بحالِ تباہ
وُچھتھ کیٛا پرٛی وَن خبر خاک چھا

بہ رگریاں سمنروے تس بوٗ حال
بہ واپس ژٕمے نِش یِن چھُم سوزِ کمال

عمر بر لجائس بدام ممات[1]
دلیکن خوداین بہ نژھاوس حیات

کُنن یم مےٚ دُرداِنہ بے بہا
کرم رٕٹم نذر ہر دوٗ جانکی بہا

وُچھان کیٛا ژٕ چھکھ نیر سوے وطن
لہاذا چھُ لازم کھژن آفتن

سِپُن شک تمن دوشنی رہن درکمین[2]
وُچھُم آورتھ آسمان و زمین

یہ بوزِتھ بکاوٕل سپنہ دربراس
پئوزٕے بوزنہٕ آس عقل وقیاس

دوٚپُن از کمال یٛری چھُنہٕ دوٗر
رٲٹھ آسہ بٹیوٚن پرزناوُن ھنوٗرور

چھُ لازم ژٕلُن دوشنی ازین جایکیٖ
پتہٕ پرزناون تہٕ بن از پگاہ

ازین بعد ہمراہ تاج الملوک
بہ فارغ دلی کراو جایز سلوک

وٲنتھ یی پکان گیہ شاہس نشے
کوٚرُن عرض تس کج کلاہس نشے

شہا مُدتھا گوٚ مےٚ دربارگاہ
کران خدمتِ شاہ شام و پگاہ

منگان چھُس اجازَتھ بہ سوے وطن
گرژھن چھم شہا بوز شہر ختن

اگر آسہِ آمُت مےٚ نِش کانہہ قصور
معافی منگان چھُس بہ شاہس حضور

بہ واپس شہن دوپ تمس اے عزیز
بہرفن ژٕ ممتاز و وافر تمیز

ژٕ یِکھنا اَسے سیتۍ سالس نگار
یگانہ تورین عالمکو شہریار

چھُ تتھ جایہ یِنہٕ دراز شاہن سوال
چھُ سارنی گژھن تو تٕ علی الکل حال

حضوری غلامن دوپس چھُنہٕ وار
پئیتے روز نس بوز اے شہریار

مےٚ دیژروز[3] از خانہٕ آیم خبر
لہاذا ضروری گژھن چھم نہ بر

شہن دوپ تمس گژھ اجازت ژٕ چھے
تہٕ تنخاہ بوزتھ مقرر یہ چھے

۱؎ موتہ کس قاۓدس منز ۲؎ زاگہ ۳؎ یو

ہو ضنوری غمہ لانن دۆپُس زینہار
مئے حاجتھ تمیک چھُنہ چھُس مالدار

مبادا امیک زانہ مئے حاجتھ ہیُم
شہنشہن نِش مئے تنخاہ چھُم کُس کھیُم

خدمت بیٹھ داتھ در بارگاہ
نہ چھُکھ میون سالار پُشت و پناہ

بہ مجبورٕ شاہن اِجازتھ دیُتُس
یہ کِجھت تمی رحنا ناہہ خاہہ میوٚتُس

سمندرٕ پُرِی اُسس در اِنتظار
پکان دراے دوہ نوے بروں از دیار

بہ آبِ صفا پاکھ کرِ ووٚکھ بدن
گیے شعلہ ور ہیچو دُرِ عدن

بہ افسوٚنٕ دمپہ ندہ اندام ہا
بہ یکدم تمن پاد سگے جامہ ہا

وۆتھ تھوٚد پرٕ باپنے کوڈکھ واش
اُکس اکھ اِشار کوٚرُکھ در تلاش

ہزاران ہزاران بکف جان ہیتھ
دِلس منز دوٚشوے روز ارمان ہیتھ

نظر دوٚر ژاٹھ یمین و یسار
وُچھان آسہ ما کانہہ زِ طرفِ نِگار

توکل کرِتھ چوں پرندہ عقاب
زِ بادِ صبا نیوٚ تموٚ آب و تاب

وۆتھتھ تھوٚد کرِکھ کوٚنہ گوٚنہ نوا
چوٚ برق تتیاں دراہ اندرہ ہوا

تموٚ وُچھنہ پھیرتھ تہ نیرتھ گیے
بہ حدِ پرِستان واتھ پییے

بکاوُل پکان ا ... دہ او.
از ... وُچھان روز ناگس اندر

دوٚپن اسے دریغا ... منتظار
کجا آں نشاط و کہاں شالہ مار

کجا آں عمارات و جاے قرار
نہ یتھ جاے اسس وُچھان آبشار

وُچھن باغ گومت خراب و تباہ
کران روز ہر حال افسوس واہ

کوٚرُن پاکھ ذاتس گمنے التجا
بہ جلدی بجا آن میوٚ سنے ندا

ژِ مئے مولو ہم چھُے میانہ مالکس داغ
بہ قہ درتھ کرن تازٕ میوٚ سنے یہ باغ

شگوفٕ کمالا دتس بے زوال
ژِ چھُکھ مالک الملک تہ ذوالجلال

نگہدار باشش زِ بادِ خزان
زِ دستِ ظلاوُل رچھُن در امان

دیان آسہ پرِ یے تمس بیکران
بہر سو مبارکھ مبارکھ کران

تحمل کرِتھ بیہتھ خاطر پریش
دروٚنی زِ فرقتھ تمس سینہ ریش

۱؎ اجود پرِتھ دیُتکھ پانس پھچہ کھ ۲؎ ناہ وُز ملہ ہشہ ۳؎ ظلم

دوٚپُن بیٚٹھو بہٕ مُلوکس کرٕ اِنتظار          مُلاقاتس یے روزٕ دو مسیدوار
وٚوٚلو ساقیو آن جام طہور          شہ چاوُم تہٕ ہاوُم ظہوٗرُک ظہوٗر
تہٕ چھِتہ چھم پتے دو مسید در بارگاہ          بنیم مے ملاقات بیشد از شاہ

# تاجُ الملوکنہٕ داوِتُک انتظام

ز اخبارِ پیشینۂ[1] نیم ایں خبر          شہہ ن داوتُک نامہ سوٗزُن نیبر
بہ واپس تمِس سوٗز شاہو جواب          پموٗ داوتس بیٹھ بہ مانندِ آب
بہ شہرِ پدر از کمالِ شہی          بہ ڈُنڈوٗرٕ سارِنی کرُٕن آگہی
بہ داوتھ پگاہ گژھہ واتُن زنگار          بہ تاکیدِ فرمان چھُ از شہریار
کیہہ دے زن د مرد خاص و عوام          گژھن تور واتِنٕ سُبا شب تمام
اگر روزِ درخانہٕ کانہہ خانہ دار          شہ پانے چھُ پانس تِنیکُ ذمہ دار
سزا آمشین ناگہانی سیٚٹھ تس          بباد فنا تس گژھِ خاک و خس
پس آنگ پکان گو بہ پیشِ پدر          کوٗرُن عرضِ معروض تس مختصر
بہ وونی نیرِ شاہا بہ سوے زنگار          پگاہ تور واتن ہمہ شہریار
شہنشاہ بوٚوئے مادرِ ایں حقیر          بوٚمے سلطنتہ جُملہ میرو وزیر
اوٚنُن تور تشریف فرداشے[2] روز          ووٚن کینہہ چھُمنہ چارٕ برفتن ہنوز
بہ ہمراہِ مادر نِتھوٗن بیسوا          شہ میسانے عوض آنہٕ خدمتھ بجا
برفتن کران اوس سُے اِضطراب          زِ شہرِ کبوٗد آو نامُک جواب
شہ کاغذ مُژرُ مُنشین تیز ترُ          پوٗرُن پیش آں قبلہ گاہ و پسر
لیکھتھ کاغذس اُس سارے خبر          بہ کینژھا زیے بوٗزِتھ ازیں پیشتر
شمالبخ تہٕ محموٗدنی داستان          لیکھتھ اوس درنامہ ذار بیان
حالُن گژھن نور گیواز ہیتھ          زِ دُخترِ تمن داوتِچ کیفیتھ

[1] پرانیو خبرو تلہ [2] پگاہ

حکم لبن سعہ محمودؔ جن و ناس پٔیتر پٹھنہ تاج الملوکس چھیہ خاص
چھیہ محمودٕ ونی کین بہ شہرِ نگار بہ داوکھ اسہ واتنس انتظار
اسہ مون بہ دیدہ خوبان پچون ولیکن ژٕ تے بوز تُسہ عرض میون
ژٕ داوکھ چھیہ از جانبِ دخترم پچھے دختر جوان بخت نیک اخترم
دِیان چھس تسنز بوزِ تھن خوش خبر چھیہ بہتر یہ دختر سٕنہ از حد پسر
شہر بیچھ ژٕ سے چھیہ میانہ طرفہ سوال قدم تل نگارس سگنہ با جلال
بہ دوتس پگاہ تور تھاوِو یقین بوسمہ اہلِ خانہ شہر اجمعین
اتھ گژھ شہزادٕ ہمراہ خویش ملاقات خواہر کٔرِتھ پٔراوِ عیش
شہرتھن بوز مضمون کاغذ تمام دوبارہ سپٕن شہرہٕ خاص و عام
دِبادب خبر گیہ شہرس اندر حکمران فیٚس از نگارس اندر
چھہ شاہ کبودی شہ لختِ جگر گمژ غائب یوس اُمس باہید زر
عموزادی شہر یار نگار اتھ چھ علیحدہ از سینہ آشکار
سپن شادیہ یانس سپھٕ شور و شر سپٕن مشہور محلہ خانس اندر
دیان بوز رضوا نیچھ سعہ ندر سے یہ بوزتھ سپھہ گئے سوے باخبرے
تمس در دلِ خویشتن بو خیال پچھہ محمودٕ میہ نیشہ اوسط کمال
بہ چھس دختر شاہِ رضوان شہر ترشند تب چھ گستاخی تھن دیو نر
بہ تصدیق یا منچھ یہ بوزن خبر مو ٹھٕس دغدغہ گوس زیر و زبر
دوپن وونی چھ تابع اُمیس رونے بہرگونہ تمو شند حکم بوزنے
سپن ژٕباد آن تاج مہراج شاد مبارک چھیہ محمودٕ از خانواد
پننہ کنہ کٔرِتھ تھو تمو انتظام بہ ہمراہ آن قبلہ ذوالکرام
شہ گگرہ فرزندِ شاہ کبود بہ ہمراہ تمن وزاو مانند دود
کم و زیادٕ ہمراہ ہیتن چاکران دوسہ کس بیٹھ چیدٕ از افسران
منازل گوڈ کٔرتھ طے پٔیٹھ در نگار گژھہ آس چاکر یمین و یسار

---

۱؎ گوڈ پکو یا ہیو یا سپنڈ تیمر

سپُن وارد اندر سرایہ مہی ۔ ہُتھے دراپہ مجنوٗد از خورمی
شہنس واریہ تاہ ظلیم اۆنُن بجا ۔ شہن آفرین تس کۆرُن مرحبا
دۆپُن تس پتہ درد سرا مُلی ہیوٗ تُھہ ۔ بہ ناحقہ تکلیف لۆکن دیُتمُہ
بیٚیتھ کیٛنہ کۆرُتھ جان اے ذی عقول[1] ۔ اَمے سپتھ گۆسون مطلب حصول
نتہ بے خبر اَسو اَسو سر بسر ۔ کُمُس نِشہ اَسہ بوزِہاو ایہ خبر
جمالس سلامتھ تھُوٗن ذوالجلال ۔ چھُے مِنتھ تسنزے ملے اکُل حال
تمی عالما اکھ کۆرُن شادمان ۔ کرُن واقف رازہا یے نہان
یہ گلزار شہزادِ زانُن عزیز ۔ برادر یہ چھُے خاص لے خوش تمیز
جمالن تمس آبہ وُنی ہرٗ خبر ۔ گوٚمت چھُے برادر تمے پُرتس اندر
پوٚزِے تمہ بوزُن ز تاج الملوک ۔ کۆرُن مشفقانہ تمس بیچہٕ سلوک
چھو مادر پسر ہو روٗدُن درکنار ۔ بہ شفقتھ ز فرقتھ وۆدُن زار زار
دۆپُن تس پوٚزے چھاے چھکھ بوٚیہ میون ۔ ز ڈیشتھ ژولم لۆگمُتے ژوٗنہ گرٗون
سلامت ژ اَسم بہ عمرِ دراز ۔ ہمیشہ جہانس اندر سرفراز
بہ تقدیر اَسو گامتین اَسو دوٗر ۔ ثنا تس خدایس اَنن بیٚیہ نیوٗر
اَسِتھ اندر بہ شادان و خورم دلی ۔ یکان دراپہ شاہس نِشہ ژولی
دۆپُن تس نگارس کجا میہمان ۔ کجا قبلہ گاہ مادر مہربان
کُجا بیسوا دخت رضوان شاہ ۔ تمس دغدغہ اوس مالک سیٹھا
ڈیپان اَس اندر جہان ییتہ سوا ۔ تو نگر تہ پُر از چھُپنہ کانہہ اکھاہ
پین وُنی کنہِس تہ وُچھن دُنگدال[2] ۔ ڈیپان کنتھ چھہ دولتھ تہ مال حلال
یہ کینژھا لکھم سے اکس سالہس ۔ خَشینہ تژہے قبلہ گاہس چھُے تس
دۆپُس تاجدارن چنیس گفتگو ۔ خدا را کرکھ نا تمس روبرو
ازیں گفتگوہا یے رنجیدہ تر ۔ بوا نی چھہ تفریق باہم دِگر
تمس گژھ مولوم سورُے کلام ۔ یہ شیچھو بوزِ تہ روز جائی غلام

---

۱ عقلہٕ دول ۲ دُم دام

پورب یُن تمس بونہٕ فرمانِ من
سبٕلے خود بہ خود آیہٕ دنبالِ مَن

بہ ناحق سپُن چون خاطر پریشس
لہٰذا دوان ژھُکھ تمس یِم ژٕ[1]ینُش

تہندے کتھہ تہٕ چھُم مےٚ چونے خیال
سپُن چانہٕ سیتی مےٚ حاصل کمال

دپان دُنی کہنس چھُ سینہٕ بوزِتھ خبر
یقینن تہٕ اوسُم مےٚ از پیشتر

پگاہ یور مہمان واتن تمام
چھُ کیا ہیوہ مےٚ ہاوُم تہُند انتظام

دوٚپُس تمہٕ خوش باش ہاوسے پگاہ
گژھکھ سیتی شاہن بوہ مےٚ قبلہ گاہ

تہٕ وہ ونی ہاوِہے وقت گوٚنُت چھُہ تنگ
تہٕ فردا وُچھکھ جلو رنگا برنگ

درین گفت گو شاہ چین گو فرار
سپُن شاہ زنگی تمس زوروار

نگارہٕ کو شاہن فرحت کہ شانہٕ کوٚر
بجلوہ گرزین دیوان خانہٕ کوٚر

سپُن تخت آرا چھُ جمشید شاہ
چھُ فردوسِ اعلےٰ سپُن بادگاہ

وزیران امیران دبیران تمام
غلامان زرین کمرٕ[2] با حشام

سپن حاضر مجلسِ شہریار
ضیافتھ کھیتھ اُس شاہی تیار

ضیافتھ کھیتھن حمد کرُو وکھ ادا
شہنس گو کنن سوز و سازُک صدا

چپ و راست تہٕ اُون نظر ہر طرف
وُچھن تہٕ اچھو چنگ سیتار دف

دوٚپن حاضرن ایں چہ ساز و سُرود
بہ دربار اُنیوکھ یِم زٕد زٕد

چھہ یم اوستادِ زمان پرُ ہُنر
مےٚ اُمی سوزنے جاے کرُ در جگر

دوٚپکھ تس شہاکیا ونو وارِ بوز
چھہ بوزان دوہے اُسی کنو ساز و سوز

پیٹھے پانٹھو راتس چھُ آسان سُرود
چھہ بوزان کنو کینہہ تہٕ وُچھیہٕ نمود

ولیکن ونانی چھُ یی پرٕتھ اکھاہ
چھُ اکھ جایہ یاتانے لگو پادشاہ

وُچھمتھ ناژنے شاہ بطرفِ یمین
چھُ شہرا نووُوے زیرِ[3] چرخِ برین

بہ گردِ شہر سونہٕ سُندُے قلاے
قلایس اندر باغ فرحت[4] فزاے

درین باغ آسان زنانن تہٕ گیوُن
دپان چھُکھنہٕ ہرگز زنن تہٕ پیوُن

خدا زانہٕ کیا تم کھیوان تہٕ چوان
چھُ محرم ہرن ہُند خدا یے جہان

---

[1] چھوکھ۔ [2] دبدبہ سان۔ [3] آسمانس تل یانے دُنیہس منز۔ [4] خوش کرُن۔

تمن نِشتھ پہ شاہَن شہَن بۆز پیٚے — بہ تصدیق تمہٕ فرشتک پۆن سے
بہ بستر بہ آرام تمہٕ ثرٲد لَر — بجُز خاب در انتظارِ سحر
وُنے ژٕ نگیس اوس کم جایہِ وقت — بہ جبرٔن ہیوٗ تس چھینین تاج و تخت
در افشاں بہ تختِ زمرود شہ بیوٹھ — شہ جلوہ جہانٔس ذرٕ ذرٕ ڈیوٹھ
شہنشاہ نیبر ڈراو از خوابگاہ — بہ پایک ڈُیتُن سجدٕ سوسے اِلٰہ
نوافِل ادا تمہٕ کرِن بے شمار — الٰہی بہ عزت دِتم تاجہٕ تار
کرِن جمع تنظیمیان سر بسر — سجاوِو مکانات با زیب و فر
کرِو فرش باغن تہٕ بُستانٕنے — سرایانِ مہمان شبستانٕنے
رِچھ تشریف آورِ شہانِ جہان — بہ داوتھ چھہ سارے تمے مہمان
بہ فرمانِ آں مالکِ مملکتھ — بہر جا سجاوِکھ تمہٕ سلطنتھ
رٕوا بوٗنہٕ تِتھ زینتک احتیاج — کوٗرُکھ ایحتیاطن بہ فرمانِ تاج
بیٹھتھ کنز سعہ محمودٕ با احترام — برائے زنانِ آسہ در انتظام
شہ پانہٕ ملاحظہ جایَن کران — بہر جا کنیزٕ تھوٚن جا کران
اَتھ اندر ژٕ دربان اخبار آو — نبر اَکھ کبوٗدُک شہریار آو
بعہ مے سلطنتھ دوت شہر نبر — بہ ایلچی کنوں وائژ تمہٕ پیشر خبر
پہ بوزِتھ سعہ محمودٕ زندٕ گیے — پران تہٕ کھوٚرن شاہزادس پیٚیے
برائے قدم بوس مادر پدر — اجازتھ منگان چھس بہ اسے تاجور
دوٗپس تاجدار بلا ریب و شکھ — میٚتے چھم پیرادٕ تہٕ ہمراہ پکھ
وُنیستا میتھن اسہٕ اسی بے خبر — چھہ بعد از خدا سائنی مادر پدر
وٕنِتھ یی ڈیان ڈرائے باشانِ جم — قلیلا تُجکھ سیتہٕ خیلِ[1] حشم
وزیرس دوٗپن ہوش کر تیز تر — پَتے سوز پارِتھ تٕ فیلان بہ زر
بعہ مے پالکان ہود جان زری — چمکدار جالرٕ کرِتھ جوہری
غولام و کنیزان چُ خورم[2] بہار — پیٚے مور چھل اُنی زنچھ با قطار

---

۱؎ فوج ۲؎ خوش پوشہٕ بہارکی پاٹھی

کوٚرُن حُکُم بہر سواریٔ خویش
سجاوُن اَگَسیا جلد نیرو بہ پیش

بہ فورن بہ فرمانِ حالی تیار
مُرتب بہ اسپانِ تازی دیار

سجاوِکھ اَگَسیا گیہ یا مُتھ تیار
شہنشاہ و ملکہ سپنیو تتھ سوار

نظارہ کران از کمالِ طرب
مُبٲرک اوس ہمدوشس بانوشِ لب

بہ دروازہٕ شہرتم واتی یام
سپُن سخت خلقن ہُندُے اِژدحام

کُنُوڈک یوان تتھ بہ حُکمران
پیتھے پانٛژھ مَلکہ تمس ہمعنان

حرم ہیتھ نگارک سُہ فرمان روا
پتھر وٲتھ سپُن پاپیادہ دوتا

شہن دوٚن وزیرن تہٕ چھا کیتھ خبر
چھ کم ہم فرزندِ خورشید چہر

دوشکھ تس تہٕ فرزندِ زین الملوک
نگارک حُکمران تاج الملوک

پرستانچی تمام چھکس ہمرکاب
حمالہ چھُ تس ماجہ ہُندُے خطاب

رتمو یام متھن کور ہُند بوز سپیٔے
دُچھتھ دور تس حور مسرور گیٔے

بہ یکبار گیٔے از سواریٔ فرود
سپنیہ تہٕ دوان آسے مانند دود

شہن شاہزادہ روٗٹن در کنار
سُہ مادر بہ دختر سپنیہ ہمکنار

تُلکھ جانبین گریہ کیٔ شور و شر
بوقتِ ملاقات زیبندہ تر

پتھر بیہتھ سبہ دایہ ملکہ کبوڈ
زٕٹن کتھ چھ اندر سعہ محمود زود

بہ اعلان لوکن دوٚنن پل ضرور
یہ ماہ روہ رخ پری آسہ یودمیانی کور

دُہ پستانن زنجہ معٗر دوہ دنیر سے
سراپا رگن اندری پھیر سے

لکن آیہ تہٕ پژھ دوچکھ پل ضرور
ولے ماجہ کھوتے گمژ تہٕ چھیٔے کور

بہ یکبار بیٔ تراونس دٕ دہان
پتھنے بیہتھ محمود تس شوقہ سان

بہ امرِ الٰہی تمس شیر دراو
ہیٚو تُس ہو کھر حوان تس لیوان اُس گاو

سعہ یانے کران بوسہ اُسس معہ کھس
یوان لاگنہ اوسُس مرہم چھوکس

دوپن تس تہٕ تم شیر مردانہ وار
رہتھ ترین ہانزے اُسہم شیر خوار

گنیکھ غائب سٔے نشہ گہوار ہا مہیتھ
بو اسس بہمژ سور ہا اسس سئتھ

---

۱ واکھو پتھر ۲ معہ منیا مرتن بین نیرم دوہ د.

چھُ بٲقے دُہ[1] سال و سہ ماہ چون شیر　　مےٚ نِشہٕ ووٗنی کینسہ چھےٚ[2] بہ نوش و بگیر
دِیان چھِس نہٕ ہرگز سہ ترٲوان بہتر　　دِژِن کوہ چھہ اندر سہٕ زان شیر خور
دوٚپُس شہریارن وِہِس کرٲوُن جُدا　　مےٚ تےٚ اَرزو چھُم قسم از خدا
بنیس زور شاہن تُلہہ از کنار　　دِژِتھ در بغل روٗد تس اُستوار
دِتِن بوسہ وارا تمس بر جبین　　کوٚرُن تس سپٕدٕٹھا مرحبا آفرین
مُبارکھ بٔیکہ نیک فرخندہٕ بخت　　ازین وجہ وا اصل ژٕ ےٚ گوے تاج و تخت
کوٚرُتھ تازٕ مولوم آبائے[3] خویش　　ترقی خدا کرٲوی نے بیش بیش
بہ ہمراہِ شہزادٕ تاج الملوک　　ہمیشہ خدا تھٲوی نے باسلوک
پیٚتھے پٲٹھ گئیہ دختر ناہور　　مُنور بہ دیدار مادر پدر
تہہُند خاکِ پاکوے دیدہ کوٚرُن　　سپاس تہٕ حمد اخدائیس پوٚرُن
بہ نوبتھ یکان آو شاہ تاجدار　　بہ مادر کوٚرُن تاج زرین نثار
بہ تعظیم و تکریم کرُن تس سلام　　مُبارکھ قدمی بہ چونے غلام
ونُن کتا مھتکن اسی اسی دور دور　　خبر کس بہ شہزادٕ چاٲنی چھےٚ کور
بحمد اللہ باز است ہمراہِ باز　　حمائن درین باب کرمو سرفراز
ہمیشہ خدا تس تھٲوُن سربلند　　تمی لو گمنت سون بازِ تہٕ پند
کوٚرُس تمہِ واپس دُعای کثیر　　مُژین بوٚپن چون تاج و سریر
چھُ یوتتام تابان یہ شمس و قمر　　جہانس اندر آس باجاہ و فر
بہ عمر دراز آس با این گنیز　　اگر بروٗنٹھ اوشکہ سہ زیادٕ عزیز
کران اسہ رتم اشتیاقک کلام　　بعباؤکھ نگارکو وزیرن سلام
سواری کرِن پیش از حکم شاہ　　نگارک کبود س سپُن عذرخواہ
کوٚرُن عرض شاہنشہس بےٚ درنگ　　کرو نیرنک عزم فرصتھ چھےٚ تنگ
سپٕدٕ ہم یکایک بہ فیلان سوار　　بہ مادر سہ محمودٕ شیرخوار
بہ یک پالکی کوٗر تمو یختیار　　بہیتھ روزٕ از شوق باہمکنار

---

۱ دہن وری ین تہ ترین ریتن ہُند دوہ د ۲ رٹھ تہ چھےٚ ۳ مطلب پنُن وطن

پتہٕ شہزادٕ شاہن کوٚرُن اِتفاق   رٲچھس تمہ کتھ دراے از اِشتیاق

دِگر رٕشتہٕ داران شاہ کبوٗد   رِکھہ و مہ زن و مرد ہر کس کہ بوٗد[1]

اگرچہ تمن بوٚ بنیُن اِنتظام   سوٲری تمن سیٚتی با احتشام

وَلے پژھ اکھ حرمت شاہوار   سیپہٕ تمہ نگاری سوارن سوار

بیٚیہ اوس ہٕ سالرن ہُند شمار   ہُند رٕسی پکان سبے قطاران قطار

سیپہٕ داخل اندر حصار نگار   کبوٗدی وُچھان ہر طرف شالہ مار

پکان داخ اندر سرایان شاہ   وُچھان تی یہ تمہٕ ڈیٹھ عظمت بوٚہ زا شہہ

مصاحب پننہٕ اُس ہمراہ وَے   سہٕ جایہٕ وُچھہِ ہارتن ساری گے

دوٚپہ تمہ اکھ اُکس کیشہٕ پتہٕ تامیرو باغ   وُچھتھ جنتس بر جگر آسہ داغ

یہ تامیر دشوار از آدمی   زٕ باغِ ارم یتھہ چھہِ کینہہ کمی

پتہٕ چھہِ وُچھمُتن آسہ باغِ ارم   چھہ بوزان پران دفترن دمبدم

غرض کوٚر تمو تتھ مکانس قرار   سہٕ مردن گٔژھتے یس کریتھ بوٚ تیار

دِگر سوے محموٗدنے کوٚر مکان   بہ حرمتہ زنین موج در محلہٕ خات

تمس سیٚتی پژھ بایہٕ دایہ کنیز   وَنے کیا گل اندام تہٕ خوش تمیز

کرِن سارِ نے شپا پلوسی بہ قدر   بخدمتہ وژھن پژھتہ اُکس جایہ صدر

درو کِنی تمس اُس نہٕ پژھ دیوان   وُچھتھ مالنکو باژ کاٹژا رچھوان

گلستان تمس ماجہ ہٕنشد اوس ناو   توٚرے تس گلبن تہٕ گلبن آو باو

تمس مالی سُند ناو گلنار بوٚ   برادر تمس ناو گلزار بوٚ

چھہ راوی لیکھان وہ وُری پوٗرٕ کاس   سہ محموٗدٕ زادٕ شہیلے ماہیہ اُس

تمس ناو گلشن تمو کوٚر ستے   بجوہو کتابن اندر سوٚر ستے

گلستان و گلنار مادر پدر   چھہ گلشن تہٕ گلزار دختر پسر

سگلے گل یمن زٕ ازل نام بوٚ   لہازا یہندِ نیک انجام گوٚ

پہ عون خدا[2] تازٕ تر گو کٕھ باغ   تمن باغہ منز فرشتک دژاو ناگ

---

۱ پیم اُسہٕ تمہ   ۲ خوداے سِندِ مدد

تِمہِ ناگرٕکے آبہٕ گوٚ تازٕ باغ　　پھلے لج نُکن گے گُلبن دوٚر داغ
گُلستان و گلنار و گُلزار نیٚ　　وُچھکھ گُلشن سیٚو اسبابہٕ نیٚ
تِمہِ سیٚو یتھ چشمہٕ آدم کھسوان　　وُچھتھ حشمت و مال و دولتھ چھوان
سپٕدۍ خورم و شاد از حد زیاد　　مُبارک کران چشمِ بد دوٚر باد

ز طرفِ پدر مادرٕکس رشتہٕ دار　　پیٚو پتہٕ ماسہ آسس یمین و یسار
تِمن سیٚتۍ سورٕے تہٕ شُدٕے عیال　　کھیٚنہٕ کھیٚتہٕ گے تِم وُچھتھ شادحال
بہٕ بسترٕ تِمَو سارِوے کوٚر قرار　　دِیان بیٹھ خوش پأٹھۍ اوسود دار
وُنے اُسہٕ اِستادٕ گیتھ میہمان　　خبر ہیتھ شہس آو دروازٕ بان
دوٚپُن آو شاہِ یٚرب با حشم　　برُن شہرٕ وأتۍ عالی علَم
شہے مصرٕ بربرٕ چھ ہمراہ وُنے　　حکمران عالی شہے روم زے
بہٕ بوزِتھ نِتھِ دراو شاہِ نگار　　رِتھس گوٚ گنڈِتھ اُسہٕ تِم زیرکار
بیٚیتھ کنہٕ سعہ ہُنٕد روزِتھ تیار　　پیٚٹھ حُرمت مادر شہریار
گٔژھِتھ دراو بیتھ سیٚتۍ خیلِ کشیر　　غلام و کنیزان چھو بدرِ منیر
بہٕ دروازٕ شہرٕ وأتِتھ تمام　　دوٚ سویہ تِمَو کوٚر سلام و کلام
شہَن کوٚر قدمبوس شاہَن شہَن　　بہٕ تکریم و تعظیم بیٚڈن بیٚون تِمن
تِمن سیٚتۍ واپس سپُن ہمعنان　　کران آفرین تس زمین و زمان
رُتھِکھ پأٹھۍ محمودٕنے تیز تر　　بہٕ[4] مرمت بہٕ آئین مادر پدر
ہیٚمِکھ ہُنٕد قدمبوسرا اونُن بجا　　پٕنن سرکوٚرُن تس قرۂ زیر پا
دوٚپُن تس فدائے سرٕ جان مَن　　تویۍ قبلہ گاہ و مہربان من
بلا ریب و شک خاکِ پایت منم　　بہٕ این جاہ و حشمت فدایت منم
طُفیلِ توٚیۍ مادرِ غمگسار　　رسیدند[3] این جایگاہ شہریار
طُفیلِ تُویۍ مادرِ ذو العطا　　شدم واصلِ مادرِ لاپتا
طُفیلِ توائے عموئیۍ خال سے　　جہانس کوٚرم مال تہٕ کال سے

---

۱ بوڈ فوج ۲ تاپہ ونی زون ۳ فوزن ۴ چانی سیٹھ واگی بور

طفیلِ تویم خلق تہٕ پادشاہ
تماشا وُچھن شاہ یندراز شاہ

طُفیلِ توٗیٔ کُلہم و انتظام
حمالس اُتھے کرٕاو نوٗدم تمام

بحمد اللہ فرخندہ طالع بُدم
مُنوٗر بدیدارِ ایشان شُدم

وُچھان بیسوا اُس بوزان کلام
بہ عینِ حقارتھ کرٕن تس سلام

دوٗپُن تس بظاہر ژٕتے غم چھے کھیٚوٗمُت
بہ رِضوان چھ منشورِ داوتھ گوٗمُت

یِکان قبلہ گاہ آسہ چھ جُنیٔ پدر
بجہ سمے مادرت باتمامی اثر

طُفیلِ چھنیں مادر اے خواہرم
مُلاقات اوسان۔ گُنی لاجرم

سپنہٕ خوش تہٕمس ہش بہ شیرین کلام
رٹِن در بغل لول بوٗرنس توام

کوٗرُن تس دُعا و مُبارکھ بہ لب
شہنشاہ سپُن یہ چھُ جوٗنٔے سبب

ہمیشہ زِ اندیشہ روٗزِ و خلاص
خوٗدا تھاوِ یٔو باہمی اکھ واس

وُنیتھ ییٚ بہ ایں دم تاج الملوٗک
سپنہٕ پیشرو رتم یِکان پٔتہٕ لوٗکھ

شہ یٔرمن پکان باہزاران وقار
بہ ہمراہِ شاہانِ عالی تبار

سپنہٕ داخل اندر سرائے شہی
کوٗرکھ استراحت بجایے مہی

وُچھتھ حائرن گے رتھے شہریار
وُچھتھ طرز و تامیر شاہ نگار

اویزان جواہر بہ دیوار و در
وُچھکھ پُر زرو سیم سوٗرُے شہر

وُچھکھ بے بہا لال ہائے خوشاب
دوٗپکھ چھُنہٕ حاشا یِمن ہُند جواب

نفائیس تمو چیز وُچھ گوٗنہٕ گوٗن
دوٗپکھ چھُنہٕ وُچھمت یِمن ہُند نموٗن

رنگ آمیز فرش گران قیمتی
وُچھتھ تھٔتھ گنے شاہ گے مُتو مُتی

دِیان باہمی اُسہ چھُس دستِ غائب
نہٕ گوٗ یہ دادِ خوٗدا غائرِ عائب

وُچھتھ سار نے حشمتِ تخت و تاج
کھیٚنک تہٕ چینک رُودنہٕ ایحتیاج

بہ دیگر طرف ملکہٕ محترم
یِکان آسہ گویا میشیانِ[2] ارم

یِکان اُس محموٗدِ تس سائی سائی
بہ نزدِ نشیمن گہہ خاص وائی

تمن سیتی یُرشی بایہ والا تبار
رتھے رانیان[3] شہان چہار

گلستان ٻجهه ڏرايه مسلکه کبود ۔۔۔ به تسليم سرخم ڪورن زود زود
رتمن پاڻه وائي آسن گائمرشخبر ۔۔۔ ز مادر و دختر از اين پيشتر
رتمن اوس پيٽ کاله کي مار موت ۔۔۔ ڪورکه کاکنيو لوله کي ناله موت
زڻن ته کيون هيئوت تموان مائي ۔۔۔ مبارکه سلامته کران پاڻه وائي
سگنيزو ته دايو ڪورکه اتفاق ۔۔۔ پورکه در ترانه بصد اشتياق

# سالس پيهه کنيزن هندويه ون

ذمهه ذمهه حمدا ذوالجلالس
برکت باطن ڇه مال حلالس
صد صد مبارکه پيرکيه جمالس
اوصاف تهنديس کليس والس
خشمته هوون پوربي لالس
منشور شوزن شاه پاتالس
تاج الملوکنس جاه وجلالس
زين الملوکنس نور ديده خالس
روهکو مصرکو شاه آي سالس
جي کران شاه آي وڇهيته دنگ دوالس
پور پيڇه بوگنه آي وگره هيٺهه سالس
ايوان کيوان اهل و عنيالس
مرحبا کبو دس شاه گلنارس
ژول گلستانے داغ گلالس
شاه رضوانس موي بر پيالس

يس نيش سائري فخرن ڏرا اي
سالس باقبالس آهي
کور هند طرفه پڇهي يزمن باي
سالس باقبالس آهي
دارا چس محمودني ما اي
سالس باقبالس آهي
وپڇهنے سلطان عالم آهي
سالس باقبالس آهي
شاه بر سيته ڇهکه هيرا اي
سالس باقبالس آهي
رٽ تمو باغ بستانس جا اي
سالس باقبالس آهي
سيتهه تس سايه ٻڌي مهمان ڏرا اي
سالس باقبالس آهي
بخته بوڊ تاجدار تخت آرا اي

شاہِ شیراز سیتئ چھُس ہمنوالس | سالس بایقبالس آے
آہوے پھیُن بَرٕ مأرِکہ کالس | رأنی تھٔو سینٕز یزئن باے
بیسوا دڑایکھ استقبالس | سالس بایقبالس آے
دادِ حق دولتھ مالا مالس | قسمتہٕ وأنلی بأگاوِنہٕ آے
کھین چھن دِن مُرٕ میلکھ مالس | سالس بایقبالس آے
لۍ ییمو ھاؤ ییتہٕ سیتئ جنجالس | مسدوٗد سینٹھ کرہۍ ہاے
دانہٕ ڈیشتھ لگہٕ جانوٗر زالس | سالس بایقبالس آے
رَہبر ژھانڈ وانتہاوی کمالس | اکمل سپدکھ چھی نہٕ پرواے
دَم رٔٹ محکم ژھٹ کوہ بالس | سالس بایقبالس آے
اندری گیو زیو لأگِتھ تالس | دمہٕ سیتئ سپدی شیر سینز ژرائے
سپنکھ شیر زیر آنکھ شالس | سالس بایقبالس آے
یارب منظوٗر تھاو قوالس | مغفرت کرتس جنتس جاے
پروٗن تہٕ بوزن وأل ہیتھ خیالس | سالس بایقبالس آے
نعمتُ اللہ عرض کران کلہٕ والس | چادِس موسے مأرہٕ فیتی حیاے
انشاء اللہ دَر ہر حالس | سالس بایقبالس آے

## رضوان شہرکس پادشاہ سُند استقبال

دٔیان بیوٹھ شاہِ پُرب بر بساط | بعہ مے شہر یاران بہ عیش و نشاط
خبر وأژ[2] تامتھ ز اخبار خوان | شہا دوت رضوانکے حکمران
چھُ تس سیتئ شیراز کُے پادشاہ | بہ خیل حشم با ہزاران سپاہ
بیٹھ سیتئ چھُس رانیہ با عیال | بیٹھ خاص مہمانیان با جلال
بہ فورن سپُن شاہزادٕ تیار | ٹھکے دڑاو ہیتھ سیتئ پیادٕ سوار

---

۱ا چھینکٔ رٔسو    ۲ وأژان .

وچھان اُس رضوانچی نازنین
دِیَن بیسوا ناوِیس ماه جبین

سوتے دڑایہ ہمراہِ شوہر بہ چھم
کنیزا ہیتھن باکمالِ خشم

یکان یا ہیتھن دڑاے بیرونِ باب
وُچھکھ دوٗر رضوان شہرُک نواب

سوارِی کرِکھ تھم پیادہ سپنہ
بہ تعظیم تِم ایستادہ سپنہ

بہ تسلیم باہم سپنہ ہمعنان
وُچھتھ اکھ اکس گے سپدِتھ شادمان

سپنہ تِم بغلگیر باہم دِگر
کوٗرُکھ پُرسشِ حال از خیر و شر

وُچھتھ بیسوا مادرش شاد شُد
ز تفریقِ مہجوری آزاد شُد

بہ دختر سعہ مادر سپنہ ہمکنار
پھوٗلکھ دِل ژوٗلکھ فُرقتُک خارِ خار

بہ ہمراہِ مادر پتہ ماس بہ تس
بہ اُلفتھ سیمتھ آمژ آسہ تس

غرض اُس سارِنی سوارِی تیار
بہ سُرعت سوارِن سپنہ تِم سوار

یکان ژاے شہرس اندر یک جلو
نِگارِک حکمران تِمن پیشرو

بہ دربارِ شاہنشہی واتی یام
بجاوِکھ بہ آیینِ شاہان سلام

شہن سیتی شاہن مُلاقاتھ کوٗر
تِمن باہمی اوہِ اخلاص ژوٗر

بہ فرشِ گراں مایہ کرِتھ کھ قرار
وُچھان اوس رضوانچہ شہریار

وُچھن تِم رنگا رنگ تامیرِ ہا
بہ دیوار و دروازِ تصویرِ ہا

بہ سقف و بہ دیوار لعلِ خوشاب
اویزان فروزند چوں آفتاب

وُچھن سو بہ سو فرش از سیم و زر
زمینک نشانا نہ اندر نظر

بہ حائرتھ سپدن گوٗرنہ باخود خیال
چھُنہ کانسہ وُنی کینہ یہ دولتھ تہ مال

بہ این شوکت و حُرمت و مال و جاہ
برابر یمیس کانہہ چھُنہ پادشاہ

اگر بیسوا آیہ ہمیتھ سیتی مال
یہ ہرگز چھُنہ تمیہ مالِکُ کمال

درین ماجرا حضرتِ ذوالجلال
چھُہ واقف نہ سپُے مالکِ مُلک و مال

تِمی خوٗدا کراٗوی نس دمبدم
بحمداللہ خوشحال و خرم شدم

بہ دیگر طرف مادرِ بیسوا
خراماں تماشا وُچھان جا بجا

تمس سیتؠ پرژھو بایہ یم محترم
رٔتمہ ہیتھ گیہ داخل اندر حرم

بخدمتھ سعہ ممنونہ آیس حضور
بہ آداب و تعظیم کڑوون سوٚر رؤر

کوٚرکھ استراحت بہ مہمانیاں
حرمہاے شاہاں کر بوٗدہ عیاں

بہ خلق و حسن بایہ وٲنی کلام
کوٚرکھ تہٕ کرکھ اکھ اکس کُن سلام

چھہ میٚہمان سارٕی بہیتھ عائشہ سان
رچھوان بایہ دٲنی گشدان تہٕ آسان

تمن سیتؠ مخلوق یم خاص و عام
سیٚپنؠ جمع در باغ شاہی تمام

شمارا تمن اوس نہٕ زینہار
خدا کھوتہٕ تم زیادٕ بیئے بے شمار

شہے تاج یُس پوٗر شاہِ پوٗرب
کران اوس میہمان نوازی عجب

## حمالہ پری ہندٕ واتُن

دپان او شہزادٕ تاج الملوک
بیٚیلی تمو وُچھن میہمان و ملوک

جمع کٲمتین رعیت و پادشاہ
بہ گلشن دوپن وہ نی ذرٕنگی چھے کیاہ[1]

دوپس تمہ وایس شہا غم مہ بر
حمالہ یکان آسہ با کرّ و فر

مقرر یہ تاریخ کوٚرمت تمی
سہ خط چوٗن سورُے چھُ پوٚرمت تمی

کران بایہ وٲنی اسی تم ایں کلام
یکان آیہ پری یا تہ کرکھ سلام

کوٚرن عرض اے شاہ والا تبار
حمالہ نمبر چھو کران انتظار

یہ بوزتھ دُشئے گے تمس پیشوا
بہ تعظیم سر ژووہس زیرٕ پا

بہ واپس کوٚرکھ تمہ بوس و کنار
خدا کھوتہٕ زیادٕ دلاسا مدار

دوپکھ تمہ میہمان چھا آمتی
بہ وُچھا چھہ کیتیا چھہ کوٚت کٲمتی

یہ بوزتھ نیکھ ہمرہٕ خویشتن
حمالہ چھے میہمان بتوٗن وُچھن

زنانن اندر گیہ با خوش دلی
گلستانہ پیر زن ولی ولی

بہ یکدم دوپتھ گیہ بے خوف و ڈر
کھورن تل تمس کلہٕ ژووون پتھر

---

[1] پانس سیتؠ

دوپُن تَس مبارَک وندَمے زُوَّ تہ جان
یہ سورُے عنایَت چھِ چونے عَیان

مُبارَک اَسے مِثُل سپُن چانہ سائے
سپُن دوٗر غم خوش سپنہ یور ڈائے

غرض وُچھ حمالن بہ گردِش تمام
زن و مرد ہم اُسی از خاص و عام

دوپُن شاہزادس کُجا میہمان
مساوی ژٔٹے چھی بوزمُت اَسے جَوان

دوپُس تمۍ معافی طلبگار چھُس
قدیمک بہ چونے نمک خوار چھُس

پننہ رکنو مےٚ کوشِش کرِم بے شمار
چھِ آمُت رعایا ہیتھن شہریار

گرَن مَنز چھُنہ کانہہ زِ فردِ بَشر
تمامی چھِ آمتۍ بِلا خوف و ڈر

گژھن کوٚت چھُ اَے مادرِ مہربان
ہمو تور کُن دِیُن قدم خائہ سان

یہ بوزِتھ حمالن دوپُس صبر کر
بہ تنظیم ییٚند راز سوزم خبر

بیٚھتھے میٚژ کران اُسی تم خوش کلام
ز سرخیل ییٚند راز آمد پیام

یین باخوشی شاہِ تاج الملوک
کہہ وہ رعایا ہیتھن ہم ملوک

یہ بوزِتھ سکھُر کرُ نِگار کر شہن
گوژن عرض میہمان شاہنشہن

قدم رنجہ کرۍ اوِن سوے نو نِگار
چھِ سائِنس پننس رَتھ کران انتظار

بہ تجویز پیٚزمن ہمہ شہریار
سوارسے تیار آسہ سپنکھ سوار

رعایا شہن سیٚتھ بیٚے بے شمار
سپنہ جھُلگی نیرِنس ییچھ تیار

سُہ شہزادہ مہرانہ با ناز و ساز
حمالن بسند گوٚنہ کوٚر سرفراز

عماری زرینِ ہزاران ہزار
مُرصّع زَرو[2] سیم گوہر نِگار

مُرتّب بہ فیلان کرِتھ گَے سوار
سُہ نُنشہ بون مہرانہ با شہریار

شہے ہفت اقلیم ہشتم پرُب
بہ عنوان شاہی بناز و طرب

نقارن تہ باجن مُلکھ شور و شر
گگن منز چھُنہ کھچھ کوہن ژھیوٚن جِگر

بہ یک سوے دریوے فیلانِ مست
وُڈّوُ کھ یہ ہفتم زمین کوٚر کھ پست

بہ دیگر طرف رانی تاجدار
سعہ یعہ بس مادرِ شہریار نگار

پننہ رکنو سعہ تے اُس دَر انتظام
تھوٚن تم درونِ حرم دوٚم دام

---

۱ فوٗنبک زیٹھ گنڈال ۲ سون تہ روپہ جرِتھ

دبادب گژھن رانیانِ شہان
غلام و کنیزاں ہمہ ہمرہان

تمن سیٹھو بڈیہ آسہ یم خاص و عام
بہ داوکھ تژھن تمہ یکسر تمام

ہماں رانیانِ شہانِ صدر
بہ ہودج نشستند با جاہ قدر

نژان تہ گیندان دراے شادی کران
یکایک شہس لول ییژ باگران

یکان دراے با منتھ شہر نگار
پس و پیش چاکر یمین و یسار

ز رفتارِ فیلان و اسپ و سپاہ
زگفتارِ فیلاں ہمراہِ شاہ

دپان اسو تمہ تیتھ ین نہ شمار
زمینس تلکھ تیوت گرد و غبار

کہ گویا وڈوو کھ یہ فرشِ زمین
سپن گردِ ہند آسمان ہشتمین

بہ گردِ اندر غائب گو آفتاب
وچھتھ باچنین یادِ گو اضطراب

سپہر داخل اندر نگارِ جدید
گومت حالکیس شہر نوپدید

پوان تور فوجا وچھکھ بے شمار
سراسر تمے زل گرین پیٹھ سوار

پری روے سائری بشکلِ بشر
جوانانِ خوش روے بازیب و فر

ازاں جملہ کینہہ خاصہ خاصہ سوار
تمے پیشوا آسین با وقار

رنگارنگ ہمراہ سوائری تمن
بہ قیمتھ اکس کم چھ لعلِ یمن

مکمل تمے ساز و ساماں کریتھ
دوان شولہ لال و جواہر جریتھ

پننہ کنہ نگارکو شہن پے بہ پے
سوارس اندر کور متے اوس سطے

ولیکن بہ تنظیم ہیند راز شاہ
مقابلہ طاقتھ تمس اوس کیا

تشند اسپ تہ یتمو شندے فیلِ چم
گرس نتہ ساماں ہیتھ اوس کم

گرین کن وچھتھ دل شہن تمبلیاو
ز فیلاں پتھر وتھی بوڑکھ کوت چاو

گرین منز دپان اسی کینہہ فرق
زر و نقرس اندر گیتو اسو غرق

پننہ رکنی کریکھ چیہ چیہ پسند
بہ سرعت کھتکھ تم شہے ار جمند

شمارا تمن زل گرین اوس نہ
برابر پرہین اکہ تہ کم اوس نہ

بہ تجویز سائری گرین گے سوار
تماشا وچھان ہر طرف لالہ زار

۱؎ ہفتم آسمان ۲؎ رو پیش تر سو لنس

وَنے کیاہ رٮ۪تھ کیاہ سپنہٕ شادمان | بہ تاج الملک اُسہٕ اٰہی کرٚان
یٚمِس اوس نمرزانہہ تہٕ وٕئوٚد خرٚ کرٚہ | سہٕ کھوٚت زل گرٚس کرٚتہٕ پانسے مرٚہ
گرٚس پن پنن سپہٕتو بوٚ چھوہ بدار | سَپُن اسپ تازی خرس زیربار
بہ ترتیب مردن چھہ اسپانِ نرٚ | شُہیے رازٕنے سوزی رٮ۪تھ سر بسر
بہ دیگر طرف پٔری یہٕ شکلِ منوشس | کرٚتھ آمرٕن آسہٕ اُولو بگوشس
ہٕمتھیے پاٹھو از جانبِ شاہ پٔری | برایے[2] زنان ہود شبانِ زٕری
بیٚنیے خاصہٕ آراستہٕ مادیان | برایے سواریٔ میہمانیان
رٕتمٕن سپٕتو پرٚزر پٔری پیکران | بخدمتہٕ جلوگیر چون جاکران
خروشان وجوشان وخندان بہ لب | رسیدند در پیشِ ملکہ پُرب
وُچھتھ ہود جانِ پرٚستانِ دیار | دِلس گوٚ وُچھتھ رانٕین خار خار
خوصوٚرتھٕن وُچھتھ مادیانانِ آب | رتمَن ماہ روخٕن رٕدنہٕ آب تاب
دوٚپکھ یِم برایے سواریٔ ما | روانہ چھہ کرٚی رٮ۪تھ بلا اشتباہ
ریٚہو کوٚنہٕ منز ہود جن بانشاط | کھسو کوٚنہٕ اسپ زلٕن[3] زانبساط
وٕنتھ یِی بتھر وٕژھ از پالکان | پٔری ہود جن کھرٕ شادی کرٚان
پسند کوٚر کہو مادی یانن کھٔسُن | وُچھتھ زل گرٚن کُن میہو ہٕیوٚت ترٚسُن
غرض یٔس یہ گوٚ خوش کوٚرکھ پانہٕ وأنی | کرٚتھ دور دورٕ گرٚن مانہٕ مأنی
نہ کوٚر دایہ کینہہ آغز باسے لحاظ | ہوی اُسو گرٚی تہٕ ہوی زینہ ساز
بوگنہ اوس وُنہ کھوٚر رکابس اندر | تسنٕز دایہ ووٹھ دٕژ گرٚس برکمر
وَنے کیاہ کرٚکھ دایہ وہے گرم چال | مہرماچہ بُرونہہ بُرونہہ پکان شہہ مال
سوخٕن موختصر وأتی نزدِ حصار | سپنہٕ واصل[4] باب ہانسے دیار
برایے جہان ہمراہانِ شاہان | مُزین کرٚتھ اوس باغِ[5] جنان
بہ دروازہٕ باغ رٕتم ژاسے یام | برفتن شہوٚرم کوٚرکھ یکدو گام
تِہنتھے وُچھی رٕتمو فرش باغس اندر | ز رفتن کوٚرکھ الحذر الحذر

---

۱ لال ۲ زنین ہند خاطر آسہٕ سوٚنہٕ پشر پالکہ ۳ خوٚشی سان ۴ شہرکین دروازن نکھہٕ وأتی
۵ جنتھ

پتھے مُنتظم آسے دوہ پھکھ پکو — وُچھان کیاہ چھُھ اُستادٕ تھکو
بہ ایس فرش تراوِو قدم تیز تر — چھُنہٕ کینہہ تہٕ پَروا بلا خوف و ڈر
پکان سگۍ شہن سیتؠ تِم ہا گران — چپ و راست شاہ بےٚ نظارٕ کران
وُچھک تی یہ اوسکھ نہٕ زانہہ وُچھمتے — ہیوٚ چھک تی یہ اوسکھ نہٕ زانہہ ہیوٚ چھمتے
پنُن سلطنتہ اُنی تمو در نظر — گران گفتگو آسی باہمدِگر
سپنو در تحیّر بصد تاب و پیچ — ازیں سلطنت نیست، ہیچ است، ہیچ
غرض شاہ نوٚ نیوکھ بر جاے صدر — تمس سیتؠ شاہان بلند جاہ و قدر
گرانمایہ تختن شمارانہٕ بوٚ — بہٕ عشرت کوٗرکھ استراحت شہو
برائے زنان باغ تُس بوٚ تیار — نیٚیکھ رانیان ہمہ شہریار
تمن سیتؠ یِم آسہ مستورگان — سپنو جملہ داخل بباغ جنان
پھیٚتھ شاہ پری آسہ جائے نہان — پتھے کور سورٕن بہ مہمانیان
بہ تکریم و تعظیم پرٛتھو بایہ شاد — کرٕکھ از رہِ مُخلص و اتحاد
وُچھتھ دختران بیشمار شاہ — بہ تحسین کوٗرکھ رانیو واہ واہ
تہندٕ جلوٕ چھُ پرتوِ آفتاب — تمن ہند چو در آب لعلِ خوشاب
خوصورتی تمن یِم کنن اوسہ دوٗر — دوان شولہٕ مانندِ خورشید نور
درٲنی دیان آسہ نیٚود بوزہن — یہ زیور چھُ سورُے اسے ہیر بون[1]
معاوضہ نہٕ دیمو یمن روہ تہٕ سون — یکایک پیچھی ہوکر دہن دوٗر کن
بہ تقریر خوش آسہ تِم ہمکلام — گرہان پرٛتھ اکس بُش برائے سلام
سمہ پُھتو تُس لول تا جن بوٗرسے — سُہ بانش اندر ژایہ شیرتھ سوٗرسے
اکھ اندر سیپُن انہ ہار، دگر — دِیان آیہ حمالہ باگر و فر
ہمالن سہ بیرتھ اُنن چھُن عروس — تمس سیتؠ شاہانہ پرکیہ جلوس
لباس گرانمایہ زیور تمام — زِ رانیہ بیشمار تورمت پنام
یوتے گنیہ ژٕگیتھ بہ ہر سوے پیشکھ — بہ باغ اندرون ژایہ سبے تریش و باکھ
سجاوِتھ تمس کیٚت گرانمایہ تخت — عروسانہ ووش بیٹھ فرخندہ بخت

---

ا۔ ہیر بُنہ پانٕ

خبر شاہ پری نش ییکھ زود تر — حمالن اُنن کوٗر باغس اندر
یہ بوزتھ پیٔے حرمتے مہر و ماہ — بہ جنبش پری آیہ از تخت گاہ
شہزادٕ ایستادہ چو سروِ سہی — تہنز سیتھ پری یایہ فرہی
خرامان خرامان چو کبکِ تذرو — صنوبر قدش یا چو شمشاد و سرو
تمس سیتھ سرکردہ پریاں بناز — پہی خاصہ تمہ آسہ پنژ سرفراز
بہ محفل دروں ژایہ چوں آفتاب — وُچھتھ رازنین رود پہ آب و تاب
پنہنز کنہ تمن اوس شاہی خیال — ہنہ کاسہ تہ زیادہ کرتھ آسہ چال
وُچھتھ تمہ شہزادے شکل و عقل و تمیز — دوٗپُکھ اُسہ اُمس نش چھنہ ہیچ چیز
وتھتھ ووتھ بہ تعظیم کرہس سلام — بہ وایس بہ تسلیم و شیریں کلام
بہ خاطر تواضع کرن شادمان — تو مہمانِ ما و منم میزبان
بہیتھ پأٹھی ہر سو نظارہ کران — بہ مہمانیاں لول پرتھ باگران
بکان واتھ نزدیکھ محمودٕ یام — ونھتھ ووتھ حمالن کرن تس سلام
سو محمودٕ از کردہ ہمشگروہ — بہ شان عروسی بہیتھ باشکوہ
کوٗرن عزم برخاستن از ادب — اشارہ کورُس پری یہ اے نوش لب
صبر کر مہ ووتھ ووتھ از جاے خویش — ژھ چھکھ دُنی کینس ووتھ بہ ایں جاہ و جیش
غرض بیٹھ تس نشہ کنہ دوٗن قرار — بعدٔ ہمرہاں با کمال وقار
گنڈن پوشہ مالا کرن تس بہ بر — بہ دُنی یا یہ رتم پوشس باغن اندر
خدا زانہ رتم کمہ گلزارٕ کی — پُر از بوے خوشس مشکِ تاتار کی
ترٹھا[1] اکھ زِ لعل و جواہر نفیس — سراسر زِ گنجینہٕ ارنیس
تمن لایٔنے ہنشہ بہا در نظر — شہ زانہ ہفت[2] اقلیم سیے نیر کر
بہ گردن کوٗرن نالہ دستبوس تس — حمالن لحاظ سیٹھا اوس تس
ونے کیہ تمن نالہ کم تھاں اُسہ — بہ مہرانہ یم شاہ میہمان اُسہ
بہشتہ سلطنتھ آن سیٔے دٕ نظر — بہا اکھ لالکھ قلیلا شمر

۱ مساکھی ۲ سنہ زمینہ مطلب گل دنیا

پُڇڻ پادشاه باپ اين جاه و جيش     به عنبر ٿئه به لب ها رِدان آسه پھيش

غرض بر دُو جا ويٺا مهمان تمام     زن و مرد ئيم اُنسي از خاص و عام

ڏيا ادب ڏيٺگھ واڙ وي اِشتهار     به مُطبخ ضيافتئه ڇهي شاها تيار

ڇهي ڪيا دمه ني درنگي اِجازتئه ڏيو     به عشرتئه لبالب کهيو ته ڇيو

اجازتئه ڏيٺگھ يَزمنن باطرب     ڏيان اوس يزمن آئير ٻدسب

ٻري پيڪران از قصافت ٻري     ڏيٺگھ طشت انتابه ها يي زري

ڀهتئه اُسي ميهمان از هر طرف     کهان و مهان با ادب صف به صف

صف آرا شهنشاه شيراز بو     ز هر کس دريں باب ممتاز بو

ٻيڪدم ڏيٺگھ کلهئم دست پاک     ڀچاوُن هٿيو ڏيٺگھ سفره[1] بي ترس و باک

اتگ في نفر اوس دستارخان     ڀهتي پاٿو واحد طبقهاي نان

شمار اوس نه ڪيٺه ته ميهمانئه ني     نه زين سو شمارا کهيٺه بانه سيني

ٻيڪ لحظه سارِني طبق هاي زر     مرتب به سرپوش هاي زبر

ٿهو ڏکه پڙھه اُکس پيش اکهاکه طبق     اڙيو اوس برڏو نيٺهي په هٿيو ڇهمت سبق

ازين معامله اُسي ئيم بي خبر     ڏڇهان ئم چپ و راست زير و زبر

دڏيکه واقعه تعه يه ڇهونا خبر     چنين است آئين اين تارج ور

اُکي ساته سارِني رنشي دوت خان     پس و پيش ديري لڳکهه نه اُنان

اُکس سارس اُسي خدمته گزار     به وقت ضيافته جوان سه و چار

ز طباق سرپوش بردو شتند[2]     ڪوڙو کهه سارِني بسم الله انڊ وند

ضيافته وڇهمت حاڙتن شاه گي     مساوات ڏيشمت ئم اُسمانه پيي

به خوردن ڏيان يام مشغول گي     رڪابي هيٺرن واتي ني پي به سيي

رڪابن اندر ٻٿوين ٻٿوني اُسي چيز     مُعطر ملون نفيس و لذيز

به همراه يک طبقه خوشگوار     يک و نيم درجن رڪابن شمار

---

۱ دسترخان ۲ سرپوش ٽلڪه ڍڪڻ.

مساوی بہ شاہ و گدا ایک طریق — گرسنہ سپہنو در ضیافت غریق
ہمہ منتظم میں یہ مجلس تمام — جُدا گانہ پھیران بہر خاص و عام
خصوصاً ز طرفِ پُرب شہریار — شہنشاہ شیراز منہ خستار یکبار
بہ مہمان نوازی شہ ممتاز ہو — دریں معاملے سے سرافراز ہو
بہ خاطر توقع بہ شاہ و گدا — بگردش بہر سو کوڑن عیان جُدا
رکھن کیتہا ہتمن پیالہ خدمتھ گذار — پیے ہر یکے کس مے سے خوشگوار
دو بکھہ سالرن بے تردد کھینیو — لکھو تریش تہ خاصہ شہ بخشد چینیو
دریں باب تیزی چھکنہ زینہار — اجازتھ چھ از افسر و شہریار
بیتھ پاٹھو بیک ہفتہ چھو کھیون تہ چون — بہ گردش بہ عشرتھ دوہ تھمن تہ پھن
چھ داوی لیکھان اکتہ دوہ ہس تا بہ شام — بہ مشغول خوردن سپہنو خاص و عام
بہ منشائے خاطر ضیافتھ کھیوان — گرُہان خوش مے یلے ارغوانی چوان
بہ باغِ دگر شاہ پرُی منتظم — بہ مہمان و نسوان پورب ہا پچھم
ہمہ رانیانِ شاہنشہان — بہ حرمتھ بہ محفل بہ ہمراہیان
صنف آراستہ جملہ ترتیب وار — چو مردان تمن پرُیہ یہ خدمتھ گذار
چو آئینِ مردان باغِ شہان — نہ ہشد انتظام اوس از ہر کران
ز مطباخ ییشد راز والا گہر — ضیافتھ تمن در المبقہاے زر
مرصع مرتب بہ سرپوش ہا — انان دست دست بہ دوشہ ہا
اکے ساتہ سارے نشہ وائی خان — یکایک دو یم سیتہ نہ ہمعنان
وچھتھ رانیانِ شہانِ جہان — مساواتِ شاہی کہان وہان
دریں معاملہ اوسنہ قیل و قال — پرُھے مہر کا کینہ ترُھے شاہ مال
تعجب تمو کوڑ ضیافتہ وچھتھ — بہ او سُکھ نہ چھٹ تہ گے تم پچھتھ
ہیر کہ کھینہ ضیافتہ بنامِ خدا — یکایک معزز جُدا بہ جُدا
معطر ضیافتہ وچھتہ سو بسو — کھینس پیٹھ فرشتو کوڑکہ آرزو

به رغبت چھپے ملکه جنیا فته کهبوان   مصفا عجب جام شربت جوان

به خدمت ستاده پری پیکران   گگل اندام خوش روے سیمیں بران

به مهمان مدارا کران آفرین   به عشرت جنیا فته کیتیو نوش شیرین

پچھے پانچو چھو هفتے کھیون ته چون   چھپنه کیتیه ته پرداوه کفن ته بهن

جنیا فته پچھے پانچو چھو روز و شب   تنسا دول کرو تو تو هر به عیش و طرب

غرض آسه سارے کران اکل و نوش   صدائے مکتبی اوس نه کانهه خروش

پچھے پانچو در بزم شاهاں تمام   جنیا فته کهبوان آسی خاصان و عام

دهمنی ساری پیے کور تھو کھین تو چن   به منشاے خود غیر رنج و محن

سپینه سیرانه خورد نی اجمعین   بوز کهر حمد سوے رب العالمین

غلامان و خدمت گذاران تیار   تیل کهر قاب با فضلهٔ خوش گوار

به خدمت اکس ساپرس بعته غولام   کهتن اچه داران بهر ی صرف عام

بیکدم ڈیکھو سارنے دست پاک   کور کهر استراحت بیلا ترس و باک

همیا سپینو سارنے بستران   عزیزین مچلکه فرشن خاکستران

بخانه تمن بوریان و پلاس[2]   کنون فرش زربفت کمخواب و طاس

غرض ساری ترآو بر فرش لر   برابر ادا نه اثر هنشد گو بهر

بنا گو سپین سوز و ساز ک صدا   چه بوزان کنو جمله شاه و گدا

بتدریج تدریج دو لگ بیچه نے   سه آواز په تاز لج نیچه نے

زخاب گران وو بتھو همه عام و خاص   دو چهان اگه اکس کن تمه آس پاس

دیان اسی کته جاپه ایی سوز و ساز   دو چهان آدمی نه فقط چهبه آواز

شنهو یام بوز که یه سنطور و ساز   نزن ته کهون دلربائی آواز

برقص آسے تم زن سپینو مست حال   مو ڈهکه کهبن ته چن طرز شاهی کمال

پس و پیش تم زیر و بالا دو چهان   نوے بوزنا سوز کے تم پیچهان

دیان اسی تم لاگهه جب آواز   چه یهه جایه ایی سوز که هو قرار

---

[2] کهبن ته چهبن در چهار منتر آواز بلکل اوسنه شور

چُھہ رٲوِی لیکھان ایں ہمہ سوز و ساز    بدربار بیشدراز بو دل نواز
تَگِتھ جابجا زن تہٕ ریڑو بہ باغ    بتیہِ لعلگوٗن لعلہا شب چراغ
نہ پاتال بو نغمۂ ساز و نے    تہ ریڑوٗ کران گوشس بےٚ کُلُ شے
تیٚتھےٚ بوٗ گرٛزھان تمہٕ سوزٕک نوا    گرٛزھتھ محو پیٚے جانور از ہوا
بیٚیتھ کنہٕ بہ دربار مستورگان    سپنہٕ نغمہ آرائے سنطوریان
درآں باغ بو جاے تہٕ انتظام    طُفیلِ پری رونقِ خاص و عام
ضیافتہٕ کھیٚیکھ زن تمن لوگ شرآب    ہیوٗ تکھ وایہ سنہٕ پانہٕ چنگ و رباب
تمو جنس باجنس کوٚر اِتفاق    چھوٗ ٹکھ دِل برٲں اَکھ اَکس اشتیاق
کرِتھ محفلان ہا ہزاران ہزار    نژان تہٕ گیوان یژھ برٲں نبہٕ نار
کُشیتھ سارِنے گےٚ بینہٕ خانہٕ مان    گرِتھ حال واحوال ہیے زمان
تعجب ہُہ شاہمن اَمیرن ہُندُے    ہمیشہ تمن خلعت و گرٛ گُنڈُے
بہ خانہ یمن ادس نہ نان شب    زفاقہٕ تمن ورنُت جان تہٕ لب
تمو مُلکنےٚ سیتو کرٛ مانہٕ مان    دوٗپُکھ سانہٕ کھوتہٕ کیٚا یمن اُسو خان
وُچھتھ رائین گوٚ دِلس غار خار    وَنے شرم آیکھ تہٕ زونکھ تہٕ وار
دوٗپُکھ اُسو تہٕ ہیمہ ہو گیوٗن تہٕ نژُن    چھُنہٕ یور بیگانہٕ کانٛسے اژُن
بلے رانیے شاہِ زین الملوک    بہ خوشدامنن ہے تاج الملوک
وَنے کیٚا ترٛنہٕ وَے چھ کوتاہ چھوان    اَڈی پارِ تراوان نژان تہٕ گیوان
درین باغ ریڑو لَگِتھ ہر طرف    اگر اُسو تہٕ تُہم ز رنیو رٕ نیٚکف
نژو تہٕ گیوو پانہٕ لولا بُرُو    ہمتن کھے تلو شادی یانہٕ کرو

# گیوٗن

سایہ ترٛوو عالمس یتہٕ سروِ نازن    محرمِ رازن مُبارکھ
دعہٕ وِنی عالمن ہندِ سرفرازن    محرمِ رازن مُبارکھ

فرمانہ تہند ے وون پہ ہمرازن    شاہزاد پأرن در مبارک
زین الملوکن پور بکھ رازن    محرم رازن مُبارکھ
پأرتھ جبلوکیشا دیُت ہمرازن    روشن گیہ یُزمنز بہ یارک
خلعت شاہَنہ تاز بتازن    محرم رازن مُبارکھ
بختہ بڈ ڈراے از خوشی جہازن    ماہس سیتی لچھ بدی تارکھ
پایہ بڈی مہمان سارے شاہ زن    محرم رازن مُبارکھ
نونگار یُزمنز ووَن وہسیتہ وازن    خاص وعام سارے یتھپنہ ژارکھ
یکسان خوان شور سارے نوازن    محرم رازن مُبارکھ
آنہتھ روس خان سوزشاہ ییند رازن    کھستھ پتھ مہمان ہیتھ سارکھ
تجویز سارنے مازس مازن    محرم رازن مُبارکھ
میرمجلس تھو شاہ شیرازن    چھکہ نوو عطر تہ گلاب عارکھ[1]
سالرن بیٹھو تھم باندازن    محرم رازن مُبارکھ
سورگا پوری مائنز سوز رازن    یُزمن باین بر تارکھ
بأگرکھ تہ جادہ من خوش آوازن    محرم رازن مُبارکھ
کھستھ پتھ مطربو کورکھ آغازن    سیتارن رتمو تار چارکھ
پرنی وا سش کوڈ چنگ شے سازن    محرم رازن مُبارکھ
ماہ پری ماران ژھٹ پیشوازن    ثھاران بر آسمان تارکھ
شاہ پری خریدار تہندین نازن    محرم رازن مُبارکھ
یتھ پرستانکو اُمی ترکتازن    طوطن ژپنتھ رنیہ شارکھ[2]
سایہ تروو عالمس یتہ سروبازن    محرم رازن مُبارکھ
مشتاق موگژھ سورتس تہ مازن    سیر سیتی اصلک مانہ ژارکھ
کھئے کاس لے مہ تھاو سیتی تنازن    محرم رازن مُبارکھ
پیئہ تب کھسے کر سیتی پاکھ بازن    حے چھکھ[3] اصلک معوے گارکھ

[1] عارق    [2] ہار    [3] رنْد

وائےصل وصلس گژھکھ پرواژن    محرم رازن مُشبار رکھ
سیتھ پچھ رہبرن تیر انداژن    گاشہ سیتھ اَمکُس باشہ بار رکھ
آشہ سیتھ کرٚ شکار اُچھ پرندٕ بازن    محرم رازن مُشبار رکھ
طالب و مطلوب ہَن تماشا[۱] ژن    تاب کر ہرگز یُتھ نہٕ تھار رکھ
غزنوک شاہ رام کوٚر ایازن    محرم رازن مُشیار رکھ
ڈینگ لاے سودرس سیتھ سربازن    دم رُٹھ سبے بہا لال کیار رکھ
رچھرزن لوہ ہنر پتھ چھی رہزن    محرم رازن مُشبار رکھ
محکم گنڈ کمر بانبر ژن ہمازن    ہوشس کر ہمتھ یُتھ نہ ہار رکھ
ملکہ بے نظیر زٕ ہتھ ہمتا ژن    محرم رازن مُشیار رکھ
نعمت اللہ چھکھ کتھ پیٹھ نازن    غرضن تر آغس قرضن دار رکھ
منسوخ کرٚ اُدس گنڈنز راو مسبازن    محرم رازن مُشبار رکھ

اُتھو اندر دیان شاہ پری آیہ تہٕ    بعدٕ مے دختران بیٹھ تمہ جاپہ تہٕ
عروسی وہم رانیان شہان    بیہتھ آسہ تہٕ بیٹھو با ہمرہان
ہمہ مطربانان آراستہ    بیع ساز و سنطور نوخاستہ
رقاصی پری پیکران خوب چہر    تہٕ ہند سوز و چیہ منز چھان ماہ و مہر
تمس سیتھو از بہر ساز و سرود    ہیتھوٗ تکو دایہ ساز تہٕ چنگ و رود
کوٚرکھ عرضن پژھو باپہ سہ لوبسان    گرد ست اُدی یانگ ترانا بیان
بہ فرمان آن پرسہ خوش امتان    زرافشان شدہ جملہ سیمین تنان
مطابق بہ آئین سنطور و ساز    یُتھے کوٚر بیانہ تمو دل نواز
بہ فرمان آن مالک بوستان    بہ مہمان ہیو تکھ لاگنے دوستان
شورو کوٚر تمو یا ہتمن سوندہ سئے    ژھو تہٕ گیہ پژھی باپہ نیہ منز چھے
شہ گلشن پیٹھس اوس محمود ناو    وسئے کیا تمس گلشنس آو باو

۱؎ اشارہ

دوپس پری یہ خوش باش لسہ گلعذار ‎ طفیلِ تو این جاہ و باغ و بہار

زبخت بلندت چھو این دوام دام ‎ مبارکھ زیشدراز شاہ انتظام

اگر چھکھ ہمانو ژ نورِ بصر ‎ تشندسے کھوتہ چھکھ مے لختِ جگر

برائے رضامندیت این ہمہ ‎ کوڑم خرچ تہ تھاو خاطر جمع

چہ بوزان گلستان پہ سورے کلام ‎ دوپن مرحبا دخترِ نیک نام

بہ تحسین دوپن سوسہ قروی پری ‎ سُہ وہ ستاد تس سوزنی افسری

چہ دربار بیشدراز سوزا کرو ‎ یمس شوب تس تیشہ لولا برو

پری قدریہ از سماعِ کلام ‎ اگر اوس زیادٔ کرون انتظام

بہ ہمشیرگان شبا لاگن بہ بر ‎ گران قیمتی دامن پُر گُہر

دوہ بہ ساقہ نے خاصہ خلخال زر ‎ مرتب کورکھ ساز رستدا زیر

بہ ہمراہ تمن چیدہ رقاصیاں ‎ بہ پیراو گیہ جملگی ہمعناں

رقاص و قوالان سازندان ‎ موونش تمامی پری پیکراں

منکہ دران باغ اسی نہ بود ‎ سبلے راہ طیورہا بستہ بود

قوالو پیونکھ وایہ نے ساز تہ ‎ رقاصو شورو کر خوش آواز تہ

بیکھی گوون پری نوسے شیوت ناز ‎ خوش آواز باساز و دمساز و ناز

ترنچھے تراوکھ آواز شیرین صاف ‎ و نے کیا منوشن اندرو گے شگاف

دف و ساز و سنطور و چنگ و رباب ‎ مطابق ہم آواز پنریاں[۲] ضراب

تنیگیتھی تمہ ساز و سوزک نوا ‎ طیوران سپنو بستہ اندر ہوا

نزان آسہ پریہ تمن زری یہ نالی ‎ گرزھان سوندرن در جگر اسحالی

سو آواز ساز و سرودیچ بہ فود ‎ سپنو مشتہر باغس اندر ژھو پود

بہ نوعِ دگر سوز تہ ساز بو ‎ سُہ تاثیر آن باغ بیشدراز بو

ہوائی لگیتھ تار باغس ژھو پور ‎ ووچھان کینہہ نہ بارکیہ از پُرنور

بہ تحصیل این تارِ جسے ہوا ‎ دیان سارو سے بوز سوزک نوا

---

۱ کھتھ بوزنہ ‎ ۲ ساز وایان

بہر تار بیٔون گژھان اوس سوز
سہ شب عالم افروز بو دلفروز

مُشتھ سارِنے گونٔژن تہٕ گیٚندن
یکے خان و مجنونٔن تہٕ اکہٕ نندن

دوٚیمچھ کوٚنہٕ بوزو بہشتی سرود
چھُنہٕ بوٚزِ ہُت زانٛہہ تہٕ تیٚتھ چنگ رُود

سٚپن رانین خارٕ خارٕ دِلس
دوا پیو کھ چنگ و نوازن سِلس

نژن تہٕ گیندن بو رتمن روبرو
رقاصانِ خوش دامنان سوبسو

اُجم نشہ تاثیرِ آواز دراو
گییہ مست و مدہوش تہٕ وجد آو

گلستان وُچھتھ گلشنک اُبرد
گلِ فرحتن سوے ہوان اُس بو

خصوٗصن ہمان مادرِ شاہ نو
بشادی سو مشغول در بوے دو

ہمہ رِشتہ در رانیانِ شہان
سُمہتھ آیہ سارِیٚے کہان و مہان

بلا خوف و ڈر ژایہ پرِیٚن اندر
رتمن لوہ کے سوز اندر جگر

گژھتھ شاملِ زمرۂ پرِیہ گان
شدہ جملہ سرکردہ مہمانیان

دوٚیمچھ پرِیو سون بوزِو سرود
کرِو توٚہی تہٕ سوز از رویے وجود

منوشن ہُندے بوزٕ نمک سازِ سوز
تمنا اُسے ہیچو آب تموز

دِیان ییچھ پرِیہ نیٚچھر ہم عنان
ٹھکھاکوڈٕکھ یمہٕ آسہٕ رقاصیان

دِیان شاہ پرِی سوے مُلکہٕ پوٚرب
ژٕتے ہاو یمنہٕ نے کمالا عجب

خیالا ژٕ لولک اُسے بوزٕ ناو
بہ گلشن گلستانکی پوشس چھاو

یہ بوٚزِتھ بہ غاٰرتھ رتمو گوٚنڈا گمر
کرِتھ دایرِ ییچھ پرِیٚن اندر

انسکھ چھید رقاصیان خوب چہر
رتمن کٚن وُچھتھ منفعل[2] ماہ و مہر

گرانمایہ اطلس رتمن اوس تاٰلی
کتن واٰکی واٰنکن رتمن اُس سوزاٰلی

ز پرِیان رتمن اُسس نہٕ کینٛہہ کمی
اگر آسہٕ رتمہٕ سعوندِ ازٕ آدمی

بہ اندازٕ پرِیَن ہنزے ماٰنہٕ ماٰنز
نژن تہٕ گیٚون ہیوٚت رتمو پانہٕ واٰنز

بنام خداوند رب الانام
چنین کرد شال ابتدائے کلام

---

[1] دوستن یا خوداپہ سِندیٚن ماٰلیٚن بڑوٚنہہ کنہٕ [2] شرمندہٕ

# دُعا

حمد بے حد باد هر دم سوے آں پروردگار
مالکِ کون و مکان هم صانعِ لیل و نهار
رازق و روزی رسانندۂ هر یک جسم و جان
حل مشکلهاے صعب[۲] دلفگاراں دوستدار
اے خداوندِ کریم و کارسازِ بے نیاز
بے نیازم از درِ مخلوق فرما بهر چار
آرزوئے خاطرِ غمگینیم فرما حصول
عفو تقصیرات خواهم بس تو اے آمرزگار
یا الٰهی در امانِ خود نگاه داری مرا
از شرِ ملعون و ظلمِ حاسدانم پاسدار
هم بحقِ شاه مرسل آل و هم اصحاب وے
ظلم و قحط و هم وبا از خلق عالم دور دار
ظالماں را بیخ برکن تیغ زن برگرداں
تا ابد پائنده باد اباد گستر[۳] شهر یار

●

په بوژ بحه سپینو شاه پری شادمان — رقاصن بینامه ډیتن سبے کران
بیتھے پا ئیھٹو باعیش و ناز و طرب — تمو مهه جبینو گذور کهه شه شب
به باغ شتهاں جاد ساز و سرود — وزان اوس ته بو دزان مشک و عود
صُبح پهول سرِ کوه بو آفتاب — ډیان سار نے ووت نان و کباب

۱ رابطه دوه بناوٹن ووِل ۲ د شواری ۳ لوبه ئی

ضیافت بہر گونہ اقسام ہے — سوڈا واٹر کی بڑی بڑی جام ہے
پہ کینٹر ہاییمس دِل مشگان اوس چیز — تہ وائن تیمس اوس چاؤ سرلذیذ
اگر کانسہ مہمانس یس اوس خاب — شہ بیدار گژھو وکھ بشان نواب
بدستور دیروز امروز ہم — ضیافت تِمن واتہ باشانِ جم
تیتھے پانچھ چار ریتھے پانچھ قاب — بہ رغبت فرشتن نوان آب و تاب
شہ شاہپال از طرف بیندراز شاہ — حکمران بہ اندریں بارگاہ
شہو عرض کورُ یژ منش لولہ سان — بنیہ اسہ یم محترم مہمان
اجازتھ چھ مشگان شہابے قصور — گژھو سوے مادایہ خود باسرور
شہنشاہ زین الملوکن یہ بوز — بہ مختار تمہ ایچھنس نامہ سوز
شہے پانے ماجرا یام بوز — بو اسیر چھے سان جواب تو رِ سوز
بہ تجویز بیندراز عالی کمال — سپھتے پانچھو ہفتس چھ شاہن سوال
بمع کلہم و خاص و عامان تمام — برابر چھ ہفتک کرِتھ انتظام
یہ منشور ہسِتھ پانہ شاہپال آو — بدربار شاہی بستا عظیم ژاو
شہنشاہ زین الملوکس وونُن — زیبندراز شاہ تس یہ باور اونُن
بُیک ہفتہ روزُن چھ سارِنی ضرور — اجازتھ چھنہ کانسہ نیرُن بدور
چھ اعلان دیتمت امیک پیشتر — حمالس اتھے اسے شاہے ناموُر
غرض بیٹھو ساری بہ فارغ دلی — خبر گیہ ہر سو بہ روشن دلی
یوان پرتھ چھنہ سالرن پوز یہ چھا — چھ ہفتس بیتے روزِ نے خاصا
سو سخن مختصر بوزلے دل فروز — چھو دیروز عشرت کورکھ ہفت روز
ریتھے پانچھ کھین چن شراب و کباب — ریتھے پانچھ سنطور ساز و رباب
بیلہ روز ہفتم زرخشند شمس — سُہندن ابتدا اوقت[1] اوقات خمس
تمے نور سیتی مزین جہان — شیبتو تہ خبردار گے مہمان
وداعک[2] چھ از روزِ ہفتم بباغ — دریغا ازیں باغ ماروزِ داغ

١ پانژن وقتن منز ابتداء یانے صبح ٢ نیر نک وقت

بخدمتہ شہنشاہ یندر راز سے — معظم مکرم سر افراز سے
سلامات تسلیمہا بے شمار — رشانی کمی عرض اسے نامدار
وۄنتہ یی ہیتہ تمۍ روخصتھ ووڈیو — دیان ڈراسے از باغ ساری بہ فور
نیبر ڈراسے از باغ تم خاص و عام — سپن لوکۍ ہمت رسیٹھ ازدحام
کوڑکھ روخصت عام لوکان تمام — بہ ماوائے خود توہی گژھو نعمش خرام
تمن آیہ نہ پرژھ تہ ترووکھ قدم — دعا و ثنا خوان بہ خیل[۲] خدم
تہتے ڈراسے تم یتھ یکانی چھ وۄنتھ — سر دوش ہا قیمتی یار ہیتھ
فقط میر صابن وونکھ باوقار — جنابن چھ تجویز واتن نگار
بتیہ یم خدا دوست مردان خاص — چھ دعوت تمن تور یِن بے ہراس
شہنشاہ و میرو وزیران تمام — چھ استاد روخصتھ منگان از امام
دوپہکھ شاہزادن بصد انکسار — کرو مرحمت از بہ این خاکسار
وچھو میون جاین بہ شہر نگار — بہ شفقت کرن از تتے چھو قرار
کوڑن عرض تس بہ تعظیم تام — گژھو توہی شہن ستی با احتشام
مزین کرن خانہ آباد میون — مشو رنج شاہانہ ہیتھ چھس بہ چون
چھ تتھ جایہ سورے کرتھ انتظام — مہیا شراب و کباب و طعام
مے تھوومت امیک پیشتر چھم خیال — بہ شکرانہ دفع رنج و ملال
بہ فارغ دلی رات شبا از کرو — ثنا تس خدایے جلالس پرو
گژھن چھم مے پری ین نشے نو نگار — کران شہہ پری آسہ مے انتظار
تمن یمہ روخصتھ کرتھ تیز تر — دیو توہی قدم اسے شہے نامور
دیان ڈراو شاہ با شہان جہان — وزیرو امیران ہیتھن ہم عنان
بہ باغ پری ہا راہی سپن — شہ شہزادہ با فرشاہی سپن
تمو یوزمت اوس شاہنشہان — مرخص سپنو جملگی میہمان
بہ باغ اندرون وۄت شہزادہ یام — شہ پری یہ نشہ گو تہ کرنس سلام

---

۱ شام واتنام دِوَنس ۲ نوکر تہ فوج ہیتھ

شمِتھ آیہ تَس ناد لایان تمام
ہمہ رانیانن شاہنشہاں

بہ اعلان شہَن دِوٕ رخصت عام گوٚر
تموٚ بعد چھِ تہٕ بار تھوٚوِمُت تیار

بدستوٗر مردان تموٚ ترٛاوٕ دو
فقط روزٕ باغَس اندر بے ہراس

تموٚ موٚنگ اِجازتھ زٕ تاجِ الملوٗک
شہنشاہ ساری بطرفِ نگار

بلحاظا تھوہے نور واتنٕ ضروٗرور
پہ بوزِتھ دوٚپُس پرٛی یہ اسے نامدارٕ

دِنِتھ یی حمالہ اَمن بروٚنتھ کُن
دوٚپُن تَس خبردار دلشاد شوٚ

چھُ تجویز تموٚ شُند بوقتِ وداع
بمع کُلہم دولت و مال و زر

نہٕ سوروے کوٚرم کورِ چانے نثار
یہن اُمہونے پوٚرٕ اطلاع دِلَس

پہ بوٗزِتھ حمالہ سپُز شادمان
توٚ ہشند سایہ برسرا سے دیرگاہ

شہ یشد راز شاہ شاہِ جن و پرٛی
رضامند تَس نِش ہمہ خاص و عام

بہ خدمتھ عرض چھُم معافی خطا
پرٛ از مال و دولتھ چھُ سورُے یہ باغ

عطا یوٚدٕ کرٕکھ ناگ ہیمتھ کیا توٚ صوٚر

سعہ حمالہ باحرمت احتشام
بہ حُرمتھ یمن ہم جلیس و عنان

بہ ایحسان جہانا تمی رام گوٚر
یکایک تُلکھ یس یُتھ آو وار

بہ ہمراہ ایشان تمے یک جلو
حرمہاے شاہاں کہ بودند خاص

دوٚپکھ تمی کرُن صبر با صد سلوٗک
رَوانہٕ سپُز ہمرہٕ شہریار

شبَس تمی بہشن کیشہ چھُنہٕ تتھ قو صوٚ
یمن یُتھ چھُ روزن گرٛھن نہٕ فکار

بہ اُلفت تمس سرگرو یے دوٚپُن
زٕ الطاف یشد راز آباد شوٚ

پہ باغ گرامی حمالس فدا
پہ کینژھا یمتھ اندر چھُ لال و گہر

کرُن عشرت و عیش لیل و نہار
بہ باغ اندرُن روزِنہٕ ناگ تَس

دوٚ بھتھ تھوٚد دُعا تَس کوٚرُن بیکران
چھُ یوٚنتام تابان یہ خورشید ماہ

خدا پوشہ ناون تیتھنٕ افسری
رضا تَس سلیمان علیہ السلام

پہ باغِ ارم ییلہ کرٛوٚ تھ عطا
فضیلت زیادہ ازیں آب و ناگ

زٕ الطافِ ایشان چھُنہٕ کینژھہ تہٕ دوٗر

یہ بولا کہ دوپٹس پری یہ خاموش باش — سخن گوش کر دار باہوش باش

چھپی پہ ناگو سگے جور نزدیک شاہ — یہ پاتال در باغ بیشد راز شاہ

مقرر چھپی اگر چشمہ در تخت من — چہ مابین پہنچے قاصد ان سخن

چھپنہ آیہ کوئی وصف ایسا چشمہ سار — فزون تر ازیں وصف ہا بے شمار

ملے تہ شاہ بیشد راز سے گفتگو — ٹیلیفون کی پاٹھو جیسی روبرو

بیٹیہ کانسہ اگر یہ چھپنہ ایسی مجال — شہ کر پہ چنیں گفتگوئے مقال

بہ غفلت اگر کانسہ از تام کوہ — بہ تقدیر کو کول بیٹیہ اڈن تہ زور

بیٹیہ خداناہ تنشد گوشناہ — ازیں آرزو شک ہو دائش پناہ

یہ بوزتہ حمالس تسلی سپوچن — تسلی دلس تس یہ گلی سپیٹن

بحق پری شان بیشد راز شاہ — سوال تہ کوڈن دعایہ خدا اسپیٹاہ

غرض پری یہ کوڈ تیز بنک اضطراب — بحی پری یہ ہمہ آسپہ تس ہمرکاب

یہ الفت ووٹن سوسے تاج الملوک — ژہ سپتین ہمیشہ چھپسونے سوالوک

بہ عیش و طرب شاد و آباد باش — ز تکلیف دوران تو آزاد باش

بہ تعظیم سرخم کرتھ روڈ شاہ — کرن عذر خواہی تمس واریاہ

دپان ڈرایہ پری یہ خراما خرام — بہ تکریم پیڑھ بایہ ہمرہ تمام

ز دروازۂ باغ کوڈنکھ جواب — وداع کر کوڈکھ باخواستہ خطاب

اتوت تا مقصن بالباس منوش — یکان آسہ دایہ کران ہوش ہوش

جمع گرتھ چھپ سارئے زبیروٹن باغ — ڈرڈو کورکھ گو باغ ہنز تاب ناگ

بواپس پیدلہ آیہ مہمانیاں — کہ ہمراہ اوشاں بودند آنزمان

گوڈنی گیہ تمہ جایہ پیٹہ ناگ اوس — درخشندہ باغس شہ ہنز ناگ اوس

وچھکھ یہ تمشک کونہ نیب ونشان — بہ عبرتھ چھپے سارئے وچھان وچھہ فیشان

زمینس تری اسنہ زینہار — وچھکھ حاڑتن گیہ آن گلعذار

شہ مکھ غمگین سپنو بے قرار — دوچن نایہ روس باغ کیشا چھپہ پکار

حمالن دوپٹس غم میہ بر بہر آب    یہ چشمہ یہ باغ پری ادس خواب
سپُن غائب نیتھو تمہ ہمراہ خویش    گژھی آب کوتاہ ژکر ناز و عیش
وُچھکھ پانہٕ فرداہ باغس اندر    عجب چشمہ ساران وحوضان نہر
بہ خدمتہ بہ حاضر چھےے ہر زمان    مہ بر غم تھد اتھاؤ ورنے در امان
دیان ہیچہ سارییے بہ عیش و بناز    بہ خرمتہ تمے پیٹھ اکھا سرافراز
غلام و کنیزان تاج الملوک    تمن خدمتس رودی باصد سلوک
حسب اخات شاہی تمن گوہٕ گون    مہیب ابباغ پری اندرون
وُچھتھ شہزادس سیٹھا شاد گو    اگر اوس تہ حباہ آباد گو
خدا داد تعمیر تہٕ لال و زر    گرانمایہ شاہانہ لال و گہر
بنیاو تس زیادہ زشہر نگار    پوٗرُن خمدِ بے حد سویے کردگار
زمہمانیانان ایس باغ خاص    بخدمت حمالس کران التماس
یمن تیٹھنہٕ تکلیف واتیکھ ذرا    ذہردار ژے چھکھ نہٕ چون و چرا
حمالن دوپس غم میہ بر زینہار    بلاشکھ پمن ہنزہ چھس ذمہ دار
شب و روز خدمتہ کرکھ لولہ سان    گژھن شاد و خورم مشکھ خانمان
یہ بوزتھ سہٕ شہزادہ ذی العقول    سپُن خوش دِلس گوس مطلب حصول
ہیوتن روخصتہ از مادر پاک زاد    دُمنزل پکان ذراو مانند باد
وُنے اُس شاہ واتہٕ نے در نگار    یہ بیہ واتی تمن ہم چو بادِ بہار
شہنشاہ پکان اُسہ با احتشام    کرکھ اَڈ و ستے شاہزادن سلام
وُچھتھ شاہزادس سپنز شادمان    بہ دارالامان واتی باعز و شان
بہ دروازہ شہرِ شاہِ نگار    اندر ژاےے شاہن عالی تبار
اُمیر و وزیران و حباکر غلام    سپنو وارِد شہر تم خاص عام
وُچھکھ تاز شہرا برنگ دگر    بہ چالِ دِگر قیل و قالِ دگر
سہٕ تعمیر باشندگانِ شہر    بہ حالِ دگر چون رئیسان دہر

۱؎ دُنیا ہیچو رئیس

وُچھکھ جُملہ مخلوق شہرکۍ اُمیر  ۔  بہ بوۓ گدایانہ روۓ فقیر
بہ دولت سرایاں شہزادٕ یام  ۔  پکان واتِ شاہ گۍ سےٹھا شاد کام
وُچھکھ تازٕ تعمیر طرزِ دِگر  ۔  چُھ جنت تِتھۍ اندر شہن پھول جِگر
پہنیوٗ سلطنت رُٹ تمو در نظر  ۔  نہ ہیچ ونہ ہیچھیم زیں تاجوٗر
سجاوِتھ وُچھکھ جابجا تختِ زر  ۔  جُرِتھ قیمتی دُر و لال و گُہر
اویزان جواہر بہ دیوار و دَر  ۔  فروزاں چو مہتاب بہ خورشید و فر
سپنیوٗ حیولا جاہ و حشمتھ وُچھتھ  ۔  اگر اُسو دانشدٕ نوٗ گۍ ہینچھتھ
کوٗرُکھ عرض شہزادٕن از انبساط  ۔  بہ تختانِ شاہی بہو ہر بساط
دپان بیہو تختن بہ اُیین جم  ۔  فزوں تر ز پرویز جاہ و حشم
کوٗرُکھ شاہ پورس سےٹھا آفرین  ۔  مبارکھ بہ فرزند باداد و دین
بہ ایں حُرمتت چشمہ بد دوٗر باد  ۔  دلِ دُشمناں خستہ رنجوٗر باد
پرژھس مالی از باغ نسٗوان خبر  ۔  گئ شاہ پرٕی یا چھ باغس اندر
اُنیتھ کو نہ پرژھو بایہ باناز و عیش  ۔  اگرچہ در آنجا کوٗرُکھ ناز و عیش
ولیکن تہند یور واتن ضروٗر  ۔  اُسے کیتُت سعادت ہزاراں سروٗر
مُفصل کوٗرُس شہزادٕن بیان  ۔  یہ کینژھا اَسے بوزتھ ز باغِ زنان
ز الطاف و انعام یتھ راز شاہ  ۔  عطا باغ کروٗن بمع مال و جاہ
تہ سورُے کوٗرُن پادشاہس بگوش  ۔  سپُن بوزِتھن شاد گو تازٕ ہوش
دوٗ پٕس شاہزادٕن ہمہ رانیاں  ۔  مُعظم چھ یمہ خاصہ مہمانیاں
کرن از شبس باغس اندر قرار  ۔  کفیلہ حمالہ تہنز ذِمہ وار
طُفیلِ حمالہ کرن نیش و ناز  ۔  تو خوش باش اے قبلہٕ سرافراز
سپنیوٗ واقفِ حال تم شہریار  ۔  بہ مہمان گرٕی اُسو ہم نامدار
شہنشاہ پوربس کوٗرُکھ بادیقا  ۔  مُبارکھ مبارکھ ہزاراں ہزار
مبارکھ بہ فرزندت اے شہریار  ۔  خُدا بقا دِیتس درجہاں پائیدار

١ ازہن ہنشد باغ

اُمس بخت و اقبال عمرِ دراز
ہمیشہ بوین در جہاں سرفراز

کوٗرکھ واریاہ شاہزادس دُعا
سپہنہ رام تمہ سپندکر بہ عون خدا

اُتھو اندر کرِن ڈیڈھ وانن خبر
جماتھا شہزادا ئژ بیروٗنِ دَر

دیان تم چھہ اُسمہ پہر از حکم شاہ
چھہ یوت آہتین کیا چھہ فرمانِ شاہ

دربان واپس شہہن دِیت جواب
بہ عزت اندر تم یہ ین باشتاب

وزیرس دوپن در فلاں جایگاہ
بحرُمتھ تھوو تھوود یمن پایگاہ

وزیرن بفرمان ممدوحِ الصدرؔ
اُنن پہر با عزت و جاہ و قدر

بجایے کہ فرمود شاہن شہنش
مقرر بنزدِ نشیمن[2] گہش

دیان بیہٹھو تم باکمالِ سرور
دوٗپکھ بنہ چینددن تہ دندن ضرور

دیان پژھتہ اکھا بیوٗکھٹھ با انبساط
بہ شانِ کیووٗش و جم بر بساط

دیان اوس در باغ یتھ راز شاہ
بہر کار موختار شہہ پال شاہ

ستہ اوس تاج الملوکن بہوش
تمس بود مُت بہر این خورد و نوش

تمن کیو ستے آسن گرہ چھم کھین تہ چین
کرن گرد شاتہ تہ راتس بہن

تو ے اوس شاہیال شاہن تمام
نکارس اندر کرُدومُت انتظام

برایے رضامندی یے دوستدار
ملون مزین ضیافت تیار

سہ توٗت وو تمت اوس باسلطنتھ
کھینکو تہ چینکو چیز سامان ہیتھ

بہ مطبخ پکان ڈراو شہزادہ یام
کرِس دورِ تمہ شاہِ پالن سلام

دوپن شہزادس چھہ سوٗرے تیار
چھنے کیا تاَر وُنہ بیہٹھو نا شہریار

ضیافتھ طباقن برِتھ عنبرین
مرتب بہ سرپوشن ہا یے زرین

چھہ وہ ستاد استاد محکمس تیار
رضامند سائی کرُکھ شہریار

وُچھتھ بوٗزیتھے شاد گوٗ خاندار
پکان آو در خدمتِ شہریار

کورون عرض شاہن ضیافت تیار
بفرمان چھہ استاد جاکر ہزار

دوپس شہریارو درنگی چھہ کیا شاہ
چھنے اُنگر ضیافت کھینی خاص خاص

[1] مطلب پادشاہ [2] پادشاہس نزدیکھ

چھُہ ٹاٹھیم کھیٚنگ داہ بجے ایں زمان … برابر سیٚتیٖن وقت اسے مہربان
بہ تجویز شاہن شہنَن کوٗر خطاب … بہ مطبخ اَنِو کھانہٕ نان وکباب
دِوان منتظِم اَسہِ حُکمس تیار … ٹُلِکھ طشت وآن قابہٕ ہا بےشمار
سیٚٹھو دٲخِل محفِلانِ شہان … دُیٚتکھ دست پاکھ از کہان مہان
رنگ آمیز دستار خانان خاص … بچھاوِکھ زَ زربفت کمخاب وطاس
بہ یک طرفتُل عین طبقہاے نان … سیٚٹھو حاضِرو ناظرِ مہمان
فزاد اتمن قاب ترٲوِکھ ژونیور … بہ حاژتھ سیٹھو ژٕھینہ لگو اور یور
سیٚٹھا تنگ سیٚٹھو تم از پیگرو دار … دوٚیِکھ پکہِ وَیتھ اسہِ کھیمو دۄسہ چار
دِوان پیر مجلس شہ تاج الملوک … کوٚرُن عرض مہمانہٕ نے باسلوک
چھُہ قانوٗنِ بیشدرازِ قانوٗن مَن … کھیٚنس تہ چینس منز گژھنہٕ ہیمرہ بن
بہ شرعَن چھُنہٕ اَتھ اندر کینہہ قصوٗر … بہ حکمت چھُہ منظوٗر زِ عقل وشعوٗر
سیٚٹھو سخت مجبوٗر از وعظ وپند … بیکدم کھیٚنس پیٹھ تمو لٲگو دند
فراغتھ لیٖتھ آفتابو نشہ … کرِکھ باز سر پوشہ قابو نشہ
زبویے ضیافت تمن مغز پشہ … بہ ہوش وحواس آسے گٔے تازہ تر
بنامِ خداوندِ رحمن وسبحان … کسِ بےکسان خالق انس وجان
پہ کیٚنژھا تمو کھیو باغ پری … دُچھکھ در ضیافت سیٚٹھا برتری
بَرغبت ہیٚوتکھ کھیوٚن تہ نان وکباب … شراب مُصفا چیوان جاے آب
سیٚٹھو در تعجب شہانِ جہان … چھُہ واقف شہ واحد بہ شہر نہان
تمی بخشمت چھُس یہ جاہ وجلال … بلاشکھ مہربان چھُس ذوالجلال
چھُہ طاقت کوٚہ ہشند دُنی کینس درجہان … مقابلہٕ اَمس سیٚتؠ کُس کرِ ادِ مان
کمِؠ باغ بیشدرازو ہم شاہ پری … اَسے سیٚتؠ ہردم دِژن حاضری
اسے نِش بیک لحظہٕ کوٗنہٕ جُدا … بجا آویِتھ جابہٕ اَمی شند ہدا
بہ یعنی ضیافت بہر گونہٕ چیز … معطر ملوّن نفیس و لذیذ

چھ ییتھ جایہ راوی کران یہ بیان
حمالہ بیلہ دزایہ شرقیستان

بکاول سپنہ جاے در اضطراب
چو دیوانگان ہوٹ تمس خورد و آب

شہ فیروز شاہ تمی سُندُے قبلہ گاہ
جب باغ ارم بوتشند تخت گاہ

لیکھت ناو تیتھ گلستانِ ارم
لسان ہ بستان تتھ سۂ بوٗ با حرم

جمیلہ خرم تمی پتہ سپنزے خاص اُس
حرمخانس اندر ییہ پاس اُس

بکاول پری امی سپنزے کور اُس
وُچھان تس چھوان ہوٗرمسر ذرا عِس

دپان روزِ تفتیشِ گل از قضا
سپدٹھ پریو ییہ وو تمت بو پیزا

بہ پاداش آں باضیو تل قدم
تہمن یاد پیو از بکاول صدم

دبادب گرژھتھ ماجہ کورہس بیان
بکاول چھ وارا گرژھتہ جان

منوشس اکس بتھ گژ مبتلا
پنن پان ژھنمت بپایہ بلا

یہ بوزتھ سعہ خاتون جمیلہ تمام
چھ آتش سپنہ شولہ ور این پیام

چو بادِ دمان ذرایہ وایان سعہ پر
دبادب گرژھتھ پتیہ باسس اندر

ملاقی بہ دختر سپنہ یام تام
بلا شکہ وُچھن بستہ کاٹھر ژ بدام

وُچھتھ تمی سندے خوے نہ رنگ روٗ
تمہ شیشکے پوشہ سنٖے آس بوے

بہ الفتھ رٹن زور اندر بغل
دوپُن تس ژہ کیا پیش آمژ وول

دماغس اندر سوز زنبور چھے
ژییے سپنس کژتہ نقل طنبور چھے

سے بوزم ژ چھکھ کرانہ ذراہرژ نہ بر
گرفتارِ در عشقِ خاکی بشر

دیتتھ ننگ و ناموس شاہی بباد
پدر چون فیروز شاہ زندہ باد

سہ شاہِ پرستان بجاہ و حشم
ژہ بد خوے ذرایکھ آسے لا جرم

وَنن کیا تمس تم وزیر و امیر
وَنن کیا تمس جملہ برنا و پیر

ژییے کیتہ اوس ناکھ نہ قبیلس اندر
گژھکھ ژ بے منوشس پتھ دربدر

دریغا اگر مول بوزی یہ کتھ
بکاری شہ ماری تہ ہاری ژییے رتھ

بکاول چھ بوزان یہ از گوش و ہوش
دوپُن ماجہ پیپرتھ زبان وٹھ خموش

وناں کیاژ چھکھ بے سُدوبن خبر
دُبارہ میہ وَن ایں سعہ خَتن ہوشکر

میٚ از تام زانٛہہ چھُمیٚہ گوٚمُت کنن
عشق کس دِپن عاشقی کتھ وَنن

میٚ وُنی کیٚن ژٕے نِش عشقکیٚ بوٗزناو
یہ بکو اس وسواس تلواس ثراو

نہٕ وُچھمُت میٚ از تا ہیُھ کانٛہہ منوش
یہ بُہتان ژٕے کمہ تام دوٚپمُت بگوش

یہ کتھ پیمو ژٕے وُنی نے سہ انتن حضور
مُقابلہ وَرٕنے چھہ کیا تمہ قوا صور

نتہ چھکھ بناعقہ تو ہمتھ کران
میٚ نیسیحت ژٕ اے مادرِ مہربان

ازیں طعنہ بازی و از سرزنش[2]
کرٕنی خو دکشی چھم سیٚٹھہ بہتر ژٕے نِش

دوٚپُس ماجہ پوٚز یا اَپُز آسہ کتھ
نصیحت ژٕ بوزآمہ نِش روز یتھ

چھُنہٕ ژٕ ڈوٚر روزان عشقُن اثر
چھُ نافہ تمئیک مُشکُک نیران خبر

دروٗنی سعہ جمیلہ سوزان آس
سمنروے اِستادٕ بوزان آس

نظر دوٚر ثراوِن وُچھن ہمسنان
حوالہ کُرٕ شہزادٕ یکان

بفورَن دوٚپُن پَرکِہ اُکی سے ژٕ لار
حمالس ژٕ دَپہ ژوٚرٕ تھاوُن نگار

گزشتہ تمہ حمالس وَنُن ماجرا
یہ کینژھاتہ بوزُن زچون و چرا

بسرعت حمالَن سہ نیوٗ اُچھ وُٹھتھ
بَیک سو تھووُن جایہ تنہا گِھٹتھ

بہر فن سمنروے ہُشیار آس
دریں باب سعہ سے واقف کار آس

اِشارا دُیُتن پَرکِہ کُن آرٕ کوٚت
گوٚمُت سے مُسافر دریں باغ ووت

یہ بوزتھ بکاوُل سپنٛز نیم جان
مبادا جمیلہ وُچھِس ایں زمان

بیٚیتھ کنو تسلی دِلس گوس پوٚر
سمنروِ یہ روپوش تھووُمُت چھُ ژوٚر

جمیلہ پس از اختتامِ کلام
بگلگشت[3] باغس گُنے دراِیہ تام

کنیزن کوٚرُن حُکم در ہر مدار
غرض چھُم کرُن از شبس ییٚتھ قرار

بکاوُل خبر بوٗزی تھیٚن شادمان
دوٚپُن تس سمنرو یہ اے مہربان

---

۱؎ ہیٹہ لیکہ روٗستے ۲؎ بدرد وَنہ ۳؎ پوشہ باغس پھیرتہ۔

چھ کتھ جاپه مافوق ماشوقِ من
مسے هاون فدا بو کرس جان و تن

دوپس تمه چھم ہھوومت سے نهان
چو گنجِ فراوان بکنجِ فلان

چھینه ونی کینس وار تس نش گژھن
شبانگاه ژسے لازم تمس نش اژن

گلس یا خزانس نشن در بهار
گژھن سهل لیکن چھ تته خار و مار

کرن صبر لیکن بصد پیچ و تاب
چو ماهی بے آب در اضطراب

دپان اُس کر لوسه این آفتاب
چو روزِ قیامتھ یه گژھم عذاب

غرض لوس دوه ژونه آغاز کور
بشوقِ دلے عاشقو ساز کور

جمیله دپان آیه سالا کرتھ
ببسترِ ڈیتن یان یکدم ڈرتھ

سیٹھا ییچ سو پکھ بکر بباغ اندرون
بلے از کدورتھ دلس پر زخون

به آئینِ شاہی کورن خورد و نوش
ستاد کنیزانِ حلقه بگوش

اٹھو اندر کورکھ بسترِ خابگاه
پئے استراحت به آرام گاه

بکاول بیک سوے بر فرشِ ناز
تمس بروتھ تمه یان ژووون دراز

جمیله بهانے سپنه مست خاب
ولیکن بکاول ژان اضطراب

یقین آس گیه غرق در بحرِ خاب
به آهستگی وڈھ سو از فرشِ خاب

نیبر دراے بے وایه از خابگاه
سمنرو نین سپنه تا جاپه گاه

بتیک گوشهٔ باغ آن مهمان
حمائل بتد ہیر ہھوومت نهان

سو جاپے قرار اُس آرام جان
اویزان سراپرده باسائبان

ملوں کانه بستر پلنگانه خاب
سجاوتھ بیک سوے نان و کباب

سمنرو خبردار شد جاسوس اُس
پکان ہیتھ شب افروز فانوس اُس

دپان واتھ نزدیکِ تاج الملوک
اشاره ڈیتن تس بحسن سلوک

مریضا طبیب آو دلشاد گژھ
ز دردِ پریشان آزاد گژھ

---

۱ روہتلو پژزل ون.

اُتھ اندر خراماں چو کبکِ[۱] دری — بناز و ادا آں بکاوَل پری

اُلِف دار تِمۍ شُند قدِ نازنین — وُیا سَروِ از باغِ خُلدِ برین

بہ سیمیں بدن تَس لباسِ زرے — موٗلُل پارچہ نالو ہر گوہرے

چُہ سیماب بر آں تنے نازنین — نِشان اَسِ رَتِم جامہ از شرمگین

رِوہنہ دار داماہ تِمۍ شُند وزان — بُخلخال[۲] زر شاقِ[۳] سیمین گُزان

بحدِ اُلم[۴] غارتِ جسم و جان — دیا آفتِ جان آں میہمان

بہر گوشہ آراستہ بےبدل[۵] — اندر تراہ تہ آیہ شاہس وَدل

وُچھِتھ جلوہ تِمۍ شُند شاہے نِگار — وَوُتھ ہاو تھوٗد بہ اُمیدِ بوس وکنار

مگر تاب رُوٗد سینہ پیوٗ بر زمین — زشوقِ پری پیکر مہ جبین

مہ کھس چھوٗٹ تِمس گیہ گو عرق آب — بکاوَل وُچھتھ گیہ در اضطراب

بَٹ بالین[۶] پتھر بیہِتھ تَس گُلعذار — بہ اُلفت رَوٗٹ سر تَمۍ شُند درکنار

بہر سو انیسان خدمت گذار — عرق ریز شُد بر رُخِ شہریار

بکاوَل کران بوسہ رُخسارس — تِمس دلبرس یار مہ پارس

دوہُن تَس کہ اے حکمرانِ نِگار — مُزَّرِ چشمِ بادام کُر چھُم بیدار

بہ کرہ تس پراگندہ حالس اندر — گیس خستہ دِل بستہ زالس اندر

زخوشبوے گیسوے آں موے حور — پھولس دِل ژُولس بیخودی ہُند قوہ هُو

بتدریج در ہوش آمد منوش — در آغوش آں لُعبتِ تیز ہوش

وُچھن سر پَنُن درکنارِ پری — ہیے بوے خوش عنبر و ادفری

دوُ بِتھ تھوٗد سو گلبن رَژن درکنار — چُہ سروی کہ نسرین بگردش نزار

پَنِنہ نے کھوتہ جادِ تر شوق تَس — وُچھن مبتلا عِشقس اندر سو بس

دروٗنی دوہُن بخت بیدار چھُم — مہربان مشفق میٰ دلدار چھُم

---

۱ کبکِ.. پکھن ۲ گرہ ہا گور ۳ ژَنُن ۴ حد کھوتہ زیادہ ۵ بے نظیر، بے مثال

۶ شاندۍ ۷ موٗرتھ ۸ سفید جنگلی گولاب۔

دو سویہ گُل اندام دوشانہ بدوش — کران عائش باہم پری بامنوش
گژھے اُس مشغولِ بوس وکنار — یکے سوے سُمبل یکے با انار
بعشقہ ہیتیکھ اَکھ اُکس دِنی خدنگ — ونان لولہ کی داستان رنگ برنگ
رتمو باہمی دود باوُن ہشیو تیکھ — سمنرو یہ یکدم اشارہ ڈیُتکھ
گرو مو مختصر قصہ فرصتھ چھےٚ تنگ — مہیا چھ بستر بچھاوتھ پلنگ
ارا ما کرو ومنی چھُپنہ تہتھ قوصنور — مےٚ تماکس نشیہ چھم گژھن بلضور در
غرض دراپہ نحمہ دمر سمنرو پری — جمیلس نشن روز در حاضری
سعو گاٗمژ و چھن مست در خابِ ناز — دوٗپن جان گو یان تژوون دراز
بیٚیتھ رکنہ بکاوُل تہ تاج الملوک — پلنگس بیہن کھُتو بحدِ سلوک
بسترِ تمن روٗدنہ آب و تاب — ہیتو تکھ کراوُنے نوش وصلک شراب
گلن کراو کوتہ بلبلو مانہ ماٗنی — بہ در شگفتگی جُفت گےٚ پانہ وانی
ویا جلوہ گر باد شُد باضداد — بباغ اندروں غنچہ را لب کشاد
بہ شکوہ کران اکھ اکس کراہ کراو — کوروکھ نوش موے وصلکے دراکھ تاو
سپنی سیر از نیامتِ خوشگوار — ژھینتھ پیےٚ دوشنہ نیندر ہشد اکھ چار
بگردن اکس اکھ بہ عائشِ تمام — ژہن حلقہ کرو وکھ تہ ترووکھ ارام
دوٗپکھ کراوُنے وُنی چھُ عائش وطرب — یہ باقے بہ آدایے فردایے شب
خبر چھکھنہ این خصمِ چرخِ برین — چھُ لب تشنہ برخون چو شیرِ غرین
خبر چھکھنہ این دشمنِ کینہ خواہ — چھُ زاگان برنز گلیم سیاہ
خبر چھکھنہ از گردشِ چرخِ پیر — بکمانے کڈیتھ کش چھُ بردار و گیر
دریغا ازیں گردشِ آسمان — دریغا ازیں دشمنِ جان ستان
دریغا ازیں یارِ ناپائدار — گہے گنج گاہے دوان نیش مار
دریغا ازیں ساز وسنے طمطراق — فراقا کریٖتھ تھاو ناداں فراق

---

ءا تاوِن دُنیا۔

یہ چھےٚ ووکھ تہٕ دوکھ زاگیتھ دِلی  کنا رس لیگتھ ناو واپس نیی
وُچھاں گژھ بہ ایں یارِ لبِ تشنگاں  کراں کیا چھہٕ ایں گردشِ آسماں
حذر کر ازیں دُشمنِ روے دوست  عمل کرٕ او بر ایں نصیحتہٕ نکوست
پس از مدتے بم پٕہ مہجوٗرگاں  ز بیمارے عشقِ رنجوٗرگاں
شمکھ تہٕ دوٗیکھ دوہ نی دِمو دادِ عیش  یہ زونکھ نہٕ جاوے گژھو سینہٕ ریش
مہربان بیا ساقیا نیز تیز  بکامِ دِلم جامِ عرفان ریز
ازاں سے شوم حسے زخوابِ ممات  ز تلبیسِ ابلیس یابم نجات

## جمیلہ خوتونہ ہند ہشیار گژھنہ

پیٹھ تاج الملوک وُکر ہند ماٗدانس مشر تراونس تام

لیکھاں یی چھہٕ اُستادِ شیرین کلام  ز بنگال شیخ عزت اللہ بنام
سہ خاتون جمیلہ رئیسے حرم  حکمرانِ گلستان ارمنہ خرم
بفرشِ گرامے پلنگس پیٹھن  بلا خوف و ڈر اُس ڈاپھا دِتھن
بناگہ ازاں خواب بیدار شد  بلے بہرِ آزار دو یار شد
بہتھ روز تکیہ دِتھن سر بزمی  بہ بسترٕ دُچھن نہٕ بکاول پری
یکایک رتھن بسترن دوٗن دِیتھن  وُچھن تہٕ کنیزن نبیا نہٕ ہیتھن
بکاول شوٗ لگتھ اُس پہلوے من  چھےٚ گاہ سہ کوٗت کیا گمژ تس وُنی
رتمو عرض کوٗر ہس چھےٚ اُسو بے خبر  شوٗ لگتھ آسہ وُنی تراوِ مژ اُس لر
نبر آسہ دراو مژ کراں سیرِ باغ  سیٹھا تو ٹھ چھس باغ تہٕ بیٚیہ ناگ
تمس آو نہٕ تاب لوگن لِباس  سمنرو تیجن سیتی بیٚیہ کینہہ خواص
ز نورِ قمر عالم افروز اوس  شب تیرِ سے گومتن روز اوس
چھےٚ پیران سہ باغس وُچھان بسو  وُچھن نہٕ سہ گگرو سیتھ نشعد خو

دوپُن پرؔیٛن کُن دریغا دریغ
گُژھ ماہ تابان شُدہ زیرِ میغ

رتھو دوپ چھےٚ اُسھ چانہِ کھوتہ ہارتس
گمُژ گوٚنت وکانہٕ گوٚمُت کیاچھ تس

یمن منز فقط آں سمنرو پرؔی
خبردار از شیوہٕ دختری

دلہٕ منزٕ ہو کران اُس افسوس ہاے
رتمن دوٚن بلاوٕ در زیرِ پاے

پننی کنز بتد بیر روزان پتھ
رتمن اوس تقدیرٕ ہاوان وتھ

بیک گوشہٕ دوٚر تراوِن نظر
تہمس آو فانوس اندر نظر

بہ آں روشنائی خراماں سگیے
بیکدم رتمن نش سوداتھ پیٚیے

دُچھن بخت برگشتگان بر پلنگ
نژتھ اَکھ اَکس تھم در آغوش تنگ

جنوٗن آس جامن کوٚرُن پارٕ پار
لوٗدُن خاک رویس ووٚدُن زار زار

دُیتُن پنجہِ رویس کوٚڈُن موےِ سر
کوٚرُن قہر پرؔیین کوٚرُن شور و شر

دوپُن تس سمنروٕ اے بدگہر
یہ چونے چھُ فتنہ یہ چھاٰ نی ہُنر

دگرنہ کُھبا طاقت ای بُشر
درین باغ خُسید بہ این کرّ و فر

ژتے ملہ نو وُمت شور تہ نار چھےٚ
یمن ہووُمت ژےٚ یہ بد کار چھےٚ

دوپُس تمہ حاشا سےٚ چھُمنہ خبر
ازین فعلِ بد دخترت یا بشر

غرض آیہ باصد ہزاران عتاب
جُدا کرُی تہ آہستہ پاٹھن نہ خاب

بہ پنجہ تُلن بخت برگشتہ شاہ
چو سنگے ز منجنیق اندر ہوا

بہ خشم و قہر دوٗر دارتھ دُیتُن
حُکُم پرؔین کُن یہ سپتی دُیتُن

یہ نیٚنشدرے ہوٚتےٚ گژھ نین زود تر
دکرمنہ تراوُن بہ شتِ سقر

سہ مادان طِلسماتہ کےٚ صعب[2] تر
نتہ گژھ تراوُن بہ بحرِ قہر

بہ غور مانہ وے پرؔیو پے کرِو زور
تُلتھ نیو کھ تراوِتھ تہمس آیہ تور

بکاوُل ازین ماجرا بے خبر
کوٚرُکھ کیا بہ آں شاہِ والا گہر

تہمس راے دربر سےٚ چھُم یار جان
دوپُس ماجہ برخیز اے بدنشان

---

۱۔ اوٚبرُ　۲۔ مشکل

به خانہِ زِ بِسترس و اُچھن پتھر — کوڑُن حد و تنبیہ تمس خوب تر
دوپُن تس کہ اے دختر نابکار — سزاوار گردن زدن کوڑ چھ کار
دریغا اُچھ اندر کرِئے کمہ ژھیٚے زان — دریغا اسہ اوسیہ ژھیٚے دشمنِ جان
دُپیتھ ننگ و ناموس شاہی برباد — دریغا کوڑے دشمنہ ژھیٚے عناد
مرُن یوژھ چھ بہتر ازیں زیستن — شونگِتھ جان آمُت ازیں ایستن
رو رخ نازنینش بہ ضرب طپنچ — بہ خشم و غضب بس رسانید رنج
وُچھتھ گئیہ مبہوت آں سیمتن — جوابا تمس چھیٚنہ پھیرتھ دَہن
دپان اُس یارب یہ کیا چھس وُچھن — یہ فرقت مے کمہ کاچھِنم دشمنن
دریغا اسہ کتہ یس مے بو درکنار — نشومت گُل ژٹتھ بلبلس خار خار
دروٚنی سہ ٹھا پائنی پانس پشان — بہ آخر جمیلن تِمن ہُند کشان
بخانہ زنین ہمرہِ خویشتن — گژِن بیِش مالیس سعہ نسرین بدن
بہ کنیزہا بہ باغ اندروں خار و شر — وُچھُن یہ دوپُن تس زنشہ سر بسر
کنہ بوزِ ہُند شاہ گو در غضب — ازیں لایِقا داستانِ عجب
کوڑُن عزم تس جیر و تنبیہ گژن — ازیں زیستن جان اُمو شند مرُن
مگر اوس پائے وِنہ تس خیالہ — شہن ژاپ ژھکہ ترک کرادُن سعہ ...
دوپُن از ژیٚتے کینہہ کرِ بسنہ اثر — بلے زی ژھنک ایژمرِ چھس خطر
جمیلس دوپُن مشورہ پیوہ مے جان — بہ پند و نصایح اُمِس امتحان
بہ ضرب زبان کراونہ حالِ بد — اگر بوز پتھ روز از حالِ بد
دِگر نہ چھہ میوٚنئے غرض قادخان — یہ ... ژلیس مرحن یا ژاوِ جان
غرض چید چید پری پیکران — شب و روز آسس نصیحتھ کران
ولیکن تمس گونہ تاثیر ہیچ — زمانس تمس جاِ ترا آے تیچ
تُہند واعظ گونہ تمس کار گر — کرِکھ سعہ مختصر شہریارس خبر

---

ع۱ چھپائیتھ ۲ع رَہ صحہ

شتهاپوّر بدارشوری تَس فسوّن
یہ بوژ ژھتہ سُہ فیروزشاہ نار گوَ
بر آں ساقِ سیمین بزنجیر زر
کرُیھ بستہِ تھاؤکھ سُہ اندر عذاب
ولیکن ہماں بند و زنجیرِ پند
ییّلے جباہ تیزی گیَیَس در وفا
پیان در نظرَ عائشں و آرام چھُم
اگر چھُم یہ زولاہ ساقن ستن
گیَیس کیا سُہ کوّت گو زپہلوے من
ژوّلم تنبہ لاءوِ ژھتہ وُچھن کر دُبار
ویداکه
مرشے نیّشدرِ ہرِ گوم کرُاوِتھ دوار
تیشدِ شوقہِ کاُتشیا ژرٹم ہجھٹو نہ بال
کوّڈم پیےَ کرُیھ سطےَ زِ گاموشہار
چھُو تشنہ وصالکُے بہ ژھانڈان آب
زِ ظُلمات گو غائب آں چشمہ سار
گمُانہ مےّ اوسُم زمستان دژاو
بہ عائشں و طرب چھاوِ وصلکُ بہارَ
یہ زونمُ نہ سونتس یتے چھُم خزان
گُلگن ڈوبھٹ پیو گوَ گُلین لوَرِ یار
خبرَ چھمنہ کوّت گوَ سُہ دِلدار میون
لبن کتہ رووُم سُہ وِلکُے قرار
نہیہ کُس تتمس میشانہ جاےٍ خبر
ونے سُے خبرمیأنی تَس زار زار

ژلان چھتس بہ پژاہ جاہ اوّنتس جنوّن
بزندان سنگین سو تھاؤن گرد
گیہ واوِ نہاو آں سیم بر
دوّپتس ماجہ کر نوش عشقکُ شراب
تتمس قید یس گوَ نہ کینہہ سوّد منشد
دوّپُن بہار دِلبرہ یہ جور و جفا
خیال وصالِ دِلارام چھُم
یہ غم چھُمنہ اِلا نیگارسں ڈیّن
ز آبِ روان خوشکے شد جوے من
حکمران نگار کہ شہرک نگار
حکمران شہر نگارک نگار
تیشدِ ذوقہ بُ کرُانہ دژاییس بال
دریغا نگار کہ شہرک نگار
لیُبتھ چشمہ ہیے ہیے مےّ گو آب خاب
حکمران شہر نگارک نگار
گُلین بچ پھُلے نہ گلُن کراوکراو
دریغا نگار کہ شہرک نگار
ازین ماجرا کینہہ نہ اُسیم نہ زان
دریغا ژوّلم کوّت نگارک نگار
سپُن رایگان دُر شہوار میون
شہنشاہ نگار کہ شہرک نگار
فقط چھُمکُے واہ چھُم چھاپہ گر
دریغا حکمرانِ شہرِ نگار

ہتہ صبحکے واہ آغاز کر | دُ منزل قدم ثراو پرواز کر
قسم چھے ٹُسے بیحہ جاہ دُچھمن سے یار | بہ چشمتہ نگار کہ شہر وک نگار
ٹہ بیتس لھاوتس ناوہ تاج الملوک | چو بلبل گلُن سیتی تمہ شند سو توک
دُچھن لالہ زارن اندر شاہار | کران عاشس شہر نگار وک نگار
نتہ آسبہ در نالہ تیل بُل | بران پیشانے موے کران سائل ڈل
بیہتہ ٹاکہ وارین اندر شاہوار | حکمران شہر نگار وک نگار
دُچھن داہ باغ ٹسیمس اندر | سوہ آسی ہدر بار خیر البشر
بیہتہ زاکہ دیدارہ سے انتظار | بصد زار آں شہر یار نگار
دُنس میانہ طرفہ بشیرین زبان | مُنائیسب پہ کر اوس اے مہربان
نیشندر پادہ لکھتن ٹوکر گڑاوُن قرار | دریغا ٹوٹلم شہر یار نگار
مے نیش نینہ رووک ٹہ نصیفہ شبن | کرس بال پامال لو لکو تبن
سوہ تان چھمنہ تیزان چھم عشقہ نار | دریغا حکمران شہر نگار
کران عاشہ آسس بہ باغس اندر | خبر کیہ تہ آسمنہ از خاروتر
ہگہ کرسہ تقدیرنے بہ ہشیار | بہ تحریک آں شہر یار نگار
چو ماہ دُہفتہ بہ گرد ہمن رٹس | گچس ہولہ تہ لولہ اُٹھریے ٹوٹس
ٹوٹلم ٹوکر ہیتہ حور صبر و قرار | دریغا حکمران شہر نگار
دریغا ز نزدیک کرہس بہ دور | منقص کوڑہ کہ میانہ عاشک سوڑ ور
دلاسا کرہتہ آیہ تن زار یار | گومت رنجہ شہر نگار وک نگار
دپس تراوہ نامیون رنج و ملال | چھسے منتظر ارز نو ہیمال
سمان ٹراوساہ درشن دبار | دسا زینت تاج تخت و نگار
پیھتے پاٹھو درنالہ و زار آسس | بزندان گرفتار و بیمار آسس
نہ تس خاب خوردن نہ عائش و آرام | گومت تس بیھٹن چار مذہب حرام

---

۱؎ ناگو اوزن - ناگو راے

به ماہِ دو ہفتہ تمِس گوٚ ہلال    بیٚہِتھ در تحیّر گیٚژھ گُنگ و لال

نہٕ باکس سلامے کلامے نہٕ تس    نگارٕ کرٕ نگارا فقط درد تس

جمیلہ یوان موج اُمِس دیتھے    رہائی لبَن بکھ ژاہ بیگانہٕ سےلے

شہٕ تمو مُشند وٚنُن اوسنہٕ تسُ وہین    جوابا نہٕ پچھپربھہ به مادر دِہین

نہٕ باکس سلامے نہٕ باکس کلام    کرُتھ خاب و خوردن سُہ پانس حرام

فقط دردِ جان تس نگارک نگار    بہتھے پاٹھ بٹھے با خود کران نالہٕ زار

## تاجُ الملوکہٕ نس فراقس منز نالہ زاری

به شب روژم مےٚ از بر    عجب سر تاجِ دلبر

دُبارٕ بہٕ لیٚتھ کر    زِبدا پایِن کرِس سر

گیٚیس تنہٕ بال آیتر    مےٚ گوٚ لولہٕ دِلس شیر

گژھتھ گوٚت زانہٕ ایتر    بیٚیتس بے بال و بے پر

بہٕ اُمِس در پرستان    منوشن نشہ پنہان

کوٚژم عشقن مےٚ یکسان    بہ شہد و شیر و شکر

کرٕژم تمو حبا عمو ہا نکل    گیٚیم مےٚ تمو سنزے گل

ژلیم مےٚ تیٚلی یہٕ گانگ    پہم افسون سُہ دِلبر

ژوٚلم مےٚ ژوٚر ہیٚتھ دِل    تپان چھس نیم بسمل

گیٚیس پا بستہٕ در رگ    چھُہ معہ کلُن میوٚن وشور

ونیس کوٚہ میشانہ گراو    ژٕ گژھتھ پانٕ اٰلی کاو

کرکہ تس ٹاہ ٹاو    سُہ پانے نِیٚ بوزِ خبر

تنہٕ روزم مےٚ ووٚمید    زِ نورِ ماہ و خورشید

بہ میانے حالہٕ چھی بید    وَنے تس بادِ صرصر

یکایک رتم ونُن تس    گژھے شاید کنُن تس

کرِتھ کیتا سوے ونُن تس    چھےٚ افتادٕ بہٕ بستر

سُہ اندر بند و زندان    ژٕ پر دین سیٚتو گندان

ریهوے چھ کار د رندان
کرِتھ بڑو ښه اُشنائی
د یارن اَتھ بے وفائی
کرِتس عشقن ته بدنام
ته چھُم آغاز و انجام
نگارا چھانه مایے
بهِچھ در سُنج ژھایے
اگر یله آسه ہا بو
ته دِمہ ہے وُنز بہر سو
ولیکن چھس به بسته
رہی چھانه دسته
وُچھتھ چون سرو آزاد
کوَرم آرن میے بیداد
ز شاخِ باغ شمشل
ترشے پژمورد بلبل
میے چھُم غالب گمانه
کوارکھ تیر یو شبانه
خبر کتھ چھانه ترووکھ
ته دور پر اَسه پووکھ
کیتس دیوانه مجنون
کمے چھُنه چھُم در افزون
خداوندا نگاه دار
توئی بس یاور و یار
چھُ مضطر نعمت الله
به ہر گونه عذر خواه
شفیع در روز محشر
به یا سرِ چار سرور و رحمه
میے چھُم اُمید کافی
دِیم گونہن میے معافی

دریغ اے ستمگر
گژهی شو بیا جُدائی
ته اوله دفترن پر
ژٔ پرستان شهر ته گام
خدا حافظ ز بد تر
میے تراوِم ژُونیز دایے
گمُژ بسته به پنجر
دِلس غم کاسه ہا بو
در عالم بجرو ہم بر
گمُژ از ربه نشسته
میے اُسم اے دلاور
میے گو غم قد شمشاد
ژٔ نیتھ بوُره صنوبر
خدا یَد گژهه کانهه گل
گژس مولن لوُگُم ور
سُه نیندر بہوت ز خانه
میے سیتین اوس در بر
دیا در خانه سووکھ
به حکم بسم مادر
چھووکس میے ترووہم نوُن
ته تمو سند اوله کے زر
ز تکلیف د ز آزار
به مجوّران مضطر
گوُمت از جرم جانکاه
به صد اُمید در بر
میے چھُم بس تمو سنز ے نظر
کرهم انشا منوّر
دِلس ترادِم میے صافی
چھُه بس الله اکبر

لیکھای چھُ از خامہ نامہ نگار
شہ تاج الملوک شہر یار نگار

بخشم و قہر کوٚر جمیلن جُدا
نہ آغوش آن دختر دِلرُبا

شہ پرِیِن اُستھے ژاوِ نوٗن بجسم
بدریا یاے قُلزُم ز دشتِ طلسم

ییٚلہ ترٛاو پرِیو شہ آلوٗدِ خاب
دیان گو شہ بیدار از قعرِ آب

وبدوک آبہٕ نے ڈیت ز بس انقلاب
کھسِتھ از بُنہٕ آب پیٚو فرش آب

گہے زیر گاہے شہ بالا کھسان
پیوٚمُت آبس اندر شہ از آسمان

چوٗ دِرۄاہِ نگاہے شہ در قعرِ آب
گہے آبہٕ ہیٚتھو آشکارا حُباب

پھٔنے پاٚٹھو کینہہ دوٚہ شہ آبس اندر
لَسان تہٕ مَران اضطرابس اندر

خبر چھُنہٕ شری ہیٚتھو گوٚمُت آب چھُم
تمس را ے دِلبرٕ مےٚ ہمخاب چھُم

بچیتھ کنہ دیان اوس چھُس غرقِ آب
الٰہی بکاوُل رٕچھِن از عذاب

ینٔ غم مے کینہہ چھُنہٕ از آن وایں
ولیکن تشنہٕ شوق چھُم بلیقین

الٰہی سلامتھ تھوُن آن نگار
ملاقات بامُن کرُن دوستدار

دیان اوس روزی تمس برقرار
پس از چند روزے شہ لوٚگ برکنار

برزق اوس باقی تمس در قفس
شہ زندہ وُنہٕ اوس کھالان نفس

بہ خوشکی تمس جسمہے تاپھ پیٚو
ذرا لوٚگ شہ ہوشس ییٚنہ صاف گوٚ

بہ آہستہ آہستہٕ ترٛاوُن قدم
ھدم برھدم تس ندیم و ندم

بساحِل یِکان اوس بے دست و پا
جزیرا وُچھن دوٗرِ تمہ خوشنما

بسُرعت یکان گو جزیرس اندر
جزیرس اندر اوس باغا زبر

بباغ اندرون اسی گُلو بے شمار
پُر از میوہ از صنعتِ کردگار

شیٚچھن خوش اندر ژاو باغس دلیر
چھُ توشان ز میوہ کوٚرُن نفس سیر

اویزان گُلن میوہ مثلِ آلہ
نتہٕ اسی مانندِ انسان کلہ

وُچھان میوہ نے کُن شہ مبہوت گوٚ
بحسرت ز خوردن شہ فرتوت گوٚ

---

١ آبہٕ کہ سَتہٕ مٕتر ۲ بُنیاد ۳ کژامہ ترٛیلن میوٚ اکھ جنگلی میوہ۔

دریں فکر سے اوس میون دچھان        بقہقہہ نہ میوہ اسون گومیان
ازیں قہقہہ پیئے وسِتھ بر زمین        کُلین بیمہٹ اکھ اوود نہ بلیقین
وسِتھ بر زمین یام تم میوہ پیئے        پتھر تم کُلین بیمہٹ نوی باو گے
دچھان گو بھاگتھ روانہ سپن        پیھے پاٹھو اکھ داُن باغا دچھن

کُلین بیمہٹ دچھن حبابہ جابہ انار        بجر اوس داُنس نٹیک آشکار
اکھا تمی ژوٹن تہ کوژن تتہ شگاف        دوہن دوہ نی ژلیم لبہ پچھ مُنڈے منے زاف
بفر جان بیٹلہ داُن تمی پھُٹرود        خود این تماشا تمس بیاکھ ہوو
دچھن دژاے از بطنی ناز انار        پرند ژرین ہو سمٹا جانوار

بہ پرواز تم جانواران زبام        بشاخِ درختان بہیتھ گے تمام
بجاگتھ سپن گو سمٹا خستہ جان        دچھیتھ صنعت کرد گار جہان
تسلی تمس گو موٹھس میوہ کھیون        ازا اٹھا قدم تمی ہیوتے تیز دین
پیتھی ہوو عجائب دچھن نوبنو        ز بے طاقتی حباو افسردہ گو

ژلان اوس دارا کران اضطراب        ولیکن جزیرس بہر سوے آب
پیھے پاٹھو کینژہ دوہ شہ زندے بگور        جزیرس اندر بوکران ذوہ دور
دوہا اکہ نفلا روہ بس کٹ پوژن        پیتیس عقل تہ جمع ہیژم کوژن
چھو تختہ پتل تتھ بنوون زبر        گرہ بستہ کوژنس بعقل وہعنر

سپن یام مضبوط تروون در آب        بہیتھ روٗد تتھ بیمہٹ نگارک نواب
اول فاتحہ پاٹھی پانس پوژن        توکل بنامِ الٰہی کوژن
دکہ دِتھ روانہ شہ گو از کنار        لگان واو سیٹھی یمین ویسار
یران اوس آبس اندر چون حباب        گہے زیر گاہے ببالاے آب
پیھے پاٹھی کینژن دوہن بو یران        گہے زند گاہے ز وحشتہ مران
پس از چند روزے شہ والا نژاد[۲۷]        کنارس اکس لوگ بنیرو یہ باد

---

ءا ازالف زئین ۲۷ نژاد

پۆرُن حمد تہٕ گو بہ خوشکی روان | شہ اُفتانٕ[1] و خیزان بێیے نیم جان
صعبٕ[2] ترشہ مٲدان پُر از خوف و بیم | بہر گوشہٕ تتھ مشتر بلاے عظیم
دوہس پکِتھ تھوٚک یێلہٕ شام ووت | براے رٕژ پیش سُتیُن آیہ کوت
ز خوفِ درندان سُتیُن دلفگار | بآخر کُلس بیہتھ روٗدتے تتھ قرار
ادا نیمہِ شب گو ز طرفِ دکن | تتھس گیہ پُرہول کرشِکھا کنن
چرندو پرندو تلکھ شور و شر | کُلس بیٹھ کھسِتھ یُس تتھس ژادو ڈر
اُلھتو اندر سُتیُن اژدہا اکھ عیان | دراز و بجسم چہ کوہے کلان
قضا را ووتھ اتھ کُلس تل قرار | کھسِتھ ادس شاہزادہ یتہ دلفگار
کوٚرُن اژدرن قے تہٕ موٚژرن دہان | سیاہ مار ژاوُن پتھر در زمان
ز اژدر سرِ بچھ ژراو یا منتھ نیبر | ژوان سرِ پتھنے تراو لال[3] پتھر
شب افروز لال چہ تابندٕ ماہ | بفرسنگ ہا لعلکی ووت گاہ
شہ مٲدان سُتیُن روشن از ہر کنار | سپز روشنائی چہ نصف النہار[4]
بہ آن روشنی از میانِ علف[5] | نیبر جانور ژراسے از ہر طرف
جمع لعلس نِش سپز چون غلم | بہ وجہ آسے تم وحشیان یک قلم
وُچھِتھ لعلکس عکس تم جانور | برقص آسے باشنے تہ دایان پر
ژھینتھ پیٹھ نکتھ مست و مدہوش گے | چہ افسون زدہ بیٹھو بے ہوش گے
موٚژرُن اژدرن اُس کھولُن نفس[6] | کرن جملگی دایِل اندر قفس
لعکِتھ جانور سرِ پتھنے ہضم کرُن | زندہ واریاہ روٗدی تم اُسی ژرُن
شکم سیر کرِ و اکھ ز نزدیک و دور | ہضم کرِکھ تم وحشیان و طیور
گرا اکھ ہمو بر زمین پان ژرو | شہ جوہر یێلہ سرِ پتھنے نینکلو
سرِ بچھ اژدرن نینکلوون ژوان | بدستور گو سوے جنگل روان
اگر شہزادٕ سُتیُن نیم جان | مگر بو کُلس بیٹھ یہ سورُے وُچھان

۱۔ ووٚتھان تہٕ پیوان ۲۔ مشکل ۳۔ لعل ۴۔ دوپہر ۵۔ گاسہ ۶۔ شاہ یا دام دِیُن۔

وُچھتھ تعلیٖمے کرٛن شہ دیوانہٕ گوٚو ... ییٚم نا آسِتھے اندرٕس فکر پیو
کوٚرُن مشوٗرٕ با دِلِ خویشتن ... بہر گوٚہرٕ در دست جوہر اَتن
صبحٕ یام پھوٚل گوٚو بدٕرس یا کنار ... اَدٕر روٗب اَزن یٖیہِ اُسس بٔکار
کُلس تَل نِشوٗن جمع تِمتو انتظار ... کوٚرُن تہٕ روٗٹھن اَتھہ شبس تِمتو قرار
پَنُن وقت، تَس اَجدرس ووت یام ... دَمان آو تِمتھی جایہ کرُوون مقام
بدستوٗرِ دیروز ہاران نار ... زِ غم بار دہان تِمتو نبرٕ ترٛاوی مار
روان سر پیٚٹھے قٕے کرِتھ تِم دو لال ... بٔصحرا شعاع پیو بحد کمال
فرو بُد گاشہِ وُچھتھ ہاؤ تِس ... چھو پیٚروانہٕ آمٕہ گے جانور
گرُسنہٕ گمُتو مار تہٕ اجدہا ... چپ و راست پھیران بعد اشتہا[2]
وُچھتھ موتُہ دو بتھ شہزادٕ پتھر ... کرِن کام گو غائب لال از نظر
رٕبہ تل یٖیِلہِ غائب تِمو کرِدو لال ... بفوٗرُن کُلس پیٚٹھ تِمی کھیٚچ ژھال
شب تیر بہ جاہ گو تیٖر تار ... ڈولِنہ لنگی دِنہ تِم زِ اجدر تہٕ مار
غرض تا دم صبح با تیٖر خاک ... سپٕنی ہر دُو موذی بخاری ہلاک
تَلی سپُن شاہزادس بدل ... مبارکھ سپنی کار گرمیانی بکل[3]
پتھرو دو بتھ نہاں لال کرُوون عیاں ... کرِتھ صاف بستہٕ کوٚرُن بر بیان
بہ امید آبادی آن دِل پریشاں ... ازاں جا قدم لوگ دِنے پیش پیش
نہ یارا سے رفتن نہ جاسے قرار ... ولیکن زہا بتھ شہ مردانہٕ وار
دُہُس بو پکان راتھ یا منتھ پوان ... زِ خوف درندان کُلس پیٚٹھ بہان
بیہِتھ پائٹھے روزے کُلس پیٚٹھ قرار ... شبانہٕ کرِتھ اوس آں شہریار
دیان اَتھہ کُلس جانور اول اوس ... بخفی دو زائلس اندر شول اوس
کھنڈل مار ہنُد آشیانہٕ شہ بو ... بچن داستانہٕ وِنان نو بنو
زٕ بچہ تِمس اُسو اُلس اندر ... دو پکھ ماجہ قصا ژِ ون مختصر

---

۱؎ چمکھ ۲؎ خاہش ۳؎ رب

پئیے آنکہ در کار کانْہہ کتھ پیٚیکھ
بوقتِ ضرورت دٔرتھ شہ فائید دیٚکھ

ژوٚن تمہٕ ماداٍنچی کانْہہ دٕلیل
یتھ اندر چھہ کیا از کثیر و قلیل

دوٚپکھ تمہٕ اے جانِ مادر فدا
خزانہٕ چھہ یتھ جنگلس جابجا

دریں وقت جونا چھہ طرفِ دکن[2]
کُلا اَکھ چھہ تمہٕ کیس کنارس بیٚہتھ

عجائب کُلا چھاو تہٕ باو تتھ
سریع الغضب دیان ناو تتھ

تمکہ وصف ماری بہ کرا و بیان
بہ صد ہوش تتھ کن تھٲوِو وارِ دیان

چھہ تمہٕ کیس دلس وصف یُس ہا دنر
کریس ٹوٚپی تہٕ لاگہ پانس بسر

تمس ڈیشہٕ نہٕ کانْہہ شہ ساری نوٚجہان
نگہ تتھ گُلس تل چھنہٕ کانْہہ گژھان

نگہبان سوٚر پھا چھہ تتھ ہولناک
گژھ یُس تتوٚت سرچھہ کراوِس ہلاک

شہ موٚذی چھہ پُرخوف تہٕ باخطر
صلاح کانْہہ تمس پیٚیہ چھنہٕ کارگر

بجو عرض کوٚر ماجہ بار دِگر
مُفصل اسہ نش کرتھ وَن خبر

نگہبان بیٚیلہ تتھ چھہ ٹیٹھ صعب تر
تتوٚت واتہ نا کونْہہ تیٚتھ کیا سپر

دوٚپکھ ماجہ بوٗزِو تھٲوِو وارِ گوش
اگر تیز ہوش آسہ کانْہہ خاموش

بلا خوف و ڈر کرا وِ ہمت تمام
کنارس پیٚٹھن جونہ کس واتہ بام

یکفورن تمس کن شہ موٚذی پیئے
بیکدم یہ جونس اندر وہ دیئے

لگس یا ہمتن غوطہِ آبس اندر
مُبدل گژھس شکل رنگِ دگر

پرندہ گژھس جانوارا چو زاغ
تمیک چھنہٕ پرواہ لیس جملہ داغ

گُلس پیٚٹھ کھسن سرپ چھنہٕ کار
گژھتھ فیل تمہٕ جایہ کراوان فرار

بطرف پچھم[3] تتھ چھہ شاخ کلان
بہتھ روز تتھ پیٚٹھ شہ مردِ جوان

چھ تتھ شاخس میوے بے شمار
سبز تہٕ سوٚرخ رنگ چھکھ مشکدار

سوٚرخ رنگہ کیٚ ہیو یا متھ کھیٚیے
ہمانْدم شہ بر شکلِ اصلی پیئے

سبز میوہ سے جاۓ تاثیر جان
گُلس پیٚٹھ اگر تھاوِ کانْہہ پہلوان

ع۱ کم جاۓ   ع۲ جنوب   ع۳ مغرب

نہ دُشمن تتھ پور نہ ضرب کانہہ
تمیُک یَن دِگہ تہ زخمیہ بے بہا
اگر ماس من قلُف کانہہ آسہ دوٗر
پھِتہٕ پاٹھو چھس وصف ہا بیشمار
چھُ بوزان یہ شہزادہٕ تیز ہوش
دل و جان سہ مُشتاق گومُت گُلس
صُبح پھوٗل کوٗرن ہوٚنکے جستجو
بمیمنت پس از جستجوئے دراز
بنامِ الٰہی توکل کوٗرن
کمر بستہٕ ہیمتھ گوٚنڈن برمیان
دبادب تمِس موٗرِیس مُشکہ آو
کوٗرن عزم شہزادِ یے کڈاوِ ڈاس
بہ آب اندروٗن گو تمِس جاناوار
گوڈنی کیٚمون تمہٕ میوٚ سہ سُرخ رنگ
روٗدُن سبز میوٚ گوٗنڈن بر کمر
وہتن ٹوٚپی کڈاوون تہ اَجن بستر
بغارِ بغدلی ووٚتھ پتھر زاں درخت
سہ یوس سہ ہرہ شاہ از اژدہا
دران چاک بے باک گروون نہان
تمِس نوشدارو سہ برگ درخت
از آں جا قدم تیز تروون بہ پیش
پکان رفتہ رفتہ اَکِس جایہ ووت
وُچھن ہوٚنیہ سٹنگیہ مرمر جڑتھ

گنڈے بر کمر یوٚد تھکن چھُسنہ زانہہ
دِیس واتہٕ چوٚن نوشدارو دوا
تتیُک لوٚر مُژراوِ تتھ وصف زوٗر
سپدِ ژیر گو وفت کڈاوِ قرار
سپُن شادمان وارِ ہوٗن بَگرش
کم و جادِ غم ہائے خاطرِ ژلس
چھُ ژھانڈان تتھ تہ نکُس سو بسو
وُچھن ڈوٗرِ کُل ہوٚنیہ گو غرانہ
تمِس یاد پیوٚ اسمِ اعظم پوٚرن
کنارس بیہتھ ہوٚنکس گو پکان
بخشم و قہر آو از غار دراو
تمہ آبس اندر وہ تہ ژھینو بے جرا
بپرواز روٗٹ تمہٕ گُلس بیٹھ قرار
سہ بر شکلِ اصلی سپُن بے درنگ
اَکِس شاخیہ کوٗرن عصا زبر
بتیہ کینہہ پتہ برگ واٗلن پتھر
وساٗنی دِیتِن رانہ تمو چاک سخت
بدست اوس آمُت تمِس بے بہا
بمرہم تمِس زخم گو نہ عیان
ہیوٚتن سپدو تیتن بہ فرخندہ بخت
بجز رہبر راہ خاطر پریشس
نتھے آس ہوٚنا سپُن شاد کوٚت
ژنگ آمیز پوشو ژھیپر آوِ پتہ

شہ جاین وُچھتھ گوٗسپتھ شادمان ڈیٚتِن ڈاپھ از بہر آرام جان
تھکا کوٗ ڈِن بیدار از خاب گوٗ وُچھتھ آبہٕ پیٚی کٔن شہ بیتاب گوٗ
شہ آبِ مُصفا وُچھتھ تنبہٕ لیاو خرامانؐ خرامان تِھتھس پیٹھ شہ آو
کُلاہ و تھٕصا چند برگِ درخت تِھیٚتھے اوس جاداد تَس بخت رخت
کنارس پیٹھن تھوو تمہٕ در زمان ڈیٚتِن غوطہٕ آبس اندر گوٗ نِہان
کلہٕ تھوٚو تُلِن حوض نایاب بو نہ آب و نہ جاداد بیتاب گوٗ
پنُن پان شہرس اُتس مُتصل وُچھن وو تمہ گوٗسپتھ منفعل
ازان صعب تر مُشکلا پیش تَس گوٗمُت غائب تس ریش پُس اوس تس
زنانا بنے مرٕ وُچھن پانسے گرِ شہان شرٕم ہِیتمس رو ہنز دامنسے
بشکل و شمائیل پٔری پیکرا عجب نازنین دلبرا سوندرا
بہٕ آفت وُچھتھ گوٗسپتھ مُبتلا دوٚپُن ایں چہ رنگ است وُچنگ بلا
در آخر بجز صبر زونُن ہُنوار بیکسو گرٕ صحتھ ہیوٚتھ غمگین و زار
اُتھو اندر پکان آو شخصا براہ بہٕ تنہا وُچھن مہجبین سوندرا
زنانا وُچھن مثلِ حور و پٔری پیٚیمِن پرٕیشانا تَس کرٕنی سرسری
الا اے پٔری پیکر نازنین رُہِھتھ کیاز یتہ جایہ چھکھ دل حزین
کتیٚج چھکھ ژٕ کمہٕ جایہ چھکھ آمٕژے دریں دشت ہیوایہ چھکھ دِژا مرٕ ژے
بوابس دوٚپُن تَس کہ اے نوجوان دریں شہر چھس بیکس و غائرٕ زان
وٕنے کیا اُکس خواجہ پشنز کوٗر چھس ولیکن بتقدیر رنجوٗر چھس
تِتھنز کوٗر چھس اوس بوٚڈ مالدار بہر مُلک پھیران برایے شکار
بالفت سٕتے اوسم ہیوان سائیقی ساقی بتقدیر روزے دریں شہر واتی
شبانہ بجنگل پکان قافلہ ولیکن گمیتی اُسی رہزن یلہ
سپہتھ رہزنو حملہٕ یکسر کوٗرکھ شہ تاجر بمع کاروان آوٕرکھ

۱ع واو واو ع۲ غائب

بتیغ و تبر حملہ کرٲئو کھ ہلاک — سہ مال و متاع نیوٗکھ بے ترس و باک
بییک گوشہٕ صعب ناک و شدید — روٗ چھُم زوٗ بخفی گییس ناپدید
دمِ صبح آیس دریں مرز و بوم — کران گریہ از طالع و بختِ شوم
شفیقاہ مے روٗدُم نہٕ کانہہ غمگسار — فقط نامِ مولا مددگار و یار
جوانن وُچھن یام بے بال و پر — نہ کانٛہہ پننٛ تس نہ مادر پدر
بخاطر تمِس تمہ سُندُے شوق گو — سہ رعنا جوان جاے مافوق گو
دوٚپُن تس ہیہ بر غمہٕ دل شاد تھاو — مے ستین گرہ بچھ ژٕ لی آہتاو
بجان و بدل خاکبوٗسی کرے — عروٗسی[1] صفت چاپلوسی کرے
غرض تمہ زنین ستی شادی کران — لئیم نیشا منتھا حمد ذاتس پران
تمس روٗد نہٕ داے صبر و قرار — کوٚرُن عقد[2] تس ستی بوس و کنار
بصبر و شکیبا کرن نہٕ عمل — قضارا تمس لوٗگ تسُندُے حمل
پس از وقتِ کامل نیچوٗ زاو تس — قدم بر قدم مشکلا آو تس
نیچوٗ زیچھ چلہ یا ہیتھن پور گوس — سہ شوہر تمس نشہ مہجور اوس
پس از چلہٕ آتیک کوٚرُن جستجو — بپا ئی کرہ پانہٕ سے شُشتہ[3] شو
تمس اوس حوضا قریب المکان — پیہے شست و شو ڈرایہ تتھ کنٛ پکان
کرٕ تتھ غسلہ سٕے عزم آبس اندر — ڈیُتُن غوطہٕ پانس زیا تا بسر
نہ آں سرزمین و نہ جاہ و جلال — نہ شوہر نہ آں بچہٕ نونہال
گوٚمت پانسے اکھ سیاہ فام مرد — حبش یا کہ زنگی بیوٗ از دوٗد گرد
سیاہ فام رنگا گوٚمت پانہٕ سے — وُچھن سر بسر تتھ گل اندامہٕ سے
یہ ڈیشتھ سیٹھا رنجِ دل سرد گوس — پوٚرُن حمد اما بئیہ مرد گوس
دریں فکر بیوٚمت گوٚمت دل فگار — وُچھتھ صنعتِ صانعِ کردگار
اتھ اندر یکان راتھٕ[4] آیہ تس — گریبان روٚٹُن سخت بیوایہ تس

۱ مہرِ تیغ ۲ نکاح ۳ چھلن چھع کٔن ۴ اکہ قسمچ دیوٗنی۔

سُہ بد روے بد شکل ژولیدٕ موے
دوٗپُن تس کہ اے احمق نابکار
شُرپُن ہُند بوٗزتھ پٔژ ژٔنے پروا مگر
بیکدم کشان نیوٗن ڈیرس گٔنٛے
بکثرت تمس رانٛہٕ سے بچہ بٔے
چپ و راست چیتھٕیدٕ[2] گے تس تمام
بعبرتھ تمن کُن وُچھان پادشاہ
کوٗرُن عرض سوٗے جہان آفرین
بٔ کیہہ تام دیوس نشہ مۂ کلیاسس
زِہٲبی دِتم زین بلاے عظیم
درین فکر بوٗ راتھٕسے شور کوٗر
دوٗپُن شہزادس بقہر و غضب
اکنوٗ تہٕ عیالس دِمو آب و نان
غنیمتھ شٔنٛہن زون جنگل سُہ دزاو
بجنگل وُچھُن لالہ زارا عجیب
وُچھتھ ناگہ رادٕس گٔنٛے تنبہٕ لیاو
اُمس غُسلکٕی شوق غالب سپُن
دوٗپُن از سیوم بار کر بے خلاف
زلیمنا یہ رنگ سیاہی ز جسم
وٕنِتھ یہی توکُل کوٗرُن با خُدا
بجلدی تُلُن پانہٕ سر زٕ آب

بہ پنجہ طماچہ دِتُن تس بروے
ترٕٹھے دوہ گٔے پننس زٕ دٕر رٕ دُکہ بُغار
گوٗمُت دربدر چھُکہ کرتھے مغز مر
کٔہارا دِتُن تس گنٛہٕ حسرتان زٕینے
وُچھکھ پانہٕ ممتحن سول خوشنود گے
گزُشتہٕ[3] چھ گا ہیتھ اوٗنتھ کیا طعام
و نان چھُکھنہٕ کینہہ غیر افسوس و آہ
الٰہی رٕچھم از بلاے چُنین
وِدوہ اندر بلاے دِگر ہیٛنہٕ آس
خطا بخشہٕ وُن چھُکہ رؤف الرحیم
بوچھے ہیتھ عیالن تمس زور کوٗر
بجلدی زٕ جنگل گژھتھ اَن حطب
بوچھ ہیتھ چھ شُرکوٗنہٕ چھُکہ منٛد چھان
کٔہارا تُلُن تہٕ کمر بستہٕ آو
تکلین منز وُچھُن چشمہ سارا عجیب
سُہ دلخستہٕ برجستہٕ بر آب آو
بجان و بدل تتھ سُہ طالب سپُن
غُسُل اندرین آب پاکیزٕ صاف
اَدٕ غُسلکٕی زانٛہہ بٔ ہیمہٕ تہٕ اسم
دِتُن غوطہٕ آبس اندر پر مُدا
وُچھن تمۍ پننہٕ اصل شکل خوشاب

---

١ بڈ ہکڑ ٢ اگاد ٣ بوچھ ہیتھ ٤ ناو

ئہ جایہ اول غسلکی حوض بوز | گونٹ اوس یتھ جایہ تس تیر روز[1]
تتھ کس پیٹھ پتے پاٹھو جاداد تس | کلاہ و عصا دال سپدن شاد تس
ڈیتن سجدہ یہ شکرس سوی اللہ | اکس منز عصا تہ کلس پیٹھ کلاہ
تلن تہ ازان جا روانہ سپن | پوٗرن توبہ تہ پانی پانس دوپن
ازیں پیش وہ نی کراوہ نہ تہ ترسان | نہ حوضس گژھے آسہ جاشاد چھان
خبردار اے عاقل حق شناس | خوداین کرن پانہ یم جن و ناس[2]
دیون پیٹھ ڈیتن آدمین شرف | نہ انسان سپنہ دیو بڈس بد تلف
ولے آدمی سوز حضرت حقن | بدُنی یا درون سر کرنے سوخن
اکس منز ڈیتن عصمتک عاجہ تس | کلاہے کرامت بسر خاجہ تس
پہ دُنی یا پہ فانی طلسمات زان | طلسمات تس اندر ژینے چھے امتحان
بشائستگی یود چھکھ بوزنہ پتھ | تہ حاصل کرکھ مزرع الآخرت
سر کرکی دخار تہ گرم و سرد | چھہ یم طالب حق ستے خاجہ مرد
ہر یک سگے دل منتہ تشبہ لاو | چھ کینہہ گل گندن ہوی یمن پوش ناو
زہر جوے آبک مہ کر آرزوے | زہر چشمہ پانس مہ کر شستہ شوے
چھ باطنے صفا آب آسان شراب | یوان ڈریتھ آباد آسان خراب
بتلبیس ابلیس از طمع زر | بتغفلت وسکھ یود ژٕ آبس اندر
بشکل مونث گژھکھ مبتلا | نہ روزی عصا تہ نہ روزی کلاہ
پہ دنیا چھہ حوضا پر از مکروفن | خبردار اتھ کن مہ وچھ اتھ مہ من
ہنگہ زن بدُنی یا ژٕ طالب بنکھ | وسکھ حوضس اندر تتھ اندر نکھ
گژھی شکل زن حسرتک پیالہ چکھ | بحسرت ژٕ ارمان و افسوس کھیکھ
بجنجال یا مہتہ گژھی دل دونیم | وچھکھ رنگہ رنگہ بلایے عظیم
پھٹتھ دل اگر نام مولا سرکھ | کرکھ توبہ تہ ذکر ہو ہو پرکھ

---

۱ بدبخت ۲ انسان

یبی بر عطا یام رب الجلیل — گڑھی رہبرا یاڈ ہادی سبیل

دیبی غوط پانس در آب طہور — بتنکھ مرد کامل گڑھی دل سرور

کلاہ و عصا بیپہ حاصل کوکھ — بفتح و ظفر سائکانہ مرکھ

بیا نعمت اللہ ون کرمستقر — بکن ترک طمع جہان و ہنر

چھ آخر یہ سمسار ناپائیدار — پس و پیش ٹھو تکیہ بر کردگار

شفیع الامم خواجہ دوسرا — بمعہ آل و اصحاب خیر الوری

دلس منز تیہ ہندسے موحبتھ اعتقاد — دِسنے تار لاگن اندس چانی ناو

پیٹھے پاٹھو نقاش ایں داستان — چھ تصویر کھینچن بصفتہ بیان

شہ تاج الملوک شہریار نگار — بییلہ زاں سفرہا سپن رستگار

قدم نیز تراؤن چھو باد دمان — طفیل پیر میو باحنے وچھان

شہ میو تمس اوس ہمراہ یویش — بتھیہ برگ ہا مرہم نیش و ریش

بیپرواز پیو داتھن بے خلاف — کوہس پیٹھ اکس بوڈ دنہ از کوہ قاف

بیکسو مکانا وچھن بر پہار[۱] — کنن ہند بناوتھ شہ از ہر کنار

دلس پیو تمس شاہزادس خیال — بہ کرہا دریں خانہ تفتیش حال

مقفل شہ دروازہ سنگلاخ — بضرب عصا قفل کڈون فراخ

اندر زاو بیسوایہ تراون نظر — وچھن نہ دیوا یا کہ بوے بشر

بکمرہ دوییم زاو از بہر آن — ذخیرہ اتہ آسہ ناآب و نان

وچھن نہ کنے کانہہ نہ کینہہ معاش — بحجرہ سیوم زاو کڈون تلاش

پکان اوس بیوایہ بے ترس و باک — زیکسوے گڑیکھا گیس دردناک

زگس چھک کتیک کیا ذیتت زنے اجل — دریں جا مگر دوتہ مت چھی اجل

پرندن چھنہ طاقتک اکھ جوا — برین کوہ رتم داتہ ہن از ہوا

و لیکن ژنٹے بیوایہ بے خوف و ڈر — دریں جایگاہ کتھ کڈو وتھ گذر

---

۱ پہاڑ

اگر چھے پہنو زندگانی بکار
وگرنہ گرشھک ماں اندر زمان
دپوا اکہ سہمگیں تہ صعب تر
چہ مبحمس شہ ذرامشت براہیے شکار
لہازا بہ انصاف کرُسے خبر
بیئلہ شہزادس پہ شیریں بیان
شہ مہجوَر بو آو نزدیک تر
بناز و ادا نازنینا دُچھن
بشکل وشمایل بحسنِ عجب
سچین حیولا شہزادہ دچھتہ
کرتہ پا پہنے بند و زنجیر سخت
بماہِ دو ہفتہ گوشت تس ہلال
کلاہ دور از سر کرتن آو نبور
بطورِ ظرافت شتہن تس کلام
الا اے پریروے و نسرین بدن
نیمشت تاب از ماہ و رونق ز سرو
بہ ایں نوجوانی ۔ بہ ایں خط و خال
گمرش دوریس نش زچھکہ اے نگار
شہ ما آسہ اندر فراقت مران
زئے کرہرش تہمس نش کنار کشتی
پہ گفتار رندانہ بوزتہ شہ ماہ
وچھتہ تہمو شنزے چال تہ خط و خال[2]

بجلدی ازیں جایگاہ کہ فرار
پکان آسہ دوہ نی مالکِ ایں مکان
چہ سائیحن شہ نیتہ کوہسارس اندر
برہتہ ئیڈ پکان آسہ مہ ہ دار و خار
بفورن ازیں منزلہ کہ گذر
ودان تہ روان تمہ کوُرنس بیان
پلنگس بہ پیشن نزدِ آن سیمبر
گمتہ ہرنہ مشتاق تہشرن اچھن
بکادل پری اس یا نوشین لب
کہ ماں سیاہ گائس جانس چھتہ
زبشد گران تس گوشت لخت لخت
گوشت رایگاں تس شہ حسن و جمال
پلشگس نینشدس شہ بہ گرد پچیور
کوُرن تہ دوپن تس کہ اے لالہ فام
خدن جائی تہ بہ بیہ الفہ قدن
ز رفتار تو جنگلین ژول تذرو
کمس عاشقس چھی زئے اد نمشت زوال
تہمس آسہ گوشت دلس پارہ پارہ
ز یتہ جاپہ تس زور عاشا کران
ودان تہ روان آسہ یانس نشی
سینو شرمگین تہ کوُرن نالہ و آہ
دروُنی بخاطر کوُرن یی خیال

---

۲۔ خد و خال۔

بظاہر اَمس عشقہ زالیج وَنن
چھےٚ گامِژ تہٕ پھیران تُتہِ جنگلن

تھوُوُن روے پوشیدہ اندر نقاب
دوٚپُن تس یتھہٕ نیرِتھ کرِ شتاب

مبادا گژھہ ہِک مارٕ اَسے نوجوان
سیٹھا چھم ستہ انصاف چُھنے پوان

دوٚپُس باز تاج الملوٗکن جواب
ستہ پردا چھپہٕ کینہہ ازین روبہ داب

بعونِ خدا چُھس سیٹھا زور وار
گژھتم خوش گرٕ ہیتھہ گرس لوٚر یار

ازین وَہہٕ میونے مہ برکینہہ تہٕ غم
ولیکن پنُن حال ژٕ ستہ بادِ تم

کنیچ چھکھ تہٕ گُس چھون مادر پدر
ژٕکمہ اَنتکہ یوٗت بجاے خطر

تہٕ بوزِتھ ستہ مہہ روسپنہ اشکبار
دوٚپُن تس وَنتہٕ حالِ خود گوشدار

پری چھس تہٕ چھم روح افزا ستہ ناو
مظفر شہنشاہ مٲلِس ستہ ناو

جزیرا عجائب بفردوس نام
کران تتہٕ حکومت سہ عالی مقام

قضارا ستہ دوہ اَکہ بابس وَنتہٕ
بہٕ گژھہ ہا گلستانِ اِرمس گنے

خبر آیہ ہا بہٕ گژھتھ سرسری
چھے بیمار گامِژ بکاوٗل پری

ستہ گو مُدعا آمُتُن لول ستے
خصوصن پیٹھہ چھکھ ژٕ تس مول ستے

دِیتم تمی اجازتھ گئیس شادمان
گلستانِ اِرمس گئیس بہٕ وُچھان

بغورن گئیس تیز مانند باد
تمسن نش بہٕ داٲنِس گئیس شاد شاد

ملاقات باہم گژھتھ اوٚر یور
بہٕ دراییس تہٕ ژٕنش جمیلن بزور

دوٚپن روز دوہ تاہ اَسے مہہ جبین
بکاوٗل کرون خوش چھے گامِژ حزین

غرض بیلہ ژٕ پیٹھہ ترن ستے ابرام کوٗر
ستہ فیروز شاہن بہ اظہار چھٕ ژوٗر

بمجبور یک ہفتہٕ کٔرُوم قرار
اجازتھ ہیتھ تم از یمین و یسار

وُچھن باز دراییس سوے خاندان
گئیس بستہ از گردشِ آسمان

دیوا اَکھ ستمگار و بدروزگار
سکونت چھے تمی پتھ درین کوہسار

سر راہ بسنا گہ ازآں دیو سار
گئیس بہٕ گرفتار تہٕ خار و زار

ز پنجہ بہٕ اُنی نش تلپتھ در زمان
درین قائد خانہٕ بہٕ ژٕنش نہان

تَمشُند حُکم موٗنم نہٕ سٕتؠ زینہار نہٕ بوزان چھُس تَمہِ شُند سے زار پار

لِہازا سۆتؠ بیٚہِتھ رٔنگہٕ رٔنگہٕ سِتم ژھٕ کرٛاوان سۆ بدخو سے دیو دژم

بہر گونہٕ چھُم وایہٕ نادان رِنزا نہٕ خاب وٕ نہٕ خوردن سزاہ بر سزا

دۆپُس باز تاج الملوٗکن ذرا خبردار کرُتم سۆتؠ از ماجرا

پیٚتر بٔنیہ چانی بکاوٗل پٔری نرٛن کیٚشا چھُ تس باد تَم سَر بسَری

دۆپُس تَمہ اَکھ مُدَتھا دوٗر گوٚ منوٗشس اَکِس پتہٕ تَمس سوٗر گوٚ

مےٚ بوٗزُم سُہ بوٗڈ باحشم شہریار چھُ کونہٕ تیٚتہٕ سے بتہٕ شہر نِگار

پَتہٕ از مُدتے مِثُل تَمن دوٚن گیاہ مگر کرٕکھ تقدیرٕ نے پیرٕ ناد

سُہ کٔنہ تام طرفس ژھٕنگِہ دردمند بکاوٗل بزنجیرہا کرٕکھ بند

پنٕنؠ کتھ سیٹھا چھس نصیحتہٕ کرٛان چھےٚ جنوٗن صفت چھُس مغزن تران

وَنے کیا وٕ چھُم حال تَمہِ سُند خراب سُہ ڈٲیشتھ مے رٕ دٕ منہٕ کینہہ آب وتاب

گیٚیس مُبتلا پانہٕ افسوس و آہ گرفتار در چنگ دیوے بلا

چھُ کیٚشا دوٗر از فضلِ پروردگار دوہ شینہٕ کرٛاوِ از رنج و غم رستگار

کنوٗ بوٗز تاج الملوٗکن خبر بجوٗنِ جگر گوس زیر و زبر

زرد رو سَپُد تہٕ گوڈُن آہ سرد موٗکلُس گفتگو تہٕ سپُن باسہ مرد

خوشی آس اَمہ ساعتہٕ تس توٚ ملال سُہ ماہ روٗ رخ یِتیس یاد گوٚ دِل ملال

سُہ ییٚس پیش رُو روح افزا تَمس وٕ چھان آس تہٕ دوٚپنہٕ وَر گوٚ اَمس

دوٚپُن تس بہ آیی گرمی و نوش و تاو گیےٚ کیاز مردی اَثیٚک سپر باو

یہ بوٗزِتھ سُہ شہزادٕ در جوش آو پتھر بوٗذِتھ تہٕ تس دوٚپُن گوش تھاو

یہٕ چھُس سُہ تَمس پتہٕ پیٚتر بٔنیہ چانی بکاوٗل پٔری خاصہٕ ماشوق میٚانی

تَمس سیٚشا نہٕ بَ پتہٕ سُہ بند و طناب چھُ جنوٗن تَمس پتہٕ بٕ اندر عذاب

تموٗ ظالموٗ سوہ کرُکھ پاسے بند بہٕ چھیوٗرُس بہانس اندر اند کوٚند

تھوٗکھ نہٕ اَمہ دوٚن اَکِس اَکھ خبر بغفلتہٕ کوٗرکھ سنت زیر و زبر

وَنئے کیا بہٕ اے خواہرِ مہربان
مےٚ کوتا بستم دوت اندر جہان

غرض تس وٕنن سرِ بسر کاٗرفیتھ
یہ کینژھا تمن دوہن گومت تروٗتھ پتھ

یہ قصہ ییلہٕ روٗح افزایہ بوز
منوشس پیٹھن کلہٕ ترأوِتھ سعہ روٗز

دوپن تس دریغا بہٕ چھس دربلا
امیدا مےٚ کینہہ چھنہٕ گژھ بہٕ رہا

اگر آسہٕ ہا ییلہٕ تہٕ دِل سوٗروٗر
ملاقاتھ کرٕ ناوِ تہو بہٕ ضروٗر

ولیکن بہٕ چھس تشنہٕ در قاۂِ سخت
ژلہٕ دوہنی دوہ شیونی کرے لخت لخت

قدم تُل ژٕ گژھ دوہنی جزیرس اندر
دِمے بہٕ لیکھتھ خط بنامِ پدر

خبر میانی بوزِتھ ژٕتے نیش شادمان
گژھن تہٕ ژٕتے امداد کرنے بجان

دوپس باز تاج الملوک کن جواب
اگرچہ مےٚ ژٕے آسہٕ تکھ ہمرکاب

بہر گونہٕ مےٚ واتہٕ ہسیم یاوری
یہ بوزِتھ سینہ گوہرافشاں پری

کنو بوز اے شہر یارِ نگار
تمنا یہ دِل چھُم بلبل و نہار

دُبارِ بہٕ وچھ ہا سہ پننے شہر
کھوژن بوسہ دِمہ ہا بہ مادر پدر

ولے چھس گرفتار بندِ الم
صدم بر صدم چھم ستم بر ستم

دوپس شہزادن ژٕ پرواہ بر
ازیں دیوِ بد خصلت و بد گہر

بعونِ خداوندِ شام و سحر
کرس ریز ریزٕ ژٕٹس پانہٕ سر

اگرچہ بہ ہمتھ بمسرور چھس
ولے بے صلاح سخت مجبور چھس

بواپس دوپس پرکہٕ پرواہ بر
گژھی یس صلاح چھی مکانس اندر

نشانہٕ تمس دوٗرِ ہاوان سہ گو
صلاح و صلب تمہٕ دُ چھن نو بنو

فقط تجبیہٕ شمشیر فولاد سا ے
بئیہ تُلنہٕ سوہانٔ آہن گذا ے

بواپس پیکان او نزدِ پری
کھوژن ژٕٹنہٕ زولانہٕ کی تس گری

رہا یام گژٕاون ز زنجیرِ بند
دوہٕ وَے نہ بر ژٕاے دِل شادمند

جزیرس گنٕے تم خرامان ژٕاے
گئیس پتہٕ کریکھا زبس جانگداے

۱؎ راتھ دوہ ۲؎ سامان

ازان نعرٕ پرٕوا کوٚڈن ہٕ شٲہن
گٔڈٕن کیٚنہہ قدم تمہٕ بٔنیہ بژونہہ پہن

دُبارٕ سٕتیٚ بارٕ زبس سہناکھ
کوٚرٕن کرٕنکہٕ نادا دوان پتہٕ آکھ

شٲہن کرٕوو مٹھراو تہٕ ازبغل
کُلاہ کرٕنہٕ پرکرٕ یہ دوٚپُن رٕٹھ یہ جل

کٕلس بیٚچھ یہ ٹھو ترٲو وسواس دُرٕ
دُچھے ہٕ وُن کانہہ ژٕ ے آرام کر

شٲہس آو نزدیک دیوٕ دٔہان
دوٚپُن تس کراے دُزدٕ تیر روان

ژٕ میانس مکانس اندر کیا زٕ ژٲکھ
دٕژٕ نچھ سٕن ژٕ ے جادادٕ ہیچھ تورٕ دژاکھ

کرٕ ے ماف کنھ بیچھ چھہ جاد کنھ
مگر میانٕ ماشوق ترٲوُن آنچھ

وٕ گرٕ نہٕ کرٕ ے جانٕ شو مسٕ دُمار
بناحق گژھکھ مارٕ مُردار و خار

دوٚپُس باز شاہنشہن گوش کر
ازیں گفتگو وٕ ٹھ زبان ہوش کر

ژٕ ے ہیشُو زٕشت رو زشت خو دیو نر
چھُہ نہ کانہہ تہٕ ژٕورا جہانس اندر

ژٕ غارت گرا لوٗٹرا چھکھ نخشد
کران رہزٕن چھکھ گرفتار و بند

مظفر سٕ شہنہ کوٗرٕ رشکِ قمر
بغارت ژٕ ے اَنٕ ٹھن نٕ راہِ سفر

سزا دمہٕ نٕ امیٚنٕ ژٕ ے لٕنکہ دز زمان
کٔڈے مغز سرٕ تہٕ دِ ے نٕ امان

ژٕ ے ہم خاب شو بٕیا یہ حوٗرٕ د پری
مُشی تا قیا منھ یہ غارت گری

دگرٕ نہٕ بوالیس ژٕ جلد ے گژھکھ
وٕ ٹھی برچھی قاد خانس اژکھ

دیٚوٕن یام بوٗزُن یہ گفتارِ شاہ
گیٖس ژٕ نی کرٕن ہیٚز چوٗرعد بِسیاہ

دوٚپُن اسے دریغا یہ موٗرٕ ذلیل
ہیکیا کرٕ اَوِ ہٕ ٹھن مان با جنٕدِ فیل

بسیمرغ کوٗہی ژٕرٕ ہیشند بحال
چھُہ کیا روبہٕ یُن تہٕ کرُن قیل و قال

طماچہ اگر کوہِ قافس دِمہ
گژھس ریزٕ ریزٕ تہٕ ریمنہٕ ریمہ

بٔنیہ دوٚنہٕ شاہنشہس کُن دوٚبار
اگرچھے بنیہٕ زندگانی بکار

بوالیس سٕتےٚ دِبر حوالہ کرُن
سو کتہٕ ٹھاو ٹھن ژٕورٕ دو تہٕ مرُن

گژھان چھُم سٕتیٚ انصاف دُونٕ مارٕ ہٕنتھ
چھُہ کیا فائدٕ یوٚد مچھے مارٕ رٕنتھ

---

۱ا رسٕئیے

دوئپس باز شہزادن اَسے تیزرو
زبان وٕنھ میہ بیہودہ کر گفتگو

بشمشیرِ ہندی ژٹے دوٕنی زبان
کرٕکھ نعرہ یہے الاماں الاماں

یہ کنہہ بوزِتھے دیوٕنے کوٗر قہر
تہٕنجن ہنتھ سِنہٕ اکھ کنٛشیا تمہ بسر

کرٕتھ آیہ لٲگِتھ سو شاہس سُٹیٚ
پہ شاہ تمی سوٗ یہے ذاتِ باری اوٗنے

سبز میوٕ تمہٕ کھیوٗتن بہ دوا
عصا ہیتھ بیپرواز دوئتھ یرِ ہوا

وُنہٕ اُس دیوس اَتھس منٛز سہ تنگ
بضربِ عصا شلہ اپنے سر دوٗتہٕ تنگ

سپیٚوٚ فیل تس سنگ پیچھہ رو گو
کرٕن کٕڑ یکمہ دیون پتھر یام پیوٚ

سہ یامتہ پتھرہ پیوٚ شہزادن اَنی دور
ژدٕ ٹن کلہٕ تس تیزرو ٹیس بفوو

اَتھی اَندر دیان آسے دیوانہٕ نر
وُچھک مورٕ افسر کٕنکھہ شوٗرِ شر

چو مورو مَلخ آسے برگرد شاہ
کوٚرکھ حملہٕ تس ہیچھ چُھ دود سیاہ

شہزادن کھیوٗتن میوٕ یہے سبز اوس
عصا ہیتھ وُچھانی تمن نبیضٕ اُس

بیپرواز گاہے وسان بو پتھر
کوٚرن دیوٕنے سخت زیر و زبر

بڈین دیوٕنے سٹے بضربِ عصا
پتھر اوس ژاوان پچو برگ وخسا

بعٕ کیٛژ اُسہ پھم بم اُبن زیر تیغ
گلان تہٕ ژلان اَٹھی دریغا دریغ

تسلی شہزادن لوٚ پیٚتن از پری
بہ اُمیدِ دلبر بنتھ مشتری

گوہ ہیت اوس چالاکھ از سیع گوش
بمردی منوشن دیون نیوٚن ہوش

سہ زن اوس رستم بمازندران
ہشنگل دیوٕنے لار ہیوٚ کتران

کتر بتہٕ دیون کوٚرن سر بسر
اَڑپن آیہ وُنہ ژلی ز خوف وخطر

غرض لب ظفر تمہ جوان بخشتنے
وفا دیوٕ یہے کوٗرِ کینٛہ تخشتنے

تماشا ژھینتھ روح افزا وُچھان
سہ ساری وُچھان تس کانٛژھا اُچھان

دروٚنی دیان چھُہ یہ شمشیرِ عزین
یہچھس پہلوانس ہزار آفرین

سپیٚوٚ شادمان دل پھوٚلس چوں بہار
دیوان چھس یہ پڑھ ژلی تہ گو دیو سار

ویسکن سہ شہزادیہ ناموٚر
کرٕتھ جنگِ دیوان ژھینتھ پیوٚ پتھر

گرسنہ بیٹیہ تشنہ از جوش گو — پھس تریشہ نہ سخت بیہوش گو
تہ ڈیشتھ دوان آیہ تس نش پری — پتھر تمہ تھاؤن کلاہ سری
کھٹین پیٹھ کلہ تس روٹن درکنار — اویزان تھوتھ سنبل مشکدار
پوان اوس تمتھ مویہ بوے خوش — وہسیتھ پیو عرق از روے مہوش
اذان سوچھ خوشبوے عطر و گلاب — دوا پیو ششہ تس چشمہ مژرین زخاب
تہ جس تریش تہ بیخودی گو برث — دچھن سرپٹن درکنار پری
سپن وار بیدار ستی تہ جس — ہ الغرض پری پارہ پارہ لجس
دچھن زخم لگ ہیتھ تس دربدن — تہ ڈیشتھ سہ گل روپشان نہ ودن
دوپس سہ شہزادن ازیں زخمہا — سنے پروا چھنہ سیتھ چھم مے دوا
تمس اوس سایہ برگ درخت — موکھن زخمن بیے سپن نیکبخت
دوپس پری پہ تھوکرنے خدا دراَمان — ہ کر تھس رٹہ ژنے ز دیو گران
تہ بوز تھ شہزادہ گو شاد و مست — کلاہ چولنس منز نہ تہ چھہ بدست
ڈیٹھن تہ ووٹن ڈیر باچھم و خم — جز بیرس گنے تیز تراوان قدم
میر راہ دچھک چشمہ سارا بناز — تہس پیو خیالا ہ پرہا نماز
ادا کراو ہا سجدیے شکرہ تہ — مگر کھوژ سہ از آب از شست وشو
تر چھپ اوس پیومت تمس بیگمان — لہاذا کھنڈان اوس از ریسمان
دوپس پری پہ چھل رُوے پروا مہ بر — الحمد اندر چھنہ کینہہ تہ خوف و خطر
مے پیتہ پور چھم منزلن ہنز خبر — ہ اسس پیے سائل پھیران نببر
غرض شہزادن کورن روے پاک — کرن دور از جسم تمہ گرد و خاک
ڈیتن سجدیے شکرہ سوے خدا — کرڈان یُس چھہ حاجتھ منددن ہندی ادا
دوپن پری پہ کُن بہہ تہ شہزاد کر — مے سیتین خدایس گژھ تہ حمد پر
چھُم ماموُل بروقتِ شادی زغم — پڑن شکرہ ذاتس گژھ دمبدم

گُرا اکھ در آنجا قرار اکوٹ رکھ      بیہتھ پاٹھو حمدِ الٰہی پوٚرکھ

# روح افزا تہ تاج الملوکن خود ابیس کن حمد پرن

گے رہا ز چنگِ ظالم اوس دشمن بد لگام
حمد بے حد سوی باری بر محمدؐ صد سلام
دیوِ بد خواہس خود این روز روشن کوٚر نہ شام
حمد بے حد سوی باری بر محمدؐ صد سلام
آشناون تہ رفیقن نِشہ اُسو مہجور اُسو
لیک اندر بند و زندان خستہ و رنجور اُسو
کانہہ اکھا واقف چھنہ آسہ اوس کیا آمت ستم
اکھ پریشان کوہ و صحرا بیا کھ در زندانِ غم
صد مبارکھ گے فنا تم دیوِ بد خواہ بالتمام
حمد بے حد سوی باری بر محمدؐ صد سلام
اوس عادی دیو اندر کارِ ہیوی ناسزا
ناگہان در خانہ دوتس قاصدِ کارِ قضا
مغزِ سر گٹھو مس تہ کوٚرمس کلہ از گردن جدا
از مکافاتِ عمل تمو تا قیامت وچھ مزا
در جہنم آسہ داخل با تمامی ازدہام
حمد بے حد سوی باری بر محمدؐ صد سلام
ظالمس بے رحمس پیٹھ ناو چھس بر نہ یوان
چھنہ تس درکار اوٚبر کرنہ یمن یا بادِ طوفان

ناگهان آهستہٕ پٔھٹِن چھُس ہوا جوٗ نٹھا دِوان
غرقِ دریا چھُس کران تہٕ چھُس خیالِ بدٕمشان
وُچھتہٕ کاٗنتیشا دیو گو از کار دستِ غلام
حمدِ بے حد سویے بارٔی بر محمدؐ صد سلام
اسے حکمران در جہان یُوٗنتانٕ مِتھن چھی آپ دان
حق بجانِب گر عدالتھ ژاو از سرِ بدگمان
نیک و بدکہ میوٕ چھُے کھیتوٗن در جہان این و آن
تی پُوٗرُم اندر کتابِ حق تعالا در قعور ان
نعمتُ اللہ این نصیحت پھرٕ ژٕ بہرِ صبح و شام
حمدِ بے حد سویے بارٔی بر محمدؐ صد سلام



سیپیہ یام فارِغ زٕ حمدِ خودا
بیپرواز یا بأ پیادٕ ہیکوٗ
بوٗ اپس دوٗپٕس پُرکہ یہ اے تیز ہوش
جوابا دوٗپُن پُرکہ یہ کُن سرسری
سبز میوٕ میٔ نِش یہ یامتھ کھیوٗن
عنایتھ ہےٚ چھُم تس کھل ہا رُشد
وُچھُتھ بانہٕ دیوٗن تلمُ گنڈٕ کار
کوٗرُم تہٕ لشیم فتح بر دُشمنان
خودا دارِ تھاوِن تیشٕ کو بچگان
دِٕ نِتھ یی کوٗڈُن میوٕ تمٕ از بغل
بہ ابرام تمہ پُرکہ یہ تہٕ دوٗن وُڈا و
بہ اندک زمان واٗتی اندر جزیر

دوٗپُن پُرکہ یہ کُن کیا چھُہ چھوٗنے مُدا
پکھر یُوٗد پیادٕ دوہٕ نوٗے ٹھکوٗ
بہ پرواز کرٕ کیا کر کھ ژٕے منوش
ژٕ سے سپتِن بیپرواز چھُم ہمسری
چھُہ تاثیر تِتھ بر ہوا چھُس پکان
نہٕ واتہٕ نے تور طاقت کوٗ ہشد
پیادٕ گژھے بر ہوا کار و زار
طفیلِ ہمان میوٕیے آنچھان
دوٗپُکھ ماجہ کر داستانا بیان
تہٕ کھیتھ تمہ دوٗپُن پُرکہ یہ وڈتھ نیر بجل
شٔہن دُپھ تِتھن تس کھوتہٕ تیز گوٗ
بلا شکھ سٕہ فردوس تہٕ دلپذیر

درون شہر باغا عجائب تہ خاص — شہن اوس کو رہت برائے خواص
خصوص حسن پری روح افزا یہ ہتند — پچلے باغ سے ناو تھو رہت تو شند
گو رہت اوس بے رونق و بے چراغ — پچھے روح افزا بہشتی سو باغ
دراں باغ دو بچھ باتماشی فراغ — ز خوشبو سے گو تازہ شاہس دماغ
دو پچن تس تہ ہمہ وار آرام کر — دُنے یہ گزشت ماجرا ایس خبر
سو گئے پانہ درخانہ مادر پدر — سُنتے ڈراں یا منتھ یہ بدلکھ خبر
رکھہ وہمہ زن و بچہ مرد و جوان — پری تہ منوش آسے سارے جوان
رانچھے دربغل بوسہ دتی ہنس برو — پنہ پیانہ لوٹ عزت و آبرو
یکایک سو ماہ رانچھے اندہ بنا ر — پوان چھکہ نہ پڑھہ آیہ ازدیدسار
اچھن بوسہ دتی ہنس بزہرہ جبین — مسبا دکہ ہنس ہپنے آفرین
بشادی شہن شہرسے اشتہار — دین شادی پانہ کیتو در دیار
چراغانہ درخانہ خاص و عوام — کرن گرتھہ تا صبح از وقت شام
سیتھے پانہ ٹھک یک ہفتہ شادی برن — ہرکس ہرسو منادی کرن
تو ہو رککہ سارنے خرچ از توشخان — خزانہ کرن خرچ چھم بیگمان
مسے تھو رہت نذر چھم زیا منتھ پری — ز دیو سیاہ گزشہ افزا پری
خزانہ کرہ خرچ راہ خدا — گزشہ بہرہ ور جملہ شہر کی گدا
ازاں پس دو پچن کورا سے سیمبر — مفصل بیتن حال وان سربسر
رنیمرز کمر تر اسکہ تو شند قبیہ وان — کزکھہ دور اسے نیشہ کمر ظالمن
دو پس کورا سے قبیلے سو ہتر — دُنے کیا متے داہم ستم برستم
خبر آنہ نے یہ جزیرہ ارم — گئیس تور دائس بعیش خرم
در آنجا کورہ م چند روزے قرار — بکاول ذرا اس گاہ شمار
سو گئے ہٹ پکھہ اشہ خستہ از انجا شیو تم — کرنجھہ روے پوکن قدم دین ہیو تم

---

۱۔ نبیانہ ۔ خاگراتھ

بپرواز اَسِس بلا خوف و ڈر — مگر بیخبر یا کھٹھ از خار و شر
قضا را دیوا اکھ چھُو ابر سیاہ — منز بیٹھ کِنہ وُچھان اَو اندر ہوا
ڈیتِن جوٗنٹھ نیٚ تَس بہ یخِن اندر — یِیِتھ گانٹھ پٲٹھ تَس نوان بیخبر
اَتھن تِمی سِنٛدِ ین منز بہ بیجان گیس — زہاٚ ہِتھ منز چھس رۄدنہ زٕن موٗیس
کوہا اکھ سِتھا دور وارا بلند — تیٚتھی تھوٗو تمیک کوہ قافس گزند
بر آن کوہ تمس دیو سُندے حصار — دراخر دیون ہُند شہ بو شہریار
قلائس اندر تمی سُندے جایگاہ — بہرگوٗنہ تاپر کرتھ متھ سِتھا
ہر کس جُجرس اندرمنز کوٚرُن مقر[١] — کرتھ بَشد زنجیر نیران نبر
امان اوس منز کہتو بہرگونہ چیز — تھوٚوُم نہ طمع ہیچ از حد پشیز
بسختی تمس نش اَسِس بہ بشد — زہر اوس منز کیتھ سہ حلواتہ قند
بہرگونہ کاچھان سہ بو فعل بد — نگہبان سپدُم خدایے احد
سہ گفتار تمی سُند دوہے کوٚر منز رد — پلاس ازا منز آزار وو تمُو زحد
بہردم موٗنگُم از خدایے جلال — تمس دیو بد روپہ سُندے زوال
بیتھ خدتس اندران قائد جان — بسختی نسان گاہ گاہے مران
پھُٹم دل بہ حُکمِ خدایے جہان — قضا ووت دیوس زمان در زمان
زبختم بہ آنجبا منوشٕے رسید — ویا از سما[٢] یک سروشے رسید
بسیرت ملکھ صورت آدمی — سہ ڈیشتھ دِلس منز گیم بیغمی
اگر اَسِو دروازہ تہ دار بشد — مگر تمی منوشن پھٔٹرو بے گزند
اگرچہ گیس خوش وُچھتھ آن منوش — ولیکن زہاٚ ہِتھ منز رووُم نہ ہوش
دوپُم اے دریغا یہ دیوس بخند[٥] — کرِیس ما ہاوا کہ ہاس بند بند
غرض مو ختصر تس بنن داستان — زآغاز و انجام کوٚرُمس بیان
در آخر سہ شہزادہ والا ہمم[٣] — بصورت چو رستم بحشمت چو جم[٤]

---

١ ڈکانہ ٢ آسمان ٣ ہیمتی ٤ جمشید ٥ نژند

مےٚ نِش ییٚلہٕ تمۍ دیوٚ شُند بوٗز حال
دوٚپُن روز خوش دوت دیوس زوال

بفوٗرن ژاٹِن میٚ ئزنی زنجیر و بند
گرٛاس تمۍ بہمراہِ خود بے گزند

نیبر دِژا اے یا مہتہ دوٚ شۍ از حصار
پیٚتے آو مردوٗد ہاران نار

کرُن کریکھ اے دُزدِ شوریدہٕ سر
ژ کوٚت ژاکھ میانِس مکانس اندر

پہٕ تقصیر یوٚ دوٚ اے یژھان چھکھ ژُل
پہٕ بوج اُمی ژاو تہٕ پانہٕ ژل

پہٕ بوزِتھ شہن کوٗر ز رفتن قرار
بہ آہستہٕ دوٚپنس کرٛے دوٚہ نی دُکار

کُلاہ گُڈٕن از بغل زود تر
مےٚ دوٚپنم ژ بیہہ ٹوٚپی تھوٚ نم بسر

ژسارنی وُچھک کاشِیہ اندر نظر
ژ پِکھنہٕ تماشا ژ دُچھ بے خطر

مُقابلہٕ دیوس شہ لوٚگ در زمان
عصا ہیتھ شہ بوٚ فلہٹس زن گنڈان

وَنے کیا شہ عاجِیہ تمِسکو ضعیف بوز
در اوٚل کوٚرُن تس دیوس تیر دوز

جُدا تس کوٚرُن کلہٕ از ضربِ تیغ
پس انگہ دوٚن پیچھ چو برنٛدِ میغ

چپ و راست گترِن کہان و مہان
اڈِن آیہ وتھ ژلی اڈ یو موٚنگ امان

تھوٗن نہٕ گُنے بوے ز آن گمرہاں
سپھٹا خوش گیس ژھ مےٚ چھمنہٕ یوان

مےٚ نِش آو کوناہ مےٚ الفتہ بوٚرُن
بہ اخلاقِ خوش میون دِل خوش کوٚرُن

مےٚ دوٚپنم ژ گژھ دوہ نی حوالۓ خدا
بسویے وطنگاہ بہٕ پھیران گدا

چُھ جانِ برادر شہ گوٚ ٹوٹھ مے
دوٚپُم تس سپھٹا بوٚ گوٚمت کوٹھ مے

ازان دار ژ یِمے کراو تھس رستگار
پہٕ شوٚبیا وَنُن چون اے غمگسار

اوٚنم زورِ شاہ بہمراہِ خویش
شہ باغس اندر تھوٚومت چھُم بہ عیش

مُجمل کوٚرُم قصہ اے قبلہ گاہ
مُفصل وَنان وقت لگہٕ ہیم سپھٹا

وَلے صوفیانہٕ مسافرِ طریق
چھُ دارا پشان تہٕ غمس منز غریق

شہن کورِنِس یام بوزِن دلیل
دُیتُن حکم حاضِر گرٛو گرٛ تہٕ فیل[۲]

اکس ہسو تسے پیٹھ عمارٛیے زر
سجاوِکھ مکمل ز لال و گہر

---

۱ بیٹھو پیٹھی ۲ ہوس

تمہ اندر شہن جامہ تھوٚو خاص خاص
پتہ شہزادس گژھہ آسن لباس

سپُن پانہٕ بر اسپ آبی سوار
ہیٚتن سیٚتھ چاکر بیٚیہ اہلکار

سوئے باغِ افزا شہ راہی سپُن
دِیان ووت توٚت اہلکارن دوٚپُن

معہٕ پلو جامہ ہم در عمارئے فیل
چھ اُمہِ سے کیتو آنی سیتھ بلا قال و قیل

پلوٚ ناٚلی لاگو تمس در زمان
اَنن گژھہ یاٚرہتھ مے نِش مہمان

وزیرن بفرمانِ آں تاجوَر
تِمن چیتر نہٕ ژاو باغس اندر

تمے چاکران و غلامان تمام
وُچھتھ آو شہزادہٕ کرُنکھ سلام

بہ آدابِ شاہی و پابستگی
سلام کرُنہٕ آدابِ شایستگی

وُچھتھ کوٚر وزیرن دِلس منز خیال
چھ بے شکھ زِ شاہی ہیٚمس حال و چال

خبر کس دِیٚدے ہُند یہ لختِ جگر
چھ از خانہٕ دراٚمُت برائے سفر

وزیرن دوٚپس روز بے ترس و باک
شہن سوٚزمُت جامہٕ بایتھ پوشاک

بیٚہئے پانہٕ آمُت رُتہ عالیہ دماغ
بجاہ و حشم سے چھ بیرونِ باغ

غرض لوگنس تمو وزیرن لباس
نمایان سپُن شہزادس شہ خاص

تِمن جولہٕ سیتھ بے خوف و ڈر
کلاہ نوشدارو میوٚ تمتھ اندر

عَصا روٚتہٕ در دست جانکھ بہا
روانہٕ سپُن رہبرن پیشوا

وزیرن دوٚپس شہزادن بحال
پرژھہ از دخترِ شاہ حطبک کمال

بقیمتھ خراجِ جہان اُتھ چھُ کم
اُمکو وصف وادا چھ اے موحتشم

نیبر دراے از باغ نزدیکِ شاہ
دِیان واٚتی وُچھ دوٚرِ شاہن شہ ماہ

سیٹھا خوش وُچھتھ گو تتہ جلوگاہ
کوٚرن بادلِ خیشتن واہ واہ

اگر اوس شہزادہ اندر سفر
پنہنز سلطنت اُس تس در نظر

شہ ممتاز اندر آدابِ شہی
بتعظیم و تکریم تس آگہی

بہ آداب و تعظیم گو پیشِ شاہ
قدمبوس حاصل کرُن پایگاہ

شہن تھوٚو تِمن روٚٹنہٕ اندر کنار
غولامن دوٚپُن معہ ہرکرنس نثار

بحکمِ شہنشاہ کوٚرکھ غرقِ زر
مظفر شہن تس دوٚپن شادباش
پرٛ آوازٕ گو تازٕ میونے شہر
تسلی زٕ شاہی گوٚمت اوس مے
تہٕ شدِ راوٕنیچ اَسنہٕ مےٚ خبر
ہتہٕ گژھ زن مےٚ گژھ ہیم خبرزان بلا
شہ دیوِ ستمگار و بد روزگار
زٕ ہیکہ بہٕ کرٕ ہانہٕ تس سیتی جنگ
خداین تمس ناگہانی بلاے
بلاریب چھکھ میون لختِ جگر
بہٕ مایوٗس اوسس ازین مدعا
زٕ شہرس اندر بیہہ بفرخندٕ بخت
دوٚپس شہزادن شہا زندٕ باد
بہٕ یوت تمام چھس زندٕ در شہر و گام
بیپانک شہن کرٕ نووٕن سوار
بجاہ و حشم ژاے شہرس اندر
زصحنِ حرم خانہٕ کوٚر تمی خرام
چھوٚکہ تس جوان بخشے سیم و زر
سہ یوس موج تس روحِ افزایہٕ ہنز
غرض ہیوٚتھ شہزادٕ برجایگاہ
ضیافات شاہنشہی خوشگوار
غلام و کنیزانِ خدمتگزار
بعشرت ہیوٚتن تمی دوہ تتی برٕن

ژوٚلسس طالیس بوم گو تازٕ تر
طفیل تو میانین اچھن آوگاش
بلے میانی شاہی سپنہٕ بہر ور
سہ دوہ ختم گژھ یا وٕنہٕ زندٕ چھے
سہ کمہٕ رنیہ کمہٕ کوٚر یہ زیر و زبر
کمس اوس طاقت اژن در قلاے
ژٕٹے یس کرٕ وہتھن ہار مہدار و خار
بخشم آنہٕ ہیے یتھ جہانس شہ تنگ
سوٚزن چانہٕ رویہ دروٚنے قلاے
بہٕ لاگے پدر عاشس و آرام کر
لہٰذا اکرے جان پایت فدا
بہ تابع تھوٚوے شہرتہٕ تاج و تخت
حکومتہ تہٕ دولتھ پایندٕ باد
بہٕ یتھ جایہ تتھ جایہ چھ سنے غلام
بہ فیلِ دمان اوسس یس زرنگار
بنز دیکِ شہہ پہٕ ہتس تختِ زر
وچھان دراو تمس محلہٕ خانہٕ تمام
مبارکھ مبارکھ کران مادٕ نر
اندری رکھو دہان بہٕ رٹن گوہر گژھن
زبختِ شہی تمی لوٚبن پایگاہ
کھیوان تہٕ چیوان اوس لیل و نہار
شہن تھاوی تابشاہ تمس بے شمار
بلا رنج و غم حال عائشا کرن

بہ شوکت چھُ ابلق گُرِس پیٹھ سوار
ژٕ مولوٲم کرٲمو شُندُے زادُ بوم
بدانائی خیشس کرٛاوٕس عتاب
یہٕ بوزِتھ گیہٕ داے اندر زمان
وۄپن تسٕ ژٕ کُس چھکھ کتیتُک یورٛ آکھ
ژٕ مے پھِچھے ناخبر زیٖں سرایے شہان
بہ کرنی چھِ آدٕر چھُنہٕ کانہہ پکان
کوٗرٲت رٕٹِنہٕ در ستر خانے شہی
خصوٗصن یہٕ کوچہ چھُ ازہر کنار
وَنِم شہرس اندر ژٕ کیتھ پاٹھو ژاکھ
یہٕ کوچہ پری روٗ یہٕ نے ہُنٛد قرار
بجلدی مے ٹِنش باوٕ نام و نسب
اٗندرِ کنو اُسُن آو شہزادٕ سے
دِوٕپُن سوزِ مژ چھنے یہٕ پترا وتے
وۄنُن تس درین شہر چھُس غاٗیزان
مے چھُم ماٲلی شند ناو زین الملوٗک
تتیتُک یہٕ نگارُک بہٕ چھُس شہر یار
ژٕ یتھو سوز نکھ گژھ تِمس ون پیام
رِچھ یتھو شاٲلی یِم روٗدٕ وُچھمتو سیٹھا
چھو کن بیو ژھمُت کرٛول اوسُم دریغ
تُلتھ کرٛول تتھ ترٛوٗدٕ تھم مے نمک
بتیس یئمہ نبہ سیتین کرُن یتھ کلام
جوابا تس شند یامتھن دایہ بوز
گرٛاٗتھی یتھنہ نیرِتھ بجلدی ژٕ لار
یہٕ از چین از مصر چھا یا زٕ روم
پنیتھو رٕکنہ اُنُن زیر از رویہٕ داب
روٗشُن شہزادس جلو رویہٕ سان
بہ محلات شاہی ژٕ بیدایہٕ ژاکھ
کہان وہان آشکار و نہان
رِچھ ساٲری کران الامان الامان
دِوان نظر اوسکھ ژٕ از ابلہی
بٔرِتھ لاشہ وہے عاشقن ہُنٛد مزار
بلا پاس وَنتم ژٕ کتھ پاٹھو آکھ
رِچھ یتھہ جایہ عاشق کھسانے بدار
مے گو ژیر یتھ پھیر مژ راولب
جوابا بہ تیزی وۄنُن پیادٕ سے
چھُ تاثیر گومُت تِمس نعتے
چھُ میونے وطن شہر شرقیستان
دٕیان ناو یانس مے تاج الملوٗک
کران حکمرانی بہ در ہر مدار
مے سیتین کورُن مختصر ایہ کلام
مے یتیمتو رِچھ یِم بیشالہ ٹیٹھ مہٹھا
ژٕ مے ژُھنتھم بنہ خم زبان ہیچو تیغ
معافی ازیں بات گژھ وتہٕ یک
وُچھمتو دانہٕ یُس آسہٕ لوگمُت بدام
سعو مایوٗس گاٲمژ وچھان ژھایہٕ رۄزٕ

بٹیہ شہزادن وونس صاف صاف
پوزُے پوز تقصیر تھا وُم مے معاف

وُنہتھ پی دِژن زہر رہوارِ سے
سو واپس گیے وونہ مہہ یارِ سے

شیپو رنج بوزِتھ سو نازُک بدَن
ہیوتن ہارِنے اوش چھُو جوییے عدن

ووپُس باز چیلایہ کینہہ غم مہ بَر
گژھی رام پانئے ذرا صبر کر

شہ شہزادِ نیران بہ فرمہی
کران اوس تبدیل لباس شہی

وُچھان تس دوہے اُس آں سیمبر
پوان تیر عشقن تمس بر جگر

دروونی سو ہاران خونِ جگر
درآخر گئیس ماجہ مالِنس خبر

شنیون ماجرا بوز سوزُے بہ گوش
اُنن ناو دِتھ داے آکھ تیز ہوش

دوپُن تس کہ اے دائیے تیز ہوش
کتھا بوزُنے وارِ کرِ سوزے بہ گوش

ژے سے شہزادُ پچھو تھن بہ خوان جگر
جگر گوشہ چتراد تے سیمبر

بلاشک ژے آسی یہ گومت کنن
چھہ دیوانہ گامژ گیس کتیا وُنن

مے بوزُم چھہ شہزادہ تاج الملوک
گوسائنیا بنِتھ سالک باسلوک

بہ لبسِ فقیرانہ در شہر من
کران سیرو گردش چھُ کیاہ تام وُچھن

شہ وُچھمت چھُ چتراد تے ناگہان
چھے مفتون گامژ اُمس پتھ نہان

اگرچہ کنیزو تشند ماجرا
وونُکھ شہزادس ز چون و بجرا

بواپس ز خویشی شہ انکار گو
یہ رازِ نہفتہ مے پیچھ تام پیو

لہٰذا ژِ گژھ بوزناوُن یہ کتھ
چھے دیوانہ شہزادُ گامژ ژے پتھ

بہ جفتی تمس ستو القرار کر
کرکھ شہر یاری بشام و سحر

غرض بیل آنُن بعقل و قیاس
پننو رنگ تمس ہاو بیم و ہراس

تہ بوزِتھ گیہ دایہ سے تیز راے
وونُن شہزادس یہ سرتا بپاے

تہ بوزِتھ سہ شہزادہ در گریہ آو
سہر بان مے پیچھ شاہِ سنگل گیاو

ولیکن بہ شخصا گدا پیشہ چھس
چو سیاح پھیران بہر بیشہ چھس

بہ در ہیچ تقدیر سیماب وار
بفرحت مے یتھ جایہ چھے نہ قرار

شہس میانہ طرفہ گرزار پار — بہ تحصیل این قسم چھنہ تیار
معافی منگان چھس نہ جرم عدول — پہ میونے ہرچند اشت تھاوُن قبول
ووُنُن معہ مختصر پانٹھ دایہ جواب — بو واپس گژھہ چھٔ پتہ پیشِ نواب
جواب مُلک زادِ شاہن بگوش — کورُن پامم از دایہ یے تیز ہوش
بہ حیرانہ شہ اندر تعجب سپُن — بہ بیر تہ وزیرس پہ قصہ ووُن
دوپُن تس کہ ہوش منشہ زمان — دریں باب کیا مشورہ چھکھ زنان
چھہ افسوس این بار غیبے غائر زنان — بہ خیشس چھہ انکار گژھی کران
بہ تدبیر در دام آنن اسیر — تمیشہ چھہ پیشس کاچھ ہند یاد شیر
وزیرن دوپس اے شہہ نامور — مبرم کرن تیتہ در یگی چھو خبر
دریں معاملہ گے ادا چھنہ روز — مُلک زاد دشمند عشقہ افسانہ سوز
دپان خرچ شہزاد چھے معہ کلیو — پتہ گینڈ تھا تھس بانہ چھے سپنھ تھو
چھے خرچ دُرداد چھے جوہری — تمس میولُت از بکاول پری
بہ وقت ضرورت کران خرچ اوس — سپنُن تنگ قیمتہ تمیک معہ کلیوس
چھے خرچ مجبور تنگدست گو — اتھو اندر تمس یاد پیو مست گو
ازاں معہ ہیرے مار گو شادمان — شہ تمی رانہ شہزادن تھوو دن نہان
کوڈُن معہ ہیرے مار از ران نیبر — بہ مرہم کورُن بیہ شہ زخم جگر
بشادی پکان سوہ بازار آو — بغاہ بغلی کیا بران اوس چھاو
بہ دکان جوہر فروشے رسید — کوڈُن از بغلس لال خاصہ بدید
وُچھنہ معہ ہیرے مار حیران سپُن — بو واپس سوے شہزاد دوپُن
مے قیمتہ اتھیک چھنہ بنہ زنہ ہیُن — پہ چھے بے بہا چھنہ مُنفیتے زنہیُن
پکان بر وزنہ ہیُن گو کوڈُن از بغل — خمہ جس ہاوِ چھے قیمت کور سہ ژھل
وزیرن تمس تھاوی میتو حسابہا — نگہبان وُچھکھیو بہ این صدا
گوڈھس کا نہ بہانہ گژھن گو اتھہ چیل — گژھہ پیل تس پیسر ہے ادہ میل

بدو کان شہ سولہٕ دان بو لالہ سے — بغوزن خبر گیہٕ کٕہٕ والہ سے
بلا رحم وانصاف کُہٕ وال بو — یکپنٕہ شہ کمبخت ہر حیال بو
بخاری کشان نیوُن سو سے وزیر — خیپشن بہ تہمت کوٕرن سخت گیر
درٲنی سپُن خوش پہ مُنکہ کلام — سپُن بستہ در دام خود گشتہ رام
دوُپُن تس بہ ایی وجہ پھیران چھکہ — بڈزدی گوشت حال حساران چھکہ
یہ جوہر گوشت کم چھہ از توشہ خان — تفحص کران اتھ چھہ سورُے جہان
یہ وُنی کیہن ژیٹہ نش دراو اتھ چار کر — مزا دوہ نی وُچھکھ قادخانس اندر
بلا پرسشی و ثبوت ہم عنان — شہ مبہوت گوشت لوٗدکھ قاد خان
پس از چند روز سے بزندان اندر — وزیران خبرسوزنس موختصر
کرکھ یوٗد ژ خیشی ہمراہ شاہ — خلاصی لبکھ تہٕ بنکھ پادشاہ
دگرہ سے ہیتے پاٹھو در قادٔ خان — بہن تمبر چھیے الامان الامان
یہ ٹوٗنہ تہ شہ شہزاد دلتنگ گو — گوہ لابس دپان جعفری رنگ گو
ییندس پادشاہ شہنشہی افسری — ملاقات و مہجوریے اٰں پری
دوٗپُن اے دریغا یہ آزار چھم — کرون چار ناچار البقرار چھم
دگرہ سیتے چھم بہن قادٔ خان — بکاوُل وُچھن نہ شہ آرام جان
در اٰغم بہ البقرار مجبور گو — وزیرس خبر گیہٕ تہٕ مسرور گو
شہس نش گژھہ کوٗر وزیرن کلام — شہ خیشی سپُن رام او نم بدام
بہ خیشی شہ آماد گو شاد کام — دوٗپُن دپھ شہس دوہ نی کرون انتظام
شہن یامتن بوٗز گو شاد کام — وزیرس دوٗپُن پانہٕ کر انتظام
وزیرن بحکم جتر سین شاہ — کوٗرن خاندوک سعی شام وپگاہ
رئیسان و میران سہرے تمام — بہ اعلان سمبرتھ اُنن شہر و گام
کرٕن دٲقعت از حکم والاتبار — چراغانہٕ شہرس کرون ہر کنار
کھہ وعمہ زن ومرد پیر و جوان — گذارن شب وروز شادی بران

چھوکھاندر شہرس کوری باصد سرور
یہ بوژیتھ امیرو بہ این مدعا
و باادب حرمخانۂ اعلان گو
سپہنی تاژ چھتراوت از ہر مدار
وزیرن ڈیان کوڑ د باادب تلاش
پہ کیشرٹھا چھ آیین شاہن شہی
بہ ہر جا سپن جشنکہ انتظام
بہ حرمت اوژنیکھ شہزادہ ملوک
بہ لبس شہانہ سہ یاڑن ہیتو تیکھ
سوارسے بہر گونہ با عیش و ناز
زبس ہا و لاڑی عراقی سمند
بگردش سہ شہرس اندر جا بجا
بفرش گران مایہ بر تخت ناز
بیٹیتھ کنو حرمخانۂ اندر بناز
اگرچہ تیمس اوس کافی جمال
بصد ناز کڑاؤکھ سعہ آراستہ
بساز اندران تیمہ ترانۂ کران
بگردن تیمن تولہ کے اوس طوق

ضیافت چھ تو کن کھینی بلضو روز
کوڑ کھ شعہ ہر شہرس اندر جا بجا
زن و مرد پڑتھ کانہہ اکھا شاد گو
کنیز گیے شادمان بے شمار
ضیافژ اُنکھ با تمامی معاش
شہن کڑوو از کروفرہ ہی
بشہر اندروٗن سوز از ہر کدام
شہن کوڑ تیمس سیتی خاصہ سلوک
گران مایہ تس تاج بر سر ڈیتکھ
زچسپان موٹر ہوائی جہاز
سپن شہزادہ سیتھا بہرمند
بعشرت اوژنکھ پھیر تھن بانوا
نشیمنگہش بود باصد طراز
کران دایہ چھتراوتے آیہ ساز
مشاطو ڈیتک تس جمالس کمال
سپنو نو عروسی سعہ پیراستہ
وسیہ دایہ آسس غزلہا پران
یتھے پائھو ونہ وان آسس بشوق

•

حوڑو ساز ہیوت کڑاوُن پڑرے
وگو نیو ونہ وُس دڑی کرے کرے
چھترا سپنہ ستر کوری شاہ پڑرے

زُرِ یے جامہ چھس نائلی شوبان
زُرِ یے جامہ چھس نائلی شوبان
چھتراوت چھس ناو شوبان

زینت دِتنس صنعت گرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
خورشید خد تہٕ قد صنوبرٕ ویے  ماہ زن تارٕکن منز تابان
پارٕ او کورٕنس اُر سازٕ گرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
رٕوہ بٔ تنہٕ موٗلنس مشکہٕ تاترٕ ویے  لاگِنس بے بہا زیورٕ کو تان
سازا چھس کران واظہٕ پرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
اطلس جامہٕ نے حوٗرے نرٕ ویے  حوٗرن ڈیشتھ دِل لوبان
شرٕ فی دار روہ تہٕ دامن گرٕ گرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
گلوٗ ویس پیٹھ دانہٕ گوہرٕ ویے  رُمہ رُمہ وُچھمس گمہٕ برسان
حُسنکو جلوٗ کرٕ بلو ند ہرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
خمدار ابروٗکش کرٕ کرٕ ویے  ہیرٕ ولہٕ وہیرن تیر لایان
مژگان تیمو سِندہ دِر کھتہٕ دٔرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
آہو چشمہٕ خُمارٕ برٕ برٕ ویے  ڈیشتھ ہرٕ نورٕ ڈی کوہستان
خستہٕ کرٕ وار انستہٕ خنجرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
مارٕ ہیتھ پانکو زُلفکو دٔرٕ ویے  زالہٕ ولی کٲتیا گئے نیم جان
خوشبوہٕ یہ سیتی گئہٕ زٕند مرٕ مرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
چبلا تھاوان پیالہٕ بھرٕ بھرٕ ویے  نہ ملالو لُک مس چاوان
دایہٕ سیتو دِتہٕ وان گٲیہٕ کرٕ کرٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
بخیتہٕ بچہٕ پوٗژنس ذاتِ اکبرٕ ویے  بوگا دِتنس اَز پرِستان
گُلکو لا مایہٕ وُچھ ہوٗ کبوترٕ ویے  زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان
نعمت اللہ پرٕ ے وَنان مو خصرٕ ویے  ساماںہٕ چھی بہار اُخری آن

دروٗد سوزِن نبیس ژرٕی یے
زرٕی یے جامہٕ چھس نٲلی شوبان

## باقئے داستان

وُنے مو مختصر پاٹھو از اکل و نوش ۔ سپنہ بام فارِغ یہ بانگِ سروش
کہ یانی سہ شہزادہ تاج الملوک ۔ بہ مجبور تمہ زور ھتوون سلوک
تمس کیُت عجب رنگہ کُنھِہ اوس پژنگ ۔ کران نیبر سلا نو بنو اُمس رنگ
دپان گیہ چیبلا اوش ناد دِتھ ۔ سہ مہرازہ پُس آفتو آورتھ
خرامان تمس سیتہ شہزادہ آو ۔ نخلاؤتھ گھے خاص بے خوف ژاو
پتے تس اِشارہ کرِتھ از جلوس ۔ ووتھ تھو آیہ چیتراوِتھ آں نو عروس
نشیمنگہش بوُد نزدِ ملوک ۔ عجب آنہ تس سیتہ تمہ کور شلوک
سہ توشان لولہ ہم دلبرِ خوبروے ۔ بقدِ شادمانی تمس روبروے
بتازہ ادب بیٹھ بر فرشِ زر ۔ سپنہ محوِ دیدار آں تاجور
دوپن تس مبارک مے چھم بار بار ۔ بدست آم مہ رو رخ رنگے ہیو تاجدار
بہ از تام اُسس پراگندہ حال ۔ وُچھتھ چون دیدار تہ یال و چال
اگرچہ مے بیٹھ عالمکو شہریار ۔ گمتو اُسی آوارہ خار و نزار
مگر کانسہ کُن مے کورُم نہ خیال ۔ چھہ چھیران ھارن گمتی پایمال
ازیں پیش کرعیش و عشرت بمن ۔ بہ بستان گُل کرِتھ کر کوسمن
تہ چھے کفش خانہ بنن غم مہ بر ۔ کنیزہ ہیُھن چانی چھس خاکِ در
اُندر رکنو مُلک زاد بیزار تس ۔ نیبرہ کنہ کران اوس اِیقرار تس
دپان اوس ہے سہ شگفتن بدن ۔ پری روے خوش خوے دُرِ عدن
سو یوس آ دِریچ یار چھم دلربا ۔ بکاول پری مرحبا مرحبا
تُلن میشانہ باپتھ سیٹھا رنج و غم ۔ چھہ وُنی کین بزندان بدرد و ستم
سو تراؤتھ بیٹن سیتہ میونے بُشن ۔ ازاں زندگانی مرن تہ لُسُن
تس افسوس پُس آدنک آسہ یار ۔ سو تراوِتھ رٹتھ بیا کھ اندر کنار
چھہ تمی ہے دپان عاشقِ بے وفا ۔ دغا باز کجرو براہِ خطا
دغا باز کجرو بہ کرہ لاگہ تس ۔ وفادار ہر کوچہ در زاگہ تس

بہ خستہ دروٗنی بہ رسمِ عیار      تسلی کوٗرُن تس دوٗپُن غم مہ دار
بہر گوٗنہٕ دردِل مےٚ چھُم چاٗنی مارے      چھُھم ژٕرے بَنَن جاے تی چھم مےٚ راے
ژٕ نِیے سِتِھ کرُن عاشُش آرام چھُم      دِرین شہرہٕ بہرک سرانجام چھُم
کلاما کوٗرُکھ تا بَیک پاسہٕ شب      بہ عشرت رٕہہتھ با عجیب نوشلب
نیٚیشٕدر آیہ شاہس دوٗنٔن با عروٗس      بہ آرام از ختم کرٕاوو جلوٗس
پوٗزُرے بوٗز چیتراوتے ژٕاوٕ لرٕ      پیواٗنی کوٗرُس زورِ نیٚیشٕدرے بَسر
سحَر نعرہ فتنہٕ سِپُز شاہ بیدار بو      اُتھو اندر تہٕمس یاد دِلدار بو
دوٗپُن اسے دریغا بہ ایں فرشِ ناز      شوٗنگُن میون صد حیف ژٕاوِتھ دِراز
پٕری رو رُخ سوٗنگتن بدن گلعذار      مےٚ گوٗ مُدٕ تھاوٕ ڈیشنس رٕنے یار
دِیٔتھ یِی چُھ دیوانگان وٗلہ زخاب      نیٚبر دٕراو آہستہ روٗدِ سِنہٕ تاب
دُ مُنزِل بہ بُتخانہٕ تروٗن قدم      ز ہجرت تہٕمس بو صدم صدم
وُچھُن کھُلہٕ دروازہ بےٚ بُتکدہ      اُندر ژٕاو ڈیٹھُن سحَر ماتم زدہ
پکان گوٗ بجلدی کرُن تس سلام      پٕری رویہ کرُنس بہ تیزی کلام
دوٗپُن تس دریغا مےٚ نِش دُور ژٕل      بُنا حق رُدی چانہٕ آیم وَدٕل
مےٚ کر اوس مولوٗم چھُکھ دوکھ باز      ژٕنِے پتہٕ بہٕ پرٕہانہٕ ہرگز نماز
وُنیکُتام اوقات ضایع کوٗرُم      دریغا مےٚ تقدیر ناقص چھوٗروم
وُچھتھ نو عروٗسا توٗرے چُھکھ چھوان      گواہی حنا دست چاٗنی دِوان
بہ واپس ژٕ گژھ زرِ حرمخانہٕ لار      مُدکَش روے اُسی کران انتظار
مےٚ چانے مو کھ گلبدن گوم سنگ      دریغا ژٕنےٚ لوگُتھ اَتھن مانز زنگ
گِرٕ دھچھِتھ سنگ بُت خانس اندر پیٚمژ      بہ زندان دروٗن بستہٕ خستہ گمژ
مےٚ غنوٗنچہٕ دِلس دارِغ لالہٕ گوٗمت      دریغا ژٕنے وو پرن کوٗرُتھ نالہٕ موٗت
چھےٚ افسوٗس بیمژ بہ در تاب و تب      ژٕ با غاٗر مشغوٗلِ عیش و طرب
کوٗرُتھ نام عاشق ژٕنےٚ گم ہارے      دریغا دغاٗئی ہنژرے پچھے ژٕنےٚ ترٕ اے

ژھٕٹھے ہیو بیٚیس سیتؠ تھاوکھ سلوٚک
ژٕ ژٕے کرٕ شوٚبہ ہی ناد تاج الملوٚک

دریغا بہ نےٚ آسہٕ ہا ہم سنگ
بٕہ شمشادٕ ہا چال تےٚ ماثرٕ رنگ

خبر پانٕہ چھے کوٚت رنج و اَلم
ژُلمُ ہپانٕہ باپتھ سےٚ تکلیف و غم

قبیلہ بیٚیہ کرٕانہٕ دراےس نبر
کوٚرُم نہٕ سےٚ پروا زٕ جنسِ بشر

شرارتھ کرٕتھ تس تُلرٕ گیہ نالٕ
کنو بوز تاج الملوکن یہ ڈالی

الا اے پرٕ پروے شمشاد قد
ژٕ ناحق گمرٕ ژھ پیرٕ رنجہٕ زٕ حد

بہ مشہور و معروف چھس تاجدار
بلے چون دیرینہ فرما نگذار

ژٕ سےٚ مولوٚم چھے پانہٕ اے گلعذار
نگارو کٕ یتہٕ پوٚرُبکٕ چھس شہریار

حکمران اوسُس بہ صد ذوق و شوق
پننہ ہپانٕہ شوقکُ سےٚ گو نالٕہ طوق

ؤ چھس چون گرٕوے اوسُم نصیب
پریشان بہ عالم فراز و نشیب

کوٚرُم ترک فرمان دہی و حشم
بہ عشقِ تو اے دلبرِ محترم

فراموش کرٕووٚم سُہ مادر پدر
سےٚ مولوٚم چھمنہٕ تہٕ شند خاروشر

سےٚ نےٚ آسہٕ ہے چون الفصة بشر
بہٕ کوٚت واتہٕ ہا یوٚت بہ شہرِ دگر

دریں جا لوٚگُس قائدٕ اوسُم لیکھتھ
بہ کلکِ ازل اوس گومت ہو لیکھتھ

لوٚگُس قائدٕ از شوقِ تو اے پری
اگر دوٚپ تہٕ ہشند مانہٕ ہا سر ہری

سےٚ کینژھہ بوٚ نہٕ چتراوتے ہُند خیال
بہ عشقِ تو اوسُس گومت گنگ و لال

کسُن یتہٕ مرُن میون اندر جہان
بہ دستِ تو اے دلبرِ مہربان

بہ زندان کوٚرُم چانِہ شوقن سےٚ زور
موٚہتھٕم کھٔین نہٕ چین گوس زندے بہ گور

دوٚپھم واتہٕ کیتھ پاٹھی یارس رٕنشے
تمس دلبرس ماہ یارس رٕنشے

زٕ فرقِ تو اے مہہ روح نازنین
بزندان نشین روزٕ ہا ہم نشین

ژٕ بیٚتہٕ آسِتھن بوزٕ ہا کیتھ ماجرٕ
دوہ شے بوٚ پراکند اے سیمبر

بجبرن بہ یتھ پاٹھی مجبور گوس
بہ این چند روزہ ژٕ سےٚ نشِ دوٚریوس

دریں معاملہ تھاوخاطر جمع
سےٚ چتراوتے ہُند چھُنہٕ کینژھہ طمع

دوپُس پُرِی یہ خاموش کیا ژھکھ وزان
بزور و جبر چھُنہٕ خیشی بنان

تسلی میٗے گوچون اسے بے وفا
وُچھم شیوٕ چونے چھُ جور و جفا

وفادار چھکھنہٕ جفاکار چھکھ
دغا باز یار ستمگار چھکھ

مُبارکھ میٗے نِش اُسونہٕ بار بار
میٗتے چھم مُبارکھ بزندان و زار

دریں حال ژٕ تے میٗے نِشے کوم کیا
بوقت مُصیبت چھُ یاور خدا

یہ بوزِتھ سہ شہزادٕ گو اشکبار
تھپیر ژٕ ھنس رویہ ہے بار بار

دوپُن اے دریغا میٗے یُس یار جان
یہمس پتہٕ مُرا کرٕم رایگان

سہ ناراض میٗے نِش گژھن گوٚ یہ جان
پنُن پان یتھو ہاہ نالہ روان

دکہ ندکرِتھ پان ترٛاوُن بخاک
موٚلُن خاک رویس کوٚرُن جامہ چاک

بہ گرِی یہ سپُن تیوت بے اختیار
زہوش و خرد گو زبس نالہ زار

گماٗنہٕ سپُن پُریہ گو ما مرِتھ
دریغا ہیکا یوٗت تاوِن زرِتھ

بہ اُلفت نکھہ یتھ سپُن اشکبار
تمُن تھوٚد چھُ سعدرہ روٚٹُن درکنار

دُتِنُن بوسہ بر روی آں تاجدار
مدارا کوٚرُن تس دوپُن غم مدار

نگارا بہ چاٗنی طلب دار چھس
بہر گو نہٕ غم خار تہٕ یار چھس

ژٕ چھکھ آدٕ نکُ یار میونے شفیق
بہر جا سہ کھس مہ مس اندر رفیق

کرے مے شِمسا یتھ ژٕ دل تنگ گوکھ
بہ ساہ دِلے سعدرہ برخاک پیوکھ

زباٗنی کر یوے شہا امتحان
دروٗنی ژٕ چھکھ میون آرام جان

یہ کینژھا کرِتھ مصلحت اُس تی
نتہ اُس نہٕ اکھ اکس آگہی

ژٕ چھکھ مرد شہزادے ناموٗر
زناہ بہ چھس چاٗنی پرواہ بر

بہ ہوش آو شہزادٕ زیں خوش کلام
وُچھن تس تھ خو مرغ آمت بدام

کلا ما کوٚرِکھ لولہ سٕے پانہٕ وأنی
بہ عشوٕ کرشمہٕ کران ماہٕ مأنی

مفصل کوٚرُن پُریہ سوٗرے بیان
لگُن قاٗد معہ کٔنُن اداں جیلخان

اُتھو اندر چھکھ پھول شہن تراوِرو
بہ رژھ چھکھ ملکزادہ در خانہٕ گو

بجاییے مُقرر بہ آرام گاه
بہ بستر بہ آہستہ روٗٹ تمو قرار
بہ جُنبش شاہن تیٛجؔ از خاب گران
دوشوٕن روٗدی باہم بہ عیش و طرب
پیٛھے پاٹھو معموٗل ہر روز و شب
شبانہٕ زٕ بستر نیران لوستے
بہ بُت خانہٕ روزان نزدِ پری
بہ چیتراوت آن دلبر نو عروس
دِیان ہمرہن نِسق کیٛنہہ کال گوٗ
دوٕیُن کوٗت یہ راتس گژھان کیا سبب
بہ بستر درین فکر تِمہ ترٛاو لۂ
خبر گیہِ شاہس اُمس پیٛیہ خاب
بہ بُتخانہٕ گو باخیالِ پری
پری پیٛہ نِشس روٗ ژھسیتھ پھیٛتھن ترٛاوباز
شوٗنگیتھ روٗد آہستہ پاٹھن لوتے
نیٛندر لاگی ہیٛتھن اُس راتس بیدار
صُبحُ پھوٗل کوٗرُن شِکوٕ بامادرے
چھُہ آسان یہ شہزادٕ راتس نِبر
میٛ سیٛتین اُمی از مُدتے کارِ خیر
سپیٛنؤ تمِتھ بوٗزِ یتھ ز دوٕختر کلام
شہنشاہ بوٗزِ یتھ سیٛتُن در عجب
وُزیرس دوٕیُن تمو اُنن پہرٕ دار
خبردار باشید اے تیز ہوش

پلنگس پیٹھن کھوٗت سُہ خورشید جا
نیٛندر اُس شہزادٕ گیہ نہ ہشیار
زٕ بس عشقٕ کی داستانہٕ پران
مُلک زادٕ با دلبرِ نوش لب
گُذاران سُہ اوقات دُر تاب و تب
نیٛندر ییٛلہ پھوان اُس چیتراوتے
صُبح تام باحشمت دِلبری
یہ تس التفاتا نہ جلسہِ جلوس
شتیہ اکہ مہرو یہ اشکال پیوٗ
میٛ سیٛتین کران چھینہٕ آدایہ شب
ادا یام گوٗ راتہٕ ہیٛند اکھ پہر
ز آرام گاه ترٛاو باصد شتاب
صُبح تام تس نِش وِژن حاضری
گرٕ ووت تروٗدُن بہ بستر دراز
تمس راے نیٛندر چھ چیتراوتے

سپیٛنو واقف از حرکتِ شہریار
ز مجبوریے بسترے شوہرے
خبر چھمنہٕ کیٛتھ کُن گژھان دربدر
کوٗرُن نہ کران اُلفتا غیر غیر
سہ مادر تسُنز بوٗز شاہن پیام
دوٕیُن کوٗت گژھان تہ گُذاران شب
بہ تقرار تلقین کوٗر یکھ سہ بار
یہ کیٛنژھا دُوٗتیتھ تھوٗو وادٕ گوش

یوٗک یُس پہ ژھہرانہٕ داماد شاہ
شبانہ چھہٕ نیران زٕ آرام گاہ

چھُنہٕ کانٛسہ ہولوٗم آسان سکتے
خبرٕ سوٗرے مے بٕنِش گژھ آنخولوٗتے

پٕژ بوٗزِتھ نِگہبان شب زِنٛدہ دار
شہَس زاگہِ نے روٗد مُردانہٕ وار

بہ وقت مُقرر سُہ شہزادٕ دژاو
دٕبادٕب گژھتھ در صنم خانہٕ دژاو

دٕ ڈیکتھو چپ و راست اُسِس یکان
دٕ چھکھ سُے پوپٕلی خانس اندرٕ اژان

گمانہٕ سپُن یی تمِس اندران
شبَس آسہِ اتہِ یاتھ پٔوزا کران

صُبح پھولہِ درزیرس دوٗنکھ ماجرا
بہ بُتخانہٕ رفتن زِ چون وچرا

وزیرن شہَس دوٗن اُتھ اندرٕ سُن
دٕیتن سُکم بُتخانہٕ پرٛوٗٹُن زٕ جُن

گژھے یام بُتخانہٕ غیب از کنار
تسلی لبتھ کرِ یانے قرار

کرِتھ یی مُقرر اوٗنکھ چاہ کُن
ز معدوٗم بُت خانہٕ دوٗننکھ شہَن

دٕبادٕب گژھتھ چاہ کنوٗ کورٕ کمال
کھوٗنکھ تہٕ اوٗنکھ تتھ مکانس زوال

سُہ بُت خانہٕ بوٗزِم بدریا کنار
یتھ اندر پٔری آسہ کرٛا اوتھ قرار

کُڈکھ بیخ و بنیاد تتھ ہرطرف
بدریا لگوٗ دکھ سُہ کرٛ دوکھ تلف

تمیکُے روٗد نہٕ کیشہ تہٕ نام و نشان
سُہ اخبار شاہَس دٕیتکھ درزمان

شبانکہ سُہ شہزادٕ تاجُ الملوٗک
بہ بُت خانہٕ ہر شب تمِس بوسلوٗک

زٕ خانہٕ نیبر دژاو تتھ جایہ ووت
بحسرتھ دٕ چھانٛی سپُن اَرٕ کوٗت

نہٕ بُت خانہٕ نے آس پٔری نیم سنگ
دٕ چھُن غائب گومُت ڈٔلُس ہوش وٕ رنگ

پس و پیش چھُ بُلبُل از بہرِ گُل
ہُرتھ گل تُلان کوٗت شور و دُہل

چپ و راست پھیران چھُ دیوانگان
بٕدل خستہ گی نالہ آہ و فغان

دریغا سُہ بُت خانہٕ ییے مرمری
دریغا سُہ گلرُو بکاول پٔری

دریغا دلارام شب زِنٛدہ دار
دریغا سُہ سنگ تن بدن مہہ عذار

دریغا تمِس یتہٕ ترٛاوُم شہی
گیم غائب تہٕ چھمنہٕ کانٛہہ آگہی

دریغا سُہ بُتخانہٕ ہیتھ گیہ غائب
دریغ کمِس بٕنش تشنہ بوز نیب

دریغا دریں ملک دنبال وسے
به آیاس رووُم لبیتھ ھاے ھمے

به منشایه ییشد رانه شاه پری
جدا گیه منوشش نیشه آں پری

نته کوٗت به یوٗت، واته ھا اسے دریغ
جدائی تمی کراو از زخم تیغ

دریں ملک بیگانه تم سے وُ چھان
مسافر به اوسس لسان نه بسان

دریغا چترسین شاه ماچھوروم
تمی از مئے بیداد ییتھ ھیو کوروم

کرس کوته اته مرزمینس طواف
لبن ناسه دلبر ژلیس ناشه شاچھ

دوان گتھ زمینس شه بے ہوش گو
یہ تھر پیو گلس جعفری پوش گو

کدیتھ تھکه ذرا آو ہوشس اندر
کوڑن ناله افغان زجوش جگر

سیٹھا ناله زاری کرتھ گو ملول
دوپن اسے دلا یان مارن فضول

بکاول سینه غائب بتخانه سان
تسند روده کیتھه نه نام و نشان

چھ لازم نه چھن دوه نی بنن جسم جان
برسم توکل بحبایے امان

تسلی گژھت آو وار ایشان
بخانه دروٗن ژاو چھسه مشان

به پہلوے آں دلبر گلعذار
شونکتھ روده لیکن دو چشمه بیدار

دل وجان بدریاے حسرته غریق
دوپن کوه مے چھم یار و یاور شفیق

بکاول جدا گیه ز تاج الملوک
چھ بیہتر یتمس سیتھ تھاون سلوک

ونیته یی گو ندان ہمتک تمی کمر
سه غمگین گامژ کرن بہر در

شہنس مند یک کھوتمتن بو بکام
بیک شب ہیوتس تمه بوزنه تمام

کوارکه تی اکس اکه چھ لولابران
به خلوته یه مہرانه مہرینہ کران

غرض روده تته حبایه کروون قرار
بہارا چھ چھاوان درشاہمار

چترسین تمس بیٹھ سیتن مہربان
تھوون ملکس اندر یوسه حکمران

بحمد الله فضل رب الانام
ز قصه سیپد جلد ثالث تمام

به تصنیف ایں جلد رووُم بعد یر
به منشایه حق مالک خار و شر

بحمار یته گییم کم اچھن زال یوه
چو اعمے بیک جامه کینه کال گو

به کشمیر تنہا مے گوته یه حال
وچھم سایه تیدی تکه گرفتار زال

بدبینٛگوٗنہ شش ماہ اندر عذاب — بہ اوسُس ییتھٕ ماہی یِیے غیرِ آب

ونیکن کمہٕ وجہاہٕ اوسُس وُچھان — چھِہ کمہٕ دوست کمہٕ دُشمنِ غیرزان

رفیق وشفیقان کران ہے ہوے — سلامتھ خدا تھاوِی تُکھ اوبرے

حسودان دروٗنی گژھان شادمان — بروٗنی پران الامان الامان

# ژۅرِمہ لٔنجہ ہُند دُسلابہ

خداوندا بحق شاہ مُرسل — عفو فرما خطا کر مُشکلن حل

بہ کشمیری غریبان و امیران — پریشان حال ہا برنا و پیران

بہ شامت ہائے جرم بے شمارہ — چھُنہ کینہہ وار پأٹھِس دِل قرارا

خداوندا بہ لطف و رحمتِ عام — کرِو کھہ آباد سأری خاص تہٕ عام

چھُہ چانے رحمتُک دٔری یا واسعٔ[۱] — بیک قطرہ تہٕ چھَل جُرم معاصیٔ[۲]

بحمد اللہ اگر اوسُس بہٕ بے غم — وَنتے حال کیسان ڈیشِتھ میٚ یُس غم

وۅنُم میٚ دوستو دِل تھاو مسرور — مہ بر غم قصۂ ہذا وَنُن پور

بہتھ اوسُس وُچھان رنگِ زمانس — ہوا بدلان زمین و آسمانس

وۅتھِتھ تھوٚدے تسلی دِتمہٕ جانس — کمر بنٛد ہِمتُک چورُم میانس

وَنے جلدِ چہارُم مختصر بوز — بہ عیشِ کامرانی ہوشہ سان روز

دِلو ہا ساقیو پھِر یا لِنے مے — دِتم پیالا بُرتھ مٔنزِل کرٕ طے

دریں مٔنزِل بہٕ ژھانڈن رووُت یار — لَبُن بیشک ژٕ لیم یُش کول آزار

[۱] واسع [۲] گوناہگار

# بکاولہٕ ہُنٛد غائب گژھُن

تلہٕ وأنۍ سِنٛد کٔر زیوٗت تہٕ [۱] آخوس تاج الملوکس سیتھ رٔلِن

بدیشگوٗنہ کران رأوی ریوایتھ — اَزان گُم گژھتہ سنگین بُت چکایتھ
بکاوٗل باغنم خانہ ز چھُنکھ یاد — ییٚلے پژھ ڈٔلکھ گوٗرِ کٔہ معدوٗم وبوٗرباد
پتہٕ تلی خانکُ شہ جایُن رُوُد خاٗلی — زمین ڈوٗر اَسہ لایق اَدس عاٗلی
تلہٕ وأنشا بسان ہمسایہ تتھ بوٗ — زمین خاٗلی وُچھتھ سٔے شادمان گوٗ
کوٗرن تتھ قبضہ تہٕ کرٕوٗن سہ آباد — بنیاس رٔت فصل تہٕ وار اسیٚن شاد
پنٕز رٕژونس تہٕ کرٔنس راچھ ہر سو — نوٗ دُن تتھ آب موقس بیچھ اُنن جو
سُہ برجستہ سیٚتھ تہٕ رٔژ پھُلے تتھ — وُچھتھ تلہٕ وأنۍ بو یانس کران سٕتھ
کٔمے کالا گژھِ ھنتہ گژھ پوختہ لایق — لوٗنتھ شیرِ تھ کڈٔس بو تیل فائق [۲]
کھیمو پانس اگر کینہہ روز موجوٗد — ہکنوٗ بازرٕ تھوٗن موجوٗد کیشا سوٗد
پوان تاج الملک تورت گاہ گاہے — گژھان دل خوش کران یا مفت نگاہے
پھُلے ڈیشتھ شہ تتھ پھیران بہر سو — پوان چھُس اَتھ شوگوفس یا ہُنٛد بو
نظارا وُچھتھ یُو وایس گژھائی — مگر ہر روز تورت وُچھنے پیوٗ اَنی
غرض گو فصل پوپ تلہٕ وأنۍ لونُن — کوٗڈُن تتھ تیل تمہٕ ییٚلہٕ گراوُن
عجب خوش بوے تیلا صاف تہٕ جان — دوٗین خوچ بایہ رٔٹھ واہ دِزِس تھان
گمہ ڈٕتی لاُزم چھُ کھیٚوٗن پانس یہ میوٗ — چھُ پرانین ہُنٛد اَسے عادتھ تہٕ شیوٗ
پکنتھ یتہ کاشبہ اَمہ منز تیلہ وأنۍ — کھیمو پانس یہ سوٗتے مان مأنی
زِیتس تھوٗ ہوشس کرٕ ہا خوچ بأیی — چھُ اَتھ قدرتھ بییہ نشو نمائی
دوٚیمُ کتھ بوز چھُے عادتھ کسانس — گژھِ ھنتہ پھُل پوختہ کھیٚوٗن اوٗل سہ پانس
غرض کھیو تیلہ وانو تیل پانس — کوڈ کھہ دوٚہ تھ قرِتھ ترٔی تھاوِ کھٕنہٕ وانس

۱ غائب۔ ۲ جان۔ زبر

درین ایام ہا خوجہ بایہ لوٗگ تیل  خوجن لوٗب زیادٕ طاقتھ زن متوفیل
خوجہ باسے حمل لوٗگ گمہٕ دلشاد  نرو مادٕ تِمن کینٛہہ بوٗ نہ اولاد
درین شادی کھوٗتھ وومید سوٗ پوٗر  گرٕ ہتھ نو ریتھ برابر زایہ تس کوٗر
ژھٕنہٕ پٔتیہ ماجہ نِش یامتھ سو دوختر  وُچھتھ تلہٕ وأنی گوٗ فرحان وخوشتر
دوٗپُن الحمد للہ سوٗ بے بأری  بہٕ اوسُس ہا تھنٛھ ذاتس کرٕ مے یأری
نرو یا مادٕ آسُن گرٕ ہ اولاد  چھُ تمہٕ سیتی خانہ دارس خانہ آباد
سو دوختر خوٗبرو تابندٕ اختر  دٔنے کٔیا حُسنکے بأرنج صنوبر
چُو گلدستہٕ تھُس دربر انان مول  خدٕ کھوٗتہٕ جادٕ تلہ وأنین بران لول
رٕچھکھ از قند و نابد شیرو خرما  بہر گوٗنہٕ کرٕکھ میوٕ معوٕ ہیا
ڈٕبل کھین لوگھس گیہ تازٕ فربہہ  یوان ہمسایہ وُچھنے تس کہہ و مہ
دپان تم اُسی سأری چشم بد دوٗر  چھےٚ زوتان زوٗن زن تلہ وأنی ہشنز کوٗر
دمیتھکھ خوٗنِ جگر تس پیالہ پیالہ  دوہ ہس ریتھ گوٗ ریتہٕ ہشنز زن دسالہ
دوہا اوسُس ہرأنی وُمر ہتھنٛدُ وے  تیٚتھنے حُسن و جمال عأری موٗنٛدُ وے
سو وأنسے ہفت سالہ وأتژ یامتھ  سپُن زیبا تسُندُ وے قد و قامتھ
بشکل و ہم شمایل خوٗبرو تر  ہہا سو ندربلے تس کھوٗتہٕ برتر
سپُن شہرس اندر شوٗہرہٕ بہر سو  تلہ وأنین چھےٚ پٔز کوٗرا پری رو
چھُنہ یتھ شہرہ سے مثر تیٚشتھ نوموٗنا  چھےٚ زوتان در شب تاریک زوٗنا
بشاہی خاندان شہزادٕ نے یوٗز  تلہ وأنس گرٕ اعلان تمو سوٗز
مے نِش دٔلہ کوٗر ہیتھ یوسہ زامژ چھےٚ  شٔنے اُسے ہا تھنٛھ آشنو پیامژے چھےٚ
بحکم شاہ گوٗ تلہ وأنی مجبوٗر  نیِن ہمراہِ خود پأرتھ بنٛنی کوٗر
بہٕ دربار مٔلک سُے ووت یامتھ  وُچھُن شاہن تسُندُ وے سرو قامتھ
بہ حُسنِ خوب آں گگروے ڈیشتھ  چُو بلبل شاد شنبُل موے ڈیشتھ

دوپُن بے شکھ چھُ پتلن کوٗر مُتے کار
چھے قدرت ذاتِ پاکس بے شک و ریب
بکاوُل کرنہٕ پاُدا[۱] اُسی معدوم
بہرگاہ کران صنعت چھُ پانہٕ
دِیتُن تس تلہٕ وٲنس خرچ گوٚ خوش
کرتھ راضی دِیمےٗ اِنعام و اِکرام
سپُن رخصت تمس واپس بیٚین کور
اگرچہ اُسو تم تس پیٹھ مہربان
سپیٚز کرٲوکھ اچھن اندر تمِس جاے
گیے داہ سالہ یا منت رفتہ رفتہ
بہر جا شوہرہ تمو سُند مشتہر گوٚ
رئیسان و امیران خاص ساری
کرکھ ہر سوے عزم یاری تس آے
دوپُن یا مہتہ یہ بالیغ سپنہٕ واہ
کرُس کھاندر یہ اَیین شہانہ
دوپُن تا کُمید چھُم کوٗمُت متے شاہن
تپسز کیا راے آسی چھس یہ معلوم
یہ ہیتے پاُٹھی اُس فکرن منز سو خوچہ بابے
تلہ وٲنس گژھتھ دن میون پیغام
یہ عقدِ من زٕ مے دوس گے بخت بیدار
یہ وون داسے تہ تلی گوٚ پریشان
حرم تمو ہنزے چھتر سینو چھہ دختر
یہ پسپا چھُسنہٕ چھُم کانی زر و مال

زِ گمُ گشتہٕ اُسس اندر چھہ آثار
کراَن نا بوٗدِ ہیے ہیے بوٗد از غیب
یہ قدرت رازِ پنہان تس چھہ معلوم
بہانہٕ تیلہٕ وانن ہُند سیانہٕ
دوپُن تس واہ زُچھ زین اِیی پریوش
طُفیلِ ایی زٕ تیے رت اُسی سرانجام
دوپُن خوچہ بانہٕ قصہ گُنہ سرود
وُچھتھ انعام شاہی جاہ فرمان
بران پُرزماے کراوان لولہ ہتہ لاسے
ہیُوتُن دیُن جلہ چھون داہ دوہ ہفتہ
وُچھتھ مجنوٗن تس سوے شہر گوٚ
یہ خیشی تیلہ وٲنس خاستگاری
کوٗرُن اِنکار سارنی باز تم دڑ لے
پتیٚتھ تقدیر آسس چھُنہٕ چارہٕ
بہیتھ کیٚنہ اوس تلہ وٲنس بہانہ
یہ زُچھ زین واہ پانٹھن سال و ماہن
یہ چھس نادان ذاتس راز معلوم
اُکھی اندر سوز تکھ شہزادِ نے داے
مے سپتین کور ہتہ دسے کر سرانجام
مُبادکھ اُشتا سپنے شہر یار
ہیکا یہ تس شہس سیتی کرتھ مان
تمس پیٹھ شوٗ یہ ماتلہ وانی دختر
تھوا تس خدمتس پتھ ہش سو ندرمال

۱ غائب۔

دوٚپُن دایہ تٔ واپس گژھ تمس دٔپھ
مٔنگان مٲلی پٔ چھُسے شاہ تُلم تھپھ

پہ سورُے گفتگو بوزان سۄ دُختر
دوٚپُن مٲلِس تٔ یِیہٕ کٔنِتھ مختصر کر

منٛے کُن تھوٚ گوش بوٚزیتے خانہ آباد
بری از آن و این تٔ چھس پریزاد

بکاوُل ناو میوٚنے بوز وارٕ
دُچھکھ پانٕے صبر کر وارٕ وارٕ

جوابا سوز شاہَس تھاو وۄمید
ٲنِس دوہن وری ییٚنہٕ تامتھ ازیم تٲید

ننِس پانٕے صبر کراوُن سۄ فِلحال
بٔ ٲخر وانہٕ حقدارس پنُن مال

جواب کر باقیٚن خاموش روزن
مُنزِم یاری یُتھنہٕ تم من بعد سوزن

تیلہٕ وٲنی بوزی تھن پیوٚ آسمانہٕ
بہ ما ناخوٗ تھکان چھُس درمیانہ

زٕ چھسہٕ پانٕ لیتھ تٕلیم ہا ہاے افسوس
چھ اندر خانہٕ روز تھ عاین جاسوس

غرض گیہ داے واپس با دلِ شاد
مُبارکھ کوٚر نہٕ شاہَس خانہ آباد

بیانہٕ کوٚر نہ تقریرے شنیدہ
ز پیغامش[2] دلِ شاہ آرمیدہ

دوٚپُن سیٛے شکھ بکاوُل آیہ واپس
مُرتھ زندہ کرُن طاقتھ خوٗدایس

غرض آندر لبیر گکرد پرنیور
بخانہٕ تیلہ وٲنی بوٚد مسرور

بہ سالِ سیزدہ ۱۳ یامت ژھُنن پانے
نخوٗستہٕ کی وٚری سارِی تمیسٕ ڈراے

سُپُن الہام تمی شُند جایہ جایے
پرِستانہٕ نچہ تمامی پٔرِ کرِتہ آیے

سمنرو آیہ با تخت روانہٕ
یمو زیور بٔتیہ لبِش[3] شاہانہ

بہ محلہٕ تیلہ وٲنی شور و شر پیو
خصوصن خاجہ تیلی ہارِ تس گو

سمنرو پرِکرِیہ گوٚنڈنس زیور و زر
بہر گونہٕ موٚ لل جو ہندِ یہ گوہر

لباس نازتس لوگُن بتبر یام
چھُو دیرہینہ سُپُن تمی شُند سرانجام

دوٚپُن مٲلِس بہ از تامت امانت
ژٕ تیٚنِش ٲسِس خود الٹھوٚ سلامت

تُہ ہندے حق منٛے پیتھ از حد چھُ کافی
بہر گونہٕ منگان تمہٕ چھُس بٔ مٲفی

وٕ نیتھ یی نیوٚن در صحنِ مکانہٕ
ز یینس کھنہٕ نوون دِتھ نشانہٕ

گژھا کھوٚن سوٚن تیلہ وٲنی سۄ دوبیام
نوٚ ٹاٹ ظاہر سُپُن تراٹھو گیہ تھبام

---

۱ بھید - راز ۲ پٲغامہ سیتھ واتنوونس دِلس آرام ۳ لباس

خبردار دوٚپسہ پٔریوے کڈ یہ وار
نیببر کوڈ تیلہ وأنی نوٹ ازاں چاہ
بفرمانِ پٔری ٹھوٚد ھانڈ ٹھلنس
پوٚرن حمد ابسو یے حق تعالے
خبر کینٹھہ چھنہٕ کمہٕ وقتہ یہ جاداد
طفیلِ این چنیں فرخندہ دوٚ ختر
ازاں فرزند این دوٚ ختر چھےٚ بہتر
سَپنن تس مول موجی خورم و شاد
دوٚیکھ پٔریوے کم و جاہ یہ جاداد
موٚنگکن روہ خصتہ تمن تم گے پریشان
مرے سانے ژٕ آیکھ جنتیچ حور
تسلی دیتکھ پٔریوے عرض بوزِو
حقِ خدمتہ نکھ وألیتھ ہاو کر
بہر جایے کر باشم بحر یا بر
ملاقاتس گہہ وگاہ آسہ واتان
ونان یِی گینڈ کوٚرن زنہ ژٕ یہ بیرون
دُباد ب بیٹھ بر تختِ روانہ
تسلی تیلہ دامن گے اندر ژاے
ہوائی تخت پٔریو پکہ نوٗ دکھ
بیٹھ تاج الملوکن بو مکانہ
تمن تتھ جایہ روزن کوٚرنہ فرمان
بیٹھ شہزادہ بو بادلبرِ نو
سعہ چتراوت بیٹھ برمسندِ ناز

اُتھ اندر سعہ ہر چھےٚ کر خرچ وار
اندر ژون بخانہ گوشہ آگاہ
وُچھتھ موہر دِلِ غمگین پھوٚل تس
چھ تس مول تم سورہِ ے زیر و بالا
دفن کمہٕ ٹھووُتت از جد و اجداد
نصیبہ میشانہ بو این بے بہا زر
پدر مادر یِمس ناراضی در دہر
دُعا کوٚرہس کرِتھ ہر گونہ آباد
کوٚرم حاضر توٚہ ہمزائیس یہ اولاد
دوٚپکھ وُتس اٰس کرا میدا نیتھان
ژلان تراٗوتھ اسے چھکھ چھا یہ دستور
دِیو رخصتہ یہ راضی شاد روزِو
یہ مانی چھس منکان تیمی سراسر
بہ صد جان و بدل توٚ ہنز سے یہ چاکر
اگرچہ چھم گرٕ ژھٕن اندر پرستان
پدر مادر تیشند کر ہا دان اُچھو خوٚن
دُنکھ پٔریو ہوائی گے روانہ
دوٚپکھ خابا یہ بو ہے ہاے ہاے
نشانہ مالنیتیک کلرو یہ ہو دکھ
ٹھووُکھ پٔریو بتھر تختِ روانہ
سعہ اندر ژایہ در شاہی محل خان
توٚتے بیٹھ وأتی ٹھن ن اوس تس کو
بہ عیش و ناز باشاہِ سرافراز

انان چھلابنٕ اوٕتھ عشرتکؠ مے
بران اُسس نرملا پشالن پیاپے

وُچھتھ تاج الملوکت پرٕتھ ناوِن
بچتراوت اِشارٕ تیز ہووُن

وۄتھتھ تھوٚد تس کوٗرُن تعظیم و تکریم
کوٗرُس پرٕیوے بصد آداب و تسلیم

بوٗرُکھ لول اکھ اکس باہم کنارہ
کوٗرُکھ ہمشیرِ نے ہیندٕ پاٹھۍ وارٕ

وُچھن چتراوتے یامت تسُند جم
ترٛدُّ گوس ڈٲج از ہوش یکدم

بہ مسند بربہ فر کرٕوون سرافراز
بخدمت رُوز خود اِستادٕ باناز

دوٚپُس پرٕیوے مہ بر اندیشہ بلکل
دپان نام گرامی چھم بکاوُل

پشہزادٕ چھُ میونۍ آدنُک یار
قصہ سوۄرُے کوٗرُن تس نیشہ اِظہار

اگر منظور چھے اُمہ سُندٕ رفاقت
سُکھر کر نیرٕ اسہ سیتین بہ ہیمتھ

دوٚپُس چتراوتے از جان و از دل
اُمس سیتین بہ چھس ہر گونہ مایل

اُمس روٗ ستۍ لُسُن میونۍ چھُ دشوار
بہر گونہٕ اُمس ہتھ چھس گرفتار

نہم پتھ کُن بہ چھس دِلبستہ خاطر
زِنٛگی تتھ پتّٕنہ تھو جمع خاطر

جوابا بوٗز پرٕیوے گیہ خوش حال
دوٚپن بے شکہ اُمس یاور چھُ اقبال

تسلی کرٕوونس دوٚپنس مہ بر غم
تہنٛدتھ ہمراہ زن ہمشیرِ سے چھم

سپنی تم نیرِ تس آنادٕ یامہتھ
خیالا پوٚ بخاطر پرٕیہ تاتھ

خبر سانے پتہ گرٕ ہنٛز پس و بیش
گرٕ ہنز گرٛدٕ شہرٕ سے اندر کم و بیش

سمندرٕ پرٕیہ کُن ہووُن اِشارا
تماشا ہاوی نو وارٕ کارا

خبر کر شہرٕ سے بپتہ شہریارس
چھے پرٕیہ واتٕ مرٕ شُز پتھ شہارس

اکس ہہرس اجازتھ چھے خبردار
مبادا کانسہ اکس سے واتہ آزار

سمندر پہ بفرمانِ بکاوُل
پوٗرُن وِرد ستین شہرس تزلزل

ہزاران باہزاران پرٕیہ آیے
کوٗرُکھ وِرد شوٗر و گیہ گرٕ ایے

ہیرٕ تن پتہ ترٕٹہ وۄتھ باد طوفان
گیہ گیہ سارے سے شہرس بیکہ آن

بدولتخانہ شاہی تزٕ زول
سپٕن دُتھ شور و شر ہرسو بلکل

گمان گو شہرین بر پا قیامتھ
چترسین حال ڈیشِتھ آو لاران
حرمخانس اندر سُہ مضطرب ژاو
وُچھتھ شاہ شہزادٕ گوٚ سِتادٕ
دوٚپُن شاہس مِہ غم شہر یارا
یہُند مسکن چھُ در شہرِ پرستان
یہنزِ افسر چھےٚ یوسہ بر مسندِ ناز
یہ از قامتَس یمن رِش اُس معدوم
بگرد شمع چون پروانہ یم آسے
زگُتہ غی شاہس گوڈٕ ہنجنہٕ مانی
شہہ بیشہ رازٕ پشہ بیہہِ تا شنگلیب
بہ نخانہ تیلوانہ آفریدن
پکہ دوہہ گئے اُمس گو بخت بیدار
سراسر پرُکہ یہ آیس خاص تہ عام
چھیہ اُمو سکھران دوہ نی نیرو از ینجا
یہ بوزِتھ وُژھ بکاوَل آیہ در پیش
نمن شہزادٕ جانی سیتو پانس
چھُو ہمشیرہ کرمس دیدٕن اندر جاے
یہ بوزِتھ گو چترسین خستہ خاطر
اگرچہ رنج گو سیتی سپُن خوش
مبارک بر چنین فرخندہ دختر
حرمخانس اندر با حشمت و جاہ
دوٚپُن سوے بکاوَل اے پریوش

سپنیہ تہ روزِ نہ کونژھا سلامتھ
ز دربارِ شہی اندر حرم خان
سُہ چتراوت وُچھن کراوان پاٚد او
بہ استقبال سوے شہہ پیادٕ
چھُہ شہرس منز یہ پرُوین ہُند نظارا
ہہانہ لوّت ینک چھکھ لوٚنہ افسان
ببہتھ با دخترِ شاہِ سرافراز
یہ آیکھ تہ یمن گو حال معلوم
چھُہ تہہند سے شور و شر ملکس تہ ہے ہے
پس آنکہ قصہ وۄننس صاف صافی
گرُٹھن تمو سُند یُتے یتخانہ ناہ مہتھ غیب
در ایں شب تا بہ ایں دم آرمیدن
نحوست طالعک دافع بیکبار
سپُن ہر گونہ رُت اُمو سُند سرانجام
نگارس منز چھُہ میونے تختِ ماوا
وۄنُن شاہس بخاطر تراو اندیش
لگون زُٹھ بانہٕ سے بیٹھہٕ نخلخانس
مبرا اُمو سُند شہا غم چھُسنہ پرواے
دوٚپُن سکھران چتراوت چھےٚ ظاہر
یمن سیتی چھےٚ سکھرپرژ یہ مہوش
گرُشھے یوسہ شادمار با ٹھین بشوہر
خصوصن سیتہ چھس یمہ پرُکہ یہ دلخاہ
تقریرِ تو دارا گوس دِلخوش

خبرَ سائي پڇي شهزادس سراپا
به عيش و ناز پتراوت پڇي يڪتا

عزيز از جان و دل پڇم بوز والا
اُمس روُ ستئ ميئ اوسُم نه قرارا

حواله وو ني ڙئي ڪرئي پڇُم يقين مي
نه رُپڇهر ٻن وار خدمتگار ڙي پڇي

دوٻُن شاهَس مبرهم ٿهاد دلشاد
رُپڇهن بُه پانه کهوته پڇون اولاد

دِيو رهڃصتهٔ مهرباني پڇي شاها
مُلاقاتس يه سوزن گاه بيگاها

دوٻُس شاهن دِمس بُه سيتو دولت
تهه هي سيتن پيي با جاه و حشمت

دوٻُس شهزادن اي شاه جوان بخت
خودا ٿهوي ني سلامتهٔ تاج و تخت

به اقبالِ تو اي شاهِ جهاندار
خزانهٔ پڇم ميي ٻُري بُري معوهرتي ديار

تميڪُ ڪينهه پڇمنهٔ حاجت بس دُعا پڇُم
ديو رهڃصتهه يُتي مي مُدعا پڇُم

غرض پتراوتي رهڃصتهه طلب ڪوڙ
ز مادر ڙانه خشدان دل ڪوڙن دوڙ

هوائي تخت بيرون اوس ٻڙاران
بلي استادِ بر رفتن ڪهاران

بمع آن هر دو محبوبانِ گلگفام
ٻيڪي پڇبلا دوڙم آن نرملا نام

هوائي تختسي پيهڙ ٻيوهڙ با ناز
دُ ٻڇهنو کهوورهه ز ماشوقان طناز

ز مشفق پيشرو ٿهاوين بحرمت
پڇي پم پُرڙهو بايه ٿهاوين تم بعزت

به فرمانِ بڪاوُل تخت برخاست
گرڙُهن ڪهته ڪن پڇم تهته بارو ٿڙ راست

نگارس ڪن جلو پهٿيرُنس به مهميز
يمن بر دوشس دوٻنڪهه پڪو تيز

به امدادِ سمن رو تيز تر گي
دبادب تم نگارس واٿي ٻهن پيي

سمن رو پرزيه ڪن وون شهر يارن
ٻهن آهسته بأُٿهين وَن ڪهارن

نگار اوليس ٿيز به خرگاه
اُڙو با حرمت و با حشمت و جاه

عبديدس ڪن گرڙهو در روزِ ديگر
پڇه اڪنوُن ٿهيرني يتهه جايه بهتر

غرض يتهه جايه تمو يا ني نشان هوو
هوائي تخت بري يوَ بر زمين ٿهوو

بدولت خانهٔ شاهي اندر ڙاو
پهوُلس جاين ڇپهته خاطر ڙُولس تاو

يتي تس ڙايه ماشوقانِ طناز
سو پڇبلا نرملا هيتهه سيتو باناز

---

ءا ڪهرءِ اُمن تيار نيرسن

سمن رویہ خبر سائرے تیج اُس — سو آہ ہش بارہا تووت پیشتر اُس

بمسند ہاے شاہی بیچھ بافسر — جمع گیہ دایہ بیٹیہ نوکر سراسر

سو دلبر بیسواتس سیتی محمود — بہ گردشس آسہ تمہ در باغ موجود

خبر یامت گئی کھ تمہ آیہ یک دم — کوٗرکھ شاہس وٕچھتھ تعظیم ومرحم

تمن بو پیتہ کانٛکہ شوقِ مافوق — شرم تراؤتھ روٗکہکھ در برشہ ماشوق

تسلی کوٗرکھ شاہن بامدارا — قصہ ہمراہین ہُنہ آشکارا

خبر بوزتھ گیہ خوش تہ بوٗرکھ چاو — مبارکھ داپ کاہ شاہ بیٹیہ آو

حرمخانس اندر تمہ زایہ یامت — کوٗرکھ باہم مبارکھ تہ سلامت

کوٗرکھ لوکن کنارہ پانوٗتی — اُمِس تراوان رٹان بیاکھ مانہ وانی

بہ مسند بیچھ بر فرشس گرامی — جمع گے نوکر چاکر تمامی

قدمبوسی کران شاہس پیا پے — بران پیالن بعشرت فرحتک مے

وزیر سُند نیچو بہرام تس ناو — خبر بوزتھ کرتھ از ہر قدم آو

شہ بو انجارِ ج بیلس بہر جاے — نگارن دون اندر تھاوتھ سوماداے

جدیدس منز گومت بہر خبر اوس — دیانتدار مرد معتبر اوس

نفایس تحفہ ہاے برگزیدہ — اُمن ہمراہ خبر یامت شنیدہ

شہنس نِش دوت یامت کوٗرُن تعظیم — بصد آداب اتھ بامید تسلیم

کوٗرُن نذرانہ تمو اُؤمت شہنس پیش — وٕچھتھ گوشادمان نہ اندازشان بیش

پنُن احوال سورُے دانہ دانہ — کوٗرُن در خدمت تاکہ بیانہ

تمس پیٹھ شاہ گو بوزتھ مہربان — بہ انعام و بہ اکرام و بہ احسان

کوٗرُن بہرام ہر گونہ سرافراز — وزیر خویشتن تھوٗون بصد ناز

دوہ ہن دوہن ترین تھکا کوٗ شہریارن — ملاحظ داپ یاتھن دوہن نگارن

جدیدُن دوہن جدیدک باغ ہوٗون — رتمن تمہ باغکے اوصاف بوٗون

بہرجا تا ہنے تمہ پھیرتہ پاور — شوٗرتھ گو سور باغس منز سراسر

---

۱ مطلب سوار

سرود و ساز رتمہ بوزان بہر سو ‏ ‏ یوان باغس زہر اطراف خوشبو
دُپھس گیہ در تعجب مہ جبینہ ‏ ‏ موٗ ٹھکھ رنج سفرانہ سینہ کینہ
دوٗپھ شاہس دریں باغ دل افروز ‏ ‏ بہو در استراحت یک شب و روز
شہن دوٗپنکھ بہو ییٖنہ نے چھ جایُن ‏ ‏ کنوٗ سوز بوز نے چھینہ کانسہ وائن
غرض دل پھوال تمن رُوہ پنہ ونی نگارن ‏ ‏ کران عاشا چھ پھیران دون نگارن
مکانو لوٗب شرف ووتھ مکین دار ‏ ‏ رعایا جاہ خوش وہشتھ شہریار
دبیرس حُکم کوٗر تمو تاج دارن ‏ ‏ لیکھن خط مشفقن تہ شہریارن
بہ شرقستان شاہ زین الملوکس ‏ ‏ ملک گلنار بیٖیہ رعنوان شاہس
دبیرن روۄ لیکھ ترِینہ ونی شہن کُن ‏ ‏ لیوٗکھن تی پانہ شہزادن یہ تس ووٗن
عبارتھ مختصر پاٹھن وُنن تس ‏ ‏ بہٕ ووتس دار دیدار اتھ ہند بس
بخدمت پانہ ییٖہ ہا چھس بہ مجبور ‏ ‏ تتھ اندر چھس منگان مانی زمعذور
چھ مسکن ییتہ کالک خستہ گوٗمت ‏ ‏ لہازا چھس بہ شاہ بستہ گوٗمت
کرُن ترتیب چھم دوہ پنہ ونی نگارن ‏ ‏ قدیمس تہ جدیدس اہلکارن
مہربانی تہہنز تشریف آنُن ‏ ‏ فروتر نوکرا پینہ سنے برزانُن
نگاہ بر راہ تراوتھ چھس بہٕ پرارن ‏ ‏ پتے چھم عرض خدمت شہریارن
پتھے پاٹھن لیوٗکھن فیروز شاہس ‏ ‏ گلستانِ ارم کیس کجکلاہس
مظفر شاہ جزیرک بوٗ حکمران ‏ ‏ ازیں مژدہ کوٗرن واقیف باعلان
شہن پانژن کرُن قاصد روانہ ‏ ‏ بمع کاغذ بیٖیہ تحفہ شہانہ
دبا دب قاصدو خط وانہ ناوکھ ‏ ‏ شہن نش تحفہ ہا در پیش تھاوکھ
شہو روۄ پرکھ تہ از حد سپنو شاد ‏ ‏ یوان پرٕزھ چھکھنہ وار آ شہزاد
درنگی گینہہ کرکھ نہ دراے ساری ‏ ‏ تمامی اہل خانہ ہیتھ زہ یاری
بشانِ ہم یکان با حشمت و جاہ ‏ ‏ نگارس وانتی شاہس گوٗیہ اطلاع
پتھے سے دراو با امیر و وزیران ‏ ‏ پتے تعظیم قبلۂ شہریاران

شہزِ زین الملوکن روٗٹ سہ در بر
مُلکٕک گُلنار گلزارس پیٚتھے پاٹھو
اُتھو اندر دوت اِژنک شاہ فیروز
مظفر شاہ فیروزس پیٚتے آو
سہ روح افزا دٕ باادب گیہ حرمخان
بہ شاہی خانہٕ گے داخل تمامی
جمیلس کورٕ ہمُندٕ ے حبادٕ بولول
مُظفر شاہ حُسن آرا سینٛ خوش
گُلستان جادٕ خوش گلشن وُچھن یام
شہہ رضوان تم ہیتھ اوس حاضر
مُلاقات تھاتمو کوٗر باپہٕ داٗنی
بیکدیگر مُبارک صد مُبارک
وُچھتھ آں شوکتِ شاہی ہر گون
سہ چِبلا نرملا خاران گیہ زیاد
دوٚپکھ کیا ماجہ ہے نتہ سون یہ شہزاد
لبن جریر پھو جواہر یم چھ نامی
دوٚپکھ چیتراو تے گے بخت بیدار
خدا کرِ یو نس ترقی عمر برہ بو ر
سینٛ ترتازہ حبادٕ ترسمن رو
غرض کرٛوٗدکھ بیک ہفتہ پیاپے
ضیافت ہائے شاہی گونہ گونہ
مُلاقاتہٕ نشہ یامتھ، سینٛ سیر
چھُ وٗذِکین شہرنے اندر شر و شور

کوٗرُن سر خم بہ مادر تہٕ بہ خواہر
شہہ رضوانس پیٚٹھ تم تسندہ ٹاٹھو
جمیلہ اُمس تس سیٚتین بصد سوز
حُسن آرا تمس سیٚتی بران چاو
رٹن در بر بکاوٗل خواہر جان
دوان باہمہ گربٔتین بٔتین سلامی
وُچھتھ دو نفر سینٛ خوش مدج تے مول
وُچھکھ یا مُت سہ گُلرو تے پٔریپوش
زِ جمالہٕ تمس محمودٕ بو نام
وُچھتھ گے بیسوار تم جمع خاطر
زٕ فرحت فُرقتیک روٗزکھ نہٕ داٗنی
کران تسلیم اکھ تھاوکھ تبارک
سہ چیتراوت سینٛ ہاران و ممنون
وُچھکھ بیٚیلہ رنگہ رنگہٕ شاہ آباد
سنگدیپس اندر بوٗ بستہ صیاد
چیترسینس پٔتہ ے دولت تمامی
اُتھس منزاو ے پتھ ڈیکہٕ بوٗدکا شہریار
بہ این حشمت اُمس نشس چشم بددور
ژان زن مرتہٕ پیپیٚنہٕ آسہ ہر سو
سرود و سانہ فرحتکے چھوان سے
کھیٚیکھ زن جنّہ تک تتھ بو نمونہ
دوٚپکھ واپس گژھو شاہا وٕ ہن گوژھیر
کرُن وٕہ نی انتظامِ ملکِ فغفور

خرابی ہُمشد چھُہ اندر مُلکِ اِشکال
چھُہ گرٕ گرٕ قفنیہ زن اُمت چھُہ دجال

ہِہازا بیٚیتہٕ روزُن چھُنہٕ دٕہ ستوٗر
گرٕ ھو واپس توٚے گرٕ ھنس چھُہ مجبوٗر

کرے نکھ خانداژن عذرخاہی
بہِہو مٕے نِش کرٕ و تہٕ ہنٕز پچھے شاہی

دوٚیکھ تس تختِ دولت یاہ بُگٕے نٕے
بہٕ بد بیناں پُشمن خاربُگٕے نٕے

ترٚقی دٕہ دِہی نٕے ایزدِ پاک
بہٕ منتٔابے تو این گرداند افلاک

غرض رخصت ہیٚچھن تم باز پس ژٔرای
بہٕ حُرمت پٔنہ نین شہرٕن اندر ژٔرای

سوٚیے پاٗری پران حمد و ثنا بے
مُلاقاتا کرٕتھ تم بہرور گٕے

مظفرشاہ جزیرٕ دژاو یامتھ
خیال خویشتن ہیتھ باسلامتھ

بکاوٗل آیہٕ پترس نِش بصد ذوق
نہٕ روح افزا و بٕینہ باقٕے مٕے چھُم شوق

حُسن بانو یہٕ عجز و انکساری
کرُن آماد بر تجویز ساری

سو روح افزا تھٕوکھ نزدِ بکاوٗل
بیٚیلہ تمہ تہنٕد باپتھ شورٕ و شرتل

دوٚیکھ تس سوزنی جلدی بو اپس
پیٚتُھ اولاد آسہ در سلطنت بس

سپنتہ رأیِہی جزیرس تم بشوکت
بکاوٗل روح افزا ہیچھ بہٕ حُرمت

بدولت خانۂ شاہی کران عیش
بہٕ فرقت بوٕ تمن از دل ژوٗ لکھ[۲] ریش

نکاژن دون اندر بے واپہ تم سیر
کرائنی آسہ جُزبے گانہٕ و غیر

بکاوٗل سرگروہ ماہ جبیناں
قدیمان و جدیدان نازنینان

دوٚہہ اکہ پیوٚ تمن باہم خیالا
بہٕ باغِ شاہ پٔری کرٕ ہو تماشا

اول تمہ آسہ کانٕی در حرمگاہ
کوٚرُکھ تجویز دون شہرن بہرجا

وزیرن تہٕ امیرن ہنٕز دختر
بٕیٚیہ یم نازنین آسن سراسر

کرٕتھ پأراو بٕن فردا درین باغ
چھُہ یُس از شاہ پٔری یشد راز شند باغ

بہٕ اعلانِ شہی کمہٕ نازنینہ
حسینان لعبتان[۳] و مہ جبینہ

کوٚرُکھ پأراو تہٕ یامتھ صُبح پھوٗل
جمع گٔیہ آیہٕ تمہ نزدِ بکاوٗل

بکاوٗل سرگرو ... آن حسیناں
کجن تمہ سیتہ پانس در گلستان

۱؎ دشمنن ہشد ناوِ ووہ ووہ ۲؎ چھوکھ ۳؎ آرچھ دار

هرسو اُسی باغس پھۄلی ہمتی گُل
ولسہٕ ہیتھ اُسہٕ چھاوان آں بکاوٗل

وُچھکھ جبا یا پسندِ خاطرِ خویش
گرٕز ہیمہٕ منتشر آسہٕ انِکھ پیش

صف آرائی کرٕکھ اِستادٕ روٗزٕ تھ
بہٕ آئینِ زنان انداز بوٗزٕ تھ

اُکھ کُن پٔری یہٕ دیگر سو منوشان
قصبُ[1] پوشان زر اندوودہ[2] خروشان

بخوش الحان بیک حلقہ بصد ناز
بیٚہتھ یا بُھوٚ مہہ جبینو ترٛاؤ آواز

# بکاوٗل چھےٚ گیوان

[دِگنہٕ وَنہٕ وُن یاروٗف]

صد مُبارک نوبہار آو تازٕ سبزار لُٹتو یے
شاہِ خوٗبان باغس ژاو کرٕ دیدار لُٹتو یے

ژنگہٕ رنگہٕ گُل چھہ باغس پھیرِ ہرسو شیر لاگ
جوٗیہٕ نٔے آب پھیرِ ناگس ووٚتھ پھمار لُٹتو یے

شاہ فیروزٕنی پٔری کوٗر چھس بکاوٗل مشہوٗر
تاج الملوکٕنو کنہٕ کےٚ دوٗر ماگِک کار لُٹتو یے

پٔتھ پٔرستانٕچہ پٔر کو یے نائلی لاگِتھ ژٔری یے
روٗف کران ڈٔری کٔری کرٔی یے خوش رفتار لُٹتو یے

شاہ بادِچہ مہہ جبینہٕ عیشمقامِچہ نازٕنین
ویرناگِچہ خاتونٕ روٗنہ شروٗنی دار لُٹتو یے

مایہٕ سیتو آیہ باغس منٛز اوس سارِنی گنٛڈنُک ٹھٔز
تن ناؤ کھ ناگس منٛز بوٗزٕ سیتار لُٹتو یے

نو نگارٕکس تاجدارٕس تس شاہس نامدارٕس
بوٗزٕ ناوان بالہٕ یارس سوزٕ چی تار لُٹتو یے

---

[1] ریشمہٕ پلو [2] سوٗنہٕ مایہ لاگِتھ

رنگہٕ بلبُل تہٕ پانَس آلی کاوِ دوہَس وونی ہندٕ آو تہٕ جاو
کاو ژوٗل نیرِ بلبلَس ناو چھاو گُلزار لُسِتھ یِیے

گُل تہٕ بلبُل خاص محبوب اکھ چھُ طالب بیاکھ مطلوب
چھےٚ یمبرزلہٕ بوٚمبرن لوٗب عشقہٕ آزار لُسِتھ یِیے

ناوِ یارِ تھ خوٗجہ یارَبل شوقہٕ وٲلی دزاے حضرتبل
تتہٕ عالی شاہ مُرسلؐ ہاوِ دیدار لُسِتھ یِیے

اے برادر وُنہٕ چھےٚ سُل حل مُشکل ژھانڈ بلکُل
زنلہٕ ناکس کُن قدم تُل شیخ صابُن زار لُسِتھ یِیے

کأشرین ہُندسے چھُ پُشتبان بے سایَن سایبان
تمہِ چھےٚ ال آن کماکان مطہٕ ہیتھ مرشکار لُسِتھ یِیے

نعمتہٕ لارِس کوہ ماران درگہ شیخ حمزہ سلطان
نعمت اللہ ھو بہرآں شیئاً للہ یار لُسِتھ یِیے

# باقی داستان

بُکاوُل جاے خوش از پریوش
شہٕ مسکن تس بخاطر اوس دِلکش

بدعوت آیہٕ ییمہٕ در باغ شاہی
کرِن دایس بمع انعام راہی

ہیوٚتُن عاشا کرُن ہمراہیان ہیتھ
پیٚنہٕ نے کھیہٕ تہٕ رتمہٕ تھاوِن بجرمہٕ

سہ چیتر اوت تھٲوُن بر مسندِ ناز
زِ وسیہٕ سیٚتو ہیتھ کرأئن سرافراز

دوٚپُن تَس وعدِ چھُم باقبلۂ تو
چھُ ہمشیرہ زِ چمن ایں دختر تو

شہہِ رضوانہٕ سُنز دوہ خترٕ چھےٚ نامی
چھُ ییمہ سُنہٕ بیسوا نام گرامی

مُلکِ گُلستانہٕ سُنز دوہ خترسہ گُلشن
ہمالیز ناوِس تمو دو روشن

بدستورِ سوابق در حرمگاہ — نھوین معمور تم با حرمت و جاہ
اگرچہ اُس سارنی بیٹھ سوں سرتاج — بدانائی تمن کوں روز محتاج
شہے تاج الملوک سُن دل سیتی شاد — وُ چھن ہر گوشہ شاہی خانہ آباد
تلیتھ تکلیف کائی محنت و رنج — سیتی حاصل تمس سرمایہ کے گنج
بمع آں محبوباں دوش با دوش — بہ باغِ دلبران لوگ چھاتے پوش
سوں روح افزا مظفر شاہ پتز کور — بہ ہمراہے بکاول شاد و مسرور
بدیوان خانۂ شاہی تمس جاے — عقیقی اوس تھا نامِ دل آراے
کوڑوں پاراو تھا از کثرتِ زر — براے خاب گاہ نھوونس مقرر
سوں روح افزا بلا آمیزشِ غیر — بکاول سیتی بیٹھ کر آوان دوہس سیر
شبانگہ بر بساطِ ناز و طناز — کران آرام تماوان ڈاچھ با ناز
بیٹھے پائی ٹھین گذاران روز تا شب — بہ عیش و کامرانی آں شکرلب
قضارا یک شب مانندِ ماہتاب — بہ ایوانِ عقیقی اُس در خاب
تمس بو وانکہ پن لعلِ بدخشان — سوں پتز زر کر تھا تابان درخشان
سو دیوان خانہ بو مشہور آفاق — زمرد کی بہر جانب لگیا تھا طاق
پلنگ تموشند سب اُوتھا با نوا بو — بہ نزدِ طاق بہر خوشی ہوا بو
شونگیا تھا بیٹھ سو اندر خاب راحت — اویزان وانکہ پن گومت بہ غفلت
چو ماہ تابندہ لعلِ بدخشان — دریچہ کہنے اویزان اوس تابان
سو یُس بہرام بو دلسوز شند پور[2] — شہا زین الملوک کن یُس جیچہ مشہور
نگاریس مثل حضورِ شاہزادہ — وزارت اُس تس از خانوادہ
دیانتدار بو مرد دلفروز — حقِ خدمت بجا آنان شب و روز
دریں شب اتفاقاً از پیے سیر — سو دراُمت زونہ گا مشس اوس چوں شیر
خراماں دوست نزدیکِ حرمخان — عقیقک اوس یُس شاہی دیوان خان
ذرا ٹھیرایو لوگ وُچھنے تماشا — دریچس بیہٹ وُچھن چمکان گاشا

۱۔ بدستورِ سابق یانے پرانی پاٹھو ۲۔ نیچو

چو ماه تابند تہ تتھ روشنائی
دریکس پیپھٹہ یہ کمہ ھتوومت چھ جوہر
بظاہر ترٛوومت سر بچھن نیبسر لال
گرین دهون ترین کولٲرن تتھ جایہ قرار
مگر ڈوٲل ہنہ شہ گاش از جاسے موجود
بظاہر آسہ اکھ جاسے بکاول
بہ ڈیر او ترٲوون لر بہ بستر
دیان کر گاش پھہ لہ گرٛهه شب معدوم
ادا گیہ راتھ صبحن ترٛوو پر تو
سہ مشفق اس تس چون خواہر جان
دوپن تس بر دیوانخانہ فلاں جا
سمنرو پریہ یہ وونس اے برادر
بکاول تس بہرگونہ مہربان
دوہس پھیروان چھس در باغ از شوق
شبانہ در حقیقی حجرهٔ خاص
کنن بہرا شنے یا ستے سوختن کور
دوپن کر لوسہ دوه اندر شب تار
ادا گو دوه پرند ژاسے آلین
پتے گوٚ خانہ داره بستر خاب
تمس بہرا سپے نیندر گرٛش گم
نیندر پیتیہ سابہ نے گوتس گمانہ
سپن نہ دوست نزدیک دیوانخان
چہ دزدان کھوتہ رزپیتھی ژاو اندر

بہارتھ گوہ دوپن یا الٰہی
وچھتھ اکھ کن ونان یم جانور پر
کھوانی جانور لاگتھ یمن زال
رنیے واپس یہ منقه مار بے عار
دوپن ٹھہرن مے یتہ جایہ چھکیا سو
شونگیتھ ناحق کران چھس بو تغوفل
چو خاکستر لوگس آں بستر زر
دوقو امہ گاشہ کے کرہا بہ معلوم
دمن اندر سمن رو پریہ یہ نش گو
بہرگونہ تمس پیپھٹہ سعه بے مہربان
چہ کس آسان شونگیتھ کرتھم مے آگاه
چھے روح افزا شونگان تتھ جایہ اندر
اول مہمان دوییم چھس خواہر جان
چھہ مشفق اکھ اکس عاشق تہ ماشوق
تمس آرامگاه ہتھووُن بہ بخلاص
سہ عاشق اوس تس بوزتھ سپن ژور
گرٛهه تس نش گیہ دیدار بایار
غذا کھیتھ چیتھ نیندر پیتیہ خانہ ماه لین
پننہ کمہ بیتھ اکھا خورشیدہ ماہتاب
چو عرقاب آدمی اندر طلسم
بہابے مدعا رزہ ہیتھ روانہ
وچھتھ سوقہ کمند لاگن بہ ایوان
ییتھ اکس خوفتہ آں مہرویہ سعه ندر

---

۱ لال

پلنگس پیٹھ چھ ماہِ چاردہ زن ۔۔۔ برہنہ[1] سر بلے کم جامِ تس تن
وُچھتھ بیتاب گو بہرام ڈیشتھ ۔۔۔ سیاہ ماران لگیہ دل کاس بوچھتھ[2]
زعقل و ہوش سُے بیگانہ سپُن ۔۔۔ وُچھتھ روتم شُندُے دیوانہ سپُن
چو مجنون عقل و دانش گوس از دست ۔۔۔ پلنگس پیٹھ سُہ کنوُت چھوٗن یُو بدمست
دِژن بیوایہ آں گُرد در آغوشس ۔۔۔ ہتیتن تس نیندر بہ پرزنیندر چھاوتی پیش
کشن ہیُو تنس تفنے از بدگمانہ ۔۔۔ سپنز بیدار پیٹھ اُتر آسمانہ
وُچھن اُچھ باز تمہ بہرام ڈیُوٹھن ۔۔۔ گیُس گیہ مشنہین زن شام ڈیُوٹھن
جُدا یک دم سپنتھ از بسترِ خویش ۔۔۔ دوپُن تس اے کمینہ خوسے بد کیش
ژِ کمہِ یُت آونہ نکھ بے وایہ یُت ژاکھ ۔۔۔ ازیں خیرہ سری[3] شکمس کرسے چاکھ
بہ جلدی گژھ دفع اے احمق الناس ۔۔۔ بہ شمشیرہ گژھتھ پتھ لاک اخلاص
اگرچہ اُس سعہ تس پتھ گرفتار ۔۔۔ ز بے عقلی گیُس بیزار بسیار
سُہ ہرگز چھُسنہ از بستر ڈلانی ۔۔۔ ند دُو پھیریہ گو در دل نہانی
پلنگس پیٹھ ہیتھ بو درشاکی ۔۔۔ ڈیٹن داغ رکھ پتھر از خشمناکی
تھپیرِ وسپتھ گوو تس رُسے مجروح ۔۔۔ کھوٗتس تب لٹہ زن اوسُس گوٗمت شوہ
دوپُن تس نیر چل ورنہ ژھنتھ بون ۔۔۔ دریچہ کنہ گژھی نشحاش اُڈلو چون
وُچھتھ بے رحمی معشوق طناز ۔۔۔ بجایے[4] ریسمان بہرام گو باز
رزِ پیٹھ وولتھ بڈیر گو دا بادب ۔۔۔ بہ بسترِ پیٹھ پتھر عشقن کھوٗتس تب
سعہ روح افزا سپنھ دارا پریشان ۔۔۔ پشیمان جاہ تراز قول نیسان
دوپُن کرنیر شب فردا نوانہ ۔۔۔ جزیرس منز بجلدی سوے خانہ
مے دِمہ نی یتھ جایہ روزُن چھُنہ لایق ۔۔۔ گژھیم بدتلے پے بہرام ناحق
بکاوُل بوز یُود یتھ داستانہ ۔۔۔ کرہم گدکر یاہ دِتھ پیٹھ آسمانہ
نیشد رأویس دوپُن کرنیر اُڈراتھ ۔۔۔ گژھتھ گر ماچ ہشد کرہا ملاقاتھ
ترن پھول کاش دوٹھ گستہ رہ چل ۔۔۔ بہ بر کرہ جامہ روح افزایہ چل چل

---

۱ ادھ ننگ ۲ بچھتھ ۳ پریشانی ۴ رزِ نش گو واپس

بغیر از شست شوے رُوے گُلگون
بکاوُل نش گیٔ مانند مجنون

کوٗرن تس عرض دوپنس اے پری رو
مےٚ گومُت کال وُچھنس ماجہ ہند رو

مےٚ دِم رُخصت بنیہ ہمراہ رہبر
چھُہ وُنی کین وقت سُل نیرُن چھُہ بہتر

بکاوُل چھس دپان اے خواہر جان
صبر کر روز بنیہ دوہ پانژہ مہمان

ژوٚلمتہ اول چھم چونے موجبتھ
وُنے گژھ درین جاپۆر اکھ ریتھ

دوپُس تمہ روز کیا دوہن دِم اجازتھ
کھوژہس خابس اندر چھیم جانی منتھ

کرِتھ مجبور دِتنس سیتو رہبر
کوٗرن پرواز راہی گیہ سعہ ثدر

جزیرس منز دباادب واتژ خانہ
گیہ داخل سعہ در شاہی مکانہ

ملاقات پدر مادر کرِتھ شاد
سپنہ آزاد گاٹھ از دام صیاد

ہیوتنس عاشنا گرِن درخانہ یے خیش
مگر دلریش از عشق جفا کیش

تمِس بہرامنے بو شوق بسیار
نگارس منز گمژ تس پتھ گرفتار

نہانٔی اوس تس تمی سُند موجبتھ
بہ نادانی کرِن تس بلی سعہ کنتہ لتھ

ز بدنامی کوٗرن اندیشہ در دل
ژرلتھ تتہ آیہ گل کھوتہ کوٹہ از گل

دوپُن بہتر چھُ للہ وُن درجگر نار
بہٕن آزاد از طعن دِل افگار

وزینس بوز بہرامن یہ ڈالی
عقیقی منز لہ گومُت از چہرہ خالی

چھےٚ روح افزا گمژ راہی بخانہ
جزیرس منز چھُ یُس تمی سُند ٹھکانہ

سپُن غمگین تہ لوگ دینہ پانس
کوٗرم دِل ریختہ تس آرام جانس

پھوٗرس پانسے بہٕ پانس دراس نادان
کرُم خامی مےٚ از تلبیس[2] شیطان

دریغا وا دریغا زان بہانہ
دباادب گیہ سعہ راہی سوے خانہ

زشوق آن پری دیوانہ گشتم
چہ مجنون بے سر و سامانہ گشتم

ملالہ گوس میونے رُٹ اندیشن
ہیکا دوٗر پر ژرتھ بنیہ کرسہ ڈیشن

سیاہ مارہ تسند پو دِل بچھم مے
ابق ادشس سبق عشقن ہیو چھُم مے

وُچھتھ نوزُک بدن تمی سُند بہ شیدا
گومُت چھس گوم عشقن تب ہویدا

---

۱ ابُتھ چھلنے ۲ شیطانہ سُند مکر سیتہ۔

ولو ماشوقہ ووٗنتھس حیائی لولتھ — مےٚ عشقٕچ نار چھم در سینہ شولن
رٕچھن دِل میون اندر خاطرِ خویش — صوابا پتھ کرُن مرہم بہ دلریش
دلِ غمگین رٕچھن از کعبہ بہتر — صواب تمہٕ سٕے چھ لیو کھمت حج اکبر
وٕتے ہُند چھُمنہٕ مےٚ معلوم احوال — کرٕ تھ از سر قدم یٕمہ پہ بہ دُنبال
اگرچہ سوز ہا ژٕ سٕے کرُن بہ اِنعام — مگر کوہ واتہٕ طاقت از خاص یا عام
ووٚن شکوہ کراو سوے ماہتابان — شبِ دو ہفتہ پیٚلہ آسے درخشان
مخاطب سٕے رٕٹُن اے یار مہجور — مقابلہ کرکھ سا تھ تمیک نور
ازان نورِ خدا زانکھ ژٕ پانہٕ — یٕتھے ہیوٚ کراو پھیرائی ترانہٕ

# روح افزا ہندس فراقس منز

## بہرامہ شند کیوٚن

ژٕ ووٚلہم[۱] روٗشتھ سُہ دلدار — ستمگر یار دیکھو
مےٚ تھوٚو ہم در جگر خار — للہ ترُن نار دیکھو
سُہ دلبر گوٚ مےٚ نش گم — توٗقع کر مےٚ اوشم
بہ در بحرِ تلاطم — دیم کُس تار دیکھو
بینہٕ ڈیوٚ ہتھم سُہ در خاب — چوٗ عکسِ ماہ در آب
موٚکھم تنہ خوٚردن و خاب — قرار و کار دیکھو
بدن سیمین روٗخ گُل — شکر لب موے سُنبل
چور مجنون گوس بلبل — دِچھتھ گلزار دیکھو
بہ اوسُس عایشس اندر — نگارس منز لبعد فر
وزارت میون دفتر — شہی دربار دیکھو
شہے تاج الملوکن — کوٚرُن احسان لوٚکن

۱ ژوہ داہمہ شبہ کرٕ زوٗنہ ماشوقہ سُند بدلہ پشکو

تشنہ اوسس ژھٕن کن    بہر اسرار دیکھو
دریغا چھُسنہ محرم    سہ عمہٕ ما گژھیم کم
مےٚ چھم جانس لمہٕ لمہٕ    زہجرِ یار دیکھو
بہٕ نیر ژھارہٕ نے یار    بہ کوہ و دشت و دیار
وزارت چھم نہٕ درکار    فقط آں یار دیکھو
لبن یا منہٕ سعہ دلبر    وندس دوہ ن پایہٕ نے سر
کرس حائلی سراسر    گومت آزار دیکھو
مےٚ چھم امید یامت    وچھم مرہ تیغ غلامت
کرِم دارُو برحمت    سلے بیمار دیکھو
غلام نعمت اللہ    شفاعت خواہ زِ نگاہ
چھُیس دوہ ن عالمن شاہ    نبی مختار دیکھو

## باقے داستان

بیٹھے پاٹھٕ ن کران بو نالہ زاری    موٹھس کھٕین چن ہیِس عشقنی بمأری
سمندر ونہ بہرس تس اُسس محرم    دوپن تس چھکھ بنا حق ہیتہ یہ ماتم
ہتھر کیشا آدمیس با پری زاد    چھُ بے بنیاد ایس تأمیر تھٔو یاد
ژِ چھُکھ ناحق گومت دیوانہٕ تس پتھ    بڈتھ در ورطہٕ[2] غم کھس ژٕ وہ ژِ پتھ
تھوون اُلفت بہ جنسِ غیر در دِل    درختِ بے ثمر رٹن مقابل
چھے روح افزا مظفر شاہ سنٕ کور    یہ کنہٕ بوزتھ گژھی دار اسہ رنجور
حُسن آرا چھے تمی سنزٕ مادر خاص    یہ بوزتھ گژھ چوں زہرِ الماس
کران تاج الملوکس ہتی چھکھ مان    پرستان اوس تس سورے مہربان
بڈیامت پری ہنز آدمی زاد    جمالن اوس گومت نشانہٕ داماد
گژھتس پتھ بکاول مبتلا اُس    یہ کر پتھ ہیوہ کلاما بستہٕ کرأس
نصیحتھ بوز قصہ مختصر چھے    اگر روزکھ نہٕ پتھ جانس خطر چھے

---

ع۱ دوا    ع۲ غم نک آولن

سمنرو پری یہ ہنش بوزتھ یہ گُفتار
نیُن تس تیز عشقیہ منکلے نار

جواباً تس دوپُن اے خواہرِ جان
گرتھ ہیا زنگی سفید یوڈ کرے شران

ز روح افزا مے چھم اندر جگر داغ
ژلیہم یہ ناہہ چھلن یوڈ ہا لکہ ناگ

حیاتِ جانِ من آں روح افزا
یملے روح نیر میٖنز بری چھت کیا

خیالِ روح افزا ہیتھ بخاطر
وونُن سوے سمنرو اُس ہا جُر

یتھے یاہ ٹھین بدرس یار بے عار
زبوج دل سہ یہ نے لوگ تہ بیمار

# بہرامُن واویلا

روح ژول خالی روٗد میٖنز موٗریے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

لگہ کتھ ٹھانہ روٗس بانہ بِگوٗریے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

کیا شرف تتھ مرس ہر نہ یمی سوٗریے
ژٹھ ووٗن ژلہ تتھ جاناوار

ہؤ یہ وُذ سُند روح کتہ موٗتیے
روح سیتی کرہ نؤون بقرار

بڈ عالوٗ بلٰی اِ تمیٗ یوٗر سیے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

روح سیتی ملکو سجدہ تس کوٗر سیے
پتھ روٗد ابلیس گو بازیگار[۱]

مردوٗد عالمُ گو ژوٗر ژوٗر سیے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

روح سیتی ممتاز چھے میٖنز موٗریے
روح سیتی باغہ کینہ گلین اثمار

روح سیتی جاناوار ہؤ یوٗر سیے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

راٴچھ کر روٗحس لاگ موزوٗر سیے
روح سیتی ہائبل گژھ اذکار

روح روٗس بیکار زان میٖنز موٗریے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

در جہان یمی فقط خاب و خور کوٗریے
پتس ستر کر اَمر پروردگار

چار پایاتمس فکر کر تؤریے
روح روٗس موٗریے کیا چھُ درکار

---

[۱] بازیگار - جالساز یا بدنام

زبان ہیمہ اگو شہ روح پرکورئیے — ہو ہو پران روز شب بیدار

ہیچھ ہیکہ تور صاف گژھاں ڈگوئیے — روح روس مورئیے کیا چھُ درکار

ورکہ یاپہ وفہ تس تار یُس توُرئیے — ہیم تہ کھور حائجس کونن ہیتھو یار

تیلکی پاٹھو تیتھو جھپل آووریئے — روح روس مورئیے کیا چھُ درکار

باغس اژنس بروُنٹھ چھے ٹھوریئے — صبر سیتی چھاوُکھ گُل تہ گلزار

ماشوق میلے دل تھاو دورئیے — روح روس مورئیے کیا چھُ درکار

نعمت اللہ وزان پانہ چھے ژھوریئے — سے عرکرفا نفس ووُمیدوار

رحمتکہ نیتھو پرون ژھوریئے — روح روس مورئیے کیا چھُ درکار

# داستان

شمنرو پُرکہ پامتھ وُچھ تتھ حال — دوہن پھیرن یہ آمہ وتہ نیشہ چھُ اشکال

دوہن تس زو ژٹن خدا یدی پانہ — ژلی یُودر روح سعہ روح افزا پیپانہ

یپی پنہ میانہ دستہ کیتھہ تہ امداد — کرکھ یُود روز و شب فریاد فریاد

اگر راضی نہ چھکھ آسی ژتے قسمتھ — جنہ پرس واتناوتھ باسلامتھ

نصیبہ یُود تیتکو آسن ژتے دانہ — تلکھ پانہ گژھی میو نے بہانہ

وُچھکھ ماگاہ گاہے روپہ آس مور — لبکھ ما وتھ بناگا سو یہ گنجور

یہ کنتھ بوزتھ سیٹھن بہرام دلشاد — شمنرو سے دعا کرو دون جلدی جاد

دوہن تس واتہ یُود تتھ شہرس اندر — ژہ خواہر تہ یہ چھس چون برادر

مشم نہ تا بہ مردن چون احسان — ہمیشہ یاد یُود وے آسہ انسان

شمنرو پُرکہ بُذون کیا فرض چھس — جنہ پرس واتہ نکہ اصلہ غرض چھس

وُچھتھ نادری تیتشرے آس انصاف — دوہن تس گرم آبہ تتھ ژکر صاف

یہ کنتھ بیلہ بوز بہرامن سیٹھن تعدش — کرتھ غسل مصفا گو پُرپوش

لباس مرد کۆرن تس از بدن دور
لباس زن تمس لوگن بہ بر پور

عروسا ہیوہ کۆرن لاگِتھ شہ زیور
بعینہٖ گو زنانہ غیر شوہر

گنڈِتھ تس کنہ لاگِتھ جامے نو
بچھو کھاڈیتنس پَرِتھ نابود سُے گو

سپُن تس موختہ پھول ھوون سۆ در جیب
وُڈُو ترٛوون سو ہیتھ گیہ از نظر غیب

جزیرس واژیس ہیتن تمس زان
تشندوے خانہ ژایہ ہیتھ شہ میہمان

وہسا اُسس بنفشہ نام خوش خو
ونان تس اُس ہمشیرہ سمنرو

بہ روح افزا مشاطہ اُس نامی
کران تس ساز با نازہ تمامی

دریں اثنا سو ژراہ ژا اُس بروں
سمنرویہ غنیمتھ زون زیشگوں

کوڈُن از جیب دُردانہ ہماندم
تیجن مائنتھ تمس گو یاد یکدم

وزیر زادہ نگارک ناو بہرام
بوضع زن دوپن تس کرٛاو آرام

اُتھی اندر خانہ داریتھ گرٛ آیے
سیہنو دل خوش وُچھتھ میہمان آیے

سمنرو پرٛزنایوتھ ژلتھ در بر
سو زانان جایہ تر تس اُس خاہر

بنفشن دوپ یسہ ایس لڑکی دلارے
ژٹے کیا واتی تۆرے سیتی چھے پژھو بایے

سمنرویے دپیس چھے نہ ژٹے موہوم
یہ دوہ بیینہ چھم ولے تیلہ اُس ہو معلوم

سیہنو بایسے دوہے اُہم انان تتنگ
بہ ایں خائہش دوان مے دامنس شنگ

جزیرس ساز کرنک چھم تمنا
سیٹھاہ وس مے تتھ شہرس ہا ہمنا

اُنم ہمراہ دوہے ییلہ اُژنس تتنگ
موہتیا چیز تتہ اُسس نگارنگ

ژمے نش کینہہ کال تھاون اے بنفشہ
بحرمتھ تھاوی زین رُچھرِتھ ہمیشہ

چھو خاہر زائی زین مے کھوتہ برتر
چھے عالی خاندانیچ کۆرِ جیس کرٛ

سمنرویہ کۆرس بردیدہ اقرار
مہ بر غم گو اُمس سیتی مے بیلہ زار

یہ اکتون واتہ یوت زن گوس یکسال
مے اُمی سُند گو موحبت روز خوشحال

بہ ییرتھ دوہ ژِ اُچھن اندر کرس جایے
موہتیا کھین تہ چین تھاوس چھلس پایے

ژٕ پھیر ناوُن یہ شہرس جایہ جایے
اُمس پُژھو بایہ شوبھتھ لگ تن بلایے

---

۱ ساز گرہ

سمنرو بوز یتھ ایہ قیل و قالہ    سپنیہ راضی بلا کرمس حوالہ
ہیوتن رخصتھ بنفشس دراہ فیلفور    وڈو تروون بہ پیدن کورن نور
نگارس واتھ کرِدون نہ تغوفل    دِژن تمہ حاضری نزدِ بکاول
بکاول اوس سرخیلِ شبستان    تھیتھے بیتھ باغبان اندر گلستان
ڈیتن رونق یہ جلوو دوہن نگارن    تھیتھے بیتھ ماہِ تابان منز ستارن
کران تاج الملوک عاشہ چھ بیغم    پران حمد اخدایس کن دوام
بنفشس نش دپان بیلہ رود بہرام    ہیوتن عاشا کرن از صبح تا شام
کھینکو چیز ہتاوی تس ہر گونہ وافر    ذرا گو شادمان آن خستہ خاطر
برایے سیر پھر نوون نہ سوے    تماشا ہوونس بازار تہ کوے
دوہن تس روز خوش یا ٹھین مبر غم    پہ چھے خانہ ینن اندیشہ کرکم
سمنرو یہ ہشیرے چھکھ اشنا بارے    لہاذا دوہن اچھن اندر کرے جاے
غرض ہتاون سوہ در خانہ نگہبان    بہ سامان مشاطہ ہیتھ سوہ نیران
بدولتخانے شاہی کران ساز    بہ روح افزا یہ عیش و عشرت و ناز
بیھتھے یا ٹھین ادا کینہ دوہ بیٹھ یام    بنفشس نش سکونت کرد بہرام
سیٹھا غمگین یود تس اوس آرام    بہ روح افزا گرتھن گوزتھ میون یا غام
دوہ ہا اکہ پیو تمس در دل خیالا    بتس کن سونہا مخفی سوالا
بنفشن ساز ڈبہ ہتھو مت سرِ طاق    کو اڈن آئینہ تمہ منز بہ چالاک
بہ پشت آئینہ از عقل و بہ تدبیر    بیھتھے یا ٹھین کورن از شوق تحریر
مبارکھ آئینہ سیے یس پیشِ دلبر    ہتوان مشاطہ بر زانو چھیے بافر
چھ آئینہ نگارس انتظارس    پیھتھ گل بلبلس آسان بہارس
زعکسِ روے دلبر عرق در آب    گرتھان آئینہ ڈیشتھ روے مہتاب
نیاکِھتھ بر جاے خود آئینہ ہتوون    بنفشس سِر امیک ہرگز نہ بوون
بہ فردا کامہ ینہ نے گیہ معمور    بہ روح افزا ہیوتن ساز اکرن پور

---

۱ ساز کری ساما نہ

مکمل ساز ییٚلہ کوٚرنس مکمل
اوٚنٕن آیینہ کرٛوٕن صاف از مَل

بزانو آیینہ آہستہ شیران
پس و پیش اَس آیینس سٕہ کرٛادان

بہ پُشتِ آیینہ شیران تہٕ سومبران
نظر پیٚیہ پرٛکرٕ تہٕ تمہ کُن گیہ حاوان

بہ آہستہ تُلُن آیینہ در دست
نوشتہ پوٚرُن وار اشادگیہ مست

دوٚپُن آمُت چھُ بہرامہٕ نگارین
بنفشس کیٚنہ ووٚنُن نہ لوبہٕ تسکین

سُہ کہیٚتھ پاٹھہٕ ووت یوٚت تمہٕ کرٛدہ پرواز
مگر موٚلوٚم کمہ صیٚلہ گرٛچھم راز

کوٚرُن با خاطرِ خود مشورٕ خاص
بنفشس کُن ووٚنُن از زورِ اخلاص

همیشہ یُس سٕہ رخ رو چیٚن کیاہ گو
غمس همدم زٕ لیکھ تیہ جاے کیاہ گو

بنفشن در دلِ خود سوٗچ دارا
جوابا تس دُنُن گو نہ گوارا

کوٚرُس اصرار پرٛوٚیے وَن امیٚک راز
چھنہ مردی شرط آیینہ تہٕ ساز

دوٚپُن تس سوچہ راتس دم تہٕ فرصتھ
وَنے فردا امیٚک حال نہ بخدمتھ

ہیٚتوٚتن رو فصیحت نخا تہٕ آیہ غمگین
لدتھ چیٚن بہ جبین آزردہ مسکین

مُشِتھ گوٚمت تمِس کھیٚن چیٚن تہٕ آرام
دوٚپُس پرٛژھ باپہ ونتم اسے دلارام

تہٕ کیا از پیٚتھ چھکھ دلخستہ دلریش
چھلتہ زن تہٕ دوٚمُت چھے دفتر عیش

بنفشن قصہ تس بوٚوُن سراسر
دوٚپُس پرٛژھ باپہ ہاے غم نہ کینہہ تر

بہ عیش و ناز خوش پاٹھین تہٕ کرٛ راتھ
وَنے فردا جواب ایہ سوالتھ

اگرچہ کوٚرُس پرٛژھ باسے تسلا
نگر راتس نیندرٕ آیس نہ اصلا

صبح پھوٚل روزِ روشن گو نمودار
بنفشہ فکرِ سیٚتھ اَس بیدار

سٕہ زَن بیمار نگاہ تہٕ اَس رنجوٗر
تُلُن نیندرٕ رٕ کوٚرُن بہرام مجبور

سوالن دوٕن جوابس منتظر چھس
کرٛم آگاہ گرٛ چھتہ بہٕ ونہٕ ہا تس

دوٚپُس بہرامنے یُس عاشقِ زار
گے ماشوقہ پنتہ دستہ کھیٚیہ خار

ژھیپیرٕ وسنھ یوٚد گلگوٚن گرٛچھس رٛشے
همیشہ سے چھ دُنیا سعہ زخروسے

پییرٕ بوزنہ سے مار آزار
همیشہ تس پھولان نارس چھ گلزار

دوئیم یس طالبس مطلوب پنہان
ہمیشہ در جہان ناخوش شہ آسان

چھو منتظر تس ہمیشہ تلخ کامی
منزمنس پانُھو فانی زندگانی

شہ آسان یس چھہ شیدا کرو چھینت یار
کھٹیس ییلہ جلو دِتھ دیدارِ آں یار

شہ زانان یژھ اکھا محبوب ماشوق
بخاطر ہیہتہ خیالِ یار مافوق

مثل مشہور چھیے جنونہ پشر گرتھ
دوہا یکھ تس بعد یا عمرِ خلافتھ

چھہ کمی پشر واتہ ہے کس جائنی کیا لدے
دوہ یکھ تمی واتہ ہے لائلے سوئڈ جاے

یتھے پانٹھن گرھتھ ون آنہ باے
گرٹھی خوش پھیر یکدم چانہ راے

بنفشن بوز ختھ ون یاد سورتھے
ستکیھر کرٔ اوُن تُتن سیتی گہنہ بوٹے

بہ روح افزا سوٗ اتھ ییہ یکدم
بزانو بیہتھ تمی ہیے نِش پرٔ از چم

دوہ پتس بگنے گوڈنی کرتھم تہٕ اظہار
سوالن دوہن جواب یوٗد چھکھ خبردار

بنفشن بوز مت دوننس سراسر
میے راتس سوٗنچ تراوم نہ پتھر لر

بہ روح افزا جواب ییلہ آو فایق
چھہ بہرام آمتن تس وار گوشک

دوہ پتس تمی پوٗز دِنتھ گرتھ کمی ترٹے بوٹے
ترا ہیکھ راو میر وِتھ کمی ترٹے ہاتے

اگر کوٗرسا نہ گرٔ حیلہ بہانہ
میے سوٗ چھم راتی راتس پننہ پانہ

مگر تمہ مون نہٕ تمی شند شہ گفتار
دوہ پتس تس پوز میے نِش ون ورنہ کھیکھ مار

سو گیہ مجبور دوہ پتس راست باوے
ترٕمے نِش پوشید کراکھ دانہ تھاوے

میے چھم درخانہ پُرٹھو بابا مہربان
وَنے کیا مارے منز زن ماہتابان

سیٹھا عاقل تہٕ دانا شیر خواہر
سو واتہم آیہ یوٗت یُرژ کالی بافر

ونے کیا علم تمہ پوٗرمت چھ کافی
تمی دوہ تمہ یہ مانی دم میے مانی

دوہ پتس تمہ توٗر پچھ افسوس ہے ہے
میے از تامتھ ترمے ہاوِتھ کونہ پرژھو بابے

نہ بوٗدتھ زانتھ میے نِش تمی شند فسانہ
دراخر چھکھ ترٕ بیگانہ زنانہ

یہ گو پتھ کُن تہ گوٗ انی زِ ون بیگاہ سانی
وگرنہ کھیکھ سزا لاگے انفن داتی

بنفشن دوہ پتس واپس چھم سعادت
بیگاہ حاضر کرن ترمے نِش بخدمت

---

۱ ہاہن ڈون ۲ گنڈ یا باکدورتھ ۳ اعلیٰ

مے تہ تس کیٹ یہ فرمان چون ہاہتر
دپکھ یوڈ وے سراپا پان نژاون
خصوصن میانہ پرژھو بایے مبارکھ
کرِتھ سازا تمس سعے آیہ واپس
درونی گوسیٹھا بہرام خوش رو
صبحچ پھول تہ کرِن چالا تمس جان
بزیر برقہ تس نِش وانتہ ناوُن
بوضع زن کوڑن تعظیم و تسلیم
وچھت تمہ پرزنن میہمان گمنام
مگر تس کنن کوڑن نہ التفاتا
بنفشن ہشوت کرن مشاطہ کے مشر
کوڑن ییلہ ساز موئنگنس آیینہ تام
گمانہ گوس وچھت چھس نہ دیرو ز
بہ روح افزا ستین نشند سہ مطلوب
بظاہر زانہ نہ ٹھر بُتھ پہ ہیتے ہیے
دوپس تمہ دِس معافی یوڈ غلط گوس
یہ پانسے ییچھ سورسے ونہ چھے خام
گژھتھ فارِغ مشاطہ ڈرایہ واپس
دوپس تمہ روزِ ییتھ از جائی پرژھو بایے
دوپس ییمہ چھُم یوسے کوڑمت ژٹیے گوشن
مبارک چون فرماوُن یہ گفتار
غرض نژاون سعو تتھو واپس سعو آیے
بنفشہ ڈرایہ یامت پرِہ یہ کوڈ شور

چھ دوہ نہ وے زر خرید جایہ کہتر
چھ حاضر بس اشارہ چون ہاوُن
ییمس کرہ یاد پرژھہ شاہان شاہ اکھ
بخانہ وونہ تس مصنوع آیشا [1]
دوپن تس یوت نہم حاضر چھیسے بو
نین پیہر پتھ سعو میہمان بلے پدمان
یہے پرژھو بایے چھم تس وایہ ہاوُن
ولے از ہیبت دیرینہ دل نیم
نگارک سئے وزیر زاد چھ بہرام
نہ شک و شبہ کوڑتس انبساتا
شکھا کیتھہ گوس نہ ہیر کیا چھ اتھ شر
بجلدی آیہ آینے ووتھ سہ بہرام
دیتن ٹھر کنہ تمس عقلن تو اموز [2]
بنفشس دوپنہ وچھ پرژھو بایہ ہنر شو
یہ نادان کمہ گانچ آشنا چھے
یہخفے سیٹھو ساد اُمی شند قبلہ گاہ اوس
دنیگ تام زانہ نہ ہش موج یا نزام
رنمن پرژھی بایے عرضا کوڑنہ آپس
مے نش راتس اگر مرضی ژٹے چھے رائے
حکم چون بوزنی ٹھن دوہ نوے چھ توشن
امس تہ میشانہ باپت فخر صد بار
بلائے کرنس حوالہ گرہ ژاسیے
دوپن بہرامسے بد ماشن ڈلمو

۱؎ مصنوعی آپہ یانے نقلی زنانہ ۲؎ شرو سندی پاٹھو.

ژٕ کمہٕ یوٚت واتہٕ نوٚد کھ توٚر کرٕ آکھ
مُشیحہ آسی گوٚمُت شاید سُہ تشبیہ
دمہٕ ہیٚت پرٕوانہ تہٕ کوٚر راژنس آغاز
وپسُن صوٚدرن تہٕ پریٚن گوٚرنہٕ روخصت
کرٕتھ بد گوے تہٕ بد خوے صوٚرت
دوٚپُن تس پوٚز مےٚ نش ژٕن ناوکیا چھے
دوٚپُس تمہٕ چھُم ہنٛ گوٚمُت مےٚ گم نام
سَبَب یوٚت واتنک سارینٛ چھےٚ روشن
کوٚرن شیرین کلامابس دل آرا
بہ دُنی برجبین تمہٕ جبین چوٚرن
دوٚپُن تس اے زنِ بد بخت عیار
کلاما چون بوزِتھ چھُم نشانی
ترٛٹھ شرٕ جاد کرٕتھ وارا تلُن شور
ژٕ کمہٕ یوٚت واتہٕ نوٚد کھ توٚر کرٕ آکھ
مُشیحہ آسی گوٚمُت شاید سُہ تشبیہ
بلا اندیشہ از حیلہ بہانہٕ
دُیتُتھ بوٚز باد میو نے ننگ و ناموس
بہ ہوش و گوش بوزان اوس بہرام
بلیمتھ زخم اُسِس تہٕ لُجس زیر
دوٚپُن ما ہیم بلاشکھ چھُس سزاوار
بہ عمدن آس یوٚت مرٕنے خسراماں
وُنیتھ یی گوشہ بےخود تہٕ سوٚٹھس ہوش
سُہ روح افزا و چھائی اُمس تس کُن

ژٕ کوتا یوٚت چھُکھ بیباک چالاکھ
کُٕمے اوسُے گوٚمُت ہاوے بتیہ بہہ
ژٕ محفل آیہٕ روح افزا بصد ناز
فقط پرٕژھو باسے ہیتھ ژایہٕ تقلیت
کوٚرن تس کُن کلاما با کدوٚرت
سَبَب یتھ جایہ واتُن یاوکیا چھے
فقط چھُم وَنیوٚد مےٚ پوسنٛ نام از تام
کران شمعس چھُکھتہٕ پرٕوانہٕ تو شُن
دروٗنی زم دل گیہٕ روح افزا
بہ خشم و قہر تمہٕ بہرام موٚرن
مہٕ کرٕ یم مکرتہٕ حیلہٕ کرٕ ژٕ گفتار
مُذکر چھُکھ ژٕ چھُکھ تہٕ مشد چھائی
دوٚپُن تس بارہا بدماشس ڈنمسور
ژٕ کوتاہ یوٚت چھُکھ بے باک چالاکھ
کُٕمے اوسُے گوٚمُت ہاوے بتیہ بہہ
ژٕ ژٕگیتھ ژاکھ یوٚت لاگیتھ زنانہ
بوٚزِتھ تہٕ کینٛہہ تہٕ پروا ما ییم کوس
سپُن پچھمہ ژٕ تہٕ پھیرس وُٹھن ہام
ژُجس سو رخی روخس ندری تمس پھیر
دوٚپُن تس بوز اے یار ستمگار
مرُن بہتر چھُنا در پیشِ جاناں
سُہ گویا اوس گو چون مو ردِ خاموش
ژٕ دُگوس معو ردٕ ما یہ سپٕن

---

۱ پژمُردہ ۔ مونیاٚمُت ۔

دوٚیُن ہے ہیٚے یہ گَرِدَن ہے کھوٚتم بار
دوٚ بچھیتہ تھوٚد آیہ تس نِش ڈٕلہ نوٚدوٚن
عطرٕ چھینس بُتھِس پھش پھش دِتین تس
سُہ ہوشس آو یامتہ اُچھ کرِن باز
فِدا بُلبُل پیچھے آسان گُلس یتھ
رتھے یائے ٹھین سُہ گُرِ وِیے وگُل اندام
دوٚیُن تس روز خوش ما ود زٕ ہیٚے
بُتھِس اُچھ ڈولنس کوٚرنس مُدارا
بیٚیلہ کأفی وُچھُن دلبر مہربان
سِپِھے رُوح افزا دِوان تس بوسہ رویس
کرِن باہم ہیٚو تِمہ بوس وکنارہ
زہائیتھ اوس تیغ ہجر موٕرِدٕ گومُت
جِلو چائِرتھ بچھیرن کروو ہمیر
اگرچہ اوس آن بہرام تشنہ
وُچھکھ بیٚیلہ ییتہ سیٚتھ کأفی مومیا
نہ دس پاکھے رِتو نہ بسم اللہ پوٚر
نہفتہ آں دُر ناسُفتہ سُفتہ
چناں از مستیے مے بے خبر شُد
دو ایوانِ بکاوُل آنچہ مسمار
اُٹھو اندر یار بہرامس تشند مار
بہ عأشِ وکامرأنی کوٚڈ تِموٚ شب
تیٚشتھے گوٚ پری یہ غأیب عشقہٕ آزار
صُبحُ پھوٚل تہ تھوٚوُن پوٚشیدٕ بہرام

وَنہ کیٚا کرِدگارس یُس چھُہ جبار
کہو چھِے منز کلہ ہیٚتو تمس سُلہ نوٚدوٚن
بتدریج موٕرِدٕ جسمس لوٚگ پِنے جِس
بہ بالین بر وُچھُن سوٕسرِ طناز
نیتہ پروانہ پیٚتھ شمعس کران گیتھ
بہ خوش خوبی اونُن در ہوش بہرام
مُشرٕ اُچھ تراو غم سوٚرُے بہ بخشیے
سیٚتھُن غمگین خوش ڈیوٚٹھُن نظارا
زوٚلس ہأیتھ لوٚگس ہوشس پِنے پان
دِوان بہرام تھیتھ تس کالہ مویس
بتدریج لُگو نِتھ پیٚنہ وار وارہ
کیٚتھ بوٚزیتھ سُہ وارا سنیلیومت
چھمبس نِتھ وأتی تھوٚن اخکر سیٚتھن تیز
اُمایوٚز اُس روٗح افزا گرُسینہ
کھینس مأیل سینہ باہم بسیکیا
بعہ چھ ہیتہ وہے شوٚرٕ کھینہ کے تِموٚ کوٚر
زصرصر غُنچہ سربستہ شگفتہ
زبر را زیر زیرے را زبر شُد
بُتھِس بہرامنس گومُت زِ دِلدار
دندو سیٚتھ کوٚرنہ تس رویس پُرِ یار
جوان بے فرختک پیالہ لبالب
گرِ تھن گوٚ زٕ تھینہ تس اکھ سیکندٕ ٹھ یار
دِیان اُس لوسہ کرٕ دوٕ واتہٕ کوٚرشام

بنفشہ آیہ دوٚپنس چانٛی پژھ بارے    بہان ییٚتھ آسہ میٚنس چھینہ پرواے
دوٚپُس تمہ چھس بہٕ راضی ہیچھ آداب    کرِتھ خدمتھ بزیرِ پا کُنند خواب
کنڈِ پن بیہِتھ دوہ کوٚڈُن تہٕ راتھ آیے    بسرعت گیہ راتھ مانتھ جایے
دوہ ہس بہرام در عیش و طرب بو    تمس حاضر یہ کینژھا تس طلب بو
تمس کھیت چین موہ ہیا گوٚنہ گوٚنہ    نفائس چیز ہا شاہی نوٚموٚنہ
شب دیروز کی پاٹھن کوٚڈکھ شب    بزوری چیتھ سنیو مُت ژوٚل تمن تب
سُنیتھ روٗح افزایہ گوٚ تمی سُند ملاقاتھ    دیان گوٚژھنہ جدا روزن یہ اکھ ساتھ
میٚنس زیرِ نظر آسِن شب و روز    چنیس یار دل آرام و دل افروز
کوٚرُن تمہ مشورہ با خاطرِ خویش    دوٚپن روزہم تمی سیتن یہ درپیش
اوٚنُن اکھ زرگر اَتھ ژھا ندتھ شبا شب    بناوُن تس دوٚپن چزا دبا دب
سونہٕ سُندُے قفس حب الرز گوہر    دوہ ہس اندر یگاہ اُتھ زین مقرر
دِیتن وو ستادس وارا زر و سیم    علاوہ بود سے انعام زین نیم
گرِ کُن ڈراو خوش پاٹھن چھُ دوٚرن    اوٚنُن تمی کاری گر ژھارتھ بفورن
ڈبل کرِنکھ موٚزوٗرِی کامہ لاگن    دمو مو کلیتھ انعامہ شاد ژاوِن
مگر اکھ زوٗل تہٕ راتس چھُونہٕ ژاوِنی    چھے بُڈ منت تہنز میٚنِ پیٹھ سو وِنی
قفس سونہٕ سُند خریدارس چھُ درکار    نہمس مُبہمے انعامس چھُس سزاوار
دِیتُن کھین چین تمس راتس نخوابی    بزرکوٚبی تمو کرُ بیان کوٚ
تمن شنزاس یم وو ستاد ماہر    حجریکھ تتھ چوٚنہ از لال و جواہر
سونتھ پھوٚل آفتابن ژھوو بارتو    قفس تیار تہٕ عیار خوش گو
یہ مخفی نیوٚن تس تہٕ واتہٕ نوٚوُن    سینی خوش تہٕ سہ ذکر شاد کرِوون
یینامہ تس دِیتنہٕ اہی کران ڈراو    وِنے کوتاہ چھے روٗح افزا بران جاو
زریشم کوٚرنہ قے تانا بانا ہمقدر    بران مانتھ دوان تتھ پھیر کیہ مگر
اوٚنن بہرام تہٕ کوٚرنس گلوبند    سہ قے تانہ گوٚنڈن تس شاد و خورسند

---

۱ اپن ۰ رز

گنڈ ٲنی گو تیمس طوطہ رنگ آمیز
پرند جانور شکلے دل آویز

ژھپس اندر شہ تھووُن لٹھپ اویزان
پیشس رد تھووُن ماشوق جانان

تواضن دوپن طوطہ موٗلی ہیو تم مے
شہ کنہ ہیس نہ دوہ گیہ قیمتہ دِیتس مے

شبن آغاز کوٚر دوہ گو روانہ
مرخص پژھ یہ گیہ از محلہ خانہ

کوڈن طوطہ نبر تمہ از نظر یام
کڈتھ دیشہ ہن نبر گو طوطہ بہرام

شبس تس سیتو گژاوان راتکے کار
دوہ شے از شادمٲنی روٗدو بیدار

صبح پھوٚل نالی رٕش ترٲوِن تیمس یام
یہ کر یا ٹھن گژھان طوطا سہ بہرام

ژھپس اندر بسووُن تمہ طوطہ
پیے خوردن غذا تس تھووُن موہختہ

وُچھات یس تس گژھان مفتون شیدا
عجب طوطا یہ کتہ گومت چھ پیدا

پھتے یا ٹھن ادا گو مدھتا یام
بہ روح افزا کران تماشا چھ بہرام

در آخر عشق یا گویے کہ باشد
اگر باشد نہفتہ کے بہ ماند

بکشمیر اندروُن وارانیہ چھے
ولیکن جاے تُر مشہور نلہ سنے

عجب نیوُرا تیتھے میو پژی یہ وُچھ یام
بدل جالا گیس وُتھ دوم تنے دام

خواھشن شکھ سپن لیکن دوپکھ فرد
چھ آسان مگر وُچھمت چھنے اَمے مرد

حسن آرا یہ پتھ ٹھتا مجھہ پیٹے کنھ
بہ شکوہ آیہ بے وایہ گیس لتھ

وُچھن ییلہ کور ہیِنزے یال تہ چال
بوڈتھ فکران اندر گیہ گنگ تہ لال

دوپن بے شکھ چھے کاہ جفت باغیر
دریغا مرد بیگانہ دریں دیر

شہ کھتھ یا ٹھو ووت کمہ یوت واتہ نووُن
دریغا ناو سوسنے مشند پھووُن

زسعی و جستجو کر روز پتھ بو
اَنت بو ژھار ناوتھ دُزد بدبو

گژھتھ حاضر لدن دارس شہ موٗدار
سزا تی چھس نتہ زالن شہ در نار

بخشم و قہر یژ یِن کوٚرن فرمان
تلاشس رہزنِ شاہی محلخان

بنیہ جاسوس پیم در شہر مشہور
اتھ فوران مٹے نش ژھانڈتھ یہ سنز شور

بفرمان حسن آرا دباذب
کوڈکھ پرواز پرہیو روز وسم شب

ء ا مستو متو

بہر جانب سیاڈی لگو تلاشس
نہ تارکی تمو پئے لوب نہ کانشس

پننہ کنو پریکہ پئے کرُ شُمی کاُفی
بواپس آیہ تمنٰکس ہیُنر کھہ ماُفی

دوپکھ تس کوُر بہرجانب تکوٗ[1] پوٗ
مگر کتھ آدہ نہ تس ژور رشند بوٗ

پہ بوزتھ حسن آراگیہ پُرکین
خوالمن دوٗننہ چاُریتھ ربجبین چین

بہ روح افزا اگر پچھو خاص ہمراز
تمہ ہے نیش کونہ نیراُنی امیک راز

مظفر شاہ جنرپرک صاحب تاج
گژھتھ بدظنن تمشند کراد بوسہ اخراج

خواصن ہنز پری اکھ اُسس دانا
دیان گلمو رخ تمشند مے ناور عنا

حسن بانوپہ ہمشہ بوزتھ پہ گفتار
دوچھتھ تھود آیہ درخدمتھ بیکبار

دوپن بانو پہ کُن گُستاخیم[2] معاف
ونے بہ مہ ختھر مانے امیک صاف

چھنہ واتہ تتھ ہیکان ہوت باد صرصر
دزان پیتھ جانوارن ہُبتہ پر

نہ رازہ محرمی ایس محلہ خانہ
چھ نادان جملہ قاصر ازبیانہ

فقط چھم اشتباہ غالب گمانہ
کرکہ تفتیش ہرگز حہ ماعیانہ

ہُٹیپا اکھ پری پہ پیشِ رو بہ ہردم
وُچھم تتھ کنُ وُچھان داہم ہردم

گران قیمتہ شہ پنجراسوۂ تشندے
تتھ اندر جانوار امارہ موندے

بہ ظاہر طوطہ باطن زانہ مولا
چھ تتھ ہنزوال میں کالا ہویدا

پہ بوزتھ حسن آرا یس سپدن شکھ
دوپن ہیر آسہ اکھ اندر بلاشکھ

بہ نزدیک قفس آیے سہ پُرخون
تلن ہُٹیپ جانور ہیتھ دراپہ بیرون

حسن آراشہ ہُٹیپ ہیتھ دراپہ یامتھ
بہ روح افزا سپنز بر یاقیا متھ

دیان زن جانور اوسس دل وجان
زہ لیتھ گوا ز قفس گیہ ہستہ بیجان

بظاہر باکنیزاں در تکلم[3]
بہ باطن موردہ زن واُنیج گیس گم

دوپن گو از جدا مے نش دل آرام
بلا شکھ مارنس ہتھ تلہ دنس دام

دریغا اے دریغا مادرِ من
جدا گومت زِ گوشم گوہرِ من

دریغا جان و دل میونے چھ رنجور
زِ زنس گو جدا عشاق بو مہجور

---

۱ تلاش ۲ بے ادبی معاف ۳ کتھ کران

دریغا ماهئ بے آب گشتم  دریغا بے خمرو بے خاب گشتم
دریغا از قفس طوطے مٹے گو گم  دریغا یوٹ دشمن کوہ سٹے اوسم
دریغا از قفس نیبرتہ سٹے روح گو  دریغا باغہ چے پھلیے مٹے توہ گو
دریغا پینہ سنے جانگ مٹے پروا  چھینہ از بہر دلبر چھس یہ پھلوا
دریغا تس کرن آتش کبابہ  تلیتہ افسون وچھس ییلہ میون بابہ
یتے اوسم دل آرامن ملاقات  دریغا سیتہ بہرامس یتیم سات
کران ہے ہئے دروٗنی سوٗرتس گو  تمس مارن تسلی یوٗرتس گو
خدایا زندہ تھاوٗن یس تنے عار  یہتے بائھٹن کران لیلہ تہ و لہ زار

# روح افزا طوطہ سند پانچھ وید اکھوان

ودنا بدنس گوم بارہ پارو
کن تھاو ونہ وے بووار وارو
ہاوہ ناوس لگے غمگسارو
چھندہ ریمتہ میشانہ پتہ دبارو
نالہ چھس لایان جانہ امارو
ڈول دہتہ ژوٗ لہم ماہ نگارو
زوٗ جان کلہ پان کرہ سہے نثارو
ہٹہ کے زہتہ ہوونڈے دوستدارو
اسہ ونہ اسہ برہ گے گلزارو
نتہ مامشیانہ موکھ آسے سوکھ مارو
ازلس کانہہ چھینہ زورا وارو
ننگ ستا موہہ نش چھم کران خارو

عاشقہ میشانہ طوطہ یارو ہو
ماشوقہ بہرام یارو ہو
وڈہ ونہ ژوٗ لہم جاناوارو
عاشق طوطہ جانوارو ہو
ژالہ کوتامشز جگرس نار
دراہم ما بازیگارو ہو
جیتہ کنہ پکھنا دکھ دیدار
عاشقہ بہرام یارو ہو
کھسہ ونہ سروہ کتہ پیئے تبردار
وڈہ ونہ جاناوارو ہو
ژالہ نس تہ جنگہ نس چھینہ تہ وار
بہ نام ستے بزنگارو ہو

کٔرانہٕ بۄ ژرائیس ہپانہٕ اٲرو ژوٚلمُ گیٖلن گولمُ عار
پوٚلمُ فوٗرمان گیٔس خاکسارو عاشقہٕ مِیانہٕ تاجدارو ہو
کوٚرُہ ناٲنہٕ کیٚشا گوٚ عشقُن نارو رِیٚتھ تےٚ دِہ تَتھ چھیٚنہٕ اظہار
چھےٚ ناٲنہٕ یُس تِم کرٕنے ہینگارو ژھیوٗ راو تِمو آب شارو ہو
کٲتیا آیاسے ہیٚتھ سُمسارو کم کمہ سوختہٕ گےٚ پوختہٕ کار
نوٚکتہٕ کیٚشا لوٗدھتم موختہٕ ہارو روز تِم بیٚنہ دہہ تارو ہو
عشقہٕ روٗس عاشق چھُنہٕ درکارو مُشکہٕ روٗس گُل کتہٕ نیرِ بازار
دلبرِ گوشُن کرٕ دِلہٕ زارو عاشق طوطہٕ پوختہٕ کارو ہو
تَس نِش ناراضی پروردِگارو مول موج یُس ہیٚتھ آسہِ بیزار
مُظفر شاہ وۄنی لدی بردارو الوِداع بَہرام یارو ہو
ہوش کر زاگان چھی بازیگارو مُشفِقا آرُن پیٚیی درکار
یوٗد رضا سہ آسی کرِ رستگارو عاشقو بوزِ اسرارو ہو
نعمتُ اللہ چھُے وۄ میٚنذوارو ہاوِیس دیدار نبیؐ موختار
مُحشرس مٲدانس چھُس تی بکارو نارِ سیٚنشِ بَتہٕ تتہ تارو ہو

# داستان

بہ پیٚنگۄنہٕ کرٲن ناوی رِیٚوایتھ حسن بانو قفس ہیٚتھ دراے یامتھ
بدربارِ شہنشاہی روانہ کوٚرُن آس بنجرےٚ بادستانہ
ازیں اندیشہ شاہس برجگر داغ پنُنی کُنو بوٗشہ درتفتیش وسُراغ
وُچھتھ پنجرہ کوٚڈُن طوطہٕ نیبر بام دوٚپُن بانو دیتمس مُنز ییرچھ کیاہ تام
پَرِتھ افسون تِمس کینہہ گو نہ درپیش بلے زیادٕ تِمس تاونہٕ سپُن ریش
بدل سو چیتھ دوٚپُن بہتر چھُ فِلحال کرُن خٲلی یہ طوطہٕ ازپرو بال

بدستِ خود سہ گھنٛز ژُن ہیوٗ تن تامتھ
لٔگ پیٚچھ سۭے ہٮ۪ٚمس تل ووت بامتھ

ننیشاو دووا تمس یُس ترٛوٗوُت نالہ
ز روحِ افزا پٔرتھ منٛتھر کوڈُس ٹٲلی

زگردن یانٛہ چھُن طوطس سُہ پن دٔراو
بہ حیلۂ خویشتن بہرام نیوٗن ڈراو

مُظفر شاہ وُچھتھ بہرامس کُن
پریشان حال تہٕ حیران سپُن

تمامی اہلِ مجلس حیرتن گئے
وُچھتھ ایہ رنگٕ اسمانہٕ تمہ پیٚیے

مُظفر شاہ شرمندہ سپُن ییٚتر
بہ مجلس رب گیس تاجس کھرتس ییتر

بہ خشم و قہر وُچھ تمہ سوے بہرام
دوٗپُن تس اے حرامے زاد گمنام

بہ دارُل سلطنت در محلہ خانہٕ
کرٕے کمی رہبری کینہ تہٕ اکھ پانہٕ

زقہر شاہ بوٗزتھ نہ کینہہ تہٕ پروا
بدریاے غضب کمی کوٗر یہ ماوا

سزا اَمہ جُرمُک گژھ جان سپُردن
تتے چھےٚ نہٕ حیا کینہہ الا بموٗدن

گمان گو مُجرِمس بیشکھ مٲرن
بدریا غرق یا بر دار کھارن

دوٗپُن مرنس ڈرُن کیا کیٚتھ چھُے مشہوٗر
درٛٲم سن محلہ خانس تہٕ کرِم ژوٗر

ووٚنُن شاہس جوابا بوٚستہٕ[2] کندہ
کوٗرُس پادا حقن تمہ سُند بندہ

چھُہ رہبر عاشقس شوقِ دلارام
چھُہ نہ کے جذبہ داتان سُہ لوبام

سزا یے عاشقان تکلیف ہرچند
دوہے آسِت اگر تم چھِینہ پابند

چھُہ رشتۂ عاشقان از اختیاری
ژٕلِتھ بارشتہ بے اختیاری

چھُہ آسان عاشقن تدبیر[1] کوٗرمُت
بہ جانِ خویشتن تکبیر یوٗر مُت

چھِینہ ڈر مرنہٕ سٕکے بر جان عاشق
بلے افسوس تہٕ در کوے چھُس دِق

گژھان محروم از دیدارِ دلبر
قیامژ تام چھُس دردان یوے شر

مگے کینہہ پرواہ چھِنہٕ اے ستمگر
بہ شمشیرِ بُرانٔ[3] یکدم ژٕٹم سر

پہ بوٗزتھ در غضب پٔو شاہ سُپُن
بہ خشم و قہر ووٚنن تمہ حاضرن کُن

بہ شعلۂ آتشین یکدم ازین جا
گنڈِتھ شہنہ بر ژٲلیوٗن بہ آتشا

جمع ہیزم کرِتھ تتھ بیچھ یہ کھالتھ
گرژھیس سوٗرا زلے باخاک ٲلتھ

---

١ بہ کوٗرُن مرُن ٢ بستہٕ وائن مدل جواب یانے تیز جواب ٣ تیز شمشیر

# مُناجات

زار بوز عاصیٚ یس بڈٕ تاجدارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
بہ اعمالو چھُم ڈزُن نارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
زونمُ نہ دُنیا چھُ ناپایدارٕ — اوقات ضایہ کوٚرُم ہاے ہاے
نفسن آورُس کرِم بدکارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
عائب دار نابہ کار چھُس شاہ کارٕ — ژھے بوا چھُم نہ کُنہِ چھینس جاے
سایس تل رٹِھ چھُم نتہٕ ڈزٕ نارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
رایتھ دوہ راوٕرُم گُنہٕ زانہ ہارٕ — سوٗدس چھُم نہ قصا نیچ ژاے
رچھتم نہ قصانہ نِش خبردارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
آشکار و نہان لیل و نہارٕ — زاگ ہیتھ دُشمنن لاگِتھ ماے
کرٕ نوو نس گار ناہ شمارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
سیاہ اعمالک صاف طومارٕ — از سیاہی بُرِتھ سرنا پاے
نوفو کہ آبہٕ صاف گرِتھ یکبارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
دارِ چھوٗت آس ہیتھ گوٚہ ہٕکی بارٕ — پُشت خم روسیاہ کرِتھ ہاے ہاے
نابہ کار بندہ سُتہٕ ژے خریدارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
از زبان ووٚدرِتھ چھُ چون گُفتارٕ — یس نہ کانہہ رٹِہ تس مے نِش جاے
ذکر زد نارٕ سیٚندِ نارِمن تارٕ — بخشن ہارٕ کرمیون پاے
چھُم امہ فورماونک یقین دارٕ — نارس گلہِ پھولہِ دِل آراے

نعمت اللہ پے چھُ ووٚمید وارٕ
بخشن ہارٕ کرمیون پاے

پیتھ پاٹھین بہ عجز و انکساری — کوٚرِن تِمو التجا درگاہِ باری
وَدِن تِمو سُند اجابت ھیوٚ و خودایَن — تِتھۍ یُس حاجتمند روا خستہ گدایَن
پھٹِتھ دِل کرِی یُس زاری بدرگاہ — دُعا تِمو سُند اجابت پیشِ مولا
چھُ کم قیمتھ تہٕ نالایق بدُنیا — شکستہ چیز نزدِ اہلِ دانا
پھٹِتھ دِل آدمی نزدِ خُداوند — چھُ بے شک کامیاب شاد و خورسند
پیتھ پاٹھین کران راوی چھُ اظہار — ھیوٚ کہ بہرام ییلہِ بر تودۂ نار
ہر جانب بہ ہیزم ڈیٚت تمو دار — مگر بوزن تمیٚ منشا سے غفار
رٹِھتھن یُس آسہِ تس ذاتِ کریمس — اگر ترأوِن تمس نارِ جحیمس
بہ قہ درٕتھ گُل گژھن تس سوختہ اخگر — بہ باباۓ ذبیح اللہ نظر کر
دِیان آن روز از حکمِ الٰہی — بکاوُل اُس بہ تختِ ہوائی
بمع تاج الملوک سایرس [illegible] — پرستانس کرِتھ سئل [illegible] آپرٕ
جزیرس نِش دأنتھ مشہور ہیوکھ — بہ مشہور بلہ کرِتھ الہامِ حق بوکھ
دوپنکھ لازم گژھن فردوس اندر — ملاقاتِ مظفر شاہ چھُ بہتر
بدولت خانۂ شاہِ مظفر — بہ روح افزا ملاقی بلہ کہ مادر
گژھو از راتھ تنٛتو با عیش و عشرتھ — پگاہ نیرِو ہمو رخصتھ بہ فرحتھ
کرِتھ مشہور تمو تختس جلو ھیٚنڈ — تتہ [illegible] وراسے بہرا [illegible]
قضا را وُچھ تمو ہیزم بہ انبار — برائے سوختن تتھ لوگمت نار
برال انبار ہیزم مستمر شدا — سرس تتھ بستہ بگردن تس کمندا
ہوائی تخت ییلہِ نزدیک اونکھ — [illegible] پرزنہ خود وکھ
خبر بہرا منے اُسکھ گژھ پوٚر — بہ روح افزا چھُ عاشق گو تو سے دور
گژھن آواز تمہٕ لوکن خبردار — کر ناحق [illegible] یک دم ژھیتھ نار
پینہ آثار واتس یک سر موسے — بہر اطراف اند ناریس [illegible] جوسے
اگر نہ آیون اس مجرم در آتش — ابکس یہ ہرس اندر شہر بس چھو [illegible]

---

۱؎ گنگین یا حاجتمند

به شهرس منز گژهه توت واته یامهٔ
ترِٛدُو گو ٹُکن بوزِتھ یہ اخبار
رتو دوہے دال یس کالا چھُ بیشکھ
دوپُس تاجُ الملوکن کیا چھُ پروا
کوٗرکھ تجویز توٗکن بیش اونکھ
روان تختِ ہوائی پرٛیکر یہ کرٛدوٗن
دوپُن تاجُ الملوکس بیہہ تہ وار
گژھ باغس اندر سا لا بصد ناز
تھوٗن باغس اندرتم ذرا یہ بافر
حرمخانس اندر یامهٔ سو ژاسے
ژاپُن در بر بکاوُل از سرِ شوق
مُظفرشاه اُتھو اندر ووت پانہٕ
بکاول آیہ سر دِ قد کرِتھ جسم
پس از تعظیم و تکریماتِ آں گُل
بہ مسند برسہ بہنائوکھ بہ اعزاز
ز احوال پدر مادر بہر حال
دوپکھ تمہ سیتو چھُم مے تاج تہ تخت
سبب تتہ تھاوِ نکھ آں تخت و ہم تاج
بیرونِ شہر بر تختِ پرندہ
سیپنو خوش کوٗر ہر جانب نظارا
بیٹھ یہ بر تودہٕ ہیزم اسیرا
بہر اطراف دِیت مت ہیر ہس نار
نکھ یتھ وُچھ شہ قادی لبستہ کوٗرمت

ہمیدم شاہ شند واتھو مانہتھ
ز گرمی نرم تم گے یتھ روٗتکھ نابہ
چھینہ لازم یہ زالن پیو تمن شکھ
اگر سیتین نمون یہ مرد پھلوا
یکدم تختہ سے پیٹھ بہنوٗکھ
اُکس باغس اندر سے بہنوٗن
رووٗن بہرام پانس سیتو ہمراہ
بہ گژھ شاہس نشہ تس باوِ براز
بدولت خانہٕ شاہِ مُظفر
حُسن آرایہ بوزن برونٹھ دراسے
تِنہ سے میلِنکہ اوشس سیٹھا شوق
تشند یُن بوز تمی بیرونِ خانہ
کوٗرن پیترس بصد آداب و تسلیم
نیکھ ہمراہ یتھ بلبُل نوان گُل
بہ خوش کائمی کلاما گے سرافراز
پرژھنکھ تس بیٹھ تنہایُن بہ اشکال
بیروٗن در باغ چھُم مے ترٛوٗمت رخت
بہ خدمت عرض چھُم اے صاحبِ تاج
یکان یلہ وائی بے لب ہا نخشدہ
جلوہ ساوُچھ ٹکن ہُشد بے شمارا
گنڈِتھ از ریسمان تھوٗمت سراپا
ترِٛدُو گو وُچھتھ اوشن آو یکبار
بزنجیرانِ آتش خستہ کوٗرمت

۱؎ یانے نیمهه آیه

شہہ زینُ الملوکن پوٗر دستوٗر
دۄپان بہرام یمیٚ سۄند ناو مشہوٗر

دُچھم یا شہہ کوٗرِم اُکن غماٚنے
کوٗڈم از تۄ دہٕ ہیٚنزِم اُمانچھ

اوٗنم ہمراہ خود بر تخت کھولم
شہِ تاجُ الملوکس سیٚتۍ بھۄوم

چھہ اندر باغ تم در سیر و گردش
توٗرے تنہا یہ یوٚت آیس تھہٕ ہے ٹیش

خطا بےٚ شکھ وزیر زادس چھُہ بر دنش
سبلے ابلیسنے چھُس ڈولمُت ہوش

بدیں گونہ سزا دیُن اوس نہٕ جان
پیٚیا والیس لگانے ٹیش گرٚ ھتھ کان

نہٕ یوٚدوے زاہِن یا مارِ ہن سۄے
پتو دِنتم شہا کیا فائدہٕ چھےٚ

نگِتھ پشیمانیے کوٚنگہٕ داغ نبر یا
گومُت یُس اَب جوٗیہٕ باز پھیر یا

دُہا یہٕ نیشہ کلا ما یُس نیٚر دراو
کرٕتھ تدبیر ہا والیس شہ کراو

بہ خدمت مختصر یٚتھ بِھن سےٚ چھُم عرض
بہر گونہٕ چھُہ بوزُن سٲ ہےٚ فرض

وزیر زادہٕ چھُہ یُس بہرام نامی
چھُہ یُس ممتاز در وصفِ تمامی

وزیرن تہٕ شہن باہم قرابتھ
چھُہ دستوٗرِ زمانہٕ آےٚ پتہٕ وٚتھ

اگر شاہ غار چِنسکھ عزٕز آنے
نظر کیا سےٚ اوسم کرمہٕ لانے

شہے تاج الملک بو آدمی زاد
سےٚ تہٕ تس اوس تقدیر خدا داد

بہ حمدِ حق شہنشاہی کران چھس
دوہ ہس راتس تنا ذاتس پران چھس

ز جنسِ خویشتن چھس جاے آباد
خوٗ صوٗ حسن مول تہٕ موجی سےٚ دِلشاد

نظر تتھ کُن کرِتھ شاہا ز خوش روز
چھُہ میونے مُدعا یی تی شہا بوز

کہ یانی روح افزا یے پری وش
عطا کرہٕ ہن بہ آں بہرام دِلکش

بہ نیک و بد بہٕ چھس ہر گونہٕ ذمہ دار
بوٗرہٕ ہسس مسیاٗنی پیٚھ کرٕ ژٕ اقرار

بہ اقرارِ رضا کراوم سر افراز
پننے گرٕ تہٕ سیٚتۍ تھاوُن بہ اعزاز

مظفر شاہ ہے بوزُن یہ گفتار
حسن آراتہٕ بوزان اُس ہوشیار

سپنو مجبوٗر بہ اقرار خویشی
صیادن یام لاےٚ جکھ والہٕ واشی

ز حسن وہم توٗبوٗ ح تمہٕ فکرِ تور گِتھ
بہ دانائی تمو تتھ مانہٕ نورُ گِتھ

دۆپکھ تس بارِضنا ھقوٗے زٕ الفقرا
بکاوٗل خوش سپنِہ بوٗزِتھ یہ اخبار
بہ روٗح افزا در آمد با دلِ شاد
بہہتھ کیا چھکھ زِ غمگین وۆتھ خوشی کر
وۆچھکھ وۆنی زٕنگہِ رنگہِ پھۆلِہہ گل
مےٚ اوٚن مے معہ کلاوِتھ یار از دار
سرو نگا دِتھ زِ جمرن اسکھ زِ بِرون
پننِہ کنہ کوٗر منتے ادےٚ کمالا
خوشی کر ترٛاو غم وۆنی روز مسرور
دوہن کینژن اندر مادر کری ساز
یہ بوٗزِتھ روٗح افزا یہ تُلن سر
قسم ہاوِتھ وۆنُس تمہ راست وٚنمے
سپنو خوش روٗح افزا وۆنہ بہ فرحان
کوٗرکھ باہم بخوبی التفاتا
برپکر سو مظفر شاہ جشنہ یرن
پرچھن یم اسو اندر باغ باتخت
بفرمانِ شاہنشاہ کوٗر تمو سُشر
رنگا رنگ واتہِ نوٗوکھ ہرچہ[3] شاید
ملک زادِ سپن خوش حبادِ بہرام
ادا گیہ راتھ وۆتھی کستوری ببل
ہنبر نیبرِتھ عنقائی کرِتھ بانس
سو روٗح افزا ہیئن سیتی چھ مایہ
مظفر شاہ بہہتھ با حُسن آرا

یہ خوش چھی گرٛسہ تہٕ کرتاوکھ زِ مو فتار
ہنبر سوٗ دراہ تہٕ آیہ کبُک[1] دار
اڈاوُنی تمہ نزاونی لوٗے نس تاد
بہ فرخنہ لولہ کس باغس موٗزرہر
زچنگ باز گو آزاد بلبل
پھٔلی دل تہ ژلی دوہ نِ عشقہ آزار
ہکہ ژہ تشکھ نگہباو یہ افسون
یہ این کسبہ ہو نر بوے نے سلاما
حسنا دُشتو[2] بہ عشرت ہرکُنن دوٗر
پیمن یار بتھ سُہ مہراز بعد ناز
پوان پرٛژھ چھس تہ از گفتار خواہر
سہ عشقہ زوٗر معہ کلاوِتھ سۆ ادٚ نمے
رٹن دربہ بکاوُل خواہرِ حبان
ملاقاتھا کرتھ گیہ پوٗر راتھا
سوٗرن تجویز مسندن تہ وزیرن
تمن کیٹ کھیمن تہ چیمن بہتہ بسترِ ورخت
بہ آیین شاہانہ باغس مشز
کرِکھ میہمان نوازی آنچہ بایہ
پوان پرٛژھ چھس تمن تمہ دا پوٗرن بام
زبستر روٗح افزا تہ بکاوُل
خرامان ژایہ شاہی محلہ خانس
بکاوُل پیٹھ سے نیش یام ژایہ
کرکھ تمہ عذر خواہی بامدارا

---

١ کۆچشہ ھ پھکی یانے جیالہ مان ٢ ماتسراکھو ٣ یم یم چیز ضروری آسہ

معافی جرم روح افزایہ ماہوں سیں
دوئیں شاہن معافی باد صد بار
اِشارہ سیتی آیہ روح افزا
جنکہ تھوڑا سر تمیں تھوڑکہ با اعزاز
بکاؤلِ بیچ نسبالا بادلِ خویش
دوئین بہتر کرون تعجیل درکار
مقرر کور یہ تاریخ ہور جیہت حساب
فلان ماہ و فلان روز فلان ساعت
تمیں ہمراہ آسن بڑے اکابر
شہہ فیروز نے منظور کرون
ہنوز تن رفتہ تمن نش ڈرایہ دلخویش
گیہ تم اسے تتہ ما نشد بنبل
بکاؤل باکنیزاں و غلاماں
بہ باغ اندر سہ نگرو ترایہ یا متقہ
فرچیکہ تسں نشہ پیشانی علامت
قصہ سوں سے بتیاں کور نکہ بیچ شاد
سہ بہرام جاتے اندر نہ گنجیہ
نرحن پرہو یہ سجادان تخت پرشانہ
کورن رفتہ تمن یم سیتی تس ہے
ہوائی تختے ہینڈل کورن تمن
دمادم در گلستان دم وائقہ
سین فیروز شاہ خویش باقبیلہ
پراکنشہ گتہ تم اسے بلبل

ماتیان جھسں پادشاہا دل کرم خویش
اَسے ساتہ سے دونے جھکہ تہ زختا
کورن تعظیم مالس ما یہ یکجا
طفیلِ این بکاؤل جھکہ سرافراز
بدیگر راہ تمن آیہ سن در پیش
بکارِ خیر تراون دونی جھنیہ دار
رہن فیروز شاہس شاد و فرحان
پیئیں مہراز بیتہ پارتہ خویش قابتہ
خوشوں کن این کنیزک پایہ حاضر
سے یادداشت تمو تحریر کرون
ملکزادمں نشہ در باغ دلکش
و جہان کرداتہ در گلشن بکاؤل
بکاں خویش پا بیٹھ یا وافیہ کنیزاں
بہ استقبال بنبل آیت تا متہ
مبارکباد کورنکہ باسلامت
شِکارا پادہی تھن آمنت جیپہ فیاد
مظفر شاہ بہ من آں روح غفیہ
بمع آں ہر دو تن سو سے بیٹھ براں
لوا پیسں تم خبر ہیتہ پیشِ شاہ گے
لو بہتیتہ گو ڈڈاوسے براں بہ مہمیز
کیتو تم آر کتو بے تہتر زادہ تاقی
خوشوں کن بزرگم تمو سنبز جمیلہ
بو عدہ واپسی دختر بکاؤل

دوپُچھ تس راتھ کیتھ جایہ کتاوو    کران ساؤلا شکارا ماہٹاوو

بکاولہ اندراں درگاہ عسائی    کورُن مالِس تہٕ ماجہ تمسہ حائی

مجمل عرض کوُر شکر بامدادا    درشکی کیتھہ چھپنہ دوہ نی شہریارا

رتھن سیتھن کورُن تاریخ کھا اندر    سان ماہ و فلانی دوہ مقرر

ییتھے پائٹھین مظفر شاہ جزیرن    دِژہن دعوت وزیرن تہ امیرن

کرُن خوش نوٗد سارے خاص تہ عام    دوٗپُن تمی یون کار خیر انجام

بہ شفقت وار لوکن گو بر ہوسے    کورُن تاج الملوکس ییتہ دوسے

ییتھے پائٹھین تہ شاہا کر سرانجام    کرُن آباد تہ خوش نوٗد بہرام

بحشمتہ با سروسامان شاہی    کرتھ کھ توٗت پانہ باہرانہ راہی

سعہ روح افزا پری آنہ ہمن تہ باجمیش    مے پچھم دوہ میدا اُسی باہم کرو عیش

شہہ فیروز نے بوزن یہ رو داد    کورُن تحسین کورسے گوسیٹھا شاد

جمیلہ بوزی تمن گیہ سیٹھاہ مسرور    دوٗپُن شاہس سعہ روح افزا چھنا کور

بیکدم کرمہ ہیاساز وسامان    تمس کیُت زر و زیور ربہ دامان

غرض کزانہ ولہ دوہن اندر تیارے    وکسانہ عجیب سامانہ ہمارے

سپن بنہ دیکھہ تہ روز مقرر    کورکھ آراستہ بہرام بافر

تمس کیُت نو بنو سامانہ زحور کھ    ییتہ تاج الملوکہ پائٹھی پور کھ

بہ تاکید بکاولہ ... ہمہ حال    فروفن اندر فروزن تس جاہ و اجلال

کورکھ تہ لوکہس لبس گرامی    مکمل خلعت شاہانہ تمامی

بگاہ نیرون جزیرس کُن زتہ نو    مقرر سارن اعلان از گو

صبح پھول جمع گے سارے بدربار    شہے فیروز نے نشس آسے یکبار

اونکھ بہرام پائٹھ مہراہ    ہو چکھ شاہس نشہ برتخت تاز

کران تاج الملوک تس جاہ اکرام    طفیلِ گل بکاول آس کرمہ اندام

سوارے رنگہ رنگہ آسہ عاجز    پسند خاطر ناظر اہ..

کوٚرُکھ پٲراو فیٖلَن تہٕ ستوٗرَن    سوارے سوزِتھ شاہِ گنجوٗرَن

شہے فیروزٕ سۭے تس سیتۍ یکسان    یِوان بوٚ گاہ بیگاہ در گُلِستان

ز دعوت نامہ تمۍ اعلان بوزُن    بہ حشمتھ تمۍ وزیرِ حبشس سوزُن

غرض بہرام ہمراز بقصد فہ    عماری پیٹھ سہ بیہہ نوٗ وُکھ پوٗتیرہ

بہ فیلِ ناز پرور مست و چالاکھ    زر اندودِ سراپا زیرِ افلاکھ

اگر میہمان ہیے برگزیدہ    سوارے ہاتمن رکرٕ چیدٕ چیدٕ

شہہ فیروز یا نۍ ڈراو سارِس    سہ شوبان اوس یُزمن کارِ خاٗرس

برایے روح افزا ہوورج زر    نیٖکھ پٲرِتھ بمع سامانٕ زیور

کوٚرُکھ پٲراو دوہٕ ماجن وَنۍ کیا    مُلک ڈٲپھ کرِن تحسین واہ واہ

بکاوٗل پانہٕ سٕکھرِتھ ایستادہ    بمع تاج الملوک آں شاہزادہ

پسند کرٕ وُکھ رتھو تختِ ہوائی    یمن برٕ ونِہ اُسی گرٕھو فردوس رائی

وُچھتھ فال نکو فرخندہ ساعت    سپنۍ راہی جزیرس کُن بہ حشمت

بکاوٗل تہٕ نگارک شاہ مُلکزاد    ہوائی تختس پیٹھ ڈرایے چوں باد

بسُرعت در پریدن کوٗرِ تموٗ طے    جزیرس منز پٕٹھین بروٚنٹھے گرٕھنتھ

وُچھکھ تتہٕ شادی پانہٕ شہرس اندر    بکارِ خیر دختر شاہِ مُظفر

سپنۍ خوش تہٕ بدارالسلطنت واتی    پیادٕ مُشفقان دارا پکان ساتی

حضورِ شاہ مُظفر واتی یا منتھ    کوٚرُکھ باہم مُبارکھ تہٕ سلامتھ

حسن آرا سیٹھا فرحان و خندان    سعہ روح افزا بہ محلہ خان دوچندان

وَنۍ کیا انتظام شاہ مُظفر    سجاوِتھ شہر زینت دِت سراسر

ہنیا فتھ رنگہٕ رنگہٕ اَتہٕ نادان    برایے شاہِ نو با میہمانان

کوٚرُن تاج الملوکس ذمہ سوٗرے    نکھہٕ والن تہٕ ژالُن چھے ژٲے بوٗرے

بکاوٗل پانہٕ در شاہی محلخان    بروح افزا ملاحظہ بسامان

کرن تہٕ سازِ تس کرٕ اوان پٕرِ کرِ    عروسانہ شہانہٕ نالی زٕ رُدِ ۓ

---

ع ا ووُنِھ یا گر ۲ ڈری

قوٗن آماد ہیچھ ناوُ تھ کنیزہ — عزیزا نازنینہ خوش تمیزہ
بہ خشمتھ وات ہیلہ شاہ نِکونام — بمع مہراز پوٗرب زاد بہرام
تمیٔ تس مول لاگیتھ باگرون لول — کوٗرُن بیواپہ خرچا بوٗڈ رقم گول
درین اثناء بہر سو مشتہر گوٗ — دِیان مہراز ارمنک واتی تھون پیو
بنز دیک فروگاہ واتی یامتھ — کران ساری مبارکھ تہ سلامتھ
کنیزن دراے بے واپہ آماد — بہ وشان دوش تھاوِتھ ایستاد
ہیچھے پاٹھن ہیوٗ تکھ نہ ووٗن یقصد ناز — بہ لحنِ دلربا ساری خوش آواز

## وٕنُن

حمد[1] اتس پاک ذاتس کوٗ نیے — موزون یُس چھی لچھ بدی ناو
لچھ بدی ناو تہ اخر چھ گنیے — ارمنک شاہ ہیتھ مہراز آو
پوٗربی شرقستان روز وُنیے — آفرین تس یُس ماجہ زایاو
بہرام ناو تہ ڈکہ پھولہ وُنیے — پوٗربی راز مہراز آو
ماہ زن تاپان گاہ پیو پرُنیے — واہ واہ شاہ منز شہرس ژاو
فیروز شاہن پیمبر تھ اُنیے — پوٗربی راز مہراز آو
سیتو چھس تاج یُس باج آنہ وُنیے — پھیرتھ یُس پرستانس آو
منز نگارس تشند تخت جاینیے — پوٗربی راز مہراز آو
گوہر مول یژمن چھُنہ کُن زوٗنیے — بڈی بڈی ارکان سیتی ہیتھ آو
گوٗر مول توشان بوے پنُن یے — پوٗربی راز مہراز آو
ارمچھ گیلے طوطا اوٗ نیے — فرزو سیتھ ہار باگنہ آو
اسو نکھ بخت اقبال پوشُنیے — پوٗربی راز مہراز آو
ھبر سیتو طالبس یار میلہ وُنیے — داو ہیتھ کتھ کرِ پتہ پیٹھ چھاو

---

۱؎ حمد بر لیہ منز

سرمایہ حاصل گڑتھ کڑاؤنیے — پوربی راز مہرانہ آو
سرمایہ ہار دِتھ تارہ تروُنیے — بے مایہ ناحقہ گاٹہس آو
چندِ چھُن وائیس چھُس پھیرُنیے — پوربی رازِ مہرانہ آو
رِندہ باٹھو زندہ پایہ گڑتھ مرُنیے — یُس نہ موُدتہ سرہ کتے ژاو
زانہ سُے کُنرس منّرہ یُس سُنیے — پوربی رازِ مہرانہ آو
نعمت اللہ برے شائن وُنیے — وائیس ڈراو یُس باھنس ژاو
سیتو ہستہ باغو منہ کمہ نو وُنیے — ارمنک تازہ مہرانہ آو

•

شہِ فیروز آں شاہِ گلستان — بہ حشمتھ سیتو مہرازس بسامان
بمع مہمان تمامی باکر و فر — بہ حرمت بیٹھی درجایے مقرر
سُہ جایُن اوس چوں فردوسِ اعلا — سجاوُبتھ ٹھووسُت از زیرو بالا
ٹھوُدُکھ تشریف بر فرشس گرامی — بمع مہرازہ مہمانان تمامی
تمُس کیُت تختِ زر آراستہ بو — بہتھ تتھ پیٹھ سہٹا ممتاز سُے گو
سپنز محفِل مرتب بیٹھو ساری — کرُکھ یک دم ضیافتہ چی تیاری
ضیافت زنگہ زنگہ برُکھ بانن — شمار ا اوسنہ قابن تہ ٹھانن
بہر طباق یک یک بوُد چاکر — برایے خدمتِ مہمان مقرر
ڈیُنکُھ دساک دسترخان تراوُکھ — سبتہ ہا سبے ضیافت پیش تھاوُکھ
بہ آئینِ شہِ یشد راز شہہ پال — جزمرگِ ئیز ہمن دثیت سالرن سال
تہ پیتھ کُن گوستہِ آسی ژتے گوشن — مُفصل کیُا ضنوَر وَر بتھ تیز ہوشن
ضیافت کھیتھ سپنز فارغ زہر سو — بلفرست بیٹھو تھکی میٹھو از منک ولو
شہِ فیروزنے ووُن سویے داماد — ضیافت کھیتیہ مہمانو سپنز شاد
بہر گونہ سپنز میہمان راضی — درنتی کیُا چھ منگناوُن تہ قاضی

به فورمانِ شهنشاهِ گُلستان
اوّنُن تاج الملوکن قاضی درآن

به شرعِ رایج الوقتِ زمانه
پرُن ہیوت قاضی خطبہ خوش دہانہ

شه قاضی خاندانی اوس باهوش
وِندِنی گرُتھو تتھ دہانس تمہ شیندیں پوش

به عُقدِ شرع میثُل گو مہر و ماہس
مُبارک شاہِ نو تس کجکلاہس

مُبارک شور و شر از ہر طرف گوٚ
شہے نو جُفت گشتہ باماہِ نو

زر افشانی کران گے اہلِ دربار
مُبارک صد مُبارک رُت سپُن کار

شہے تاج الملوکس کوٚرُکھ شاباش
دُعاے خائر ہر گونہ تو خوش باش

گژِھتھ فارِغ ازان مجلس به اعزاز
مُلک زادن تُلن بہرام باناز

حرم خانس اندر ژونُن به عزت
به حُرمت صدر تھوون آں نکوبخت

حُسن بانو پکان آیے به شفقت
بوٚرُن تس لول چوون جام شربت

کوٚرُن دس بوس تس لعلِ بدخشان
اویزان زر کرِتھ اندر گریبان

بکاوُل آیہ باصد شوکت و شان
سعہ روح افزائین سیتی خرامان

بساز و ناز پیرِتھ آسہ خوش خو
تھوون مہرازِسے پہلو بہ پہلو

رنگا رنگے میوہ حاضِر کرِکھ دردم
تناوُل کرِ نادِکھ ہردو باہم

اژِکس اکھ آپہ راوانی کرِتھ کھاش
بکاوُل چھکہ کران شاباش شاباش

مٹھائی چند دانہ کھیاوِناوِن
عمر برشاکرِ ایحسان تھاوِون

تہند کرِ باٹھین یہ کنیژھا اوس ائین
اوّنکھ انجام خیر از چشم بد بین

بیٹھِتھ کِنیو شاہ مظفر با مشیران
جہیزہ ہمرہ دختر شہ پیران

کوٚڈِنہ از توشخانہ مال کانی
تہ دِتھ تمو گوبرائس منجنہ مائی

به فیل و اشتران سوٹے کوٚڈُن بار
زرنگ ہاے گرامی چیز بسیار

سبائری کرِتھ سکھراوِتھ یہ پوش
گُلستانِ ارم کُن دراے دِل خوش

به حُرمت ہتِن پم اُسی و الی
بہ عزت دراے ہیتھ فردوس ڈالی

حُسن آرا تِہند خوش از حرمت جاہ
بکاوُل جس بینز ہمشیرہ ہمراہ

غرض با دولت و با جاه و حشمت — غلامان و کنیزان چاکران سیتھ
وڃي ماڃن ولين ٿيون ٿيون سواري — عجب زانپاڻي تي خاصي عماري
براءِ روح افزا هو وڃ زر — ٻڌاون سيٺيون تن ڏهه لوئي تحفا اندر
به عشرت هردو گڏريان مهي قد — به حُرمت ٻيچي خوش انداز بي حد
پري خوبان تمن لو آيه ٿهوش — سيهتي پاڻ ڊٺو ونڊ وان بالحسن و دلڪش

# روح افزاءِ بهراامس سيتي سکهراوان

مالني ڏرائيکھ پوڙ ساماڻي — وائروي روزي ني ميهربان
هِشن نام پي ني روپي خنداڻي — وائروي روزي ني ميهربان
مائلي ڪري نووي رنگي زانپاڻي — ڪائري ڪر اُسر يندراڙي ڇهان
شرفه تر دار رهي تر چوٽي چيس شوباڻي — وائروي روزي ني ميهربان
بي بها گرامي سيتھ ساماڻي — مالني ڏرائيکھ حشمتي سامان
حُرمت پوشي ني حبا و داڻي — وائروي روزي ني ميهربان
مشهور اُسکي در پرستاڻي — فردوس مترجا بي آمان
لائي ميثل او سي در گلستاڻي — وائروي روزي ني ميهربان
اند ٹوري ڈري ني ٹھيک و ڇهان پاڻي — ڪوري ڇهيني مالين سور روزان
بي ريھ توري پچھي پسنگ خاڻي — وائروي روزي ني ميهربان
مالني وائري ويک پور ٿهاو ڏياڻي — شوبهي ڈن چڑ ٹوب نيرڈن ٿهان
يرٿها ڪري ني در نسترخاڻي — وائروي روزي ني ميهربان
زان ڪر باميز را ٻا ڦا ٻي زاڻي — ڏيان ڪر بالڪاشن دربان
موکلتھ تيمن نش وچھکھ بستاڻي — وائروي روزي ني ميهربان
ريٺيڪ اِي نا حتي ميھ ڪر رايگاڻي — ونڊ پچھي در پيش ٿڪو تمثيڪ ڏيان

---

١ وائريو

پیٹھم سبزی شے یلہٕ دسے شاہمارس — لٔبتھ راحتھ یمہٕ وٕنی تس نگارس

پیٹھے پاٹھو لیٚوکھ راوِین باسولوک — ز فردوس پیٹھ شاہہ تاج الملوک
بہ عشرتھ بیک ہفتہ کرٕ دوٗن قرار — اَتھو اندر ژٕ تس پیوس شہرِ نگار
زِ حُبِّ وطن و ز فراقِ دیار — ز محموٗدہ و بیسوا دوسدار
زِ شوقِ ملاقاتِ مادر پدر — سینہٕ مضطرب از ہما زیادہ تر
سیٚون آتشِ شوق تس تیز تر — پٔری کرٕ نہٕ آماہٕ دوٚپنس سکھر
گژھو دوہ نی روانہ بہ شہرِ نگار — سُہ جاییٚن چھُہ وٲران بجز خانہ دار
ز اقوالِ شیرینِ شاہزادہ — بگاڈول خوش سینہٕ از حد زیادہ
کرٕتھ پی مشورہ تاجُ الملوکن — شہے ارمس نشہ بوٗدن سلوکن
معافی چھُس منگان شاہا عرض چھُم — نگارس کُن گژھن حالی غرض چھُم
پرستانس اندر سے مُدتھا گوٚ — پدر مادر تہٕ جاییٚن یاد سے پیو
چھُہ بے رونق سُہ تخت و تاج میو نے — نگارن دوہ حُکم تہٕ راج میونے
کوٚرُس شاہن مبارک چھیٚے اجازتھ — بہ فرحتھ نیر گژھ پننے بہ عزتھ
بگاڈول ہیتھ ژٕ گژھ باحشمت وجاہ — یہ روح افزا تہٕ بیٚنہٕ بہرام ہمراہ
نکھہ واتن ژٕ سے سیتیٚن باسلامت — بہ مُلکِ خویشتن با جاہ و حرمت
سیٚپُن خوش شہزادن بوٗزیاتھ — ییان پرٕتھ چھُس تس شاہن دیت ملے رخصتھ
سہ روح افزا بیٚنہٕ بہرام دستوٗر — خبر بوٗزتھ سینہٕ تمہ جاہٕ مسرور
صُبح چھوٚل شاہ فیروزن بہ خشمتھ — سہ روح افزا اسکھ راوُن بہ حرمتھ
دیتن تس سیتہٕ وارا مال و دولتھ — چھُہ دختر جاہِ بوٚرنس لول شفقتھ
جزیرُک ووت تس کافی زر و مال — مظفر شاہنے دیتمت بہ اجلال[۱]
تہٕ سوٗرے شاہ فیروزن کوٚرکھ پیش — دوٚپکھ تمہ خرچ چھُو کافی کرو عیش

۱ بڈ دبدبہ

غرض با مال و دولتھ ہم بہ خرگاہ ۔ روانہ گے نگارس کُن بہ عصد جاہ

پکان گے با سر و سامان شاہی ۔ شہے تاج الملوک با کجکُلاہی

کران شادی بکاوُل ہیتھ بعد ذوق ۔ نگارس واتہ نکھ اُوسکھ سیٹھا شوق

بہ رفتن کرِ تمو تیزی بہ تمکین ۔ غرض پیٹھے واتی تھن مُلکِ نگارین

خبر گیہ اہلکارن پادشاہ آو ۔ بہ استقبالِ شاہ سورُے شہر آو

سپُن رونق فزا شاہِ سرافراز ۔ [illegible] ادلینس رہنہ بعصد ناز

بہمراہِ بکاوُل روح افزا ۔ بہ اندر شبستان جلوہ آرا

چُھو پروانہ بہ رگردِ روح افزا ۔ گیئے خاتونہ سارے سیٹھے رونق افزا

کران ساری مبارکھ باسلامتھ ۔ شہریارس چھہ دا اتھاوُن سلامتھ

تمی دیُت نو کرِتھ میشُل پانوائی ۔ سپُن غم دور سارنی شادمانی

کورُکھ باہمہ گرہیوّن ہیوّن مُلاقاتھ ۔ بہ عائش و کامرانی کڈ تمو راتھ

صُبح پھوّل تہ نگارکو تاجدارن ۔ ڈیُتن جلوہ بہ مجلس اہلکارن

بہ شرنستان لیوٗ کھُن کاغذ وزیرس ۔ مُبارکھ نامہ فرمان بود بیرس

لیوٗ کھنکھ تس ماجرا سورُے سراپا ۔ ز بہرام عروس روح افزا

دباد ب قاصِدن خط واتہ نووُن ۔ بہ شرقستان وزیرس پیش تھوُون

وزیرن منشیس فرمان کرُوُن ۔ سہ فرحتھ نامہ یک دم پر نووُن

پران منشی چھہ درشوقہ عبارتھ ۔ چھہ بوزان حاضر و ناظر بشارتھ

گوُمُت مشہور بو بہرام زیں پیش ۔ تھپس منز طوطہ ہن لاگیتھ کران عیش

وزیرن بوز وارا گوشہ خورسند ۔ بروح افزا تسندے عقدِ پیوند

نگارکو پاتہ بڈے تاج الملوک کن ۔ چھہ آئی ہتھ پیل اتم تمی سندی سلوکن

مُظفر شاہ بتیہ شاہِ گلستان ۔ شہے فیروز چھا یم طوطہ مانان

بکاوُل ہیتھ شہنشاہِ نگارن ۔ چھہ دیُت مُت میشُل کرِتھ دون گلعذارن

وزیر باپے پیلہ بوزن بہ ڈالی ۔ و چھس نوش خاوندس یوسہ گیہ نالی

---

۱ بھ ٹھکہ ٹھکہ ۲ خط

غرض خورد و کلان بالاے خانہ
بہ حشمت گے نگارس کوں روانہ

بہ شفقت ڈاسے ساری آے لاران
وزیرس اُسے ہم تم رشتہ داران

شہے تاج الملوک کن یام پوژن
بہ استقبال تمو بہرام میوژن

تمن نشن با حشم دا تختہ شہ بہرام
قدم بوسی پدر مادر سرانجام

بجا اونن سپہو تم شاد و مسرور
گمیتو بے مدتکو تم اکھا اکس دور

بہ عزت ڈاسے ہم شہر نگارس
دعا گویاں ثنا شاہے نگارس

بہ استقبال تس شاہ نگارن
کوڑن تاظیم بر در اوس پڑاران

کوڑ کھ دس بوسس تسلیمات باہم
بہ پیش شاہزاد جملہ سر خم

تمامی شہزادس آفرین خوان
دعا گو ہم ثنا خوان از دل و جان

وزیر باے سپتو ہیمہ کسکو یہ باسے
بہ فرح افزا بہ محل خانہ ڈاسے

بہ روح افزا اکثار سارہ پسے کوڑ
زر افشانی کرتہ خانہ تمو بوڑ

سمہ روح افزا یہ حسن و خوبی و خم
ز ملکہ شاہ بکاول اُسپنہ کم

وُچھمہ گیئہ مادر بہرام مفتون
تمس سپتو آسہ پیہ تمہ جاد مجنون

ز فرط کامرانی فرحت افزا
نژن ہیئت تمہ بہ گرد روح افزا

دیوان پڑھہ چپسہ ڈپشمہ حشمت جاہ
گیئس بہ درج اندر دفتر شاہ

ثنا خوان و دعا گوئے بکاول
مے چانے سپتو باغس تازگے گل

ملکزاد شہے تاج الملوک کن
کھوین ممنون تمو ہشندہ خوش شو کن

تو ہشندے سپتو کوڑ دیدار بہرام
تو ہشندے باعشرت کو سرانجام

بہر کو نہ کرو تس غمگساری
تہنز شاہی بوون در پائیداری

کوڑن دارا دعا در حق ایشان
بمع ہمراہیاں جملہ خویشان

غرض دستور شرتی گو اماده
کوڑن تمو مشورہ با شاہزادہ

براے دعوت خاصان و عامان
نگارس شہر سہ اونکہ میہمانان

کھوس منظور شاہزادن سپن شاد
بہ شرقستان روانہ کو سہ چون باد

---

۱ مطلب نالہ موت

بذريعه چاڪران ۽ رشته داران
شهي زين الملوڪس نِش يه عرضي
ڪوڙين سوڙي قصه تنس نشيءِ اظهار
مٿي نسبته تمهي ڪوڙين احسان نهايته
جزيره تمهي اوتن بهرام باقر
ننه ڪيا اوس طاقت ميون اي شاه
هنوز عرضي مٿي چهم اي شاه عالي
نگارس فنزِ ضيافته ڪرنه ناوو
هيئو تم تجويز شاهزادس بفرمنته
مٿي رکه تنس ڪوڙين زين الملوڪن
وزير نيشه ڪافي اوس حباداد
ڪئا حال اس نه مال و خزانن
نگارس مثنز تمامي واته نوون
شهي فيروز ڀي اندر گلستان
پيهي پاڻهين مظفر شاه جزيرس
به تصديق شهنشاه نگارين
مقرر ڪور تمو تاريخ داوته
بهر اطراف ليئو ڪه تمي ميهمانن
به شرقستان باڏن ڪر تمو سئي
وزيرن آن تمامي مال و دولته
دوئين تنس شهريار ذمه ڇهڙي ڪار
دلاسه ڪور نه شهزادون مه بر غم
ز تلپاتال وارا آنه ناوکه

جمع دولته پنهنجو ڪراون فراوان
ڪري اوي تنش ڪيا اس مرضي
ز انصاف ملڪزاده خبردار
خدا تهوي تنس هميشه باسلامته
بمع آن دختر شاه مظفر
پيهي بهرام آنه هن روح افزا
ڪرته دعوت نمڪه سالنس به داڻي
توته ميهمان سارين انه ناوو
ڪم وحساد نمو توت مال و دولته
نساءِ دولته دساءِ داوته ته لوڪن
ڪوڏين از خانه تمو مال خداداد
علاوه ڏيئت مدد تنس پادشاهن
به آئين شهان اعلان ڪراوون
ليئو کهن تمو نامهءِ دعوت دُر افشان
ليئو کهن نامه بيئي تهندس وزيرس
شهن ڪن سوز تمو نامه به تمڪين
نگارس واته سني ميهمان بر نوبته
به داوته ين همه خاصن ته عامن
خبر بوزبته رهتس بر وشهڙي سيئي گرڌهته
حواله ڪرڏو شهزادس به منته
ته ڪر تنظيم تا مسيائي خرچ ڏيار
ز هر گونه ضيافتي خبر چهم
ز هشتي تم ضيافته ڪرنه ناوکه

١ اوُن ۔ وُنه

فقط دۄلتھ ژ حاضر مے رنشے نتھاو | گرژھکھ خوش حال تاکٲنی برکھ جاو
شہے تاج الملوکن دوپ بہر حال | کدٕس کارِتھ دٕہر موجود چھس مال
وزیرن بوز دارا گوشہ خوش نوٗد | دۄکن حاضر کۆرن شاہس رنشے نوٗد
رنگارنگ شہر یارن کوٗر دبادب | سرانجام ضیافتھ ہا شباشب
انہٕ ناوُن زہر اطراف وانہٕ | ضیافتھ رنہٕ ناوُن تانہٕ تانہٕ
جہاتس منز ضیافژ ہم پچھے نامی | یہ اندازہ زنان رتم گے تمامی
شہے تاج الملوکن از سر جوٗد | کینژھا بو وزیرس نشہ موجود
تہٕ سورس انہٕ نوودُن خرچ کرووُن | بنن لایق نہٕ کینژھہ برونٹھہ کُن یتھ ہتووُن
دیان بو لوٹمت چھس قبلۂ من | کرس بو خرچ کھاندر مال من من
منادی کرٕ ناوُن شہر وگامن | بہ داوتھ ین خلایق صبح شامن
بیک ہفتہ مکن داوتھ پیاپے | بہ عشرتھ کھیون تہٕ چون بوزن چنگ ونے
ازین اعلان شاہی خوش سرانجام | نگارس واتہٕ ہتھے پیٹھے خاص تے عام
بگتھ ہا باتمامی سوز تے ساز | رقاصی بچہ گان خوش رو خوش آواز
زسازند ان ہماز ندر چنگ ونے | وزان یا منتھ گرژھان بو معہ دل حے
چراغانہٕ کرتھ شہرس بہر جا | ز آتشبازی مشعلہا دل آرا
بدیگر سو زنانہٕ ونہٕ واتی | بہ شادانی گیوانی تا نژانی
شہے تاج الملوکن از پرستان | انن مخلوق کانٕی اسہ یم جان
ضیافتھ انہٕ ناوُن گوٗنہٕ گوٗنہٕ | تھووُن ناکینژھہ تہٕ باقے از لوٗمونہٕ
بتاریخ مقرر واتی میہمان | تمن کیٹ فرش وتھریتھ در گلستان
بہ فرشن از تمامی شہر یاراں | شیپنو ادنا فرالبس جلو ماران
وچھتھ آں گلشن وجاے دل افروز | سپن حاران مظفر شاہ و فیروز
دیانی اسی تم باہم بہ این جاہ | چھنا ثانی بہ دُنیا یتھ شہنشاہ
چھنا یتھ سلطنت کانسے بہ دُنیا | چھُ تاج و تخت تاجس راج زیبا

---

۱ باند

مبارک خاطر ما شاد و مسرور
بڻيئه ڪنو آن گلستان نيج جميله
وڇڻه ڪورين هنڌ سي وارڈ گيئي شاد
ٿمن گيٺ اوس سفر شگاهِ ديگر
غرض شاهان تمامي با وزيران
سپانو وائرد بہ خشيئه پيٺو سائري
شهي تاجن به الطاف خداوند
بہ آئين زمانه جاي شيرين
شهي زين الملک کو شاد و خورسند
ٿيئندي کهوٽه شادي کر وزيرن
خدا ڀڻاون شهي تاجس بہ اقبال
الھ اندر ٿمو نگاهِ کر شهرياران
ضيافتڪي ڪورن نجو پڙهاڻي
بہ آئين شهي بيشد رازِ پاتال
سپانو هارا وڇڻه شاه و وزيران
غريبس تا اُپرس کهاڻه يکسان
ضيافتها بہ دُني يا يم پهڃي مشهور
بہ يک هفته شهي تاج الملوڪن
بروزِ هفتميں مهر از بهرا [1]
شبانگه با تمامي هم جليسان [3]
بہ موج هم عماري هاي زرين
جهگمه پهير وبته انسکه شهر نگارس
چراغانه بهر خانه بهر جا

بہ اين تنظيم شاهي چشم بد دور
حسن بانو بيٺي ٿمو شند قبيله
منڪان از حق تعالى خانه آباد
مڪمل از زر و نقره مقرر
رئيسان جملگي برنا و پيران
بہ ترتيب کمالِ شهر ياري
بہ استقبال سائري کر اوئي خورسند
بهائي چيٺيه ميهمانو به تمکين
وڇڻه تنظيم فرزند ارجمند
بہ کر ها ڪيا يمن شاهن اميرن
جوان بخت و جوان دولت جوان سال
شهي تاج الملوڪن تاجدارن
بہ مطبخ خانه يم يم اسمو دالي
شهي تاج الملوکن وٺيت پڙهين سال
بہ دعوت اسمو يم برنا و پيران
لوکٹ بوڈا [2] اوس تا ڈاڑون ز انسان
تہ سوري اوس هاجر چشم بد دور
بدين عنوان و ٿيئي ٿمو سال لوکن
کو ڈا ڈکه يا ڈرته اوکھ پهروته خوش انجام
عروسان و منوشان قوم رئيسان
بروح افزا چو گردِ ماهِ پروين
ثنا خوان ٿس نگارس تاجدارس
براي حشمت آن روح افزا

(۱) جوان ته بڈھ (۲) پهڃي يا ڈٹو (۳) ساٿي

وُنہ وان سبزٕ زنانہٕ در ترانہٕ — نژان شادی کران تم تہٕ اسانہٕ

گُلستانٕ ارم شہر پٕچ جمیلہ — حسن آرا شہجن سورُے قبیلہ

وُچھتھ کورِن مُشندُے فرجام شاہی — کران شادی پران حمدِ الٰہی

انیکھ گُشتا کرِتھ شہر نگارس — کران تحسین شاہِ تاجدارس

غرض مادر سپنہٕ آسودٕ خوش کام — پران حمدِ خُدا در کار انجام

بعوت اُسہ یم آمتہٕ عُشمتھ — سپنہٕ تم طالب روٗ خُصمتھ کرُستھ

شہنشاہن وزیران و وزیران — بہ مسکنہاے خود گے شاد خندان

وزیرن عرض کوٗر تاج الملوٗکس — بہ روحِ افزا نمن پننہٕ نِس ملوٗکس[1]

بِہرگونہٕ گژھم آباد خانہٕ — ہنے یم دولتھا چانے بہانہٕ

ہواپس تم دوپس پوٗز بوٗ پہٕ گُفتار — ولیکن اُتھ اندر پُرسی چھُے موختار

بکاوٗل یوٗدٕ صلاح زانی چھُ بہتر — اگر نہٕ اُتھ کلامس چھُے نہٕ باور

درین اثنا بکاوٗل آیہ در پیش — دوٗنُس قصہٕ شاہزادن گوس دلریش

وزیرس دوٗپنہٕ ہاشا تُم ہاشا — دوہان دوٗن ترٕپہٕ اندر ہاوے تماشا

بہ شرقستان یَیی یہٕ روٗح افزا — تمُانہٕ چھُے غلط کر قصہ کوتاہ

اُتھو اندر تس حالس گُن لیوٗ کھُن خُدا — کراسے مادر پننس یوٗت گے ژٕ مُدت

خود اُتھاوُن سلامتھ پانہٕ وانی — بہر گونہٕ مے چھُم وعدٕ چانی

دِمَے تکلیف وُنی کیٛن عقادٕ منظوٗر — دوہن کینژن اندر کراون پچھی پوٗر

پریستانس اندریُس میون جایُن — ژٕ چھُے مولوٗم سورُے چھُے نہٕ ہاوُن

بمع آں باغِ شاہی ناگ نہٕتھ ژٕ — برٕتھ پوشو بہر گونہٕ کرِتھ سنٛز

دوہن دوٗن ترٕپن اندر یوٗت واتہ ناوُن — زمُرد تو ذَبان پتھ تُتو سۆ تھاوُن

دِلس اندر خیالاگوٚے پانس — کرٕ باضے سکونت تمتھ مکانس

سمندرو اُسپہ حاضر کرُنہ راہی — جواب نامہ فرداۓ زرخاہی

زبادب دراپہ فورن تیز رفتار — بدربارِ جمالہ میون اخبار

---

[1] مُلکس

میٚٔے آسکھ یاد کرٲوان گاہ و بیگاہ / بٔرتے ہر گونہٕ ہیٛائی چھس نکو خواہ
یہ بوزِتھ رُٹ کمالن درکِنارہ / کوٚرُن ژَگرہ تہٕ وارا زار پارہ
ڈیٖتُن تس بونہٕ پایَن ہیٛو تہٕ رُخصتھ / پوٚرُن حمدِ خدا فُرصتھ غنیمتھ
ححاءِ گیہٕ راہی در پرستان / بکاوٕل ژاءِ باغس شاد و خندان
بمع مادر پدر آں روح افزا / رِیَن ہمراہ دوٚپُن تس وُچھ تماشا
وُچھتھ تامیر باغ و ناگ یکسر / وُچھتھ گو شادمان شاہِ مظفر
حسن آرا تہِ شندے کھوتہٕ فرحان / بکاوٕل یام تمہ دیٖچھن مہربان
بروح افزا بکاوٕل آیہٕ خندان / دوٚپُن تس بخشُمے ایہ جملہ سامان
بمع ایہ ناگہ با ایہ باغ تامیر / عطا کوٚرمے یتھ اندر روز جاگیر
نسُن تہٕ بیٚنیہ بسُن یتھ منز ہمیشہ / بمع بہرام با آرام عیشہ
ازیں جا جاے دیگر چھینہٕ نیرُن / یوٚہے جایِن یتِ باعیش پھیرُن
وزیر شرقیَن ڈیوٗٹھُن کمالاتھ / سپُن مبہوت فرزینٕ[1] گیس ماتھ
دُبارٕ تیمُو وَوٲنُن نہٕ درخسرخان / ہمن بہٕ روح افزاے پرستان
تسلی گوس تاجس ہیٛوٚ تہٕ رُخصتھ / بہ شرقستان واپس گو خبر ہیتھ
بیٚنیہ یم رِشتہٕ داران سیتۍ تس بیٚے / تماشا وُچھتھ تم ساری گرن گے
شہے تاجن بہ عقل و عدل و ہم داد / کرِن آباد ساری روٗدی دِلشاد
بکاوٕل سارِنے ہُنز اُسس سردار / شہنشاہی کمالن منز خبردار
کوٚرُکھ باہم وداع ساری سینز شاد / ز غم آزاد با خاطر بسے شاد
گلستانِ ارم فیروز شاہ گو / جمیلہ ہیتھ بیٚنیہ تس سیتۍ یش بو
حسن بانو ہیتھن شاہِ مظفر / جزیرس کُن روانہٕ گو بصد فر
پھوٚلکھ دل ہم چُھ گُلشن دراے یا منتھ / دُعا کوٚرہَکھ خدا تھوٚوی نے سلامتھ
ز چشمِ بد ز آفاتِ سماوات / وُچھن باہم گرِتھاوُن خوش اوقات
غرض گے جملگی خوشحال و خورم / بہ مسکن گاہِ خود بے رنج و بے غم

---

[1] وزیر شند مرتبہ

